# کأشُر رِثأیی اَدَب



شاہد بڈگامی

| | | |
|---|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | کاشُر رثائی ادب |
| مُصنّف | : | شاہد بڈگامی |
| چھپنگ وٕری | : | 2009 عیسوی |
| صفن ہُنٛد تیداد | : | 388 |
| مول | : | باہ شبتھ روپیہ -/1200 |
| کمپیوٹر لِکھاے | : | محمد یوسف میر ٹینگن کشمیر |
| سرورق آرٹ | : | منظور۔اے ڈار |




کتابہِ ہُنٛد مصنف طابع تہٕ ناشر

شاہد بڈگامی

حسین منزل بڈگام کشمیر

# ترتیب

# گوڈٕ کتھ

کأشرِ زبأنی منز چھُ رِثأیی ادبُک مولُل تہٕ واریاہ بۆڈ ادبی سرمایہ کأشرِ
عقیدتی ادبُک اہم تہٕ باگہِ بۆرُت حِصہٕ۔ کأشِر مرثی نگأری چھُ میون ٹوٹھ تہٕ
خاص موضوع۔ یتھ پیٹھ مےٚ از برونٹھ الہٕ پلہٕ ژتجی وٕری تحقیقی کأم کرنُک
ڈٕسلابہٕ اوس کۆرمُت۔ 1979ءتہٕ 1998ءمنز کرِمےٚ کأشرِ مرثی ہُنٛد
توأریخ ناوِ پٛنہٕ ژِضخیم کتابہٕ چھاپ ییمہٕ کأشرس مرثی ادبس پیٹھ جادٕ بارٕ ودار
تحقیق کرنہٕ موکھہِ نوِ پٛیہٕ ہٕنٛدبن محققن رہبری ہیکبن کٔرتھ۔ مےٚ کٔری اَتھ
موضوعس پیٹھ واریاہ تحقیقی مقالات تہٕ قلمبند تہٕ یم مختلف رسالن تہٕ کتابن
منز چھاپ سپدنہٕ علاوٕ کشمیر یونیورسٹی سرینگر تہٕ باقی علمی تہٕ ادبی ادارن ہٕنٛدبن
سمینارن منز مےٚ پیش کٔری۔ کأشُر رثأیی ادب چھُ سانہِ کلُہم علمی تہٕ ادبی
سرمایُک سارِوے شارٕ ذٲژوکھوتہٕ بۆڈ حِصہٕ، یتھ پیٹھ ووٚل بین الاقوأمی
سۆتھرس پیٹھ تحقیق چھُ کرنہٕ یوان۔ یہ چھُ واریاہن ملکن منز یونیورسٹین تہٕ
ادارن ہٕنٛدبن اعلیٰ امتحانن ہٕنٛدِس نصابس منز تہٕ شأمل۔ کأشرِ رثأیی ادبٕچ یہ
اہمیت تہٕ عظمتھ تہٕ اتھ ستی عام لُکن تہٕ خاص کٔرتھ طألب علمن جادٕ دلچسپی پأدٕ
گڑھنہٕ کِنی چھ اتھ موضوعس پیٹھ وُنہٕ واریاہ کینٛہہ لیکھنٕچ ضرورت ییمہِ ستی کأشرِ

ادبہٕ کس اَتھ عظیم تہٕ بے مثال سرمایس متعلق علمی سۆتھرس پیٹھ جاڈ جان پأٹھی زان کأری حأصل کرِنۍ ممکن سپد۔ أتھی جذبس تحت گٔری مے کأشر رثأیی ادب ناو پننہِ یتھ کتابہِ منز پنٕنۍ تم مقالہٕ چھاپ یم اتھ موضوعس پیٹھ موخصر لفظن منز اَتھ ستی دلچسپی تھاون والین علم دوستن ،ادب نوازن تہٕ طألب علمن رہبری ہیکن کٔرتھ۔ اکھ زمانہٕ اوس سأئنس دورس منز سہ تہٕ ییٚلہِ مرثی نگأری ہُند بے مثال فن تہٕ کأشرِ رثأیی ادبٕچ عظمتھ اَتھ متعلق لاعلمی یا سطحی واقفیت تھاون والین ٹارے اُس نہٕ کھسان، اکھ دور چھُ وونۍ یہ تہٕ ییٚلہِ زَن کأشر مرثی ادب کأشرِ زبأنۍ ہُند ڈیکہٕ ٹِکہٕ بٔنِتھ سأری ہے دُنیہس منز عقیدتی۔ عرفأنی تہٕ وِجدأنی ادبہٕ رٔنگی سَرس چھ۔ یَتھ کتابہِ منز چھِ أزی کہِ دورٕ کین کینژَن بزرگ تہٕ نوجواں منتخب شأعرن ہُندی کینٛہہ فن پارٕ تہٕ شأمل یم جدید کأشرِ رثأیی ادبٕکی معیأری نمونہٕ چھِ۔

یہٕ کتاب سبٹھاہ کم وقتس منز کمپیوٹر لکھأے کٔرِتھ تیار کرنہٕ خأطرٕ یوسہٕ محنت عزیزم محمد یوسف میر صأبس کرِنۍ پیٚیہِ تمیُک شکریہِ کرنہٕ موکھٕ چھم نہٕ منأسب لفظے۔

حسین منزل بڈگام کشمیر — شاہد بڈگامی

2009ء عیسوی

# رثائی ادب تہٕ کأشر زبان

رِثا چھُ عربی زبأنی ہُند لفظ تہٕ اَمیُک لغوی معنی چھ سوگوأری، ماتم تہٕ عزا۔
رثأیی شاعری چھےٚ عربی، فارسی، اُردو تہٕ کأشرِ زبأنی منز مرثی ناوے زانہٕ
یوان تہٕ کُلہم سوگ شاعری احاطہٕ کران۔

رثأیی شارٕ ادب یا ماتمی شاعری ہُند سلسلہٕ اوس اسلام کہِ آغاز بروٚنٹھ
عربس منز سپد یومُت یێلہِ بادشاہن تہٕ قبیلن ہنٛد بن زِٹھین ہنٛدِس مرنس پتھ
سوگ شارٕ یانے مرثی لکھنُک رواج اوس۔ پوٚز تمہِ قسمچہٕ مرثی یا سوگ شاعری
أس أکِس فردس سٟتی وابستہٕ آسان یَتھ أسی شخصی مرثی وَنو۔ شخصی مرثی
منز اوس أکِس فردِ واحد سٟندِس مرنس پتھ ماتم کرنہٕ یوان۔ 61 ہجری
یانے 679 عیسوی منز انسأنی توأریخک سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ سبٹھاہ دلخراش
تہٕ تأریخِ اسلامُک سارِوے کھوتہٕ اہم واقعہ یانے واقعہ کربلا رونما سپدنہٕ پتہٕ
گیہِ مرثی ہنٛز انفرأدی تہٕ شخصی ہیت تبدیل تہٕ سید الشہدا حضرت امام حسین
علیہ السلام تہٕ تہند بن جگر پارن تہٕ فداکارن ہنٛز بےمِثال شہادت، شجاعت
تہٕ صبر و تسلیم و رضا بنیو و رثأیی شاعری یانے مرثی ہُند بوٚڈ تہٕ کُلہم موضوع یمیُک
آفأقی پأغام تہٕ وِجدأنی بجرتہٕ سرٕ نہر رِثأیی شاعری ہُند روح بنیو۔ یَتھہِ کِنیٚ آیہِ

کربلائی مرثی بارسس۔ عربہ پٹھ ووت دین اسلام دنیا کِمن طرفن۔ یتھ

ستی کربلائی مرثی ایران تہٕ برصغیرس منز تہٕ واتھ۔ فارسی تہٕ اُردو زبانٕ منزلوب

کربلائی مرثی نگاری واریاہ عروج ۔ انگریزی زبانٕ منز چھ شخصی مرثی

Elegy ونان تہٕ Elegy ہُند بنیادی مقصد تہٕ چھ کانٛسہِ فردِ واحد سٕندِس

مرنس پٹھ غمک اظہار کرُن۔ کربلائی مرثی ہنٛز بُنیادی تہٕ اجتماعی ہیت چھ

ماتمی تہٕ تہٕ رزمی تہٕ۔ یہِ چھ رثائی شاعری ہُند اکھ زندٕ جاوید رۅپ۔ یتھ

Elegiac epic وٕنتھ ہیکو۔ کربلائی مرثی منز چھ انگریزی زبانٕ ہنٛزٕ

Elegy تہٕ دنیاچین باقی زبانن منز شخصی مرثین تہٕ سوگ شارٕ ذاتن مقابلہٕ

اکھ وسیع تہٕ انقلابی مقصد۔ کربلائی مرثی منز چھُ حضرت امام حسینؑ سُند عزم و

عمل تہٕ صبر و تسلیم و رضا، کربلاکِمن شہیدن ہُند ایثارُک تہٕ فداکاری ہُند اعلیٰ

ترین معیار۔ اَتھ منز چھُ حضرت امام حسینؑ سُند ہیروازم Heroism تہٕ

فلسفۂ شہادت قرآنِ کریم کس آئینس منز وہٕ ہناوتھ اسلامی تبلیغُک وِجدانی

تہٕ عرفانی پہلو نُمایان۔ حضرت امام حسینؑ تہٕ تِہند بن جگر پارن تہٕ وفادارن

ہندِ عظیم شہادتہٕ پتہٕ آو کربلائی مرثی ہندِس صورتس منز رثائی ادبُک اکھ سُہ بے

مثال فن بروٗنٛہ کُن یتھ منز ماتمی تہٕ رزمی امتزاج تہٕ شہادت عظمیٰ ہُک سبٹھاہ

تھوٗد آفاقی، روحانی تہٕ وجدانی پانٛ عام پرٛتھ زمانس منز تہٕ پرٛتھ زبانٕ منز عالم

انسانیتس وولہٕ ساوان چھُ رودمُت۔

کاشُر رثائی ادب چھُ کاشرِ زبانٕ منز عقیدتی شارٕ ادبُک اہم تہٕ سارِوے

کھوتہٕ بۆڑ حصہٕ یِمیُک آغاز کأشرِس شارٕ ادبس لرِ لۆر 600 وٕری برونٹھ لل دید
ہٕندِ زمانہٕ پیٹھے سپد یومُت اوس۔ کأشرِ رثأیی ادبکہِ مولّلہِ شعری سرمایُک انداز
ہیکہِ یِمہِ ستی لگاونہٕ یِتھ زِ کأشرِ مرثی نگأری منز چھ فقط ترٛیِمہِ دورچین مقام
بند کلاسکی مرثین منز حمد، نعت تہٕ مدحُک حصہٕ کلُہم کأشرِ شأعری کھوتہٕ واریاہ
جادٕ تہٕ 1819 عیسوی پیٹھ 1947 عیسوی تام یِمہٕ مقام بند کأشرِ مرثی وۄستاد
مرثی نگارو تخلیق چھے کرِمژٕ تمن ہٕندی مُکمل مسودٕ دستیاب چھ تمن ہُند تیداد
چھُ 2000 پیٹھی یِتھٕ کٔنز چھ 128 ہن وٕرین دوران کأشرِ ہن کلاسکی مرثین
ہٕندِ لأزمی حصہٕ رٕنگی 2000 کأشرِ نعت تخلیق کرنہٕ آمتی یِمن ہُند تیداد
عقیدتی شأعری منز سارِوے کھوتہٕ جادٕ چھُ۔

کأشروان چھ کأشرِ مرثی ہنز ابتدأیی صورت تہٕ کشیرِ منز اسلام واتنہٕ پیٹھ
سأئنس دورس تام ژورن دورن منز یُس مرثی ادب تخلیق کرنہٕ آمُت چھُ سُہ
چھُ پرٛتھ لحاظہٕ کأشرِ شارٕ ادبُک بۆڑ تہٕ باگہِ بۆرُت حصہٕ۔

کأشرِ مرثی ادبُک بنیأدی موضوع چھ چونکہِ واقعہ کربلا تہٕ حضرت امام
حسین علیہ السلام تہٕ تِہندِ ہن جگر پارن تہٕ فداکارن ہنز بے مثال شہادت اوٚ
کٔنی چھ کأشرِ رثأیی ادب کلُہم پأٹھی أتھی موضوعس پیٹھ تخلیق کرنہٕ آمُت۔
حضرت امام حسینؑ ہٕندِ شہادتِ عظمیٰ ہُک مقصد تہٕ فلسفہٕ چھُ الٰہی معرفت تہٕ
دینی اسلامُک تحفظ تہٕ تبلیغ۔ یِتھ پیشِ نظر کأشرِ بو مرثی نگارو کربلاکین ظلمن
باوتھ کرنس ستی ستی مرثین منز حمدِ بأری تعالیٰ، مدح شاہ ولایتؑ نعتِ

سرورِ کونینؐ اکہِ لازمی حصہٕ رٔنگۍ شامِل کورتہٕ مقام بند کأشر مرثی ہنٛدِس دورس تام آوامہِ کہِ ذٔریعہ کأشر عقیدتی ادبُک اکھ بوڈ بےمثال تہٕ موٗلُل خزانہٕ وجودس۔

مرثی چھ چونکہِ عالمی سوٚتھرس پیٹھ سارِنے زبانن منٛز عزادآری ہنٛد ذٔریعہ روٗدمُت تہٕ کأشر زبأنی منٛز چھےٚ مرثی عزادآری ہنٛد سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ عوآمی ذٔریعہ۔

کأشرِ زبأنی منٛز چھ پتۍمِن شتھن ہتن ؤرین اعلیٰ ترین رثأیی ادب پارن ہنٛدِس صورتس منٛز واقعہ کربلاکِن ماتمی تہٕ رزمی پہلووَن تمہِ اندازٕ باوتھ کرنہٕ آمُت یَیچ مثال بیٚیہِ کُنہِ زبأنی منٛز نظرِ چھنہٕ گژھان۔

کأشر رثأیی ادب چھُنہٕ چھرا رزمیہ شاعری ہنٛد حِصہٕ یوسہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛدِ بن جنگ نامن ہٕتۍ گنٛز راونہٕ یِیہِ بلکہِ چھ کاشر رثأیی ادب ماتمی، رزمی تہٕ تبلیغی صورتس منٛز کربلا کہِ انقلابُک عکأسی کران۔ واقعہ کربلا چھ انسأنی تہذیبُک تہٕ توآریخُک اکھ سُہ بےمثال واقعہ یُس روحأنی تہٕ وِجدأنی عظمتہٕ کِن پرٛتھ زمانس منٛز تازٕ تہٕ سأدر وار چھ باسان۔ حضرت امام حسینؑ تہٕ تہندِ بن جگر گوشنؑ تہٕ اصحابن ہنٛز شہادت چھ پرٛتھ دورس منٛز طاغوتی قوتن تہٕ ظألمن خلاف محکومن تہٕ مظلومن ہنٛز آواز بٔنتھ ظلمس بُتھِ صف آراسپدنُک اکھ ہمہ گیر تحریک۔ رزم گاہِ کربلا چھُ پرٛتھ زمانس منٛز یاد پاوان زِ حق وصداقت تہٕ بأطل روزن ابدس تام برابر متصادم۔ پوٚز حق تہٕ صداقت روزِ پرٛتھ گذروِنہِ

دوہہِ عاشورِ کہِ شامکی پاٹھی شہیدن ہنزِ خوٗنہٕ ستی یم اچھر نبس پیٹھ لیکھان زِ
باطل قوتن ہنٛز وقتی برتری چھِ اُخرس ابدی شکست بنان تہٕ حق چھ تتھے پاٹھی
دأیمی تہٕ ابدی کامیابی ہنٛز علمہٕ لہراوان یتھٕ گٔنی کربلاہ کس بیابانس منٛز حضرت
امام حسین علیہ السلامن مظلومیتُک خوٗنہٕ برِتھ تاج پننس سَرِ مُبارکس پیٹھ
پأراأوِتھ یزیدی طاغوتس شکس دِیُت تہٕ فتح مبین تہٕ ابدی زندگی حاصل کٔرِتھ
حقیقی کامرأنی پرأو۔

حضرت امام حسین علیہ السلامن ہنٛدِ شہادتُک وجدأنی تہٕ عرفأنی اعجاز چھُ
واقعہ کربلا رونما سپدنہٕ پیٹھ از تام دنیاہ کس پرٛتھ خطس منٛز عالم انسانیتس
جدوجہدُک تہٕ عزم عملُک سُہ جذبہٕ عطا کران یَتھ دنیا کھوا کثر بڈٕ سخن ورو باوتھ
کٔرمٕژ چھ۔ کأشر زبأنی ہندو شاعرو تہٕ کٔراتھ پٔتی مین شٔہن ہتن ؤری ین کأشر
مرثی نگأری ہنٛدبن ژورن دورن منٛز چھرا کأشرس طرزِس تہٕ ڈکشنس
منٛز سبٹھاہ مأری مَنٛدِ اندازٕ باوَتھ۔ یہ کتھ چھ سبٹھاہ اہم زِ محرم الحرامُک ژندرِ
نبس پیٹھ نوٗن نیرنس ستی چھ کل کایناتس منٛز حضرت امام حسین علیہ السلام
سٕنٛدی عاشق وجدانِکس أرکس بدلے عالمس منٛز واتان تہٕ عشق وعرفانکی مٔنزل
طے کران۔ ہلالِ محرم نوٗن نیرنس ستی چھ عشرہ محرٕچ خوشبوے پرٛتھ انٛدٕ
واتان۔ یہِ چھُ حضرت امام حسینؑ سُنٛد عظیم تہٕ بے مثال شہادتُک اعجاز زِ
سأری سے دنیاہس منٛز چھ مختلف مذہبن تہٕ مسلکن ستی وابستہٕ لُکھ کُنہِ امتیازٕ
ورأے حسینی عشقس منٛز سرشار سپدان۔ یوہے وجہ چھُ زِ دنیاہ چھن سارِنٕے

زبانن منز چھ حساس دِل شاعرو کربلاۂ تہٕ امام حسینؑ پنُن ٹوٹھ موضوع بنیو وُمت تہٕ اکثر بجن زبانن منز چھ غاأر مسلم سخن ورو حسینی عشقس منز تڑتھ معرکتہ آرا نظمہٕ تخلیق کرٕمژ ییمہٕ عالمی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ رثائی ادبٕکۍ شاہکار مانیہٕ چھ یوان۔

کاشرِ زبأنی منز چھ مرثی نگأری ہندِس ژورمس دورس یانے موجودٕ زمانس منز اکثر بڈٕ بو تہٕ سرکردٕ کأشرۍ مسلمان شأعرو علاوٕ غأر مسلم سخنورو خاص کرِتھ کأشرۍ بٹو (برہمن) شأعروتہِ تڑتھ حسینی نظمہٕ پتمین ژتجھن ؤری ین دوران تخلیق کرِمژٕ ییمہٕ جدید کأشرس ادبس منز اعلیٰ معیار تہٕ قبول عام کٔنی سرس چھِ۔ کأشرِ رثأیی ادب کیوٚ پرانیوٚ دورو منز چھ واریاہ کینژہ زمانن ہندیو ہأری ثاتو کٔنی ختم گومُت یہ کینژٕ اہ حسینی عاشقو قلمی نسخن ہندِس صورتس منز پتھ کُن رچھتھ تھووتمہٕ منز گوواریاہ کم وُنہٕ چھاپ۔

کأشُر رثأیی ادب چھ سانہٕ ادبی سرمایک سُہ بوٚڈ تہٕ موٗلُل حصہٕ ییتھ منز ترٕییمہٕ دور چھِ مقام بند کأشرِ کلاسکی مرثیہ پننہٕ منفرد عروضی نظامہٕ تہٕ صوفیانہٕ طرزٕ چھِ موسیقی کٔنی سأری ہے دنیاہس منز مشہور چھےٚ۔

کأشرِ رثأیی ادبک ترٕییم دوریانے مقام بند (کلاسیکی) مرثی نگأری ہُند دور چھ کلہم پأٹھی کأشرِ زبأنی ہندِ شارٕ ادبک سُہ دور ییتھ منز سانہٕ وادطویل مقام بند مرثی سانیوٚ عظیم مرثی نگارو تخلیق کرِ۔ یہ چھُ کأشرِ مرثی ہندِ قبوٗلِ عامُک نتیجہٕ زِ ہتہٕ بدبوٚ ؤری یو پٮ۪ٹھ چھ سانہٕ بزٕ کأشرِ مرثی حضرت امام حسین علیہ السلامن ہندیو عاشقو سینہٕ/بہ سینہٕ رٔژھرأوِتھ تھاوِمژٕ ییمو منز واریاہ سأنس

دورس تام محفوٗظ روزٕ مژٕ چھےٚ ۔ حالانکہِ سبٹھاہ کم کأشرِ مقام بند مرثی آیہِ چھاپ کٕرِتھ محفوظ کرنہٕ ۔ اگر کأشر بوٚپٕنن یہ دینی تہٕ ادبی سرمایہِ رٔژھرووُمت آسہِ ہے نہٕ تیلہِ آسہِ ہے کأشرٕ بن وژنن ، شروٗ کٕلِن تہٕ باقی شارٕ ذأژن ہنٛدی پأٹھی اَمیُک بوٚڈ حصہٕ زمانن ہنٛدیو حأری شاتو ختم کوٚرمُت ۔اوے کِنی چھ کأشر مرثیہِ ہُنٛد رٔژھراونہٕ آمُت موٗلُل ادبی سرمایہِ باقی تمام شارٕ ذأژو کھوتہٕ زیادٕ۔ یوٚ دوٚے قلمی بیاضن منٛز لیکھنہٕ آمُت واریاہ بوٚڈ حصہٕ کاغذ کیمٛو کھیوو یا گوناسہٕ ترٛاسہٕ حالاتو کِنی ضایہِ۔

پَتھ رُوٗ دسوال زِعلمی تہٕ ادبی حلقو کیاز ہیٚچ نہٕ واریاہس کالس کأشرِ مقام بند مرثی ہنٛز علمی ادبی تہٕ روحأنی عظمت زأنِتھ یا مأنِتھ ۔تمیُک وجہ چھُ یہِ زِ کأشرِ مقام بند مرثی فِکرِ ترنہٕ خأطرٕ چھُ یِمن عظیم شاہپارن ہُنٛد عروٗضی نظام ، قرآنِ کریم ، احادیث تہٕ اسلأمی تأریخ فکرِ ترُٛن گوڈنیُک شرط تہٕ بیٚیہِ عربی تہٕ فارسی زبأنی ہنٛز زان آسٕنی ضروری۔

کأشرِ مرثی نگأری ہنٛز بیاکھ اہم کتھ چھ یہِ زِ دوٚیمن زبانن منٛز لیکھنہٕ آمژن مرثین مقابلہٕ چھ کأشرِ مرثی ذأکریانے وزنہٕ سان موسیقی ہنٛدِس پابند نظامس تحت مرثیہِ پرن وول ذأکر تہٕ تہندی سأتھی پست خوان حسینی مجلسن منٛز ساسہٕ بدٕبن لکن ہٕتی آواز رلأوِتھ یکہٕ وَٹہٕ مرثیہ پٕران یِمہٕ ہٕتی یہِ فن کأشرِ قومکہِ اجتمأعی سونٛچُک تہٕ ظلمس خلاف یکہٕ وَٹہٕ سمِتھ آواز بلند کرنٕچ اَکھ علامت بٔنِتھ زندٕ جاوید چھِ۔

کأشرِ زبأنی منز چھ اوے کنہِ باقی سارِنے شارٕ ذاکرن مقابلہٕ کأشرِ مرثی سارِوے کھوتہٕ جادٕ قبوٗلِ عام حأصل۔ییمیُک وجہ کأشرِ مرثی ہٕنز روحأنی تہٕ وِجدأنی عظمت تہٕ امیُک (وزن) یانے موسیقی ہٕندِ بن مقامن ہٕنز باگنے تہٕ امیُک بے پناہ ماتمی تاثُر تہٕ اجتمأعی طرزِ اداچھُ۔یوہے وجہ اوس زِ ییم لُکھ کشیرِ نبر کأشرِ مرثیہِ کأنسہِ کأشرِس ووستاد ذاکرسٕندِ ہتہِ بوزان آسی تِمس اوس کأشر زبان فکرِ ترنہٕ ورأے دَدرلیہِ اوٗش وسان۔تِمچ اکھ بڈ مثال چھ علامہ اقبالؒ سُند یہ پھرُن لایق واقعہ یتھ منز ونہٕ آمُت چھُ زِ علامہ اقبالؒ اوس لاہور کس نواب امداد علی شاہؒ سُند جأنی یار تہٕ ہمسایہ۔نواب امداد علی شاہ اوس نہٕ کأشر زبان زانان امہ پوٚز لاہورس منز اوس کُأشر بن ذاکرن نِش کأشرِ مقام بند مرثیہِ سبٹھاہ لولہٕ سان بوزان ییمہِ کنہِ سُہ پانہٕ تہٕ اکھ جان تہٕ ووستاد ذاکر بنیو۔ذاکر امداد علی شاہن کرِ واریاہ مشہور کأشرِ مقام بند مرثیہِ یاد تہٕ پتہٕ ہیوٚچھن تِمہِ مرثیہِ مخصوص مقامن منز پیش کرنُک فن۔ذاکر امداد علی شاہ اوس پتہٕ لاہور کین امام بارن منز کأشرِ مرثیہِ پرنہٕ علاوٕ گرمی ہٕندِ بن رتن کشیرِ تتھ کشیرِ منز بجن بجن حسینیؑ مجلسن منز تہٕ امام بارن منز کأشری پاٹھی مرثیہِ پران۔ ذاکر امداد علی شاہ اوس حکیم عظیم سٕنز شہرہ آفاق مقام بند مرثی مضموٗن کتاب مخصوص وزنس منز پرنُک بوڈ ماہر مانہٕ یوان تہٕ تِمی اوس اقبالؒ تہٕ مضموٗن کتاب مرثی بوزِ نوومُت تہٕ اقبالؒ مرحوم اوس نہ صرف کأشرِ مقام بند مرثی ہٕندِ عظمتُک قأیل سپد یومُت بلکہِ مضموٗن کتاب کہِ پُر اثر آہنگہٕ ستی أسس

رقعت طاٗری گمژ ۔ یہِ واقعہٕ اوس مرحوم ذاکر امداد علی شاہ کٔشیرِ منز اکثر مجلسن منز بوزناوان۔ تہٕ تمِکی راٗوی اٗسی مرحوم فارق بڈگامی لیس علاوٕ تم اکثر ذاٗکر تہٕ حُسینی عاشق ییم ذاٗکر امداد علی شاہ سٕنزن مجلسن منز شاٗمل اٗسی آسان۔ ذاٗکر امداد علی شاہ اوس 1940 عیسوی تام رہتہٕ کالہِ کِنہ گرٛشمہٕ دوٕہن لاہور پتٕھ کٔشیرِ یتھ یِتہٕ جایہِ جایہِ کاٗشرِ مرثیہِ پران۔ حکیم عظیم مرحوم سٕنز شاہکار مقام بند مرثی مضمٔون کتاب چھِ یتھ کتابہِ منز شاٗمل کرنہٕ یوان۔ کاٗشرِ مقام بند مرثی چھِ محرم کِنہ دوٕہن ایران، عراق، پاٗکستان تہٕ بھارت کِنہ واریاہن علاقن منز روزن واٗلی کاٗشری لُکھ عزاداٗری ہٕنزن مجلسن منز برابر پران تہٕ غیر کاٗشری عزادارتہِ چھِ یمن مجلسن منز کاٗشرِ مرثی ہٕندِ اثرٕ ستی وجدس منز یوان۔ یہِ چھِ کاٗشرس رثاٗیی ادبس منز کلاسیکی مرثیہِ نگاٗری ہُند سبٹھاہ بۆڈ اعجاز یتھ پتھ کاٗشرِ زباٗنی فخر چھُ۔

کاٗشرِ زباٗنی منز مرثی نگاٗری ہٕنز علمی تہٕ ادبی اہمیتھ ٹٔی سپدنہٕ پتہٕ چھِ ریاستکی ادبی حلقہِ تہِ مۆحسوٗس کران زِ کاٗشر رثاٗیی ادب چھُ کاٗشرِ قومُک سُہ موٗلل ادبی سرمایہِ یُمکی خزانہٕ 1392 عیسوی پتٕھ ازتام سانو پایہِ بڈٕو سوخنورو تِتھو ادبی شاہپارو ستی بٔری مٕتی چھِ یم معیاٗری اَدبکی اعلانو مونہٕ چھِ۔ پۆز ییم علمی خزانہ روٗدی لگ بھگ پٔتی مہن شبن ہتن وٗری ین زمانہٕ کھو حاٗری ثاتو ـکنز ژھایہ۔ یہِ چھےٚ اَکھ تواٗریخی حقیقتھ زِ کاٗشربن ہند علمی تہٕ ادبی میراثہٕ کِنہ باقیٕ اثاثن ہندی پاٹھی ووت نامساعد حالاتن منز ہتہٕ بدبن وٗری ین دوران

کأشرس رٔثایی اَدبس تہٕ سبٹھاہ ددارِ تہٕ اَمہِ علمی ادبی تہٕ دیٖنی سرمایہ منٛز گوز مانن ہنٛز بے رحمی تہٕ بے قدری کٔنی واریاہ کینٛہہ ضایہٕ۔ اَمہِ باوجودتہٕ یہ کینٛژھاہ مرثی ہنٛد بویمو ادبی شہہ پارومنٛز اَسہِ تام ووت سُہ چھُ سبٹھاہ غنیمتھ ۔ییٚلہِ أسی کأشرِ شأعری ہنٛدین باقےٖ صِنفن ہنٛدِس تتھ کأشرس ادبی سرمایس کُن وُچھان چھِ یُس چک دورختم سپدنہٕ پتہٕ 1588 عیسوی منٛز کٔشیرِ پیٹھ مغلن ہنٛدِ قبضہٕ پتہٕ ووپرن ہنٛزِ بےٚ قدری تہٕ لتہٕ مونجہٕ گرٛھنہٕ پتہٕ اَسہِ تام ووت۔ اَسہِ چھُ یہِ صاف ننان زِ باقی شارِ ذاۂژن مقابلہٕ رٔود مرثی ہنٛدِ رٔوحأنی اعجازِ کٔنی تمہِ منٛز واریاہ کینٛہہ محفوٗظ تہٕ اوٚے کٔنی چھُ اَمیُک پوٗتُر واریاہ گوٚب۔

کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخی سام ہینہٕ تلہٕ چھُ ظأہر زِ کأشرِ مرثی لوٚگ کأشرِ شأعری ہٕتی کُن تہٕ یہِ صنف رٔوزپرٛتھ زمانس منٛز فنی اعتبارٕ سبٹھاہ ترقی پذیر۔ امیُک کُن لوٚگ وان فارمہِ ہٕتی تہٕ یہ وأژبلینٛک وٚرس تہٕ سانیٹ بیترِ فارمن تام ترقی ہنٛدۍ منٛزل طے کران۔

کأشرِ مرثی ہُنٛد آغاز گو کٔشیرِ منٛز اسلأمی تعلیمات عام سپدنس ہٕتی 1392 ہٕ منٛز۔یوٚ دوٚے واریاہ شأعر کربلاہکس موضوٗعس پیٹھ شہیری دورِ پیٹھ چک دورِ کس آغازس تام لیکھان چھِ أسی ہٕتی اماپوٚز مرحوم سیّد حسن تہٕ سیّد احمد ہٕنٛزٕ کینٛہہ مرثی تہٕ کینٛہہ بےٚ ناو مرثی چھےٚ اَمہِ دورِ منٛز وُنستام اَتھِ آمٕژ۔

چک دورِ حکومت کِس آغازس ہٕتی 1555 عیسوی پیٹھ لوٚب کأشرِ مرثی نگأری سبٹھاہ عروٗج۔ اَمہِ دورُک گوڈنیُک حِصہٕ یانے 1555 عیسوی پیٹھ

1588 عیسوی تام اوس کاشرِ قومُک اَکھ شاندار دور۔ اَتھ وٕژن کالس منز ییتہِ کاشر شاعری عروٗج سۭتۍ پیٹھ واتۍ ژتہِ گیہِ کاشرِ مرثی تہِ چک پادشاہن ہنٛز سرپرستی حاصل۔ چک حُکمران اَسی بذاتی قوم پرست تہٕ تمن اوس کاشرِ کلچرک سخت خاہ ژُک۔ تم اَسی مُحبِ آلِ رسولؐ۔ تموٚ کٔر حضرت امام حسین علیہ السلامن ہنٛزِ عزاداری سرپرستی۔ شہنشاہ کشمیر حسینؑ شاہ چک تہٕ یوسف شاہ چک اَسی پانہٕ تہِ شاعر تہٕ تہنٛز مرثی نگاری ہنٛزِ روایژ چھےٚ ازتام سینہٕ بہ سینہٕ زِندٕ۔ اِو کنی میوٗل کاشرِ مرثی نگاری چک دورس منز سرکٲری سرپرستی تل اکھ سازگار ماحول۔ پوٚز کشیرِ پیٹھ مغل قبضہٕ پتہٕ گوکلُہم پٲٹھی کاشرِ قومُک پانژھ ساس وٕری مولُل کاشر کلچر تہِ خاص کٔرتھ کاشر زبان تہ ادب پامال۔ سُہ دور اوس نہٕ صرف کاشرِ قومُک المناک زمانہٕ بلکہِ کاشرِ مرثی خاطرِ تہِ بحرانُک اَکھ طویل دور۔ دویمہِ دورُک وَکھ گو 1588ء منز اکبر بادشاہ سٕنٛد قبضہٕ سٕتۍ شوٚروتہٕ اَتھ منز روٗدی مغل تہٕ افغان حُکمران 231 ہن وٕرین اکہِ طرفہٕ کاشرس قومس کلہٕ دَگان تہٕ بییہِ طرفہٕ کاشرین ہنٛدی قومی آثار مٹاوان تہٕ تمدنی میراث ختم کران۔ اَتھی سٕتۍ گیہِ کاشرِ مرثی لِتہِ چھِتہِ تہٕ ووتِ کاشرس رثایی ادبس وارِیاہ نوقصان۔ اَتھ دورس منز چھِ وارِیاہ مرثی نگار پٲدٕ گمتۍ تہٕ وُنستام چھِ اَمہِ دورٕکۍ 24 کاشری شاعر مےٚ وَنہِ کنٛڈۍ سٕتۍ یِہندِ کلامُک نموٗنہٕ میانہِ کتابہِ، کاشرِ مرثی ہندِس توارٟخس، منز چھاپ سپُد۔ مرحوم منظور ہاشمی سٕنٛز حسینیات ناو کتابہِ منز چھ اَمہِ دورُک بیاکھ مرثی نگار سید قاسم شاہ موسوی وَنہِ

کڈنہٕ آمٕت ۔ 24 کاشُرؠ شاعر آسؠ نہٕ کاشرِ زبانؠ ہنٛد بوٗ مورخو میانؠ کتاب چھاپ سپدنس تام تہٕ شمارس أنؠ ہتؠ تہٕ کاشرِ ادبکس اَتھ دورس منٛز آسؠ کشیٖرِ ہنٛدٕ ادبی توارتخن منٛز صرف پانٛژھ کاشرؠ شاعر درج ۔ تِم آسؠ حبہٕ خوتوٗن، خواجہ حبیب اللہ نوشہرؠ، صاحب کوٗل، مرزا اکمل تہٕ روٗپ بھوانی۔ میانؠ کتاب ''کاشرِ مرثی ہُنٛد توارٟخ'' چھاپ سپدنہٕ پتہٕ ووت اَمہِ دورٕکیٚن کاشرٕ شاعرن ہُنٛد تیداد 24 ہن تام تہٕ وُنس تام چھُ یِمن ہُنٛد تیداد سیّد قاسم شاہ موسوی یِس سان 25 ووتمُت ۔

کاشرِ رثائی ادبُک ترٛتیم دوریانے مقام بنٛد کاشرِ مرثی ہُنٛد شاندار زمانہٕ گوٚ کشیٖرِ منٛز سِکھ دور حکوٗمت شروٗع سپدنس ستؠ باقاعدٕ پاٹھؠ شروٗع تہٕ یہٕ روٗد ڈوگرٕ دورس منٛز تہِ تِمے شدومدٕ سان 1947 ہ تام جأرؠ۔ اَمہِ دورُک آغاز کوٚر خواجہ حُسین میر مرحوٗمن مقام بنٛد کلاسیکی کاشرِ مرثی ہنٛزِ تمہِ عظیم تخلیقہٕ ستؠ ییٚچ مثال بیٚیہٕ کُنہِ تہِ مرثی ادبس منٛز میلان چھنہٕ۔

اَتھ دورس منٛز گےٚ ہتہٕ بٕدؠ مرثی نگارپاٚدٕ یِمو ساسہٕ بدٕ بٕن عنوانن پٮ۪ٹھ کاشرٕ بٕن مرثین ہٕنٛدؠ مضموٗن تخلیق کٔرؠ ۔ تِمو منٛز گیہِ واریاہ مرثی بیاضن یانے مسودن پٮ۪ٹھے کاغذ کیٚمبن ہٕندِ بٕزؠ تہٕ واریاہ مرثی چھےٚ ازتہِ کشیٖرِ ہٕندٕ بٕن شہری تہٕ گامی علاقن منٛز عقیدت مندن، ذاکرن تہٕ ساداتن نِش چھکرٲوِتھ یِمو منٛزٕ کیٚنہہ مشہوٗر مرثی امام بارن تہٕ مجلسن منٛز از کلہِ تہِ سٕٹھاہ شدومدٕ سان پرنہٕ چھےٚ یوان۔

1947ءمنٛز گو کأشرِ رثأیی ادبُک جدید دور شروٗع یَتھ پٔتہٕ حُسینی نظمہٕ ادبُک دور ونان چھُس۔ مرثی ہٕنٛدِس اَتھ دورس منٛز گیہِ اَکھ نٔوٕ ہیٚچ شروٗع۔ تہٕ عالمی معیارُک سٕہ کأشر رثأیی ادب آو بارسس یُس سانہِ جدید شأعری ہُنٛد تھٔکنُن لایق حصہٕ چھُ تہٕ یتھ تَمو سارِوٕ ے حسینی عقیدت مندو پٔتِم مہٕ نِصف صدی دوران بٔرٕژر کوٚر یِمَن منٛز مسلمان شأعرو علاوٕ واریاہ غأر مُسلم سخن ور تہٕ شأمِل چھِ۔ دینا ناتھ نادم، پتامبر ناتھ درفانی، جگناتھ سنگھ دلگیر، اوتار سنگھ چندن تہٕ پریم ناتھ شاد ہوٕ کأشرٕ شأعرو دیُت کأشرِس مرثی ادبس واریاہن تخلیقی شاہکارن ہٕنٛدِس صورتس منٛز واریاہ کینٛہہ۔ ژٕرِمس دورس منٛز چھےٚ ترٕیمہِ دورٕچ طویل مقام بند مرثی تمے اندازِ کٔشیرِ منٛز حضرت امام حُسین علیہ السلام سٕنٛزِ عزادأری ہُنٛد عوأمی ذٔریہِ بٔنِتھ جأری، تکیاز مقام بنٛد مرثی چھےٚ بحر و عروٗض، قافیہِ رٔدیف تہٕ وَزن یا نے موسیقی ہٕنٛز مقام بندی کِنی کٔشیرِ منٛز تہٕ کٔشیرِ نیبر حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛزِ عزادأری ہُنٛد سٕہ موثر تہٕ مقبوٗل عوأمی ذٔریہِ یَتھ منٛز جوش، ولولہٕ تہٕ غمُک اَکھ بے پناہ تاثر چھُ۔

1947ءپٔتھ یِمہٕ کوٗششہِ کأشرِ مرثی ہُنٛد علمی، ادبی تہٕ دیٖنی سرمایہِ وَنہِ کڈنہٕ تہٕ رٔژھراونہٕ خأطرٕ کینٛژ ونو جوانو تہٕ بُزرگو انفرأدی طور جأری تھاوِ تِمو ئتِ گیہِ کأشرِ کلاسیکی مقام بند مرثی ہٕنٛز ادبی اہمیتھ واریاہس حدس تام نٔنٛر۔ اما پوٗز یِہ عظیم الشان علمی، ادبی تہٕ دینی اثاثہٕ پوٗرٕ پأٹھی محفوٗظ کرنہٕ تہٕ یہِ سوٗرُے مواد چھاپ کرنہٕ خأطرٕ آونہٕ متعلقہٕ سرکأری ادارن تہٕ غأر سرکأری

تنظیمن ہنٛدِ طرفہٕ از تام کانٛہہ قدم تُلنہٕ۔ کأشرِ مقام بند مرثی چھےٚ ونہٕ تہٕ کٔشیرِ منٛز حضرت امام حسین علیہ السلامن ہنٛزِ عزآ داری ہُند اہم تہٕ بوٚڈٕ ذٕ ریہ۔ تہٕ کٔشیرِ علاوٕ دُنیاہِچ کیٛن گوشن منٛز خاص کر ایران، پاکستان تہٕ عرب ملکن منٛز روزن وألی کأشرؠ تہِ چھِ کأشرِ مرثی ہُند یہِ عظیم فن شہدائے کربلاہن ہنٛزِ ماتم دأری منٛز کٔشیرِ ہندی پأٹھی ورتاوان تہٕ اَتھ لول بران۔

کأشرِ مقام بند مرثی ہنٛدی ادب پارٕ چھِ قلمی بیاضن ہنٛدِس صوٗرتس منٛز ذأکر خاندانن تہٕ باقٕے لُکن نِش محفوٗظ، پوٚز وَکھ گذرنس سٟتی چھِ یِم مسوٗدٕ از تہِ کاکذ کیٛمی کھوٚوان۔ اگر یہِ موٗلُل مواد، محفوٗظ کرنہٕ خأطرِ جلدی کینٛہ کرنہٕ آو نہٕ تیٛلہِ گژھِ سون یہِ بوٚڈ علمی تہٕ دیٖنی سرمایہ رَسہٕ رَسہٕ ختم تہٕ اَمہِ خأطرِ چھِ أسی پانے ذمہٕ وار۔ تکیازِ سرکأری ادارٕ تہٕ ادبی تنظیمہٕ ہکن نہٕ تہِ کٔرِتھ یہِ اَسہٕ پانہٕ چھ کرُن۔ یہِ چھُ نہ صرف علمی تہٕ ادبی سرمایے یوت بلکہِ یہِ چھُ سون دیٖنی اَثاثہٕ تہٕ اَتھ اثاثس رأچھی کرُن چھُ اَسہِ اَکھ دیٖنی فرض تہِ۔ اِوَکِنۍ چھُ کأشرِ مقام بند مرثی ہنٛدٕ بن عقیدت مندن تہٕ اَتھ سٟتی رۄحأنی واٹھ تھاون والین لُکن تہٕ تنظیمن ونڈ بأزی اکہِ طرفہٕ ترأوِتھ پنُن یہِ عظیم دیٖنی سرمایہِ رٔژھراوُن یُس وقتُک بوٚڈ تقاضہٕ چھُ۔

کأشرِ زبأنی منٛز چھ رثأیی ادبُک ذٕ سلابہٕ دستیاب موادکس بنیادس پٮ۪ٹھ 1392 عیسوی منٛز سید یوٗمت یٮ۪لہِ زَن انگریزی زبأنی منٛز Elegy تخلیق کرنُک سلسلہ 1630 عیسوی منٛز Milton ملٹن سٟنز مشہورِ عالم Elegy-

Lycidasۍ ستۍ گو تمہٕ پتہٕ گٔر Mathew میتھیو آرنالڈن Thyrisis تہٕ

Tennyson (ٹینی سنن) In Memorium ہشہٕ معرکتہ

الآرا Elegy تخلیق ییمہٕ ستۍ یہٕ ثابت چھ سپدان زِ انگریزی زبأنی منز چھ

رثأیی ادبُک آغاز کأشرِ زبأنی منز رثأیی ادبکہٕ باقأعدٕ آغازٕ لگ بھگ 230 ؤری

پتہٕ سپد یومُت۔ یہٕ کتھ نظرِ تَل تھأوِتھ چھُ کأشُر رثأیی ادب دنیاہ کیٚن قدیم تہٕ عظیم

کلاسیکی رثأیی ادب پارن منز سرس۔

عربی زبأنی ہٕند بن بہلہٕ پایہٕ مرثی نگارن منز چھِ خنّاؔ تہٕ مُتمّم گوڈٕ کاٹکی

سرکردٕ مرثی نگار۔ عربی زبأنی منز چھِ شاہ ولایت حضرت علی مرتضیٰ علیہ السلام

سٕنز سو مرثی اکھ شاہکار مانہٕ یوان، یوسہٕ تِمو سرکارِ دو عالم حضرت محمد مصطفیٰ صلی

اللہ علیہ وآلہٖ وسلمن ہٕندِس وفاتس پتہٕ وٕنی مژ چھے۔

کربلایس واقعہس پتہٕ گو مرثی وننگ سلسلہٕ میدان کربلا پیٹھے شروٗع

تِکیازِ حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ تہند بن جگر پارن تہٕ فدا کارن ہٕندِس

شہادتس ستۍ گومأدانِ کربلاہس منزٕ ے خاندانِ رسول الثقلینؐ کیٚن أسیرن

ہٕندِ ذٔریہٕ عزاداری ہُنٛد آغاز۔ کربلاہکہٕ واقعہٕ پتہٕ ہیٚژ اہلبیت اطہارؑ وعلاوٕ آل

رسولنؐ ہٕند یو مُحِبو تہٕ مرثی وٕنہٕ، یِمن منز کربلاکیٚن ظُلمن وٕ کھنۍ کرنہٕ أس یوان۔

سدیف بن میمونؒ تہٕ عبداللہ بن الاحمرؒ چھِ تِم بُلند پایہٕ عربی شأعر یِمو

واقعۂ کربلا پتے حضرتِ امام حسینؑ تہٕ کربلاکیٚن پایہٕ بڈٕبن شہیدن ہٕندِس

ماتمس منز مرثی لیچھ۔ کمیت بن زید اسدیؒ ، ابوعمارہؒ ، جعفر بن عفان تہٕ

ابوزہیل وہبؔ چھِ تم پایہٕ بٔڈی عربی مرثی نگار یمو کربلا کِس واقس پٮ۪ٹھ بے
شمار شاہکار مرثی تخلیق کرِ۔ عربی زبانِ پتہٕ چھِ فارسی زبان دُنیا چن بجن زبانن منٛز
شامل۔ فارسی زبانِ منٛز چھ حضرتِ امام حسینؑ تہٕ کربلاکین شہیدن ہنٛز
مرثی بٔڈس پیمانس پٮ۪ٹھ لیکھنہٕ آمٕژ۔ فارسی زبانِ منٛز چھُ فرحائیؔ گوڈنیک شاعر
یٔمی اَتھ زبانِ منٛز کربلاہُک مرثیہٕ دَس تُل۔ مشہور سُنی عالم کمال الدین مُلا حسین
نقشبندیؔ چھُ فارسی مرثی نگارن منٛز سبٮ۪ٹھاہ تھوٚد مقام تھاوان، یٔمی اعلیٰ معیارچہٕ
کربلاہُکی مرثی تخلیق کرِ تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛز عزاداری
سبٮ۪ٹھاہ عروٗج دیُت۔

فارسی زبانِ ہُند مشہور شاعر ملا محتشم کاشیؔ چھُ فارسی مرثی نگارن منٛز عالمی
سوٚتھرس پٮ۪ٹھ اکھ عظیم شاعر گنٛزراونہٕ یوان یٔمی پننِس مخصوص اندازس منٛز
واقعہٕ کربلاہس پٮ۪ٹھ مرثی لیٚچھ۔ مُلا محتشمؔ سٕنٛز فارسی مرثیہٕ چھِ کٔشیرِ منٛز تہٕ مشہور
تہٕ بٔڈ گامِکس امام بارس چھ محتشم سٕندِ کلامُک واریاہ بند نقاشی سٕتی لیکھتھ یمن منٛز
واقعہ کربلائُک پُر اثر اندازس منٛز پیش چھُ کرنہٕ آمُت۔ محتشمؔ مرحوم سٕندی تہٕ تھی
لافانی کربلاہُکی مرثی مصرعہٕ چھِ کٔشیرِ منٛز سبٮ۪ٹھاہ مقبوٗل ۔

؎ زان تشنگاں ہنوز بہ عیوق می رسد
فریاد العطش ز بیابان کربلا (محتشمؔ)

فارسی پتہٕ چھُ اُردو زبانِ منٛز ساریوے کھوتہٕ گراں قدر ادبی سرمایہٕ اُردو
مرثین ہٕنٛدِس صورتس منٛز یتھ منٛز میر انیسؔ تہٕ مرزا دبیرؔ سٕنٛز مرثیہٕ خاص پٲٹھی

سأری ہسے دُنیاہس منز مشہور تہٕ مقبوٗل چھےٚ ۔ اُردو زبأنی منز چھےٚ بہادر شاہ ظفرس پتہٕ مرزا غالبؔ ، علامہ اقبالؒ ، حفیظ جالندھری تہٕ فیض احمد فیضؔ تہٕ موجوٗدٕ دورٕکس اُردو سخن ور احمد فراز مرحومس تام تمام بڈٕ بوٗ شأعرو واقعہ کربلاہس پتھ شاہکار نظمہٕ لیچھمژ یمہٕ اُردو ادبُک موٗلُل سرمایہ تہٕ آبرو چھہٕ۔

واقعہٕ کربلا تہٕ امام حسین علیہ السلام سٔنز شہادت کأشرین مرثین ہنٛدِ ذٔری یہٕ ورٕ ھناوُنک تہٕ مجلسن اندر کأشرِ زبأنی منز مرثی پرنُک آغاز سپد کشیر منز چک دورِ حکومتہٕ پتہٕ۔ باجماعت طرٛیقس پتھ مرثی پرنس چھہٕ کأشری پأٹھی ''مجلس'' وَنان تہٕ مجلس چھےٚ وُہری وٕریس تہٕ خاص پأٹھی محرم الحرام کِین دٔہن[10] دوٕہن عوأمی سوٗتھرس پتھ منظّم یوان کرنہٕ۔ کربلاکس موضوعس پتھ مرثین ہنٛدِس وان فارمس تہٕ وژن فارمس منزٕلل دبد تہٕ شیخ العالمؒ سٕنٛدِ زمانہٕ پتھےٚ لیکھنہٕ آمٕتی واریاہ اہم نموٗنہٕ چھہٕ کأشرِ مرثی ہُنٛد تواریخ ناوٕ میانہٕ کتابہِ منز شأمِل ، یُس امہِ کتھِ ہُنٛد ثبوٗت چھُ زِ کأشر مرثی چھےٚ للہٕ واکھن تہٕ شیخہٕ شرُوکین ہتی بارسس آمٕژ ۔ تہٕ عوامس منز مقبوٗل سپد یمٕژ۔

یتھہٕ کٔنی گو کأشر زبأنی منز باقأعدٕ پأٹھی رثأیی ادبُک دور 1392 عیسوی پتہٕ شروٗع یُس أزی کس دورس تام شدومدٕ سان جأری چھُ۔

کأشر مرثیہ نگأری منز گراں بہا ادبی سرمایک بأڑو وُچھتھ تہٕ امہِ فنٕچ اہمیت تہٕ عظمتھ نظرِ تل تھأوِتھ کٔرمیأنی (شاہد بڈگامی) سٕنٛز کتاب ''کأشرِ مرثی ہُنٛد تواریخ''، کشمیر یونیورسٹی ایم ، اے اُردو تہٕ ایم ، اے کشمیر کس نصابس منز

شامِل تہٕ پنجاب یونیورسٹی لاہور پاکستان کہِ طرفہٕ ایم اے اِن کشمیری اسٹیڈیز
کِس نصابس منز شامل کرنہٕ علاوٕ آیہِ یونین پبلک سروس کمیشن دہلی تہٕ جموں و
کشمیر پبلک سروس کمیشن کہِ طرفہٕ I.A.S تہٕ K.A.S کِبن اعلیٰ امتحانی
نصابن منز شامل کرنہٕ۔ یتھہٕ کنی چھِ کاشرِ مرثی نگاری کاشرِ زبانی منز اعلیٰ
مقام پراوِتھ اکہِ تتھِ فن کہِ حیثیتہٕ ترقی ہندس منز لِس تام واژمژ یتھ نہ
صرف علمی سوٗتھرس پیٹھ تھوٗد مقام حاصل چھُ بلکہِ چھُس عوامی سوٗتھرس پیٹھ
تہِ باقی سارِوے کاشر بوشارٕ ژاژوکھوتہٕ جادٕ قبوٗل عام حاصل۔



# کأشرِ رثأیی ادبُک پۆت منظر
# موضوع تہٕ مواد

کأشرِ زبأنی منز یہِ کینژھا للؔ دبدتہٕ شیخ العالم ہِندِ زمانہٕ پٮ۪ٹھ سأنس دورس تام واقعہ کربلا تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام ہِندِ شہادت ہِکس موضوعس پٮ۪ٹھ موخصر (ژھوچہ) مرثی، مقام بند کلاسیکی مرثی، وان، نوحہ، حسینی نظمن، ژُمصراین تہٕ جدید شعری فارمن، آزاد نظمن تہٕ منظوم حُسینی فیچرن ہِندس صورتس منز کأشر بو شاعرو تخلیق کۄرمُت چھُ سُہ چھُ سانہِ رثأیی ادبُک اَکھ تیُتھ مولُل خزانہ یُس عالمی سۄتھرس پٮ۪ٹھ کنہِ تہٕ ترقی یافتہٕ زبأنی ہِندِس رثأیی ادبس مقابلہٕ أسی فخرٕ سان پیش ہیکون کٔرِتھ۔

کأشرِ شأرادبکس توأریخس سام ہینہٕ تلہٕ چھُ ننان زِللؔ دبدتہٕ حضرت شیخ العالم ہِندِ زمانہٕ پٮ۪ٹھ ازتام یہِ کینژھا مرثی ہِندِ رٔنگی لیکھنہٕ یاونہٕ آو تِتھ منز چھ پتی مین شٮ۪بن ہتن 600 ؤری ین منز شامہٕ بی بی ہِنز گٔنی مرثی قأبل ذکر یوسہٕ تمہِ حضرت شیخ نورالدین نورأنیؔ ہِندِس وفاتس پٮ۪ٹھ لیچھمٕژ أس۔ تمہِ پتہٕ چھ گُنہ گُنہ شاعر و یا موزون طبیعت لُکو پننین عزیزن ہِندس مرنس پٮ۪ٹھ کانٛہہ کانٛہہ مرثی لیچھمٕژ پۆز سُہ سورُے چھُ تیُوتاہ کم زِ تتھ چھنہٕ مرثی نگأری یا رثأیی ادبس منز کانٛہہ خاص اہمیت۔ یتھ گٔنی چھُ پتی موضوع ہتوٕ ری یو پٮ۪ٹھ واقعہ کربلا تہٕ سید الشہد حضرت

امام حسینؑ تہٕ تِہند بٕن جگر پارن تہٕ جان نثارن ہٕنز بے مثال شہادت کأشرِ
زبأنی منز رثأیی ادبُک مخصوص تہٕ بوٚڈ موضوع رٔودمُت۔ واقعہ کربلا
یوٚ دوٚے 1369 ؤری بروٚنٹھ رونما سپد یومُت اوس پوٚز اسلأمی دنیاہس منز
تہٕ کلہم پأٹھی سأری ہے عالم انسأنیتس منز چھُ سُہ واقع تیوٚت بے مثال زِ
پرٛتھ دورس منز چھُ اَمیُک وجدأنی، عرفأنی تہٕ رٔوحأنی بجر پرٛتھ حساس ذہنس
سبٕٹھاہ متأثر کران تہٕ یہِ چھ سخن ورن ہُنٛد سُہ ٹوٹھ موضوع یُس تِمن سأری ہے
دنیاہس منز وولہٕ ساوان رٔودتہٕ مُتأثر کران روزِ۔

عالمی توأریخُک یہِ سارِوے کھوتہٕ بے مثال دلخراش واقعہ سپُد یوو
61 ہجری منز۔ کربلاہکہِ واقعہ ہُک موخصر تفصیل چھُ یہِ زِ حضرت محمد مصطفیٰؐ
پیغمبرِ اسلام ہٕنزِ کورِ ہُنٛد نیچوٚ حضرت امام حسین علیہ السلام ابن علی مرتضیٰؑ اۭسی
دینِ اسلامکین تِمن اصوٗلن تہٕ قرآن مقدس کین تألیماتن ہٕنز پأروی کران
یِم سرکارِ دو عالم آنحضورؐ اُمتہٕ خأطرٕ ہیتھ آمتی اۭسی۔ انسأنی توارٟخُک ظألم
ترین حکمران یزید ابنِ معاویہ اوس عربُک بادشاہ بٔنِتھ تِمن اسلأمی اصوٗلن تہٕ
آنحضورؐ سٕند بٕن تألیماتن نہ صرف پھِرٕ تھٕر کران بلکہِ اۭسی تِمس آلِ محمدؐ اُچھ
منز کٕٹر باسان تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام سُنٛد وجود اوسُس پننہِ اقتدارٕ
خأطرٕ خطرٕ باسان۔ تِتھ زمانس منز اوس یزید اکھ تیُتھ بدکردار انسان تیٚمی ہٕند بو
غلط کارو ستی اسلأمی اصولن ہُنٛد حُلیہ اوس بدلاونہٕ آمُت تہٕ دُمشق شامس منز
اوس سُہ وقتُک اکھ ظألم تہٕ ڈکٹیٹر اسلام رٕکس ناوس پیٹھ حکومتھ کران، سُہ اوس

حضرت محمد مصطفیٰؐ سٕندِ دینٛک طریقہٕ بدلاو۪تھ اِسلام کٮ۪ن اصولن ہٕنز تحریف کران ۔ یزید سٕنز حکومتھ اٲس اِسلام کِس ناوس پٮ۪ٹھ اسلامچ شکل بدلاو۪تھ اَمکۍ موٗل پژ اٹان ۔ حضرت امام حسین علیہ السلام اوس مدینہ پاکس منز اہلبیت اطہارٕ ہیتھ محوِ عبادتِ الٰہی ۔ تمۍ آے کوفہٕ کٮ۪ن لُکن ہٕندِ ذٔری یہِ دعوتھ دِتھ کربلا ( عراق ) اَنٕنہٕ ۔ تمہِ برونٛٹھ آو تُسٕند پِتُر بوے حضرت مُسلمؑ قتل کرنہٕ تہٕ پتہٕ ییٚلہِ حضرت امام حسینؑ پنٕن اہل وعیال تہٕ اصحاب ہیتھ عراق ووت، سہ آو کربلا کِس سیکہِ صحراوس منز ذٔری یایہٕ فُراتس نکھہٕ یزیدی فوج کہ ذٔری یہِ رُکاونہٕ ۔ یزید اوس دمشق ( شام ) دارالخلافہ پٮ۪ٹھ اَتھ سٲری ہے سٲزِشہِ ہدایتھ کٲری کران ۔ تمۍ کوٚر کوفہٕ شہرِ کِس گورنر ابن زیادس ہدایتھ زِ سُہ ہیٚیہِ حضرتِ امام حسین علیہ السلامس یزید سٕندِس اَتھس پٮ۪ٹھ بیعت ۔ ابن زیادن سوز فوجُک کمانڈر عمر ابن سعد تہٕ شمر کربلاہکِس سیکہِ صحراوس منز اکھ بوٚڈ بارٕ فوج ہیتھ حضرت امام حسین علیہ السلامس بُتھِ ۔ حضرت امام حُسین علیہ السلامس تام واتہٕ نو وعمر سعدن یزید سُند پٲغام زِ حضرت امام حسینؑ گرِن یزید سٕنز بیعت نتہٕ روٗزِن قتل گژھنہٕ خاطرٕ تیار ۔

سبط رسول خداؐ امام عالی مقامؑ کتھٕ پٲٹھی کرہن یزید سٕنز بیعت ۔ تمن آو کربلا کِس مٲدانس منز اٮ۪ندی اٮ۪ندی ساسہٕ واد فوجُک گھیر کرنہٕ تہٕ آب بند کرنہٕ ۔ تربن دوہن ہٕندی تریشہِ ہٮ۪تی تہٕ بوچھِ ہٮ۪تی پیغمبر آخر وزمان حضرت محمدؐ مصطفےٰ سٕندِ خانہٕ وادٕکۍ خانہٕ ماٹۍ آے ڈٔہی مہِ محرم 61 ہجری منز کربلا کِس تتھ

سیکہِ صحرا وس منز تمہِ بے دردی سان شہید کرنہٕ تیٚچ مثال تأریخ عالمس منز میلان چھنہٕ۔ حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ تِہندی 72 (ہمراہ) بأے، گبر، رِشتہٕ دارتہٕ اصحاب حضرت عباس علمدارؑ، حضرت علی اکبرؑ، حضرت قاسمؑ، حضرت حبیبؑ بن مظاہر، حضرت اوسجہؑ، حضرتِ بُریر، حضرت زبیرؑ تہٕ باقٕے جان نثار آے نہ صِرف اکہِ اکہِ مختلف طریقو قتل کرنہٕ بلکہِ تِہند بن نازنین بدنن پیٹھ آے گُری دور ناونہٕ تہٕ تِمن آے سر ژٹنہٕ تہٕ نیزن کھارنہٕ۔ حضرت امام حسینؑ سُند شیر خوار نیچو حضرت علی اصغرؑ آو تریشہِ ہوٚت لمالٕی سِند بن اَتھ پیٹھ تیرٕ ستی شہید کرنہٕ۔ آلِ محمد مصطفیٰؐ آے زٕنجیرِ گنڈِتھ گرفتار کرنہٕ تہٕ تِہند بن خمن آو نار دِنہٕ۔ حضرت امام زین العابدینؑ (حضرت امام حسینؑ سُند فرزند) اوس بیمار، اَوٕ کِنی رُد صرف سُے اکھ بالغ مرد کاروانِ حُسینی منز زِندٕ۔ حضرت زینبؑ (حضرت علیؑ شیرِ خداؑ سِنز کور) تہٕ باقٕے خاندانِ نبوت چہِ عصمت مآب تہٕ پردٕ دار زنانہٕ تہٕ معصوم شُری آے یزیدی فوجہِ ذٕری یہِ کربلا ہہ پیٹھ شام (دمشق) یرغمال بناوِتھ نِنہِ وانہٕ پردٕروٗس شہرِ شہرٕ کوچہِ بازرومنزی پکہٕ ناونہٕ۔ آلِ رسولؐ ہِندِس اَتھ بےبس تہٕ غم زَدٕ کاروانس بروٚنہہ بروٚنہہ اٚسی یزید ابن معاویہ سِندی حوأری حضرت امام حسینؑ (نواسہ رسول خداؐ) تہٕ کربلا ہکین باقٕے شہیدن ہِندی سَر نیزن پیٹھ پکہٕ ناوان تہٕ آلِ احمدنؐ ہُند سُہ کاروان واتہٕ نوٗ کھ یزید سِندِس دربارس منز دُمشق ییٚتہِ تِم واریاہس کالس یزید سِند بن جیلخانن منز بند تھاونہٕ آے۔

تأریخ چھُ گواہ زِ سرکارِ شہادت حضرت امام حسینؑ تہٕ کربلاہکین شہیدن
ہنٛز عزاداأری گیہٕ مأدان کربلاہس منٛزے شوٗرٕ تہٕ اہلبیت اطہارؑ کوٚر
عاشوٗرک دوہ ہے ماتم دأری ہُنٛد آغاز۔ شیر خداؑ حضرت علی مرتضیٰؑ تہٕ خاتون
جنّت حضرت فاطمہ زہراؑ سٕنٛز کوٗر حضرت زینبؑ سلام اللہ علیہا أس آلِ محمد
مصطفیٰؐ صلعمن ہنٛدِ غمزدٕ تہٕ دوکھہٕ لد کاروانٕچ سربراہ۔ تمو سنبھألی نہٕ صرف یتیم
شُری تہٕ دوکھ لد خاندانٕ یوت بلکہِ بےٚ سٔتھ خاندان نبوتؐ کس اَتھ
کاروانس ٕستی کوٚر تمو شہرٕ شہرٕ کربلا ہہ پٮ۪ٹھ شام (دمشق) تام حضرت امام
حسین علیہ السلام سٕنٛدِ الٰہی پأغامُک سبٹھاہ عزمہٕ سان تشہیر تہٕ تمن پیو
شیر دِل خاتونؑ ناو۔ یزیدی سیاسٕتٕچ ناکأمی گیہٕ شہادتِ حضرت امام حسین علیہ
السلام پٮ۪ٹھے شوٗرٕ۔ یتھے فرزند رسول مختارؐ سٕنٛدِ قتلٕچ تشہیر سپٕز جایہِ جایہٕ کٔر محبان
اہلبیت اطہارؑ ماتم دأری شوٗرٕ تہٕ یُہے ماتم دأری بنیہٕ یزیدیت فنا
گژھنُک بأعث۔

یِیلہٕ خاندان رسول مختارؐ کی أسیر کربلا ہہ پٮ۪ٹھ یزید سٕنٛدس دربارس منٛز
دُمشق وأتی، یزید ابن معاویہ سٕنٛدِس مجلس منٛز ٹُل خاندان معاویہ چوزنانو
ودنس ہیٚ تہٕ تمو کر اہلبیتن نِش بہتھ حضرت امام حسین سٕنٛدس شہادتس پٮ۪ٹھ
ژگریہٕ زأری تہٕ نوحہ خأنی، یمن منٛز یزید سٕنٛز آشِنۍ "ہندہ بنت عبداللہ" پیش
پیش أس۔ سو أس تمہِ پتہٕ ہمیشہِ حضرت امام حسینؑ سٕنٛدِ قتلُک ماتم کران تہٕ
خاندان اموی یکی سٔر کرِدُلکھ آسی یزید سٕنٛدِس دربارس منٛز حضرت امام حسین

علیہ السلام ہنٛدِس یادس منٛز دلدوز شار پران یم یزیدس گرِ گرِ بوزٕنی پئو ان اۄسی
یٚیمہِ ستی تس مسلسل ذہنی عذابن نال وۄلمت اوس۔

اہلبیت اطہارو تھاو عزاداری جاری تہٕ اَمہِ پتہٕ گیہ عربس منٛز حضرت
امام حسین علیہ السلام سنٛز ماتم داری لوکن منٛز تہٕ عام۔ یزیدی حکومتن تہٕ
اموی حاکمو کٔر عزاداری بند کرنچ سبٹھاہ کوشش تکیازِ حضرت امام حسین
علیہ السلام سنٛدِ شہادت کہ تشہیر ستی اوس اصل حقیقتس پردٕ وۄتھان۔ پوز
عزاداری رۄز ہُران تہٕ حُسینی پزُرک پرچار کران۔ اہلبیت اطہارٔ تہٕ اۄسی
مرثیہ ونان تہٕ باقیٚ شاعرو تہٕ ہیٚژ مرثی وَنٕنہِ۔ کربلایی مرثی ہُنٛد سلسلہٕ گو
عربس منٛز شروع تہٕ ایران تہٕ برصغیر پٹھ ووت کشیرِ تام۔ یتھہٕ کٔنی آو کاشرِ
زبانی منٛز رثایی ادب بارسس۔

کاشرِ زبانی منٛز چھُ رثایی ادبس اکھ بوڑ امتیاز یہِ زِ امیُک تواریخ چھُ
شیٚن ہتن وری ییٚن پٹھ محیط تہٕ اَتھ منٛز چھ اعلیٰ ترین شہپار تخلیق کرنہٕ آمتی۔

کاشرِ زبانی منٛز چھ رثایی ادبُک یہِ بوڈ خزانہٕ کاشرِ مرثی نگاری ہنٛدبن
ژورن دورن منٛز بارسس آمُت۔ اتھ چھُ مواد تہٕ تکنیک کہِ اعتبارٕ باقی
سارِنے شارٕ ذاژن پٹھ فوقیت۔ یہِ چھُ معیاری ادبکی تم ساری تقاضہ پورٕ
کران یم کُنہِ تخلیقی شاہکارس معیاری ادب بننہٕ خاطرٕ ضروری چھِ۔

''معیاری ادب گوسہ ادب یُس یتھ زمانس منٛز قبولِ عام حاصل کرنہٕ
علاوٕ تمہِ زمانہٕ کیٚن دانشورن تہٕ ناقدن تہِ ٹارِ کھسِ یتھ زمانس منٛز سہ ادب پادٕ آسہِ

گۆمُت ، تہٕ پننہِ زمانکہِ یم سأری تقاضہٕ پورٕ کرِتھ واتہٕ بییَن زمانن تام۔ سُہ کرِ
پننہٕ والِبن زمانن منز تہٕ لگن روٗحأنی آسودٕگی عطا تہٕ تمیُک اعلا مضموٗن تہٕ
تمیُک فلسفہٕ روزِ زندگی ظأہری تہٕ بأطنی طور وولساوان۔"

یہِ چھُ معیأری ادب تہٕ ادبی شہپارن متعلق سُہ معیار یُس اہلِ نظر و مقرر
کوٚرمُت چھُ۔

یییلہِ تنقیدی کھوچہِ پیٹھ اُسی یتھ کالہِ پیٹھٕ از تام ژورن دورن منز تخلیق
کرنہٕ آمُت کأشر رثأیی ادب پرکھاوون، اَسہِ ننہِ صاف پأٹھی زِ اَتھ منز چھِ
معیأری ادبکہِ بہترین نموٗنہٕ موجود اَمیُک اکثر حصہٕ چھُ سُہ معیأری ادب یتھ کُنہِ
تہِ ترقی یافتہٕ زبأنی ہندِ ادبی شہپارن سٟتی موازنہٕ کٕرِتھ اَسہِ فخر محسوس گژھِ۔

کأشر رِثائی ادب چھُ کأشرِ زبأنی ہُند باگہِ بوٚرُت تہٕ موٗلُل سرمایہ۔
اَتھ منز چھےٚ کردار نگأری ہنز سبٹھاہ تھٕز ہُنر پیش آمٕژ کرنہٕ۔ کربلاہُک المیہ
وبٕژھناونہٕ خاطرٕ یزیدی ظألمن ابن زیاد، عمر ابن سعد، شُمر ذی الجوشن، خولی،
تہٕ حُرملَ ہٕندی خوانخوار تہٕ ظألم کردار تہٕ حُسینیؑ مجأہدن حضرت ابوالفضل عباسؑ
علمدارِ کربلا، حضرت علی اکبرؑ ، حضرت قاسمؑ ، شیرٕ خوار حضرت علی اصغرؑ ،
حضرت زینبؑ شیر دِل خاتون، حضرت سکینہؑ، حضرت شہر بانوؑ، حضرت زین العابدینؑ
بیمارِ کربلا، حضرت حُرؑ ، حضرت حبیب ابن مظاہرؑ ، حضرت اوسجہؑ ، حضرت بریرؑ
تہٕ باقٕے شہیدان کربلاہن ہٕندی عظیم کردار چھِ تمہٕ اعلا فنکأری ہٕتی پیش
کرنہٕ آمٕتی ، یوسہٕ بے مثال چھےٚ۔ شاید چھنہٕ دنیاہ چین باقی زبانٕن

منز انیس تہٕ دبیر سٕنز وٲردو مرثیو ورٲے کردار نگٲری ہُند سُہ اعلیٰ معیار نظرِ گژھان یُس کٲشر بو مرثی نگارو قٲیم چھُ کوٚرمُت۔

کٲشرٮ۪ن مرثین منز یوسہٕ کردار نگٲری نظرِ گژھان چھےٚ سو چھنہٕ Greek Tragedies یونٲنی المیہ کردار تہٕ انگریزی ادبہٕ کٮ۪و المیہ کردارو Representative Tragedies of English Literature نُمایندٕ المیو نشہٕ کنہٕ صورتس منز کم، بلکہٕ یٮ۪یلہ أسی Marlowe مارلو سُند کردار، Dr. Faustus، شیکسپیر سُند کردار Macbeth میکبتھ تہٕ لیڈی میکبتھ Lady Macbeth ہیملیٹ Hamlet ایاگو اوتھیلو کِنگ لیر Kinglear تہٕ ایڈمنڈ Edmond کٲشرِ مرثی منز باونہٕ آمتٮ۪ن حُسینیؑ جانبازن تہٕ المیہ کردار ن تہٕ یزیدی ظٲلم کردارن Evil Characters سٕتی موازنہٕ کرنہٕ یمو اَسہٕ نَنہٕ صاف زِ ترٚیمہٕ دورٕ چھن مقام بند کٲشرٮ۪ن مرثین تہٕ کینژَن جدید حسینیؑ نظمن تہٕ منظوم حُسینی فیچرن منز چھِ کٲشر بو تخلیق کارو مقٲمی سانچن منز یم کردار سٕبٹھاہ ووستہٕ کٲری سان پیش کٔرتھ یہ ثابتھ کوٚرمُت زِ کٲشرِ مرثی ادبکی یم المیہ تہٕ ظٲلم کردار Tragic Characters تہٕ Evil Characters چھِ عالمی شہرت کٮ۪ن تیتھِ نے کردارن ہٕندی پأٹھی کردار نگٲری تہٕ فنکٲری ہٕندی اعلاترٮ۪ن نموٗنہٕ یم عالمی معیار چھن دویمن زبانٮ۪ن منز عالمی ادبک اعلیٰ ترین حصہٕ مانہٕ چھِ یوان۔ مگر وُنستام چھنہٕ کٲشرِس ادبس منز کردار نگٲری ہٕندِ امہِ عظیم فنچ عظمت ننٕی کڈنہٕ آمٕژ۔

یہ چھُ مانہٕ آمُت زِ کٲشرِ زبأنی ہُند وجوٗد چھُ ساسہٕ وادٕ ری برونٹھ تہٕ

تحریری صورتس منز اوسمت۔

ژودأہمہِ صدی عیسوی منز چھُ لل دیدِ پتہٕ کأشر شعری ادب موجوٗدٕ صورتس منز بروٗنہہ کُن آمت۔ نتہٕ منز چھُ ہمہِ 12 صدی عیسوی منز گوڈنچ کأشر کتاب ''مہانے پرکاش''، ششی کنٹھن شاردرسم الخطس منز لیچھمٕژ۔ کأشرِ مرثی آیہ کشیرِ منز اِسلام واتنس ستی وجوٗدس۔ اگر چہ امہِ کس فارمس منز تبدیلی یوان روزٕ۔ مگر یہ تبدیلی آیہ ترقی ہندِس صوٗرتس منز رَسہٕ رَسہٕ بروٗنٹھ کُن۔

کأشر مرثی روز پتھ کالہٕ پتہٕ از تام اجتماعی طور کشیرِ ہندبن لچھِ بدبن لُکن ہنز سبٹھاہ ٹاٹھ صِنف تہٕ اَتھ روٗد عوام پانہٕ ناوان تہٕ امہِ ستی روٗحانی تسکین تہٕ حُسینیؑ ماتمک ولولہِ پانس منز پأدٕ کران۔ یتھہٕ پأٹھی گو کأشرِ مرثی ہندِس صورتس منز کأشرس رثائیی ادبس اَتھ حدس تام قبوٗل عام حأصل زِ لچھِ وادلکھ چھِ کأشرِ مرثیہ وژھِ وأنجہِ وُہرِ وٕری یس لول بھران۔ کأشرِ مرثی چھِ نہٕ صرف برِ صغیر ہند تہٕ پاکستانس منزے مقبوٗل بلکہِ چھےٚ ایران تہٕ عرب مُلکن منز تہٕ کأشر ہو اَچھ عظمتھ واتناوہٕ تہٕ یمن مُلکن منز تہٕ چھےٚ کأشر زبأنی منز کلاسیکی مرثیہ عزادأری منز شأمل کرنہٕ آمٕژ۔

کأشرِ زبأنی ہندِس بیہِ کُنہِ تہِ صنفس چھنہٕ اِجتماعی طور عوامن سرپرستی کرمٕژ تھِ کُنی کأشربن مَرثین کرنہٕ یوان چھےٚ۔ کأشرِ مرثی ہُند یہ عوأمی ادب چھُ زمانہٕ کِنی وَرٕ پھیروتہٕ حأرٕ ثاتو باجود عام لُکو سینہٕ بہ سینہٕ تہٕ قلمی بیاضن پتھ وُنستام ہتہٕ بدبو وٕری یو پتہٕ رٕژھروومت۔

ۂ سیاب مواد مطابق گوو کاشرِ مرثیہِ ہنٛد تخلیقی سلسلہ واکھن ستی ستی باقاعدہ پأٹھی شروع۔ مرثی ہنٛز صنف پٔج مسلمانن ہنٛدِ عقیدتی ادبکہِ حیثیتہٕ للہ واکھو کھوتہٕ زیادٕ تیزی سان برونٹھ۔

حضرت شیخ العالمؒ سٕندی ہوی شرٛو کرتہِ ہیوٚک نہٕ تمن پتہٕ کانٛہہ شاعر تمہِ اندازٕ لیکھتھ تہٕ نہٕ آیہِ تتھ منٛز کانٛہہ تبدیلی کرنہٕ۔ اگرچہ کاشری لُکھ نُنٛدٕ ریشی سٕندی شرٛو کی مقدس زانتھ پتھ کالہٕ پٔٹھ پران رٕودی تہٕ روحانی تسکینکی بہترین ذٔری یہِ بٕنتھ یم معیاری ادب پارٕ ازتہِ سیٹھاہ مقبول چھِ، پوٚز کاشرِ مرثی رٕودعوامی زِندگی منٛز شرٛکس مقابلہٕ زیادٕ عمل دخل۔ کاشر مرثی روز نہ صرف امامبارن، مرثی گُٹھبن، دیوان خانن، عزاداری جلوٗسن تہٕ مجلسن منٛز کاشرین لُکن زبانی پٔٹھ، بلکہِ رٕوز لُکہٕ ادب بٕنتھ نینٛدٕ ڈوربن، اِنکہٕ دَجن، کھہن تہٕ کھلن منٛزتہِ گربزان۔

ربوایتی وٕژُن تہٕ غزل تہِ ہیکی نہٕ اَتھ سلسلس منٛز مرثی ستی کانٛہہ مقابلہٕ کٔرتھ، یوٚ دوٚے وٕژن تہٕ غزل کاشرِ گبونٛک روح چھُ۔ کاشرِ شاعری تہٕ ادب کِس توارتخس منٛز چھنہٕ شاید مہجورتہٕ محموٗد شہری سٕنٛز مثالہِ ورأے بیٚیہٕ کانٛہہ مثال نظرِ یوان ییلہِ کانٛسہِ شاعرس کانٛسہِ گلوکارٕ سٕندِ باپتھ گوٗن بأتھ لیکھنٕک استدعا کرنہٕ آمٕت آسہِ۔

یہِ فخر چھُ صرف کاشرِ مرثی حاصل۔ پتھ کالہِ تہٕ اَسی ووستاد مرثیہِ نگار شاعرن نہ صرف بڈی بڈی ووستاد ذاکرٕ نو مرثیہِ لیکھنہٕ خاطرِ پتہٕ پتہٕ پھیران

بلکہِ اُسی شاعرن نوِ مرثی لکھنہٕ خاطرٕ عام لُکھ تہٕ برابر پادن پوان۔ اکثر مرثی چھےٚ اَمے قسمکہِ عوأمی استدعاہٕ پتہٕ یِمو ووستادو تخلیق کرِمژ۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ وَننہٕ لایکھ زِ ازکل تہِ چھُ نوحہ تہٕ جدید مرثیہِ لکھن والین شاعرن وُہری وُہری یس عام حسینی عاشق واقعہ کربلاہس متعلق تہندی نوی نوی تخلیقات حاصِل کرنہٕ خاطرٕ تِمن نِش واتان تہٕ تہند کلام حاصل کٔرِتھ محرم الحرام کین دوہن سُہ عقیدتہٕ سان مجلسن منز پران۔ اَتھ سلسلس منز چھ یہِ کتھ تہِ وَننہٕ لایق زِ بڈگامہِ کین سالانہٕ حسینیؑ مشاعرن ٔبلکہِ باقی عام حُسینی مشاعرن منز چھ حُسینیؑ عاشق شعرائے کرامن ہنزن یِمن حُسینیؑ نظمن ہندی نقل سبٹھاہ اشتیاقہٕ سان حاصل کران یِمہٕ حُسینیؑ نظمہٕ تِمن وجدس منز انان چھےٚ۔ مرحوم فارق بڈگامی، پروفیسر رحمان تہٕ پروفیسر نسیم شفایی ہنزن حُسینیؑ نظمن چھُ اَمے قسمُک قبوٗلِ عام حاصِل۔

حضرت امام حسینؑ سنز عزاداری تہِ چھےٚ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ بڈان تہٕ تِتھین تخلیقاتن ہنز عوأمی منگ چھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ ہُران۔ یہِ چھُ کأشرِ رثأیی ادبکہِ قبوٗلِ عامُک اعجاز یتھ پٹھ کأشرِ زبأنی فخر چھ۔

کأشرِس رثأیی ادبس یانے اَمہِ کِس تتھ حصس یتھ کأشر کلاسیکی مرثی نگأری وَنان چھِ چھُ عالمی سوٗتھرس پٹھ پنُن آہنگ تہٕ انہار۔ اَمِچ عظمتھ تہٕ اہمیتھ نَنہِ صرف کینژ ونموٗنو ستی۔ حکیم عظیم سنز مشہور مرثی ''کتاب'' چھےٚ حمدٕ پٹھ دَردس تام لفظہٕ ژاآرِ، استعارو تہٕ تشبیہو تہٕ خیالن ہندِ بے پایان وُسعتہٕ کنہِ

اکھ عظیم تخلیق۔ نمونہ چھِ حمدٕ کِ یم شار:۔

یا اللہ کرتم فضلا کرٕ حمد ہہٕ کتاب
تھاوتم قبوٗل ہٕدی یہِ شُکر ہمہٕ تائیما
مدرسہ معرفتہٕ سواد سپلیم روشن
موٗٹھمُت سبق الست گرٛدھِ ہسم بیپہٕ گوشن
نٕتہٕ مےٚ ہیوٗ نادان ثنا چاٲنی ونہٕ نس انہِ کتہِ تاب
آسم نے چونٕے ہدایت علیما
بوٗزِتھ کاٲمل چاٲنی اوصاف پئن اندیشن
موٗخصر زونٛکھ مطول اَتہِ نہِ اندیشن

خدایس حمد کرنٕک یہِ انداز چھُ اکھ مُنفرد اندازٕ تہٕ کاشرِ زبانی منز اَمہِ قسمٕکی معنہِ ساوی ٕکفیات صرف کینژن لفظن منز پیش کرٕنی چھُ تخلیق کاری ہُند معراج۔

اَتھ مرثی منز چھِ دردٕکی یم مصرعہٕ کاشر شاعری ہنز عظمتھ تہٕ کاشرِ مرثی ہنز فنی اہمیتھ ننی کڈان۔

کرن کیاہ تہندِ ہے پارٕ جگرس کوٕفکی بے کتاب
ہوٗرہس حقِ تعلیم کیٚتھ رٕچھی ہس تعظیما
لٔدِ کھ سر نیزٕ رٕتکلن سبق شُر بن تہند بن جگر گوشن
ہٕدی یہِ یٔزٕی دٔس نیہِ شمرِ ذی الجوشن

کوٗفکی بے کتاب تہٕ پارہٕ جگرس چھُ نہٕ صرف وسیع مانے بلکہٕ یمن صرف کینژن لفظن منز چھِ کردار نگاری تمہِ انداز کرنہٕ آمژ یُس فنی حُسن تہٕ نزاکتُک بہترین نموٗنہٕ چھُ۔ کربلاکین معصُم شُرٮ۪ن ہٕندی سر نیزن کھارنس چھُ رتحلن پٮ۪ٹھ قرآنِ مقدس کین پارن ستی تشبیہ دِنہٕ آمُت تہٕ یزید سٕندِس ظُلمہٕ ایوانس منز قرآنِ مقدسکی یم پارٕ نیزن ہٕندٮ۪ن نوکن پٮ۪ٹھ ولتہٕ ناوٕنک تہٕ شُمر ذی الجوشن سٕندِ ذری یہِ یزیدس نش ہٕد یہِ رٕنگی ہُنگ دِلخراش منظر چھُ اکہِ طرفہٕ مرثیہٕ نگاری ہٕندِ فنُک اکھ بے مثال نموٗنہٕ تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ کینژن سیّدٮ۪ن تہٕ ساداتٕ لفظن منز کربلاہکین شہیدن قرآنِ مقدسکی رأچھی درتہٕ یزیدی ظالم بے کتاب ہاٗوِتھ اصل مضموٗن یانے مضموٗن کتاب ناو مرثی منز تخلیق کارن أکِس منفرد اندازس منز اصل موضوع ورٕتھناوٕنک اکھ بوٚڈ عالمانہٕ مظاہرٕ کوٗرمُت۔

اَمے مرثی ہٕندی نوم بنٛد چھِ وبداکھن ہٕندی اعلا نموٗنہٕ یمن قرآن مقدس یانے مرثی ہٕندِس اصل موضوٗعس تحت سبٹھاہ سرُن تہٕ وسیع مطلب نیران چھ:

کُنہِ یِی توم قرآن خانو
رَچھن میٚون چھوٕ نا ژٕتبس
ہیٚچھناٗوی توم زُو دانو
بَزٕ کیٚاہ کرٕ یتھ حسرتس
تیٚ با گرٕھیا با جانو
دَپکھ کوٗر ولتہٕ حضرتسؑ

کأشِر شاعری منٛز چھ کلٕہم پأٹھی پرٛتھ دورس منٛز پننہِ زمانچ تہٕ عوأمی زندگی ہنٛز عکأسی شعوری تہٕ غیر شعوری پأٹھی کرنہٕ آمٕژ ۔ یتھٕ کٔنی کأشرِ شاعری منٛزلل دیٖدِ تہٕ حبہِ خوتونہِ ہندی شارٕ کُنہِ کُنہِ جایہِ زمانکی عکاس بٔنتھ سمأجی نابرابری تہٕ ظلمس خلاف کأشرٕن ہندِ اجتمأعی احتجاجٕچ علامتھ چھےٚ بنان ۔ کأشرِ مرثی تہٕ چھےٚ گوڈٕ کالہٕ پیٹھ از تام کأشرٕن ہنٛز بے کسی تہٕ زندگی ہنٛزن محرومین ہنٛز ترجمان بٔنتھ عوأمی احتجاجٕچ صورتھ اختیار کران ۔ ییٚتہٕ کأشر مرثی بنیأدی طور یزیدی ظلم واستبدادس خلاف آواز بٔنتھ حسینیؑ بزرُک پرچار تہٕ ماتمٕک اظہار کران چھ روزمٕژ تہٕ چھےٚ کأشرِ مرثی وقتہٕ کنِہ ظُلمن تہٕ ظأٰلمن خلاف اکھ احتمأیی آواز بٔنتھ اکہِ انقلابٕچ تحریک دِوان روزمٕژ تہٕ زندگی ہٕنٛز سماجٕچہِ نابرابری ہنٛز صحی ترجمان بنیمٕژ ۔

مرثی ہنٛدِس دوٚیمس دورس منٛز چھُ خواجہ محمد فاضلؔ کٔشیرِ منٛز وو پرحکمرانن ہنٛدٕن سیأسی حربن تہٕ ظُلمن پرٕدٕ تُلان تہٕ عزادأری حضرت امام حسین علیہ السلامس پیٹھ اَتھ دورِ استبدادس منٛز پابندی متعلق اَکس مرثی منٛز یتھٕ کٔنی ونان :-

خلقو أسی کس ونو؟ کُس بوزِ؟

حضراتھ عأجز آیو

کینٛہہ دوہ کمُو باکہٕ دِمو

ودنس کُنہِ لٔب نہٕ جایو

ؤتھوفقیر پأٹھی نیرو جنگلن پھیرو

تتہِ شیرو ماتم سرایو[1]

پٔرتھ زمانس منٛز چھُ ادب ، مذہبی ، سیأسی ، سمأجی یا ذأتی مقصدو باپتھ ورتاونہٕ آمُت ۔ کأشرِ رثأیی ادبُک مقصد یُو دوٚے کربلاکین ظُلم ہنٛز وبرٛھنے کران کران اکھ خاص عقیدٕ بامل اُنن چھُ باسان مگر اَمیُک مقصد چھُنہٕ صرف أکِس عقیدس تام محدُود روٗدمُت ۔ یہِ چھُ سیأسی تہٕ سمأجی مقصد حأصل کرنُک اکھ ذٔریعہ تہِ بنیومُت ۔ اَتھ منٛز چھ سمأجی انصافُک مطالبہٕ تہٕ سیأسی انقلابُک آلو جایہِ جایہِ گربزان ۔ اَتھ منٛز ییٚتہِ اکہِ طرفہٕ کربلاکین ظُلمن ہنٛز باوتھ سبٹھاہ پُر اثر اندازس منٛز کرنہٕ چھےٚ آمٕژ تتہِ چھُ کربلاہ کین پایہِ بڈٕ ین شہیدن ہنٛدِ طرفہٕ ظلمس خلاف نبرد آزماسپدنُک تہٕ عزم تہٕ حوصلہٕ بییہِ کربلاکہِ انقلابُک تھزرتہِ بجر سبٹھاہ فنکارانہٕ اندازس منٛز عکساونہٕ آمُت ۔

سارِوٕے کھوتہٕ اہم کتھ چھُ سُہ بے پناہ ولولہٕ تہٕ جوش یُس کأشرِ رثأیی ادبُک روٗح چھُ ۔ ڈاکٹر محی الدیٖن قادری زور چھُ عزدأری منٛز ولولہٕ انگیزی متلق ونان :۔

”انسانس پزِ کُنہِ بےٚ تکلّف بُتھ دِلُک وشُو کڈُن ۔ نتہٕ چھُ مُمکن زِ سنجیدگی تہٕ بوشِ ؤڈراوِ تَس قنۆطیت چہِ شِنہٕ قبرِ منٛز ۔

---

[1] ماتم سرائے ۔ امام بارگاہ

محرم کین دوہن اوس اکھ انگریز فلاسفر حیدر آباد ک مشہور علمہٕ جلوس وُچھنہِ آمُت ۔ تمۍ وُچھ لُکھ بازرس منز وانو پیٹھٕ ووٚٹہٕ ترٛ اوان تہٕ رُدشرٛ انہن منز رَبہٕ تہٕ آبس منز یمن لیُتھ گژھان ۔ سُہ تہِ دوریوولُو کن ءستی علمہٕ جلوٗسس کُن ۔ اَتھ عوٲمی جوشس تہٕ حُسینیؑ ولوٗلس متلق کوٚرُن پنہٕنین جذباتن ہُند اظہار یِتھٕ کٕنۍ:۔

''بس یِتھے تُلہِ ترٛاوتہٕ جوش چھُ زندگی تازٕگی بخشان ۔ اَمہِ ءستی چھےٚ قومن منز کہالتھ تہٕ بزدلی دوٗرسپدان تہٕ قنوطیت نِشہِ چھُ بچِتھ ہبکانٕ''۔

کاشُر رثٲیی ادب چھُنہٕ صرف ماتمُک تہٕ سوگوٲری ہُند اکھ ذٔریے یوت بلکہِ چھُ قنوطیت ، نااُومیدی ، ظُلم ، استبداد تہٕ بےٚ حِسی خلاف پیٹھ کالہٕ پیٹھٕ ازتام لُکن وَلہٕ سواوان روٗدمُت ۔ کاشرس رثٲیی ادبس منز چھُ جایہٕ جایہِ حضرت امام حُسین علیہ السلام تہٕ اہلبیت اطہارؑ ہِندِ صبر و استقلالُک تہٕ بےٚ پناہ مُصیبتن ہُند مقابلہٕ کرنٕچ وَکھ نےٚ سبٹھاہ پُرجوش لفظن منز موٗجود ۔

کربلا کِس مٲدانس منز باطلس خلاف حقٕچ آواز بُلند کرنُک تہٕ حقہٕ چہ وَتہِ منز زُو قوربان کرنُک یُس اعلاترین تہٕ بےمثال معیار حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ تہندیو رفیقو تہٕ جان نثارو دُنی یہس منز قایم کوٚر تہٕ یمہِ بے مثال تہٕ عظیم حوصلہٕ ءستی عاشورکہِ ستم ژٕلی تمیُک حال چھُ کاشرِ زبٲنۍ منز سارِنےٚ دورن منز اعلا معیارٕ کین شارن منز گنڈنہٕ آمُت ۔ سانہِ دورٕ کین

کینژَن سرکردٕ سخنورن ہِنٛدی یِم کینٛہہ نموٗنہٕ چھہ تمِکی آئینٕہ دار:

ے سرِ راہ شمع

تہٕ واوس منٛز ہینٕہ آءٕ ریٚشمی پھیوٚت ہِش ریٚہہ

وُنی نتہٕ وُنی ژھوکہِ

پوٚنٛپرِی أندی پکھی پکھٕ وُ پھرآوِتھ واوس خنٛجر بوڑناوان

وُنی نتہٕ وُنی ژھیٚوِنوٚرِ چ نوزک زٕژ

أندی پکھی انہِ گوٚٹ سُہ تہِ موکلیٚوونہٕ

موکلیا زانٛہہ؟

پوٚ زیُس کانٛہہ وَتہٕ گتھ ہمسوس

بزٕ ژزٕ کھنٛڈ شمہِچہ ریٚہہِ ہُنٛد ریٚشمی رٕقص وُچھِتھ

منزلہِ مُتِس شوٗقس دِپہِ

اَدٕ کٔیاہ ٹلِو قدم!

باسان چھُم تَس نصیبہٕ دارس اَڈٕ وَتہِ پڑاران آسہِ حسینؑ

(رحمان راہی 1977ء)

ے سینٕہ ژوٚٹ طورن شہادت چأنی ڈیشتھ یا حسینؑ

روٗئے کھوٚٹ نورن مُصیبت چأنی دیشتھ یا حسینؑ

آہ۔آہ۔صد آہ آہ

لوٚب نہٕ گمرأہی وُچھتھ چشمو صراط المستقیم

راوِرآوِن برونٹھ کن اَستھ تہٕ حناب الھنیم
قسمتس ازلی انبن نے آسہٕ ہے بیر الجیم
زلنہٕ ہن تم بِلضرور گاش ہے کربکھ وفا
انت سر الظہور فی جبروت الاختراع

(امین کامل 2000ء)

پیٚتھی صحراوس منز خٲون حسینؑ کھونہٕ منز چھُ رٹُن توہہٕ سیٚکہٕ دانن
یم غمہٕ اَہندی یتھ سیٚکہٕ مأدانس منز زالن قاتِل أمی ءِسندی
دِلدار اَہندی ترٛیشا چاون خٲنچ ییٚہٕ ترٛیشہٕ ہتبن سار ہن
دٔزِ وُن یتھ روزِ شمع وٕہک یوٚ تام قیامت سپدِ بپا
(غلام نبی فراق۔ مئی 1997ء)

یکا یک آو بنیُل ہیٚوٕ تہٕ ہیوٚر تہٕ بون لرزیوو
اما ژٕے ما سا خبر کینٛہہ یہٕ کُس ساوأنتھ پیوو
حسینؑ آو ووٕنی برونٛہہ کُن دلیس چھُ یاد کران
یہٕ پانہٕ از چھ محمدؐ پرٛزیٚک جہاد کران
فراتہ! از تہٕ ژٕے آسی سُہ دوہ کران بے حال
غدار اَسی فتح مند وطن پرست پامال
حسینؑ آے شہیدِ ے حسینؑ گٔے تہٕ شہید
ووٕنی گومران چھُ اگر کانٛہہ مران فقط چھُ یزید
(غلام نبی خیال 2000ء)

ے زاہ ما سہ گرِ و وقتہٕ کٔبن شمرن یزیدن ہنٛز بیعت
تس خودی ہنٛدی ما ژھنبن پر آسہِ لیس یاور حسینؑ

سُے چھُ ہادی، سُے چھُ رہبر، سُے چھُ دینٛک رأ چھدر
سُے گٹن منٛز مہرِ خاور آسہِ لیس یاور حسینؑ

(پتامبر ناتھ درفانی۔ 2008ء)

ے حسینؑو تاجدارو باوقارو
مے چانے ناوٕ عشقس اِبتدا گو
حسینؑ ہٕے چھُس حسینؑ چھے ناومیوٗنے
یہِ فرماوِتھ رسولِ مجتبیٰؐ گو

(میر محمد سلیم۔ مئی 1997ء)

ے چشمِ تر ماداںسے گٔن نظرِ تُلی تُلی بار بار
حضرت یعقوبؑ باسان یوسفسؑ پیٹھ اشکبار
دوٗرسفرس زَن گوٗمُت گوٗ براہتہٕ مول پزاران چھُس
نتہٕ خلیل اللہؑ چھُ قوربان گاہ ہسے پیٹھ پُر وقار

(فاروٗق بڈگامی)

ے روزِ ابدس تام وِزِ وِزِ کائناتس پیٹھ ڈبکس
خوٗنہٕ ستیٚ پأغام آزأدی لیٚکھان مولا حسینؑ

زندگی ہندی کرتھی مٔنزل مانڈٕ ناوان بروٚنہہ پکان
زگتکِس جگرس دَوا زخمن بنان مولا حسینؑ

(شاہد بڈگامی 1975ء)

ے کانٛہہ حُسیناؑ نسٲ آو یتھ شہرس منٛز
خوٗنہٕ کفن وٕلتھ ژاو یَتھ شہرس منٛز
سورہَ کہفُک کٔمی پوٚر نیزس پیٹھ
پوٚرٕ صدمن کُس ٹھہریاو یتھ شہرس منٛز

(شاہد بڈگامی۔1987ء)

ے جگر کہِ رتہٕ رٔژھرِوون دین عرش دیُت آلو شاباش
لوٗب اٲزیُک رَتھِ کھالن وول
ژے چھکھ پھولہِ وٕنہٕ پکھچ آش
اتھ نارس مدٕ وٲژن تتہہ
چھوٚکنس پنہٕ نے رلتہٕ فموار
نہٕ ینٛ ہندِ ارمانچ زِی
سُے دلبر گو ابن علیؑ

(مظفر عازم 1988ء)

نیزن پیٹھ پھٲلی پوش سیکلبن آو بہار
ژوشوٕنی طرفن مُشکِنی دارے مشکِنی دار

کوٗفِچ سکھ رَتہٕ ستی کرِکھ سٲراب دوٚہس
شامس شام کُنتھ وۄنی نیرن نیزٕ سوار

(رفیق راز۔2009ء)

کأشرِس رثأیی ادبس منٛز یوٚ دوَے واقاتن تخیلس پٮ۪ٹھ ترجیح دِنہٕ چھےٚ آمٕژ تہٕ کربلا ہکۍ ستم بیان گٔری گٔری غمُک تہٕ ماتمک تاثرچھُ پأدٕ کرنہٕ آمُت ، اَما پوٚز واقاتھ بیان کران کران چھِ مرثی نگارو بیانچہِ جودٕ گٔری ستی مرثین ہٕنٛدی تِتھی فن پارٕ تخلیق گٔری مِتی یِم رزمی تہٕ ماتمی شأعری ہُنٛد شاہکار ماننہٕ ین۔ کأشرِ مرثی منٛز چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ بٔڈ خوٗبی رکردار نگأری۔ حسینیؑ کردارن ہٕنٛز بوٚ ہودری، ایثار، صبر، تسلیم و رضا تہٕ قربأنی ہُنٛد بے پناہ جذبہ تہٕ شوقِ شہادت تہٕ یزیدی کردارن ہٕنٛز بربریت، خودسٔری، غروٗر تہٕ ظلم وتشدد چھُ کأشرِ رثأیی ادبہٕ کیٚن سارِنٕے دورن منٛز تمہِ اندازٕ پیش کرنہٕ آمُت یِیمہِ رکس بنیادس پٮ۪ٹھ یِم کأشرۍ شعری شہ پارٕ أسی انگریزی زبأنی ہندۍن نمایندٕ المیَن Representative Tragedies of English Literature تہٕ یونأنی المیہ کیٚن Greek Tragedies (ہیروون) بوٚ ہودُرن Heros تہٕ بدخاہ کردارن، ظألمن Evil Characters مُقابلہٕ اعلیٰ ترین تخلیقن ہٕنٛدِ حیثیتہٕ ہکو کھ پیش گٔرِتھ۔

ترٛتیمس دورس منٛز چھُ مقام بند کلاسکی مرثیہٕ ہٕنٛدِس مضموٗن ہمیشہٕ بہارس منٛز حکیم حبیب اللہ حضرت علی اصغرؑ متلق لیٚکھان تہٕ کوٗفین ہٕنٛز

خوٗنخاری ہنز عکاسی یتھہٕ کٔنز کران:-

وُچھتو نبۄژ گُلس کوٚفکی خوٗنخوار کمہِ رنگہٕ وٚلنس ناله
اوس سفید ریشِ منگان تریش فُرات اَستھ مالا مالو
گوٚبُر آبہٕ پُژھی اِمامٕ گلو بُری بُری اَستھ کولو
اَو سَر ژٔٹتھ کرنس نیزس اویزان
اَستھ رسوٗلؐ سُند آلاه
کوٚرُکھ تَتھ ہتی بستہٕ زَن گُلدستہٕ یُتھ خورِد سالو

کأشرِ رثأیی ادبک ژوٗرِم دور یانے موجود دور چھُ اکہِ حسابہٕ اَمیُک سُہ شاندار دور یتھ منز پروفیسر رحمان راہی حسینیؑ نظمہٕ ادبک اکھ نوٚو اسلوٗب ہیتھ آو تہٕ پننوٚ شاہکار حسینی نظموتہٕ ژمصرأیوٚ ستی کٔرن کأشر زبان مالا مال۔ رأہی صأب چھ اَمہِ حسابہٕ جدید حسینیؑ نظمہٕ ادبک بأنی کار تہٕ أمی ہندِس کلامس چھ ادبِ عالیہ ہُک درجہ تہٕ حأصل تہٕ قبول عام تہٕ۔ حضرت امام حسین علیہ السلام سندِ صبر و تسلیم و رضا تہٕ شہادت عظمیٰ کہِ فلسفچ باوتھ ییمہِ اندازٕ رأہی صأبن کٔرمٕژ چھےٚ سُہ چھُ موجودِ دورس منز کأشرِ رثأیی ادبک مخصوص تہٕ منفرد اسلوٗب بنیوٚمُت یتھ نِو پیٚیہٕ ہندی شأعر تقلید چھ کران۔ رأہی صأبنہِ کلامکی یم کینژہہ نموٗنہٕ چھ اعلیٰ ترین رثأیی ادبہٕ کین شہہ پارن منز شأمل یم تمو پتیٚمین 38 ہن وٚری ین دوران بڈگامہِ کین سالانہ حسینیؑ مشأعرن منز پیش اَسی کٔری مٔتی۔

اَسہِ دارِ بر تڑوٗپری تہٕ شہن تام پنبد دِڑ
آلو حسینس اوس کران بو ترابؑ ہیوٗ



موٗت ظون زِ وَندٕ کالہِ پھوٗلتھ آیہِ کاٹھ مُر
شبنم پھیوٗر آسہِ بارٕ گنڈِس باسہِ شیرِ دُر
کیاہ میون اوٗپ کلامہٕ گُجا کربلاے سر
مولا حسینؑ حُسنِ ہدایتھؔ بیادِ حُرؓ



تَم کم سا خوش نصیب دِلچ سَتھ یمن حسینؑ
باوان بہ لطفِ سِرِ سعادتھ یمن حسینؑ
یارو تمن ہا لوح و قلم دستِ اختیار
تھاوان قبوٗلِ باندِ گومُت رَتھ یمن حسینؑ



نَے تڑلیش اَس مسلہٕ نہ بوچھِ ہند سوال اوس
لگیا سُہ ماملَے ہا عدیم المثال اوس
دوٗپنس سپد تہ صورتِ کربل سپُد تمام
مولواں پُنن کمال سُہ صاحبِ کمال اوس



حاٗران مہٕ گڑھ تھُرن بہ نصف راٗتھ آفتاب
پھوٗلراوِ سخت سینہٕ کنمن سر سبز گولاب

موٗلوٗن اگر تگی تہٕ مُرتھ زندگی لبکھ
راہؔی بہ چھُس غبارِ پس پاے بو تراب ؑ

☆ (رحمان راہؔی)

ژٕرمس دورس منز چھُ امین کاملؔ یزیدسُند بزٕ دِل ,کردار، شمرٕ سنز کھوژ وِنی شکل، یزیدی فوجس پیٹھ حضرت امام حسین سٕندِ عظمتکس تہٕ شُجاعتکس اہرس یتھٕ کُنی باوتھ کران:

## یزید وتان

ہے آو حسین ؑ
آو حسین ؑ آو حسین ؑ

افسوٗس یہ کیا سپدُم مے
کُنہِ پاٹھی یہ شاہی یہ خدایی
میانی بچاوِو، ہے ہے!
ہا شُمرٕ تمبر چشمہٕ
دیان آو حسین ؑ
یکبار گُر بن زٕہن گرِو
دٕہن منٛڈیو پد بن تل
اکھ زوٗن چھُ سہ ساس گرٕ شو

أندی أندی گنڈیوس سنگین قلاے

اَوِ یُتھ نہٕ مےٚ کُن روزِ موٕ کھ موتس وَتھ

(امین کامل)

فارق بڈ گامی چھُ کربلاکس خۆنہٕ سۆری مہرازِ حضرتِ قاسمؑ سنٛز عظمتھ

یِتھٕ کٕنی عکساوان:

وُچھ ہُہ حسینؑ جانباز کیاہ حسینؑ شانہٕ سان

تشنہٕ کاماہ مہ جبینا نۆر تیٚمی سُند گاہ دِوان

از تہٕ مہرازن چھِ لاگان مائز تیٚمی سُند ناو ہیتھ

از تہٕ تیٚمی سُند ناو ہیتھ اَسی ازلہٕ لون ہۆل سیوٗد کران

نۆن چھُ کیاہ شانِ حسینؑ شہسوارِ کربلا

کربلاس منز گاہ تژاوان کیا جمالِ مصطفےٰ

کاشرِ مرثی ہنٛدِس ژۆر رِمس دورس منز چھُ کاشرین شاعرن ہُند اکھ بوڈ

کاروان حسینؑ نظمہٕ ادبس منز پننو تخلیقی شاہکارو ستی تھکُن لایق اضافہٕ

کران۔ رفیق راز چھُ یمن منز اکھ قد آور تہٕ نمایندٕ سخن ور تیٚمی کاشرس رثائی

ادبس پنہٕ نبن جدید حسینؑ نظمن ہنٛدِس صورتس منز واریاہ کیٚنہہ دیُت۔

رفیق راز سنٛز اکہ نظمہِ ہُند اکھ بنٛد:

دزان وہاں چھ سبکتان تہٕ یارِ بل نابود

مگر امامؑ چھوان لا اِلٰہ الا اللہ

رفیقؔ راز ونان یا حسینؑ بس چھُکھ ژ ے

ہواوِ گرٛاے دپان لا اِلٰہ اِلا اللہ

(رفیق راز)

پروفیسر شاد رمضان ۂنٛز حسینیؑ نظمہٕ ہنٛدی یِم شار چھِ کاشُر رثائی ادبکی مأری مُندی نموٗنہٕ:

ے ژھیوٗن خیالن پَن تہٕ وۄتھ اڑٕ بنہٕ رِظون

بانگ گےٚ اللہ اکبر

لا اِلٰہ اِلا اللہ

لُکھ گےٚ سمان

گو ژوپاسے نِدا

اللّٰھُمَّ لَک لبیک لا شریک لَک

کوٚ رمشیدن خانقاہن زول نورٕکی پرتون

کائناتکی زرز راتن سوٚرتہٕ پوٚر

سبحان ربی العظیم

سبحان ربیّ العلیٰ

ربنا ما خلقت ہٰذا باطلا

(شاد رمضان۔2000ء)

پروفیسر مجروح رشید چھُ جدید کاشرِ رثائی ادبُک اکھ سُہ تعمیرِ کار یٚمیٚ ۂنٛزن حسینی نظمن پٔتھ اکھ منفرد تہٕ مأری موٗنٛد انداز چھُ۔

؎ کربلکِس سبکلس بخشتھ زَم زَم

تمہِ زَم زمہٕ یوٚ دوَے کانٛہہ فقط اکھ دام چھوان

سُہ چھُ چاٰنی پاٚٹھبن مژرس منٛز

وولسنہٕ یتھ بانگ دِوان

اللہ اکبر لا اللہ الا اللہ

تس تہِ چاٰنی پاٚٹھبن خنجر استقبال کران۔

(مجروح رشید)

کاشُرِ شاعری پیٹھ حضرت امام حسینؑ سٕندِ عظیم تہٕ بے مثال شہادتُک اَثر چھُ تیوٗ تاہ سرٛ ۆن زِ کربلہُک واقہٕ تہٕ شہادتِ عظمیٰ چھُ ووں مرثی علاوٕ غزلن، نظمن تہٕ رباعین تہٕ باقٕے صِنفن منٛز تہِ اکہِ علائم رٕنگی ورتاونہٕ یوان۔ مثلاًیم شار:

؎ کاٰملن پھیُر زمانہٕ ساٰزی ُتھ

کر بلاہچ تِلو علم یا رو (امین کاملؔ)

؎ آبہٕ جوین ترٛیشہِ ہُنٛد معنے پرٛژھوم

اصغرسٕعٔ زَن آم حلقس کان بیٚاکھ

(رفیق راز)



ٕخمس نبر اوس ناٖرے نار مشکنٛ دار

ٕخمس اندر بَس کُن بمار بیٚہٕ نہٕ کہنی

(رفیق رازؔ)

پانہٕ وفا چھُ ترٛیشہِ ہوٚت ترٛیشہِ ہتھن دِوان صدا
ییٚلہِ نہٕ چییٚو توٚہۍ یہِ آب چھُم مےٚ بکار کتھ سنا

☆

گرٛشمہٕ کرٛاے صحراوس منٛز لوٚگمت ہٕمن نار
یم کم درٛاے اَتہِ خاک مٔلتھ گےٚ مٔشتھ
(فارق بڈگامی)

کاشرِ رثائی ادبہٕ کہِ گوڈٕ کہِ دورٕ منٛز یم پرانٕی نموٗنہٕ اَسہِ زیرِ نظر چھِ تمن ہُند لسانی تجزیہ کرنہٕ ستۍ چھُ ننان زِ کاشرِ زبانۍ منٛز چھُ رثائی ادبُک حصہٕ یانے مرثی نگاری ہُند فن نہ صرف سبٹھاہ پرون بلکہ باقی شارٕ ذاژن ستۍ مقابلہٕ کرِی تھےٚ چھُ باسان زِ کاشرِ مرثی ہنٛز فنی عظمتھ چھےٚ واریاہ تھزٕ تہٕ اَتھ منٛز چھےٚ زبانَ تہٕ بیانٕچ فنکاری تہٕ خیالٕچ نزاکتھ اولہٕ پیٹھہ موجود آسمٕژ۔ گوڈٕ کالُک یہِ مرثی نموٗنہٕ چھُ شہمیری دورس منٛز سُلطان سکندر سٕندِ زمانُک نموٗنہٕ تہٕ شاعر چھُ میر سید حسن تہٕ یہِ چھُ کاشرِ زبانۍ منٛز اکھ پرٛون توٚبرُک۔

کاٚر نوٚمرِتھ روٗد وکِس ڈیشتھ
ژاٚر لو ندرَن کرٕ شُمر ڈیشتھ
لاٚرِتھ گاٚمژ زہو تالس تے
شام کس پاتھس یہِ بنا پاتھم
اٚژھی بالک بتھ رِتھہٕ پاٹھی واتھم
ووہ پرٕ دیشن پروٚنشس تے

گوڈ کالہٕ منز بیا کھ نموٗنہٕ یُس اَمہِ دورٕکس درمیانٔی حِصس منز ونہٕ چھُ آمُت ۔ یہِ چھُ بےٚ ناومرثی منزٕ:

صُبحن بنہِ مزار بل لارٕ قبرٕ وُچھِ ہا بایَن

سُوتنتھ جایہِ پان مارِ ڈیشہِ ییٚلہِ میٚژ وُرمٕژ بایَن

دپیکھ کتین دَتھ چھوٗ گمٕژ رَتھ ہٹیک وَنڈٕمو

اَکھ کتھاہ کٔری توم مالِنیو

کاشرس رثایی ادبس یانے کربلأیی مرثی ہنٛدس ادبی تہٕ فنی اہمیتس متلق چھُنہٕ وُنہٕ کانٛسہِ تہِ قلمکارن ییٚمہِ حقیقتُک اعتراف کوٚرمُت زِ کربلأیی مرثی ادب آوللہٕ واکھن ستیٚ ستی وجوٗدس منز تہٕ یہِ چھ کاشرِ شاعری ہنٛز پرأنی صِنف ییٚمیُک ڈٕسلابہٕ لل دیدِ ہنٛدس زمانس منزٕ ے سپد یومُت اوس۔ تنہٕ پتہٕ آیہِ واقعہ کربلاہس پتھ کاشرِ مرثی نگأری ہنٛدس صِنفس منز رَسہٕ رَسہٕ تبدیلی تہٕ اَمہِ کِنہ ژورن دورن منز آے کربلاہکس واقعس پتھ مختلف فارمن منز وان، وژن، مقام بند مرثی تہٕ جدید دورس منز حُسینی نظمن ہنٛدِس صوٗرتس منز کاشر رثایی ادبکی تیتیاہ شہ پارٕ تخلیق کرنہٕ یِم کاشرِ شاعری ہنٛدبن دوٛیمبن اصنافِ سخنن مُقابلہٕ نہ صِرف جاےٕ چھِ بلکہِ معیأری ادب پارن ہنٛدس صورتس منز چھُ یہِ کاشرِ ادبک سبٹھاہ تھیکُن لایق حِصہٕ۔

کاشرِ رثایی ادب کِنہ ییٚمن پرانین تہٕ نوبن فن پارن یوٚ دوے عوأمی

سۆتھرِس پیٚٹھ ہتہٕ بدبوٗ ورٕ یو پیٚٹھ سبٹھاہ پذیرٲیی حاصل گیہ تہٕ کاشُر بولکو
بۆ رِیمن عقیدتی شہ پارن وژھ وٲنجہِ لول پۆز علمی تہٕ ادبی ادارن منٛز چھنہٕ اَمہِ
کہِ عظمتُک احساس تَتھ حدس تام سپد یومُت یتھ حدس تام یہِ حقدار اوس۔

یہٕ آو لکھنہٕ زِ کٔشیر منٛز گو حضرت امام حسینؑ سنٛزِ عزادٲری ہُنٛد سلسلہٕ دین
اسلام یور واتنہٕ سۭتی۔ توٲریخ چھُ گواہ زِ اسلٲمی تبلیغاتن منٛز ٲس عزادٲری
تہِ گوڈٕ پیٚٹھے شٲمِل۔ کٔشیرِ منٛز چھ اِسلامُک بٲنی کار حضرت بُلبُل شاہ مانہٕ
یوان تہٕ 1320ء مُسلِم دورِ حکومتُک آغاز مقرر آمُت کرنہٕ۔ یَیلہِ رِنچن حضرت
بُلبُل شاہ سُنٛدِ اتھہِ مُسلمان بنیوٚ تہٕ سُلطان صدرالدین سُنٛد ناو پرٲوِتھ گوڈنیُک
مُسلمان بادشاہ بنِتھ کٔشیرِ ہنٛدِس تختس بیوٚٹھ۔

فارسی توٲریخو علاوٕ ووٚن یہِ کینٛژھا انگریز توٲریخن، سفرنامن، تہٕ باقے
سنسکرت کتابن منٛز پتھ کالہٕ پیٚٹھٕ دورِ جدیدس تام اَسہِ برونٛٹھ کنہِ چھ تمہٕ
مُطابق اوس 754ء منٛز کٔشیرِ ہنٛدِس حکمران راجہ واجرادتیاٗ سُنٛدِس عہدس منٛز
گوڈنیُک مُسلمان حَنیم شٲمی کٔشیرِ وۄتمُت۔ یَیلہِ سندھ صوبُک راجہِ دھیر
عرب فوجن شِکس کھیٚاوٕ نووٕ۔ تٔمی سُنٛد نیٚچو جاسیہ آوٗ زُو بچاونہٕ کٔشیرِ ژٕلتھ۔ تَس
سۭتی آو اَکھ عرب مُسلمان حنیم تہِ کٔشیرِ یَس حنیم شٲمی ناو اوس۔ حنیم اوس مُلکِ
شامُک روزن وول تہٕ سُہ اوس عرب فوجس سۭتی ہندوستان آمُت۔ کٔشیرِ
ہنٛدی رحمدل حکمرانن دیُت دوشوٕنی نہ صِرف پناہ بٔلکہِ اکھ بۆڈ پرگنہ تہٕ روزنہٕ
خاطرٕ۔ یَیلہِ جاسیہ موٗد حنیم بنیوٚ اَمہِ پرگنُک زیٚٹھ تہٕ تٔمی کۆر دینِ اسلامُک

دأیر رسہٕ رَسہٕ وسیع تہٕ واریاہ لُکھ بنیے مُسلمان۔ یتھٕ کنٕی چھُ حنیم گوڈنیک مُسلمان تیمٕی ہندی قدم کشیٖرِ ہنٛدِس سرزمینس پیٹھ پیے۔

724 عیسوی منٛز کٔری خلیفہ ہشام ہنٛدِس وقتس منٛز عربو کابُل تہٕ تُرکستان فتح تہٕ اَتھ ستی وأتی تم چیٖن تہٕ گلگت تہٕ کوٚرُکھ فتح مگر عرب ہیٚکی نہٕ کشیٖرِ وأتِتھ۔

اکثر توأریخن منٛز چھِ یہ کتھ پھرنہٕ یوان زِ یٚلہِ 713 ہٕ منٛز عرب سپہ سالار محمد بن قاسم ہنٛدِس کمانس منٛز عرب فوجن سندھ فتح کٔرِتھ ہندوستانس منٛز اِسلأمی حکومتھ قأیم کٔر کشیٖرِ ہنٛز مشہوری وأژتمٕس تام۔ محمد بن قاسم ہنٛدِس کمانس منٛز کوٚر عرب فوجن کشیٖرِ فتح کرنہٕ خاطرٕ اکھ بارٕ حملہٕ مُلتان کنٕی۔ کشیٖرِ ہنٛدی حکمران راجہ چندر پاڈیاہن موٚنگ چیٖنی حُکمرانن مدتھ، اَما پوٚز عرب فوج اوس وُنہٕ کشیٖرِ ہنٛد بو سرحدو نبر ے زِ محمد بن قاسم آو خلیفہ وقت ہنٛدِس حُکمس تحت واپس دُمشق نِنہٕ تہٕ یتھٕ کنٕی ہیٚچ نہٕ عرب فوجن کشیٖرِ تسخیر کرنٕچ مُہم برونٛٹھ پکہٕ نأوِتھ۔

کشیٖرِ ہنٛد بن توأریخن منٛز چھ سارنٕے مورخن اتھ کتھ ستی اتفاق زِ محمود غزنوی ہنٛدِ طرفہٕ آو 1015 ہٕ منٛز توسہٕ مأدان کنٕی کشیٖرِ پیٹھ حملہٕ کرنہٕ۔ وَنٛدٕ کال شروع گژھنہٕ کنٕی ہیوٚک نہٕ سُہ لوہرکوٹ قِلہٕ یپور یتھ۔ 1021 ہٕ منٛز کوٚر تمٕی بیاکھ حملہٕ توسہٕ مأدان کنٕی اما پوٚز موسم خراب آسنہٕ کنٕی ہیوٚک نہٕ سُہ لوہر کوٹ قلہٕ نبر نیر تھ، أرکس رتبس گوبنٛد ییمہٕ کنٕی سُہ واپس ژوٚل۔ یہ تہٕ چھُ

اَکھ توٲریخی حقیقت زِ رہتہٕ کالہِ سازگار موسمس منز یم تہِ حملہٕ محمود غزنٕوین کٔشیرِ پیٹھ بار بار کٔری، کأشرو کٔری تِم حملہٕ جنگی مہارتہٕ تہٕ بہوٗدری سٍتۍ ناکام۔ اکثر جُملن منز کٔری کأشری فوجن محمود غزنوی سٕنز لشکر پسپا۔ پتہٕ زیمو حملو پتہٕ گٔے کٔشیرِ ہٕنٛد بن لگن تہٕ غزنوی مُسلمانن رَسہٕ رَسہٕ تعلقات پأدِ۔ 1038ء منز کٔری کٔشیرِ ہٕنٛدی راجہ ہرشن وار یاہ تُرک مُسلمان کأشرِس فوجس منز برٔتی۔

یتھٕ کٔنی چھُ ننان زِ 75-754 عیسوی پیٹھے گو کٔشیرِ منز اِسلام متعأرف تہٕ رَسہٕ رَسہٕ گیہٕ مُسلمان آبأدی ہُران۔ اَتھ آبأدی منز کأتیا مُسلمان کتھ مسلکس سٍتۍ أسی تعلق تھاوان؟ اَتھ مُتلق چھےٚ صرف اَکھ کتھ قابلِ غور زِ کٔشیرِ منز گٔے شیعہ تہٕ سُنی مسلک مرزا حیدر کاشغر سٕندِ حملہٕ پتہٕ الگ الگ۔ تمہِ برونٹھ أس عزادأری حضرت امام حسین علیہ السلام بلا لحاظہِ شیعہ سُنی کرنہٕ یوان۔ یہ چھُ صحی زِ کٔشیرِ منز اوس سلأمی حکوٗمتُک آغاز حضرت بُلبُل شاہؒ سٕندِ یور ینہٕ تہٕ رینچن سٕندِ اسلام قبوٗل کرنہٕ یانے 1230ء پیٹھ سپد یوٗمت اما پوٚز فارسی توأریخو علاوٕ انگریز توأریخن، سفرنامن تہٕ کٔشیرِ ہٕنٛدو سنسکرت توأریخو مطأبق چھُ اَتھ پیٹھ سارنے اِتفاق زِ اسلام آو 754ءہس منز کٔشیرِ۔

یہ چھا اکھ توأریخی حقیقت زِ شاہ ہمدان حضرت میر سید علی ہمدانیؒ سٕندِ کٔشیرِ ینہٕ (1372ء) پیٹھے اوس کٔشیرِ منز واقعہ کربلاہُک تشہیر تہٕ حضرتِ امام حسین علیہ السلام سٕنز عزادأری تہِ باقأید پأٹھی شروع گأمژ۔

یَتھ کتھِ پیٹھ تہِ چھُ اکثر مورخن اتفاق زِ حضرت میر سید علی ہمدانیؒ تہٕ تہٕند

فرزندارجمند حضرت میر محمد ہمدانیؒ اُسی دیٖنِ اسلام کس شأفی مسلکس ستی وابستہٕ اُسی ۂتی۔ یتھ منٛز آلِ رسولن ہٕستی مودت لأزمی تہٕ ضرٗوری چھے تہٕ یوہے چھُ اثناعشری (شیعہ) مسلک اعتقادتہٕ۔ حضرت امیر کبیر میر سید علی ہمدانیؒ سٕنٛز ترٛے کتابہٕ ''مودت القربیٰ''، رسالہٕ دراثبات تشیعہ'' تہٕ کتاب الاربعین چہل حدیث'' چھےٚ اَتھ سلسلس منٛز اکھ ٹاکارٕ حقیقت یمن منٛز تمو لیو کھمُت تہٕ دلأیل دِتھ ثابتھ کوٚرمُت چھ زِ آلِ رسولن ہٕستی محبت تہٕ مودت چھُ مُسلمانن پٮ۪ٹھ فرض، اوٚے رٕنٛگ چھِ اکثر مورخ تہٕ علماء توأریخن منٛز یہ تہٕ لِکھان زِ حضرت میر سید علی ہمدانیؒ تہٕ حضرت میر محمد ہمدانیؒ چھِ شیعہ مسلکس ستی وابستہٕ اُسی ۂتی۔ پوٚز کشیرِ منٛز کوٚرنہٕ یمو دوٚشوٕے داعیانِ اسلامو کُنہِ تہٕ مسلکس ستی پٔنٕن پان وابستہٕ تہٕ تہندٕ بن اسلأمی تبلیغاتن منٛز اوس نہٕ کانٛہہ تہٕ مسلکی امتیاز ورتاونہٕ یوان تہٕ کشیرِ منٛز کوٚرتمو کُنہِ مسلکی دٔگنیارٕ ورأے اسلأمی تبلیغاتن ہُنٛد سلسلہ شروع۔

یہ چھ حقیقت زِ بیٚیہِ توأریخی شہادتہٕ مطأبق چھُ صاف ننان زِ تہنٛدِ دیٖنی تہٕ ذہنی تربیتُک سلسلہٕ تہٕ اوس سُے یُس حضرت میر شمس الدین عراقیؒ سُنٛد سلسلہٕ اوسمُت چھُ۔ چنانچہ حضرت میر شمس الدین عراقیؒ اوس خواجہ اسحاق ختلانیؒ سُنٛد شاگردتہٕ حضرت میر سید علی ہمدانی تہٕ اُسی تمے سلوٗکُکی پیروکار۔ مولائے کاینات شاہِ ولایت حضرت علی مرتضیٰؑ سٕنٛدِس ولایتس معرفتس، مودتس تہٕ

تہندِس مسلکس چھُ حضرت شاہ ہمدان میر سید علی ہمدانیؒ سُند کلام گواہ۔ باقی کلامہٕ علاوٕ چھ حضرت شاہ ہمدانؒ ہٕسند بن غزلن منز تہٕ واریاہ اشعار امہٕ حقیقتکی أئینہٕ دار زِ علی ثانی حضرت میر سید علی ہمدانیؒ أسی تمے مسلکٕکی حأمی تہٕ دأعی ییمۍک تہُند جدِ نامدار امامِ اول حضرت علی ابن ابی طالب شیرِ خدا علیہ السلام اوس۔

حضرت میر سید علی ہمدانی ہٕندِ کلامہٕ (غزلیات) منز ییم اشعار چھ تبرکاً پیش۔

## چہل اسرار (۱)

### کلامِ شاہِ ہمدان میر سید علی ہمدانیؒ

درین رہ ہر کہ او ثابت قدم نیست
رہ جانش با اسرارِ قدم نیست



بیا در عشق محرم باش زیرا
رہِ نا محرمان اندر حرم نیست



تو ہمچون قطرہ از دریا جُدایی
از انت دُرِ عرفان در شکم نیست



چو قطرہ غرق دریا شُد بکُلی
ہمہ دریاست آنجا کیف و کم نیست

علی ہمنام رابنگر کہ جز او
بہ اللہ و محمدؐ رہبرم نیست
(چہل اسرار شایع کردہ غلام رسول مٹو۔
شاہ ہمدان ٹرسٹ سرینگر اپریل 2002ء)

## کأشُر لفظی ترجمہ

1۔ یُس اَتھ وَتہِ پٮ۪ٹھ ثابت قدم چُھنہٕ تَس ہیٚکہِ نہٕ ازلہٕ کێن اسرارن ہٕنزٕ وتہِ ہُنٛد پے لگتھِ۔

2۔ وولہٕ عشقُن محرم راز بن تہِ کیازِ ناوأقفن تہٕ نامحرمن چھنہٕ حرمس منٛز اژنس کانٛہہ وَتھ۔

3۔ ژٕ چھُکھ آبہٕ قطرٕ کی پأٹھی دریاوٕ نشہِ ژھٮ۪نہٕ گۆمُت اوے کٔنۍ چھنہٕ چانہِ یٲڈ منٛز کانٛہہ تہِ دُردانہٕ۔

4۔ یێلہِ قطرٕ پورٕ پأٹھی دریاوس منٛز گرٛہان چھُ سہ چھُ کلہُم پأٹھی دریاو بنان۔ اَتھ منٛز چھنہٕ کیازِ؟ تہٕ کتھٕ پأٹھی؟ یا کٔمی بیشی ہُنٛد کانٛہہ سوالے۔

5۔ اے علی (سید علی ہمدانیؒ) پننِس ہمنام حضرت علی علیہ السلامس کُن وُچھ۔ تس سوا چھُنہٕ مے اللہ تعالاہس تہٕ محمد مصطفیٰؐ ہس تام واتنس بیٚیہ کانٛہہ رہبر وَتھ ہاوَن وول۔

# چہل اسرار(۲)

کلامِ شاہِ ہمدان میر سید علی ہمدانیؒ

(۱)

گشتہ تا محو تجلای جمالش جانم

دیدہ اَم حسن و جمالی کہ درو حیرانم

(۲)

تاشد از صفحۂ دِل محو نقوش کونین

خطِ رخسار تو ہر لحظ دروی خوانم

(۳)

روزگاریست کہ ہم طالب و ہم مطلوبم

طرفہ حالیست کہ ہم دردم و ہم درمانم

(۴)

کافر عشق، من بیدل و دین تا گشتم

فارغ از شک و یقین بی خبر از اِیمانم

(۵)

تاشدم ہمچو علیؑ پادشاہِ ملک فنا

اسپ ہمت بسوی ملکِ بقا میرانم

(انتخاب از چہل اسرار شایع کردہ غلام رسول متو)

## کأشُر لفظی ترجمہ

1۔ میون روح ییلہِ تھنٛدِس حُسنہٕ کِس نورٕ جلوَس ستی محو گو، مےٚ وُچھ تیتھ حُسن تہٕ جمال زِاتھ منٛز چھُس حأران۔

2۔ ییٚنہٕ میأنہِ دِلہٕ منٛز دوشوٕنی عالمن ہُنٛد نقشہٕ نہناونہٕ آو، تنہٕ پیٹھ چھُم چانے روخسارٕ کی نقشہٕ دِلس کھٔنِتھ۔

3۔ اکھ وقتاہ گو ییٚنہٕ پیٹھٕ بہٕ پانے طألب (ژھارن وول) چھُس تہٕ پانے سُہ ییٚمی سُنٛد مےٚ تلاش چھُم (یعنی مطلوب)

4۔ ییٚنہٕ بہٕ پنٕن دِل تہٕ جان ترأوِتھ عشقہٕ مٔوت بنیوس تنہٕ پیٹھٕ چھُس شک تہٕ یقین کہِ حالہٕ نِش فارغ تہٕ بے خبر۔

5۔ ییٚنہٕ بہٕ یانے علیؓ (حضرت علی مرتضیٰؓ) سٕنٛدی پأٹھی مُلکِ فنہُک پادشاہ بنیوس۔ تمہِ وقتہٕ پیٹھٕ چھُسن پنٕنہٕ عزمُک گُر ملکِ بقہس کُن دورٕ ناوان۔

میر سید علی ہمدانی شاہِ ہمدان تہٕ میر سید شمس الدین عراقی سٕنٛدِس مسلکس متعلق چھ محبؔ الحسن پننِس انگریزی تأریخس Kashmir under Sultans منٛز لِکھان ییٚمیُک نقل ایم۔ ایل۔ کپورن A History of Medieval Kahasmir کِس صفہٕ نمبر 198 ہس پیٹھ ییتھٕ کٔنی کوٚرمُت چھُ:

"He (Mir Iraqi) Became Followr of Khawaja Ishaq Of Kultan Who Was Himself a Disciple Of Sayid Ali Hamdani, the Shahah-i-Hamdan Of Kashmir......Khawaja Ishaq, Precptor Of Sayid

Mohamad Nurbakash Was a Followwer Of Shia Doctrine"

شاہ ہمدان میر سید علی ہمدانیؒ سٕندِ ذُریہِ حضرت امام حسین علیہ السلام سُند پأغام کٲشیرِ تام واتہٕ ناوُنک اکھ بوٚڑ ثبوٗت چھُ ازتہِ موجود یتھ متلق کُنہِ شک ، شبہچ گُنجأیش چھَنہٕ ۔ حضرتِ امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانیؒ ییلہِ 1372 عیسوی منز کٲشیرِ وأتی ۔ تموأنی زِ تبرکات پانس سٟتی یم تم ہمیشہٕ پانہٕ سے سٟتی تھاوان أسی ۔ تم زِ موٕللی تہٕ مقدس تبرکات چھِ حضور پُر نور ۔ پیغمبر اِسلام حضرت محمد مصطفیٰؐ صلعم سُند سوٕ علمِ شریف یُس تم اکثر جنگن منز سٟتی پکناوان أسی تہٕ بییہِ آنحضورنؐ ہٕندِ خُمک اَکھ ستون ۔ یم دوٕشوَے مقدس تبرکات أسی نواسہٕ رسول خداؐ حضرت امام حسین علیہ السلامس مدینہ پیٹھ کربلا واتنہٕ وِزِ سٟتی ۔ یہأے علمِ شریف اوس حضرت ابوالفضل عباسؑ علمدارِ کربلا حق وبأطل ہِکس کارزارس منز بیابانِ کربلاہس منز سأتھ ۔ حضرت امام حسینؑ تہٕ تہندٕ بن جگر پارن تہٕ جان نثارن ہٕندِ شہادتہٕ پتہٕ واتہٕ نأوی لوٗٹہٕ نتھ یم دوٕشوے تبرکات یزیدی فوجن دمشق ۔ کربلاہٕ کہِ واقعہٕ پتہٕ ییلہِ توابینو جنابِ مختارؓ سٕندِس قیادتس منز قاتلانِ حضرت امام حسینؑ اکہِ اکہِ وأصِل نار کٔری تہٕ یم تبرکات تہٕ آے باقٕے واریاہن تبرکاتن ہٕندی پأٹھی تمن کربلاہٕ کین ظألمن نِشہِ واپس ننہٕ ۔ کیٛنہہ تبرکات گٔری امیرِ تیمورن 803 ہجری منز تمہِ وِزِ دمشق شہرٕ منزٕ حأصل ییلہِ تٔمی حضرت امام حسین علیہ السلام سٕندِ خوٗنک انتقام

ہیٚنہٕ خاطرٕ سوٗرے شہر دمشق تباہ کوٚرتہٕ شأمی گرِن اکہِ اکہِ قتل۔ کربلاہکی کیٛنہہ تبرکات چھِ کأشی ہٕنٛدِس ہندومرکزس منٛزٕ یمن سٔبٹھاہ احترامہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان ہندوستانکی ہیٚنٛدی تہٕ مُسلمان اَتھ جایہٕ دیٖدار چھِ کران۔

حضرتِ شاہ ہمدانؒ سٕنٛدِس خاندانس تہٕ تیمورس یوسہٕ مُژکری پأدٕ گیٚہ سو اُس نہٕ عقائیدن ہُنٛد تضاد بلکہِ یِیلہِ تیمورن ایران کِنہِ دوٗر دوٗر علاقن پیٹھ قبضہٕ کرنہٕ خاطرٕ حملہٕ کوٚر، کیٛنہہ سادات ژٕلی تیموری فوجہِ کہِ خوفہٕ۔ اَتھ کتھِ پیٹھ چھُنہٕ مورخن تہٕ محققن کانٛہہ اتفاق زِ حضرتِ شاہِ ہمدانؒ کیاہ اوس تیمور سٕنٛدِ ترٛیٚیمہٕ حملہٕ کِنی کشیرٕ ژٕلتھ آمُت۔ حقیقت چھِ یہِ زِ شاہ ہمدان سٕنٛدِ کشیرٕ یِنُک مِشن اوس اَکھ عرفانی تہٕ الٰہی مشن یُس تموپورٕ کوٚر۔

یِم دوشوٚے تبرکات چھِ ازتہِ خانقاہِ معلیٰ سرینگرس منٛزٕ درگاہِ عالی کِنہِ مُجاورن نِشہِ سٔبٹھاہ احترامہٕ سان حجرہ خاص چہِ المارِ منٛزٕ محفوظ۔ کشیرٕ منٛزٕ اُسی یِمن دوشوٚنی تبرکاتن ہنٛز زیارت عشرہ محرم الحرام کِنہِ دوہن پتھ کالہِ تہِ کرنہٕ یوان۔ چنانچہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام سُنٛد ماتم برپا کرنہٕ خاطرٕ اُسی سأری کأشری مُسلمان بلالحاظِ فرقہٕ بندی سٔبٹھاہ احترامہٕ سان یِمن تبرکاتن ہنٛز زیارت کران۔ کشیرٕ منٛزٕ اُسی نہٕ مرزاحیدر کاشغری سٕنٛدِ قبضہٕ برونٛہہ شیعہ تہٕ سُنی الگ الگ مذہبی تقریبہٕ مناوان۔ مسجد تہِ آسہٕ نہٕ شیعن تہٕ سُنین الگ الگ۔ پرٛتھ جایہٕ اوس کُنے امام، کُنے عیدگاہ، کُنے قاضی سارِنے کأشرِن مسلمانن دینی فتویٰ دوان تہٕ محرمس منٛزٕ اُسی اَکِس جایہ کربلاہکِن شہیدن

ہنز ماتم دأری سأرِی مسلمان یکہٕ وَٹہٕ کران ۔ شیعہ سُنی تضاد کوٗروو پرحکمرانو سیأسی مصلحتن تحت پأدٕ تہٕ پتہٕ گیہِ کأشرٕ بن مُسلمانن چھلہٕ ، اوٚوے کٔنہ گیہِ عزادأری امام حُسینؑ تہِ شیعن تہٕ سُنین منز سطحی طور تقسیم ۔ییٚلہِ زَن حقیقتس منز حضرت امام حسین علیہ السلام ہنز عزادأری سارِنٕے کأشرٕ بن مسلمانن منز اَکے جذبہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان جأری چھِ ۔ یوٚ دوٚوے حُسینؑی عقیدت ظاہر کرنٕکی طریقہٕ الگ الگ چھِ یوٚز اَمہِ عظیم شہادتُک مقصدتہٕ پأغام چھُ سارِے اُمت مسلمہَ خأطرٕ ہیوٗوے ۔ کٔشیرِ منز گیہِ سیأسی ژٕ دیوٚ کٔنہ عزادأری کُنہِ وقتس مسلکی بنیادن پیٹھ تقسیم ۔ خانقاہِ معلیٰ ہس منز کربلاہکین تبرکاتن ہنز ماتمی مجلسہٕ گیہِ بند ۔ حضرت امام حسین ہنز عزادأری تہٕ ذِکرِ اہلبیت اطہارؑ گو شیعہ مسلک کین مسلمانن تام محدودتہٕ غأر کأشرٕ بو حکمرانو تژٕ ووٚیتہِ کین مُسلمانن پھاس ۔ مغل تہٕ پٹھان دورس منز گو شیعہ سُنی تضاد مغلن تہٕ افغانن ہنزِ چالبأزی کٔنہ زیادے وٕسیع ۔ اَماپوٚز افغان گورنر آزاد خانن کوٚر یم تبرکات نفل خأنی ہٕند بن جلوٗسن منز کڈنُک سلسلہٕ بییہٕ شروع ،مگر یمن جلوسن منز أسی نہٕ شیعہ شریکھ سپدان ییٚلہِ زَن مرزا حیدر ہٕندِ حملہٕ برونٹھ نفل خأنی جلوسن منز سأری مسلمان شأمِل سپدان أسی ۔ نفل خأنی ہٕند بن جلوٗسن منز آسہٕ بجہٕ بجہٕ علمہٕ کڈنہٕ یوان تہٕ یم جلوٗس أسی عید گاہس منز سمان ۔ پتہٕ ییٚلہِ یمن نفل خأنی ہٕند بن جلوٗسن منز عید گاہہ أکی ہٕے فرقس پانہٕ وأنی تہٕ لڑایہٕ گژھان آسہٕ یم نفل خأنی جلوٗس گئے رَسہٕ رَسہٕ بنٛد ۔

ٲوِس دورس منٛز گو خانقاہِ معلیٰ ہس منٛز یومِ حسینؑ مناوُنک سلسلہٕ 1964 ءپٮ۪ٹھ شروع ۔ یتھ منٛز سأری مسلمان بلا لحاظہ شیعہ وٕسُنی مسلک شٲمِل یک سپدان أسی ۔ اَمہِ علاوٕ اوس 8 محرم گرو بازار شہید گنج سرینگرٕ پٮ۪ٹھٕ علم شریفُک اکھ جلوٗس خانقاہِ معلیٰ کِس استانس منٛز ہِنہٕ یوان یُس 1399 ہجری پٮ۪ٹھٕ گرو بازرٕ پٮ۪ٹھ ڈل گیٹ تام کڈنُک سلسلہٕ شروع گو ۔ یتھٕ کُنی چھے حضرت میر سید علی ہمدانیؒ سٕنز عظیم تہٕ مُقدس رِوایتھ أزی کِس دورس منٛز تہٕ زندٕ ۔ ازکل چھُ حضرت شاہ ہمدانؒ سُند استان بیٚیہٕ سارِنے کأشرِ بن مُسلمانن ہٕندِ مِلی اتحادُک مرکز بنیوٗمُت تہٕ شیعہ مُسلمان تہٕ سُنی مُسلمان چھِ اَتھ پاک بارگاہہِ منٛز تبرکاتن ہٕنز زیارت کرنہِ یوان تہٕ سأری مُسلمان چھِ بلالحاظِ فرقہٕ بندی فیض یاب سپدان ۔ اتھ بارگاہہِ منٛز یم ٕقمتی تبرکات موجود چھِ تِمن مُتعلق چھِنہٕ عام لُکن زیادٕ معلومات تہٕ یم سأری گران بہا تبرکات چھ کأشرِ بن لُکن ہُند اکھ گراں قدر قومی اثاثہٕ یُس جان پأٹھی محفوٗظ تھاونہٕ گژھہِ یِن ۔ مےٚ سپد یوٗ وحال حالے مولوٗم زِ علمِ شریف تہٕ باقٕے واریاہ نأدر تبرکات چھِ حضرت شاہ ہمدانؒ سٕندِس آستانس منٛز أکِس خاص المارِ منٛز محفوٗظ تہٕ خاص المارِ منٛز چھ (پوست آہو) یانے رٕوٗسی کچہِ مُسلسل پٮ۪ٹھ لیٚکھتھ حضرت میر محمد ہمدانیؒ سُند سُہ متبرک خطِ ارشاد تہِ موجود تہٕ محفوٗظ یُس تِمو حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ یَس عطا اوس کوٗرمُت یتھ تِہنٛز تصدیقی مُہرِ شریف تہٕ موجوٗد چھ۔ سُہ خطِ ارشاد رٕوٗد واریاہس کالس المارِ منٛز بند۔ 1954 عیسوی

منز کوڈ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ مرحوم مرزا عارف بیگ ہنزِ تحریکہِ
پیٹھ تمہِ زمانٕکی وزیرِ اعظم جموں وکشمیر مرحوم بخشی غلام محمد صائبن سٕہ متبرک خطہِ
ارشاد سارِنے عالمن تہٕ فاضلنِ ہنز موجودگی منز آستانہِ عالیہ خانقاہ معلیٰ
سرینگرچہِ خاص المارِ منز نبر تہٕ تمِچ زیارت کرنہٕ پتہٕ آے تتھ گوڈ کہِ لٹہِ فوٹو
تُلتھ تمُیک اصل متن مُشتہر کرنہٕ ییمہِ ستی خطِ ارشادُک متن عامن تہٕ خاصن
تام ووت۔ خانقاہِ معلیٰ ہس منز ییم تبرکات محفوظ چھِ تمن ہنٛدِ تحفظہٕ خاطرٕ پزن
ہمدأنی خاندانکین بزرگن تہٕ آستانہ عالیہ کین مجأورن سأری احتیأطی قدم تُلنی۔
ییمن نأدِر تبرکاتن تہٕ نوأدراتن ہنٛدی تفصیل منظرِ عامس پیٹھ أنتھ اُمتِ
مسلمہٕ، محقق تہٕ تشنگانِ علم باخبر تھاوٕنی تہٕ ییم کتأبی صوٗرتس منز مشتہر کرٕنی سبٹھاہ
ضروری۔ ییتی گژھِ ذمہٕ دار ادارن ہنٛدِ طرفہٕ نأدر تہٕ مقدس دستاویز
Digitalisation کرِتھ سائینسی طریقہٕ رٔژھراونہٕ خأطرٕ قدم تُلنہٕ ینی۔ کٔشیرِ
ہنٛزِ ییتھ پیٛرِ وارِ منز چھِ جایہ جایہ تبرکاتن تہٕ نوأدراتن ہنٛدی موٗلی خزانہٕ وُنہِ تہِ
موٗجوٗد ییمن ہنٛدی کینٛہہ تفصیلات ریاستی کلچرل اکادمی مُشتہر چھِ
کٔری متی۔ پوٗز ییمن ہُنٛد تحفظ ہیکن سرکأری ادارو علاوٕ علمی، ادبی دینی ادارٕ
جان پأٹھی کٔرِتھ۔ اَتھ سلسلس منز پزن سرکأری تہٕ غأر سرکأری علمی ادبی تہٕ
دینی ادارن سنجیدٕ قدم تُلنی تاکہِ کأشرِ قومُک یہِ موٗلُل سرمایہ روزِ محفوظ۔
کٔشیرِ اسلام کہِ نورٕ گاشراونہٕ وِزِ اوس اسلأمی مُبلغو دینِ اسلامُک
بنیأدی فلسفہٕ قرآن کریم، احادیث سرکارِ دو عالمؐ تہٕ اہل بیت اطہارنؑ ہنٛدی

تأليمات پٔننِن تبلیغاتن ہُنٛد ذریہِ بنوومت ۔ اسلأمی تبلیغاتن منٛز اوس نہٕ مسلکی دوگنیارتہٕ زاۍ وجار ورتاونہٕ آمت ۔ نیٚبرٕ پٮ۪ٹھ یِم داعیان دین اسلام یور آےٚ تِمن یوٚ دوٕے مسلمانن ہنٛدِ بن مختلف مسلکن ستۍ وابستگی روزٕمٕژ أس اما پوٚز یورٕتھ کوٚرنہٕ حضرت بُلبل شاہؒ حضرت شاہ ہمدان تہٕ حضرت میر محمد ہمدانیؒ لیس ہیؤ عظیم مبلغو کُنہِ تہِ صورتس منٛز بیٚون بیٚون مسلکن ستۍ وابستگی ہُنٛد اظہار ۔

کٔشیرِ ہنٛدِ بن طرفاتن منٛز اسلأمی تبلیغ کرنہٕ وِزِ کوٚرنہٕ تِمو رہبرو اسلامُک فلسفہٕ شیعہ یا سُنی مسلکن ہنٛدِس صوٗرتس منٛز پیش تہٕ نہٕ أس تِچھ ضروٗرتھے ۔ تِکیازِ دیٖنِ اسلامکۍ سأری بُنیأدی اصوٗل چھِ یِمن دوشوٕنی مسلکن ہنٛدی پأروشیعہ مُسلمان تہٕ سُنی مُسلمان مانان تہٕ تِمن پٮ۪ٹھ عمل کران ۔ یِم شیعہ یا سُنی مُسلمان ترُکستان تہٕ ایران بیترِ پٮ۪ٹھ أٹھ مہِ صدی عیسوی پٮ۪ٹھے کٔشیرِ یوان روٗدی، تِم أسۍ نہٕ الگ الگ فرقن منٛز اِسلأمی فلسفہٕ تہٕ طرزِ زندگی ورتاوان بلکہِ اسلأمکۍ بُنیأدی اصوٗل تہٕ اَمیُک پأغام وٕتھی پوٚتھی پأٹھی لُکن تام واتہٕ ناوان ۔

یہ کتھ چھےٚ ووٗنی پوٗرٕ پأٹھی ثأبت گٔمژ زِ سیّد شرف الدین المعروف بُلبُل شاہؒ چھ شیعہ مسلکس ستۍ وابستہٕ أسۍ مِتۍ ۔ فقہ امامیہ ہس پٮ۪ٹھ تِہنٛز کتاب ''ضروریاتِ دین'' چھےٚ از تہِ موجوٗد ۔ تِہنٛد شجرہٕ نسب چھُ ٹاکارٕ ہاوان زِ یِہنٛدی خاندانن چھِ سرکردٕ شیعہ علماء پأدٕ گرۍ مِتۍ تہٕ تِہنٛز زُریت چھِ از تہٕ کٔشیرِ ہنٛدِ بن مختلف علاقن منٛز بسان یِم میر حیدر الاردبیلی تہٕ میر شمس الدین العراقیؒ

ہِنٛدی اولاد چھِ۔ اما پوٚز تتم اَسی کٔشیرِ منٛز اسلامی تبلیغ تتھ زمانس منٛز کران ییلہِ
ییٚتہِ ہندو تہٕ بُدھ مذہبن سبٹھاہ عروج اوس تہٕ امہِ وِزِ آو تہندِ ذٔریہِ وٚتھی پوٚٹھی
پأٹھۍ اسلامک بُنیأدی فلسفہٕ کأشرٕ ن فکرِ تارنہٕ، مسلکن ہُنٛد زأوی جار اوس نہٕ
ورتاونہٕ یوان۔ پتھ کالہٕ چھِ کٔشیرِ ہِنٛدی واریاہ مورخ حکمرانن ہِنٛدی زرخرید
ترجمان بلیمتۍ تہٕ تِمو چھُ صحیح کتھہِ کھٔٹتھ تہٕ وو پر حکمرانن ہِنٛدٕ ن مفادن رٲچھ
کٔرِتھ کأشرِس قومس ستۍ سبٹھاہ ظُلم کوٚرمُت۔ کأنسہِ کأشرِی مورخن چھُنہٕ ییمہِ
اہم کتھِ ہُنٛد کانٛہہ تہِ تذکرٕ کوٚرمُت زِ کٔشیرِ منٛز گونہٕ شہمیری دورٕ پیٹھٕ چک
دورٕکس اَخرس تام کأشرٕ ن مسلمانن منٛز کانٛہہ تہِ مسلکی فساد گٔنہِ تہٕ جایہِ
حالانکہ نیٚبرِمِن شہن پیٹھ آیہِ شیعہ تہٕ سُنی فساد تُلہٕ ناونچہِ واریاہ کوٚششہِ
کرنہٕ۔ مسلکی تضادُک گٔن دیُت ییٚتہِ مرزا حیدر کاشغری تہٕ پتہٕ کوٚر وو پر
حکمرانو یہِ ۂتھیار وِزِ وِزِ استعمال ییمہِ ستۍ پھاس ترٲوِتھ کأشرٕ ن پیٹھ راج
کرُن مُمکن سپُد۔ تنخواہ دار مورخو دیُت کٔشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرن والین مرزا حیدر
کاشغری لیس تہٕ تمہِ پتہٕ اکبر بادشاہٕ سِنٛدِس قأبض فوجس کأشرٕ ن ہُنٛد نجات
دہندٕ آسنُک خطاب تہِ۔ تمہٕ وِے مورخو ورتو حضرتِ میر شمس الدین عراقیؒ
ہِوس بڈِس داعی اسلامَس تہٕ کأشرٕ ن قوم پرست چک وزیرن تہٕ بادشاہن
ستۍ نہ صرف دوگنیار ٔبلکہِ تہنٛدی کارنامہٕ آے نہٕ شُمارسے اَنہٕ۔ اکثر موقن
پیٹھ کٔری یمو زرخرید مورخو یمن عظیم شخصیاتن ہِنٛدی ناو سبٹھاہ کمترلفظن منٛز پیش
تہٕ اِکثر آو یہُنٛد ناوٕ ے تؤرٲریخو منٛز حذف کرنہٕ۔ یہ حربہ رُود کأشُر قوم مُنتشر

تھاوَنہٕ خاطرٕ موغل دورٕ پیٹھ برابر جأری۔

وۄں چھِ تبلیغی وٚسیلہٕ تہٕ تحقیق تہٕ تشہیرٕ کِنۍ نۆوی سائینسی ذٔریہِ عام سپدان۔ نۆس زمانس منز چھُ دُنیا نزدیکھ آمت۔ مُسلمان مُلکن منز چھُ وسیع پیمانس پیٹھ کتابہٕ چھپان تہٕ اَسہِ تام واتان۔ تنگ نظری تہٕ تعصب چھُ تحقیقی سۆتھرس پیٹھ جہالت مانہ یوان۔ عالمی سۆتھرس پیٹھ چھِ محقق وۄں نۆی نۆی انکشافات کران۔ اوے کِنۍ چھُ فرقہٕ وارانہٕ سوچ تہٕ اپروچ وۄنی علمی تہٕ تحقیقی سۆتھرس پیٹھ محدود سپدان۔

کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخ تہٕ کأشرٕ شرٕچ سومبرن ناوٕ میأنن کتابن منز چھ حضرت بُلبُل شاہ سٕنٛدِ پایہِ بڈِ خاندانُک مفصل تذکرٕ موجود تہٕ یِیہٕ چھُ ''الشجرۃ الطیبہ'' ناوٕ عالمی سۆتھرس پیٹھ چھاپ کرنہٕ آمت تہند شجرہٕ نسب تہٕ تِمن دوشوٕنی کتابن منز شأمل یِمہِ مطأبق حضرت بُلبُل شاہ اثنا عشری مسلک کِنۍ مسلمانن ہٕنٛدِس سٔتِم امام حضرت امام موسیٰ کاظم علیہ السلام سٕنٛد بو ژُربو منز اوسمُت چھُ۔ حضرت میر شمس الدین عراقیؒ اوس سرکردٕ عالمِ دین تہٕ شیعہ مُبلغ سید صفی الدین اردبیلی سٕنٛدِ سلسلہٕ ژورمہِ پیر منز بُلبُل شاہ سُنٛد ژر یِمیُک شجرۃ الطیبہ اکھ بوٚڈ ثبوت چھُ۔

شاہ ہمدان حضرت میر سید علی ہمدانیؒ سٕنٛدِ خانوادُک سلسلہٕ نسبت چھُ شاہ ولایت حضرت علی ابن ابی طالب علیہ السلامس پیٹھ شروع گژھان۔ علی ثانی حضرت شاہ ہمدانؒ اوس علم وفضل، زہد وتقویٰ تہٕ خولہٕ خطہٕ کِنۍ پننِس جدِ امجد

شیر خدا حضرت علی مرتضٰی علیہ السلامس ستی سبٹھاہ مشابہت تھوان اوے اوس
تمن علی ثانی لقب۔ عالمی سۆ تھرس پیٹھ سادات عالمن ہُنٛد یُس شجرۂ نسب
"الشجرۃ الطیبۃ" ناوٕ کینٛہہ کال برونٛٹھ چھاپ آو کرنہٕ تہٕ کانٛشر مرثی ہُنٛد تواریخ
ناوٕ میانہِ کتابہِ منٛز تمیُک اکھ حصہٕ 1998ء منٛز تہٕ شایع سپُد تمہِ مطابق چھ
حضرت شاہ ہمدان میر سید علی ہمدانیؒ حضرت امام زین العابدین ابن سید
الشہداء حضرت امام حسین ابن علی مرتضٰیؑ سنٛز ژوداہمہِ پیر (پُیہ) منٛز نُمایان
طور شأمل۔ عالمی سۆ تھرس پیٹھ چھاپ کرنہٕ آمتِس سادات عألمن ہنٛدِس
شجرہ نسبس منٛز چھ صفحہٕ نمبر 84 ہس پیٹھ عبداللہ الزاہد ابن الحسین الاصغر ابن
الامام علی ابن الحسین علیہ السلام سنٛدِس زُریتس منٛز حضرت شاہ ہمدان میر سید
علیؑ ہمدانی تہٕ حضرت میر محمد ہمدانیؒ ین ہنٛدی اسمائے گرامی سبٹھاہ نُمایان پأٹھی
موجود۔ تمہِ اہم ترین شجرہ نسبُک اکھ اقتباس چھ یتھ گنٛی۔

# الشجرۃ الطیبۃ




[1] شاہِ ہمدان حضرت میر سید علی ہمدانیؒ۔ [2] حضرت میر محمد ہمدانیؒ

السیداحمد السیدمحمود السیدسعید محبّ اللہ السیدمرتضیٰ السیدگل احمد عمرعلی

السیدحسن السیدحسن ابوالحسین السیدمطیع اللہ السیدمحمد ماہ السیدعلی

السیدعلی شاہ السیدفتح اللہ ہاشم السیدامان اللہ السیدعبدالرزاق السیدقاسم

السیدعبداللہ السیدنوراللہ محمدشاہ السیدظہورعلی السیدقطب سیدجلال

السیدزمان شاہ السید سیداکبر السیدولایت علی السیداصغرعلی

السیدعلی اکبر

مےٚ (شاہد بڈگامی ىس) علاوٕ اوس کٔشیرِ ہنٛد بوٚ کینٛژ محققو تہٕ عالموتہِ ییٚتہ کٕنہِ سادات خاندانن منٛز محفوظ قلمی شجرہ نسبن متلق اَمیُک انکشاف کوٚرمُت زِ حضرت بُلبُل شاہٗ تہٕ حضرت شاہ ہمدانٗ سُنٛد سلسلۂ نسب چھ ائمہ طاہرینعٔ ستی رلان۔ الشجرۃ الطیبۃ منظرِ عامس پیٚٹھ یِنہٕ ستی گےٚ تم مفروضہٕ ختم یِمن منٛز کُنہِ بنیاد ورأے حضرت بُلبُل شاہ تہٕ حضرت شاہ ہمدان میر سید علی ہمدانیٗ صأبس متعلق غلط دعویٰ کرنہٕ اَسی آمتی۔

وون ییٚلہِ عالمی سوٚتھرس پیٚٹھ ساداتِ عالمن ہُنٛد گرانقدر شجرۂ نسب کتأبی صورتس منٛز کُل دنیاہکین علمائے اِسلام تہٕ مجتہدین عظامن ہُنٛد تصدیق ہیٚتھ منظرِ عامس پیٚٹھ آو کٔشیرِ منٛز اسلأمی تبلیغ تہٕ اِسلام جایہِ جایہِ واتنہٕ کِس تؤاریخی پسِ منظرس پیٹھِ أتھی تناظرس منٛز وُچھن تہٕ یہِ حقیقت تسلیم کرن زِ کٔشیرِ منٛز چھِ حضرت امام حسین علیہِ السلام سنٛز عزاداری تہٕ فلسفہ شہادت یِمن اسلأمی مبلغین ہنٛدِ بن تبلیغاتن ہُنٛد اہم حصہٕ اوسمُت۔

یہِ کتھ چھےٚ اہم تہٕ غور و فکرس لایق زِ کشیرِ منز روزن وأ لی ہمدأنی سادات تہٕ رضوی سادات چھِ دوشوٕنی اسلأمی مسلکن یعنی شیعہ مسلک تہٕ سُنی مسلکس سٍتی وابستہٕ تہٕ از کل تہِ چھِ کشیرِ منز ہمدأنی شیعہ تہٕ سُنی سادات تہٕ رضوی شیعہ تہٕ سُنی سادات بسان۔ کشیرِ نبر چھِ پرٕتھ جایہِ موسوی سُنی تہٕ موسوی شیعہ سادات بسان۔ یِمن دوشوٕنی مسلکن یانے شیعہ مسلک تہٕ سُنی مسلکن سٍتی وابستہٕ پأکستان کِین اکثر حصن منز چھِ از تہِ بخأری سادات دوشوٕنی مسلکن سٍتی وابستہٕ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ ننان زِ کشیرِ منز چھُ ساداتن تہٕ داعیان دٟین اسلامن ہُنڈ آ گُر کنُے اوسمُت تہٕ وَکھ گذرنس سٍتی پیٚتکی مسلمان شیعہ تہٕ سُنی مسلکن سٍتی وابستہٕ سپد نہٕ پتہٕ رٕ‌وٕدی کشیرِ منز روزن وأ لی دوشوٕنی مسلکن ہٕنڈی سادات نواسہ رسول خداؐ سید الشہدؑ احضرت امام حسین علیہ السلام سٕنز عزادأری ہٕنزِ برابر رہبری کران۔ واقعہ کربلاہس پیٹھ چھُ کأشر بو سا داتو نظمس نثرس تہٕ نظمس منز واریاہ کینٛہہ لیٚو کھمُت۔ اَتھ سلسلس منز چھ سادات ہمدانی، سادات رضوی سادات بخأری، سادات نقشبندی بیترِ حُسینی تبلیغاتن منز قأیدانہٕ کردار ادا کران رٕوٕدی مٕتی، کشیرِ ہُنڈ توأریخ چھ گواہ زِ یتہٕ چھنہٕ کأشر بو مسلمانو مسلکن ہٕندِس بنیادس پیٹھ زانٛہہ تہِ تصادم آرأیی گرٕمٕژ بلکہِ أسی مسلمانن منز یاتہٕ تم کأشری اقتدار پرست نٟبر مٕبن حُکمرانن ہٕندٕ بن اِشارن پیٹھ یِیتہِ فرقہِ وارانہٕ تضاد پأدکران نتہٕ کوٚر رسٟد سیٚوٚد وو پرحُکمرانو شیعہ سُنی تفریق پأدٕ کٕری تھٕے پٔنن اقتدار مضبوٗط۔ مقامی طور آو شیعہ سُنی تفریق گوڈ کہ لِتہِ

میاں محمد سٕند ذریہ شروٗع کرنہٕ۔ییٚلہِ تمیٚ حضرت میر شمس الدین عرقیؒ یس سٕتی تہند طرفہٕ میاں محمد سُند رشتہٕ قبوٗل نہ کرنس پتہٕ مُژ کری شروع کُر۔ میاں محمد اوس سرینگر شہرُک حأکم اعلی۔ تمیٚ کُر حضرت میر عراقیؒ سٕندی کینہہ چلہٕ نشین گرفتارتہٕ تمن پتہٕ کوٚرُن سبٹھاہ ظلم۔ تو ےکٔنٚ گو حضرت میر عراقیؒ خانقاہ معلیٰ پتہٕ تبتِ خورد کرگل اسکردو روانہٕ تہٕ سرینگر منٛز تہندِ تشریف نِنہٕ سٕتی آیہ شیعہ سُنی دوٚگنیار پأدٕ کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ۔ یوسہٕ صرف ذأتی فأیدٕ خأطرٕ میاں محمدن زأنتھ مأنتھ شروع کرنأوتہٕ تتھ تلُن سیأسی فأید۔ نتہٕ اوس نہٕ کٔشیرِ منٛز کُنہ تہٕ جایہِ شیعہ تہٕ سُنی الگ مانہٕ یوان تہٕ نہ اوس اِسلأمی تبلیغس منٛز کُنہِ تہٕ جایہِ شیعہ تہٕ سُنی مسلکن ہُند کانٛہہ تضاد۔ تمیُک ثبوٗت چھ یہ زِ ییٚلہِ حضرت میر شمس الدینؒ عراقی پنٛن اہل و عیال، ساداتن تہٕ درویشن ہُند کاروان ہیٚتھ 902 ہجری منٛز اسلأمی تبلیغہٕ خأطرٕ دۄیمہ لٹہِ کٔشیرِ آو تمن کوٚر تمہِ زمانٕکی بہلہِ پایہِ عأبلم تہٕ فأضل حضرت بابا اسماعیل کبروی صأبنؒ درویشن ہُند اکھ بوٚڈ کاروان ہیٚتھ ورمُل بتھِ گرٛھتھ استقبال۔ تہند خأطرٕ کوٚرُن اکھ شاندار مکانہٕ سرٕینگرس منٛز تأمیر۔ پنٛن واریاہ جائداد کوٚرنکھ نذر تہٕ سأری سہولیات کٔرِن حضرت میر عراقیؒ صأبس فراہم۔ حضرتِ بابا اسماعیل کبرویؒ اوس حضرت ملاحمزہ مخدومؒ صأبس اُستاد تہٕ مُربی تہٕ حضرت مخدومؒ صأبس چھےٚ تمہٕ وِے مدرسۃ الدارالشفاءکوہِ مارانس منٛز تألیم تہٕ تربیت کٔرمٕژ۔ ظأہر چھُ زِ یُس غلط تہٕ بے بُنیاد شوشہِ ہتہٕ بدبوٗ ؤری یو پتہٕ کٔشیرِ منٛز تراونہٕ آو زِ حضرتِ مخدوم

صائبس تہٕ حضرتِ میر عراقیؒ صائبس کیٛا اوس پانہٕ وأنی تضاد، سُہ اوس صِرف اَکھ سیأسی حربہٕ یُس کشیرِ منٛز مغل حُکمرانو استمال کوٚر تہٕ کأشُر بنأوِکھ غولام۔

یہ چھُ صاف ظأہر زِ حضرت میر شمس الدین عراقیؒ تہٕ حضرت مخدومؒ صاب اُسی دۄن الگ الگ زمانَن منٛز روزان تہٕ تقریبن 90 ؤری چھِ یمن دۄن پایہ بڈٕ بن ہنٛدِس ولادتس تہٕ وفاتس درمیان ژھۄمبن ۔ یتھٕ کٔنی چھُ سُہ سورُے پروپگنڈا غلط ثأبتھ سپدان یُس مغلو کأشری زیر کرنہٕ خأطرٕ استعمال کوٚر مُت اوس تہٕ پتہٕ کوٚر باقی حکمرانو تِہ سُہ حربہٕ وِزِ وِزِ استعمال۔

اگر حضرت میر عراقیؒ ہٕندِس دورس منٛز کشیرِ منٛز تہنٛدِس اِسلأمی تبلیغس سُنی مُسلمان خلاف آسہٕ ہن تیٛلہِ مأ یہن حضرت میر شمس الدین عراقیؒ بادشاہِ وقت سلطان محمد شاہ ہٕندِ حُکمہٕ مطأبق خانقاہِ معلّیٰ ہمدانیہ سرینگرٕ کی سربراہ مقرر کرنہٕ۔

یہ کتھ چھےٚ سبٹھاہ قأبلِ غور زِ حضرت میر عراقیؒ اُسی خانقاہ ہمدانیہ سرینگرس منٛز پننی چلہٕ نشین تہٕ درویشن ہتھ سوے اورادِفتحیہ پران تہٕ تمہِ کی عأمل اُسی یُس اورادِ فتحیہ حضرت میر سیّد علی ہمدانی شاہ ہمدانسؒ حضورِ پُر نور جناب رسولِ مختارؐ ہٕندِ طرفہٕ خابس منٛز عطا کرنہٕ آمُت اوس۔ حضرت میر عراقیؒ ییٚلہِ میاں محمد ہٕنز سیأسی چالبأزی کٔنی خانقاہ ہمدانیہ پیٹھٕ خانقاہِ زڈی بل سرینگرس منٛز ہجرتھ کٔرِتھ گے۔ تتہٕ تہِ اُسی تم سأری ہے وقتس پننی سأری درویش تہٕ چلہٕ نشین شاگرد ہتھ سُے اورادِفتحیہ وِرد کران ییمکی تم خانقاہِ معلّیٰ

ہس منز عائمل اُسی۔

کشیرِ منز شیعہ سُنی مُژکری پاؤ کرنک مقصد اوس ہمیشہِ سیأسی تہٕ دینی مسلن پٹھ گونہٕ زانٛہہ تہِ شیعہ سُنی اتحاد خراب۔ اَمیُک بوڈ ثبوت چھُ یہ زِ 947 ہجری منز گو ییٚتہِ پٹھٕ سیأسی موقہٕ پرستن ہُند اَکھ گروپ مرزا حیدر کاشغری یَس کشیرِ پٹھ قضبہٕ کرنُک دعوت دِنہِ تہٕ تتھ گروپس منز اُسی دوشوٕنی مسلکن ہنٛدی موقہٕ پرست شیعہ تہٕ سُنی سیاست کار شائمل۔ ظاہر چھُ زِ مرزا حیدر کاشغری ہنٛدِ حملہٕ وِزِ اوس نہٕ شیعہ سُنی تناز کاشغری لِس دعوت دِنٕک وجہ بَلکہِ صِرف کینٛژن کأشرٕ بن اقتدار پرستن ہُند سیأسی استحصال اوس تمیُک بُنیأدی سبب۔ تأریخ چھِ گواہ زِ مرزا حیدر دوغلت ( کاشغری ) یَن ییلہِ کشیرِ پٹھ گوڈنیُک حملہٕ کوٚر تمِس دیُت شیعہ وزیر اعظم کاجی چک ہنٛدِس قیادتس منز کأشر بولکو شیعہ تہٕ سُنی امتیاز ورأے عبرت ناک شکست یمیُک انتقام ہنہٕ خاطرِ مرزا کاشغری ین سرینگرس پٹھ دوٚیم حملہٕ منظّم کرنہٕ وِزِ مسلکی تضادُک ہتھیار استمال کُری تھے کأشرٕ بن ہُند اتحاد پاش پاش کوٚرتہٕ کشیرِ پٹھ کوٚرُن پورٕ پأٹھی قبضہٕ۔ تَس اُس نہٕ کُنہِ مسلکچ ہمدردی بلکہِ فقط اقتدارُک ہوس۔ تمیُک ثبوت چھ یہ زِ مرزا حیدر کاشغری کوٚر کشیرِ ہنٛدِس دارالخلافہ سرینگرس پٹھ قبضہٕ کرنہٕ پتے کأشرٕ بن لُکن پٹھ ظُلم وجبر شروع تہٕ شیعہ سُنی یا مسلم تہٕ غأر مسلم امتیاز ورأے کوٚرُن اَکس بے رحم وو پر حکمران سُند کردار ادا یُس ییٚتہِ کأشرٕ بن لُکن ہنٛدِ طرفہٕ تمٕی ہنٛدِ زوالک تہٕ عبرت ناک انجامُک سبب بنیو و۔

شیعہ سُنی تفریق پأدٕ گژھنک بُنیأدی وجہ اوس چونکہِ اقتدار حأصل کرنٕچ
رَسہٕ کَشی تہٕ اَتھ لوٚگ شہمیری دورس منٛز سلطان زین العابدین ہٕندٕ بن نیچو بن
ہٕندٕ ذریہ تہٕ ہوا ییٚلہِ تِمن منٛز اقتدارٕچ کشمکش عروج پیٹھ وأژ، تِکیازِ تِم أسی
شیعہ تہٕ سُنی مسلکن ہٕتی پٔنٕن پان وابستہٕ کران تہٕ تِہنٛد بوٚ بتہٕ ساز ندرو دیُت
اقتدار چہِ لڑا یہِ شیعہ سُنی رنگ۔

کٔشیرِ منٛز آو پتھ کالہِ پیٹھے سیأسی مقصد تہٕ اقتدار حأصل کرنہٕ خأطرٕ وِزِ
وِزِ شیعہ سُنی تضاد پأدٕ کرنہٕ تہٕ اقتدار پرستن ہٕندٕ ذٔسی آیہ اِسلأمی برأدری منٛز
فاس ترأونچہِ وارِیاہ کوشِشہِ کرنہٕ پوٚز عوأمی سوٗتھرس پیٹھ گیہ نہٕ تِمہٕ کوشِشہِ زاہ
کامیاب البتہٕ پَتھ کالہِ کوٚر شیعہ سُنی تضادو وو پرٕ حکمرانو کٔشیرِ منٛز پأدٕ تہٕ
پھوٗٹ ترأوِتھ کأشرٕ بن پیٹھ حکومت کرنٕک یہِ نسخہٕ آو مرزا حیدر کاشغری ہٕند
زمانہٕ پیٹھ مغل حکمرانن تہٕ افغان حأکمن ہٕندٕ ذٔسی 955ھ پیٹھٕ 1289ھ تام دٔہہِ
لٹہِ آزماونہٕ۔

1947ء پیٹھ گونہٕ فرقہٕ بندی ہٕندِس ناوس پیٹھ سیأسی فأیدٕ تُلنٕک کانٛہہ
حربہٕ کامیاب۔ وون چھ سانہِ مُشترکہٕ تِمدن چہِ روأیژ جادے پرٕ زلان تہٕ کأشرٕ
رثأیی ادب چھُ کأشرٕ بن ہٕندٕ اتحادٕچ بُڈ علامتھ تہٕ حضرت امام حسینؑ سنٛز
عزدأری تہٕ کأشرِ مرثی لول برن والین منٛز چھِ کأشرٕ بن مُسلمانن ہٕتی ہٕتی
کأشری بٹہٕ تہٕ سِکھ تہٕ پیش پیش۔

☆

# کأشرِ رثائی ادبُک توأریخی اِرتقاء

کٔشیرِ منز گواسلأ می تبلیغاتن ہِستی شاہ ہمدان حضرت میر سید علی ہمدانیؒ سٔنز تشریف آوری ہِستی حضرت امام حسین علیہ السلام ہٕنٛدِ عظیم شہادت کہِ فلسفُک تشہیر تہٕ تدریس تہٕ وسیع۔ خانقاہِ شاہ ہمدان بنیو واسلأ می تبلیغاتن ہُنٛد مرکز تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ کربلاکِس پایہِ بڈٕ ہن شہیدن ہنٛز عزادأری ہنٛز مجلسہِ ہیٚرٕ ن آراستہٕ سپدنہٕ یِمن منز ذکر شہدائے کربلا علاوٕ حضرت شاہ ہمدانؒ ہٕنٛدِ ذریہِ کٔشیرِ اَنہٕ آمتین تبرکاتن ہنٛز زیارت محرم الحرام کِس دہِن دوہن تہٕ باقی اسلأ می تقریباتن پیٹھ عامۃ المسلمین کرناونہٕ یوان أسی۔ پتہٕ گوعزادأری ہنٛدِ ہن تمن اجتماعن ہُنٛد سلسلہٕ تہٕ شروع یِمن منز نفل خأنی ہنٛدی جلوس تہٕ شأمِل أسی۔ ظأہر چھُ زِ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛز عزادأری رَسہ رَسہٕ وُسعت لبنہٕ ہِستی گو واقعہ کربلا شارن منز گنڈنُک سلسلہٕ تہٕ شروع۔

لل دیدہ تہٕ حضرت شیخ العالمؒ ہٕنٛدِ زمانکی تِم نایاب شارٕ نمونہٕ چھِ میانہِ (شاہد بڈگامی) سٕنٛز "کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخ" ناوٕ کتابہِ منز چھاپ کرنہٕ آمتی۔ یِم کأشرِ مرثی نگأری تہٕ رثأئی ادبکہِ قدیم توأریخی پوٚت منظرِ چ عکأسی کران چھُ۔

کاشرِ زبأنی منز چھُ کل عالمہٕ چھن سارِنے بجن تہٕ لاتیداد لوکچن زبانن ہنٛدی پأٹھی واقعہ کربلاتہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام ہٕنٛدِس شہادتس پیٹھ پتھ کالہِ پیٹھہٕ از تام مرثیہ لکھنہٕ آمژٕ تہٕ یتھہٕ گٔژ چھُ کاشرِ مرثی ہُنٛد بُنیأدی تہٕ بوٚڈ موضوٗع حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ شہدائے کربلاتہٕ أتھی موضوعس پیٹھ آوٕ پتی مین شمن ہتن وٕری ین کاشر رثأیی شعری ادب تخلیق کرنہٕ۔

کاشر زبان چھےٚ منظوم رثأیی ادب کہو شہپاروٕ ستی مالامال تہٕ یہِ موٗلُل سرمایہ ہکو أسی دُنیچہِ کُنہِ تہِ ترقی یافتہٕ زبأنی مُقابلہٕ پیش کٔرِتھ۔

کاشرِ رثأیی ادبُک سرمایہ روٗد واریاہس کالس علمی تہٕ ادبی حلقن نِشہِ ژھایہ پوٚز ووٗنی چھُ اَتھ کُن توجہ دِنُک تہٕ اَمہِ صِنفکین بٔرۍ تمن خزانن ٹھان تلنُک دٕسلابہ گوٚمُت۔

کاشر رثأیی ادب چھِ کاشرِ قومُک تھسکُن لایق منظوم ادبی سرمایہ۔ اَتھ موضوعس پیٹھ قلم تُلنہٕ برونٹھ اوس نہٕ مےٚ پانس تہِ اَمہِ کہِ عظمتُک اندازٕ۔ پننِ کتاب ''کاشرِ مرثی ہُنٛد تواأریخ'' لکھنہٕ برونٛہہ یِیلہِ مےٚ ریڈیو کشمیر سرینگر کہِ طرفہٕ کاشرِ مرثی نگأری پیٹھ اَکہِ ادبی پروگرامہٕ خأطرٕ دَہن مِنٹن ہُنٛد اکھ مسوٗدٕ لکھنٛچ ذِمہٕ دأری پُشراونہٕ آیہ، بہٕ سِنیوس گوڈ کہِ لٹہِ کاشرِ مرثی تہٕ أکِس أنتہٕ روٗستس سمندرس منز گوس کھورٕ شاند بٔڈتھ۔ رَسہٕ رَسہٕ گیہِ مےٚ کاشرِ مرثی ہنٛدِس اَتھ گراں بہا ادبی سرمالیس ستی دلچسپی پأدٕ تہٕ مےٚ لیوٗکھ ''کاشرِ زبأنی منز مرثیہ نگأری'' ہنٛدِس موضوعس پیٹھ کأشری پأٹھی اکھ طوٗیل مقالہ۔ یُس کلچرل

اکاڈمی ہِنٛدِس کأشرِس شیرازس منٛز فروری 1966ہس منٛز شایع سپُد۔ مےٚ اوس
کأشرِ مرثی پیٛٹھ تتھی زمانس منٛز ہفتہٕ وار کأشُر اخبار ''وطن'' کِس أکِس
شُمارس منٛز تہٕ اکھ مضموٗن شایع کوٚرمُت۔ یتھ پأٹھی کرناوِ مےٚ کأشرِ زبأنۍ
ہِنٛدی ادبی حلقہٕ کأشرِ مرثی ستی کُنہِ حدس تام زان۔ تَتہٕ پیٛٹھ آو کأشرِ مرثی پیٛٹھ
بیٚیہِ تہٕ وارِیاہ کینٛہہ لِکھنہٕ تہٕ اَتھ صِنفِ سوٗخنس گوٚ رَسہٕ رَسہٕ تشہیر۔ ووٚنۍ چھِ
وارِیاہ نوجوان محقق اَتھ پیٛٹھ وسیع پیمانس پیٛٹھ کأم کران۔

یِہ کتھ وَنۍ مےٚ گوڈَے زِ کأشرِ رثأیی ادبُک موضوٗع چھُ بُنیأدی طور
واقعۂ کربلا تہٕ شہادت حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ أتھی موضوعس پیٛٹھ چھےٚ
پٔتی میٚن ہتہٕ وادٕ رِین منٛز ساسہٕ وادمرثیہٕ لِکھنہٕ آمٕژ۔ واقعۂ کربلا کہِ موضوٗع علاوٕ
یمہٕ کینٛہہ انفرادی نوعیتٕچہ شخصی مرثی لِکھنہٕ آیہٕ تِمہٕ چھےٚ گٔژ تام تہٕ اَوٕ کنۍ چھنہٕ
شمارس لایق۔ تِمن منٛز چھِ حضرت شیخ نورالدین ولی علمدارِ کشمیرٕ سٕنٛدِس وفاتس
پیٛٹھ شامہ بی بی ہٕنٛز وأحد مرثی دستیاب۔

کأشرِن مقام بند مرثین منٛز چھُ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛزِ عظیم
قربأنی، اہلبیتن ہٕنٛزِ تشنگی، قتل گاہ تہٕ خیمہٕ گاہ کین دِلخراش منظرن تہٕ عاشوٗرِ کہِ
دوہہٕ صُبح پیٛٹھ شام تام تہٕ کربلا کہِ سیکہِ مأدانہٕ پیٛٹھ دُمشق کِس یزیدی دربارس
تام شہدائے کربلا تہٕ اہلبیتن ہِنٛدِ بن بے پناہ مُصیبتن ہٕنٛز باوتھ تِمہِ اندازٕ کرنہٕ
آمٕژ یمِچ مثال دُنیاہچہِ کُنہِ زبأنۍ ہِنٛدِس رثأیی ادبس منٛز چھنہٕ میلان۔ اَمِکۍ
سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ اعجاز چھُ کأشرِ کلاسیکی مرثی منٛز موسیقی ہٕنٛز درجہ بنٛدی تہٕ

اَمیُک تکنیک یُس اَکھ منفرد تہٕ بے مثال فن چھُ۔

کأشُر رثأیی ادب یانے مرثی نگأری چھےٚ تؤأریخی ارتقاکہِ حسابہٕ ژورن دورن منز تقسیم سپدان:

1/ ابتدأیی دور وان یاوانگ فارم (گوڈٕ کال) 1392ء-1555ء

2/ وژن فارِچ موختصر کأشُر مرثی (منز کال) دۆیم دور۔ 1555ء-1819ء

3/ مقام کلاسیکی مرثی (عرۄجُک زمانہٕ)۔(ترٛیم دور) 1819ء-1947ء تہِ برونٛہہ کُن

4/ جٔدید کأشُر رثأی ادب (حُسینی نظمہٕ ادب) ژوریُم یانے أزیک دور 1947ء برونٛٹھ کُن۔

ابتدأیی کأشِر مرثی چھےٚ وان یاوانگ فارمَس منز لکھنہٕ آمٕژ۔

وژن فارِچ موخصر کأشُر مرثی چھےٚ وان یاوانٛچ ترقی یافتہٕ شکل۔ترقی یافتہ کأشُر مرثی چھےٚ سو پرأنی مرثی یوسہٕ کأشِر زبأنی منز مرثی ہنٛز بُنیأدی صِنف سوخن چھےٚ تہٕ یمیُک ادبی سرمایہ ہاوُن تہٕ باوُن لایق چھُ۔

جدید کأشرس رثأیی ادبس منز چھ کأشِر مرثی نگأری ہنٛدِس ژورمس دورس منز 1947ء پتہٕ ازتام تخلیق کرنہٕ آمٕژ پابندتہٕ آزاد حسینی نظمہٕ، سانیٹ، نوحہ حسینی سلامہٕ، منظوم حسینی فیچر تہٕ ژۄہِ مصرأے شأمل ییم اکثر سرکردٕ کأشر سخنور لیکھان رٔوی۔

کأشِر زبأنی ہنٛد بن دۆیمین صِنفِ سوخنن تہٕ ادب پارن ہنٛدی پأٹھی چھُ

کأشرِ کلاسیکی مرثی ہُند مولُل سرمایہ تہٕ قلمی نوسخن ہندِس صوٗرتس منز چھکرأ وِتھ۔

مقام بند مرثی ہٕند بن قلمی مسودَن چھ عام پأٹھۍ "بیاض" ونان۔ یِمہٕ بیاضہٕ

چھےٚ پتھ کالہٕ پٮ۪ٹھٕ موجود پوٗز واریاہ چھ کاغذ کیمو کھیٚمٕژ۔ تہٕ زمانہٕ چہِ بےٚ قدری

ہِتۍ سوران آمٕژ۔ اَوٕ کِنۍ چھِ مرثی ہٕندۍ یِم ادب پارٕ رَسہٕ رَسہٕ ختم سپدٕ ہِمتۍ تہٕ یِہ

کینٛہہ بچومُت چھُ سُہ چھُ غنیمتھ۔ یِہ کتھ چھےٚ تھَکنٕۍ لایق زِ یِہ چھُ صرف کشیرِ

منز حضرتِ امام حسین علیہ السلام ہٕنز بے پناہ عقیدت۔ یِمہِ کِنۍ کأشرِ مقام بند

مرثی ہٕندۍ واریاہ فن پارٕ سینہٕ بہ سینہٕ موجود چھِ روٗدۍ ہِتۍ تہٕ چھنہٕ یِہ عظیم

ادبی سرمایہِ محفوٗظ کرنہٕ خأطرٕ اجتمأعی طور کانٛہہ سنجیدٕ قدم تُلنہٕ آمُت۔ کأشرِ ہن

مرثین ہٕند بن قلمی مسودن ہٕنز ترتیب چھےٚ کُنہِ کُنہِ غلط پأٹھۍ نقل کرنہٕ ہِتۍ متأثر

گمٕژ۔ اکثر بیاضہٕ چھےٚ سینہٕ بسینہٕ لکھنہٕ آمٕژ۔ یِم اصلی پرأنی قلمی نُسخہٕ چھِ تِمو

منز چھِ گوڈنکین دورن ہٕندۍ زٕ قسم تقریبن ختم گأمِتۍ یِمو دوٚیو قسمو منز چھِ

وُنہِ کینٛژن پرانین لوٗکن کینٛہہ مصرعہٕ زبأنی یاد۔ اَتھ سلسلس منز چھُ مرحوم غلام

صفدر ہمدأنی ہٕنز ابتدأیی کوٗشش سیٹھاہ غنیمتھ۔ یوسہٕ حکیم صأبَن کُنٛہمہِ صٔدی

برٕ ٹھیٚم کینٛہہ نأدر تہٕ نایاب قلمی نوسخہٕ حأصل کرنس منز ریاستی حکومت چہِ

سرپرستی منز کرمٕژ أس۔

1371ھ منز آو ریاستی حکوٗمت کہِ طرفہٕ پرٛانین مرثین ہٕندۍ مُسودٕ

حأصِل کرنُک سلسلہٕ شروع کرنہٕ یِمیُک منتظم مرحوم حکیم غلام صفدر ہمدانی،

تمہِ وِزُک سیکریٹری جموں و کشمیر گورنمنٹ تہٕ سرکردٕ کأشر شأعر نور محمد روشن مقرر

کرنہٕ آسی آمژ تہٕ سارٮ۪ی ہے کٲشیرِ دورٕ گرتھ کرتمو کیٛنہہ پرٲنی قلمی نُسخہٕ لبنس منز کامیابی حاصل۔ تمے قلمی نوسخہٕ بنے یہِ کٲشرِ مرثی ہنٛز اہم تارٟیخی بُنیاد۔ تم قلمی نُسخہٕ گرٟی حکومتِ جموں و کشمیرن لالہٕ روخ پبلیکیشن کہ طرفہٕ ''اوش تہٕ آب'' ناوچہِ اکس لوکچہ کتابہِ منز چھاپ یوسہٕ سرکردٕ ادیب تہٕ شاعر نوٗر محمد روشن تہٕ حکیم صفدر ہمدانی صابن مُرتب اُس کرمُت۔ کیٛنہہ نادر قلمی مُسودٕ گرٟی مےٚ (شاہد بڈگامی ین) پانہٕ تہٕ حاصِل۔ یم اَتھ موضوعس پیٹھ لکھنس منز مےٚ مددگار بنے، کیٛنہہ قلمی نُسخہٕ چھِ محکمہ ریسرچ لائبریری سرینگرس منز محفوظ، یمن مےٚ سام ہیوٚت۔ پوٚز واریاہ کیٛنہہ چھِ وُنہٕ ژھایہ۔ اَتھ سلسلس منز روزنہٕ واریاہس کالس کانٛہہ سنجیدٕ تحقیقی سرگرمی جارٟی۔ کٲشرِ مرثی ہُند ترٛیمہِ دورٕکی بےشمار قلمی نوسخہٕ چھِ مرثی نگارن ہنٛدبن وارثن نِش اَتھرِ کیٛمن ہُند غذا بنیمتی تہٕ گُنوٗہ مہِ صٔدی برٕونہم نُسخہٕ چھِ ووٚنی قریب قریب نایاب۔ یِمو منزٕ گرٟی مےٚ کیٛنہہ نُسخہٕ سیٹھاہ جدو جہد کرِتھ حاصل۔ یم مےٚ نِش محفوظ چھ۔ واریاہ قلمی نسخہٕ چھِ سرکردٕ ذاکر تہٕ محقق انیس کاظمی صابس نِش محفوظ یِمو منزٕ تم کیٛنہہ کلاسیکی مرثیہٕ کتابی صورتس منز چھاپ کرِ۔ نوجوان پیٖہِ منزٕ گرٟی کلاسیکی مرثی ہنٛدی نایاب قلمی نسخہٕ سومبراوِتھ کتابی صورتس منز چھاپ کرِتھ پتٕمین کیٛنژن وٕرین دوران مقبول ساجد تہٕ قاسم کلیم صابن قابلِ تارٟیف کام۔

اگر اسی تواریخی اعتبارٕ وُچھو تیٛلہِ چھُ کٲشرِ رثٲیی ادبُک (یا نے) مرثی ہُند تواریخ تہِ پیٹھے شروع سپدان ییٛلہِ کٲشیرِ منز مُسلمان آے۔ اَما پوٚز ووٚنی

کمن چھُنہٕ کانٛہہ تیٚتھ پرٛوٗن قلمی نُسخہٕ اَسہِ نِش موجوٗد یمہِ کِنۍ اَمہِ دورُک تعین ہیکہِ سپدِتھ۔

چک عہدچہِ کینٛہہ موخصر مرثی چھےٚ وُنہِ گُنہِ گُنہِ جایہِ بیاضن پٮ۪ٹھ موجوٗد۔ تِتھۍ کینٛہہ مرثی چھےٚ ریسرچ لائبریری ہٕندٮ۪ن قلمی نُسخن ہٕندِس صوٗرتس منٛز تہِ محفوٗظ۔ اگست 1997 ہَس منٛز گرٛےٚ کٲشرِ ہٕندۍ اکھ ماہرٕ ذاکر حسن آباد سرینگرٕ کِ ملہِ غلام صابن پرٛانین مرثین ہنٛز اکھ سبٹھاہ پرٲنۍ قلمی بیاض فراہم۔ یہِ مرثی بیاض چھےٚ 1294 ہجری ہس منٛز نقل کرنہٕ آمٕژ تہٕ کٲشرِس کاغذس پٮ۪ٹھ چھِ لیکھتھ۔ اَمِکۍ وارِیاہ ورق چھِ کاغذٕ کیموٚ کھیمٕتۍ۔ اَتھ بیاضہِ منٛز چھ مرثی ہٕندِ دوٚیمہِ دورٕکس اہم مرثی نگار ملا عبدالرحمان مرحوم سٕنٛز کینٛہہ مرثی درج۔ یہِ بیاض اَتھِ یِنہٕ پتہٕ چھ ووں یہِ کتھ پوٗرٕ پاٹھۍ ثابت سپدان زِ مرثی ہٕندِس دوٚیمس دورس منٛز یمہٕ وارِیاہ کٲشرِ مرثی تخلیق کرنہٕ آیہ تِمو منٛز چھُ وُنہِ تہِ وارِیاہ کٲشرِ منٛز چھُکرٲوِتھ۔ وَکھ گذرنس سٕتۍ سٕتۍ نیرِ یہِ خزانہٕ ضروٗر نوٚن۔

کٲشرِ منٛز مسلمانن ہُنٛد تیداد ہُرنس سٕتۍ آسہِ ہندو دورس منٛزٕ ے مسلمانن ہنٛز بُستیہِ رَسہِ رَسہِ قٲیم سپدان۔ اسلٲمی تبلیغاتن ہُنٛد باقاعدٕ سلسلہٕ گو حضرت بُلبُل شاہؒ سٕندِ ذٔریہِ شروع۔

توٚ تام یوٚدوَے یِتہٕ مسلمانن ہنٛزِ آبادی منٛز نُمایاں اضافہٕ گومت اوس اماپوٚز رینچن شاہ سٕندِ اِسلام قبوٗل کرنہٕ پتہٕ کٲشرِ منٛز شاہمیری دورِ حکومت

شروع سپد نہٕ پٕتھ گوٚیہِ باقائید پاٹھۍ اِسلأمی تبلیغاتن ہُنٛد دور شروع تہٕ واریاہ مُبلّغ تہٕ علمائے کرام آے اِسلأمی تبلیغہٕ خأطرٕ کٔشیرِ یہنٛدِ خأطرٕ وسط ایشیاتہٕ باقیٕ علاقو پیٹھٕ کٔشیرِ یِنہٕ والیو مُسلمانو لگ بگ ترٛےٚ ہتھ وٕری برونٛٹھ مأدان ہموار کوٚرمُت اوس۔ تِمن ترٛبن ہتن وٕرین دوران یِم مُسلمان یور آے تِمن منٛز کمن کمن مسلکن ہٕنٛدی لُکھ أسی شأمل تہٕ چُھنہٕ نَنان، اما پوٚز اکثر لُکھ آے ایران تہٕ وسط ایشیاہکیو باقیٕ مُلکو پیٹھٕ یور تیتھ زمانس منٛز ییٚلہِ تتہِ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛز عزادأری ہُنٛد دأیرٕ واریاہ وسیع اوس گوٚمُت۔

چونکہِ ابتدأیی دورس منٛز ییٚلہِ کٔشیرِ منٛز دینِ اِسلام پھٔہلیو اَتھ وقتس منٛز اوس نہٕ شیعہ سُنی تفریق کُنہٕ تہٕ جایہ، بٔلکہِ اِسلأمکی بُنیأدی اصول کٔشیرِ ہٕنٛزٕ برٛہمن آبأدی منٛز وٕتھۍ پوٚٹھۍ پأٹھۍ پیش کرنہٕ وِزِ أسی نہٕ شیعہ مسلک یا سُنی مسلک پانہٕ وأنۍ دوٗر۔ اوٚے کنۍ یِم شیعہ یا سُنی مسلمان راجا ہرش سٕنٛدِس وقتس منٛز یا اَمہِ پتہٕ یور آے، تِم أسی نہٕ مسلکن ہٕنٛدِس زأوی جارس سنان۔

اَمیُک ثبوٗت چھُ یہِ زِ 1389 عیسوی ییس (795ھ) منٛز ییٚلہِ حضرت سعید الدین ہمدانیؒ حضرت میر محمد ہمدانیؒ یس سٟتۍ کٔشیرِ آو تمہِ وقتہٕ أسی یِیہٕ واریاہ شیعہ آباد اما پوٚز تِمن أس نہٕ صحی تبلیغ تہٕ تِہنٛدی واریاہ رسم تہٕ رِواج أسی کأشرِ برٛہمنن سٟتۍ رَلان۔ ملا سعید الدین ہمدانیؒ اوس شیعہ اثنا عشری مسلکک سرکردٕ مبلغ تہٕ بہلہِ پایک عالمِ دین۔ سُہ اوس حضرت میر محمد ہمدانیؒ صأبن خانقاہِ معلیٰ ہٕک مُتوٗلی مقرر کوٚرمُت تہٕ خانقاہ معلیٰ ہس منٛزٕ چھُ دفن۔ تاریخ

شیعان کشمیرِ کی ترتیب کار مرحوم حکیم غلام صفدر تہٕ بابا پور جبہٕ کدلگ حکیم خاندان چھُ تہندِ وے زُر بو منز۔ 1392ء یانے سُلطان سکندر سٕندِس عہدِ حکومتس منز آے ییٚہ کینٛہہ شیعہ علماء کٔشیر اِسلامی تبلیغ کرنہٕ۔ یمن منز حضرت سیّد محمد مدنیؒ تہٕ شامِل اسی۔ تمو کوٚر مالموہ ماگام علاقس منز قیام یُس علاقہٕ پتہٕ کاشرِ مرثی ہُند اہم مرکز بنیو و۔ سُلطان سِکندر سٕندِس عہدس منز اوس تس سبٹھاہ عزت کرنہٕ یوان۔ بادشاہن بنوو تہند خاطرِ سرینگرس منز پننس محلس نزدیکھ مکانہٕ۔ 1440ء ہس منز آو سرکردٕ دینی مبلغ حضرت سیّد حسین قُمیؒ ایران پیٹھٕ کٔشیر۔ تمی کوٚر سیدِ پور زینہٕ گیر علاقس منز اِسلامی تبلیغاتن ہُند آغاز سبٹھاہ بڑس پیمانس پیٹھ۔ تہٕ رٔسہٕ رٔسہٕ بنیو و علاقہ زینہ گیر اکھ بوٚڈ اِسلامی مرکز تہٕ چک دورِ کس آخرس تام رؤد زینہٕ گیر علاقہٕ کٔشیرِ ہُند اکھ بوٚڈ اثنا عشری علمی تہٕ تبلیغی مرکز یمیک سربراہ پتہٕ مرحوم مُلا عالم انصاری ہیوٚ پایہ بوٚڈ عالِم دٕہن اوس۔

اِسلامی تبلیغاتن ہندِ ستی گیہٕ عزادٲری تہٕ وسیع۔ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنز عزادٲری گیہٕ اَمہِ حسابہٕ 1392ء پیٹھے شروع۔ تمہِ بروٚنہہ تہٕ تے ہتھ ؤری ییٚلہِ وسطِ ایشاہہ پیٹھ مُسلمان یور آے کٔشیرِ منز کیاہ اوس عزادٲری ہُند طریقہٕ تتھ متلق چھُنہٕ کانٛہہ تواریخی ثبوت دستیاب۔ حضرت سعد الدین ہمدانیؒ سٕندِس وقتس منز اوس کاشرِ زبٲنی واریاہ عروج لوٚبمت۔ لل دیدِ (1325ء زاسنہٕ) اُس کاشر شاعری للہٕ واکھو ستی مالامال کرمٕژ۔ یتھٕ پاٹھی

اوس کأشُر زبأنۍ ہُنٛد ادبی دور شروع سپد یوومُت تہٕ أتھی دورس منٛز پییہٕ کأشُرِ مرثی تہٕ تھنہٕ۔ تَمہٕ زمانٕچ خصوصیت چھےٚ یہٕ زِ تتھ زمانس منٛز لوٗگ بُنیأدی طور کأشرِ شأعری لَل دیدِ ہِنٛدِ دٔسی کُن۔ اَمہٕ برونٛٹھ یہٕ کینٛژھا کأشری پأٹھی لیکھنہٕ آسہٕ ہے آمُت تَمہٕ منٛز چھنہٕ شِشی کنٛٹھ ہِنٛدِ مہانے پرکاشؔ ناواکہٕ کتابہِ ورأے اَسہٕ تام کہنہٕ تہٕ ووتمُت۔ رُٔ دسوال زِ اَمہٕ دورچن کأشرِ بن مرثین ہُنٛد سرمایہٕ کتہٕ چھُ تہٕ مرثین ہنٛز ابتدأیی شٔکل کیٛاہ أس؟ اَتھ متلق چھِ کٔشیرِ ہِنٛدی سرکردٕ عالمِ، فأضل تہٕ محقق پروفیسر محی الدین حاجنی ''کأشرِ شأیری'' An Anthology of Kahsmiri Poetry ناوِچہِ کتابہِ منٛز یتھ کٔنی لیکھان:۔

''کأشرِ شأیری منٛز یہٕ کینٛژھا کلام دُنیاہ کیٛو گأیلو نِشہٕ ونیکتام بچومُت چھُ۔ سُہ چھُ سبٹھہٕ ہے مُشکلو منٛزی نیران نیران اوگرِ تھوگرِ گوٗمُت زِ أسی چھِ اَمیُک وارِیاہ حِصہٕ وأنجِہ گاشے پرٛزنأوِتھ ہبکان۔ سانہٕ زبأنۍ ہُنٛد رسم الخط رُٔ د گوڈٕ شاردا ہس منٛز، گرا دیوناگری تہٕ گرانٛنخ، مگر چھاپس منٛز رُٔ د نستعلیق (فارسی) رسم الخط رأیج۔ کأشرِ بن شأعرن ہُنٛد کلامہٕ رُٔ د اکثر زبأنۍ یاسینہٕ بہ سینہٕ محفوٗظ، نہ لیوٚکھ سُہ پانہٕ شأعروتہٕ نہ لیکھہٕ نوٗکھ بییٚن اَتھِ۔ یہٕ کینٛژھا لیکھنہٕ آوتَمیُک بوٚڈ حِصہٕ لوٗگ تَمن وأرِثن نِشہِ یمو سُہ یاتہٕ طاقچن پیٹھ لژھہِ بزی کوٚریا کھیوٚ وُکھ کاکٕذ کیٛمن اتھِ۔ یتھٕ کٔنی گٔے سانہٕ شأعری ہِنٛدی وارِیاہ دورِ نابود۔ یہٕ ہیکہٕ نہٕ کأنٛہہ تہٕ مأنِتھ زِ کٔشیرِ منٛز کیٛاہ آسہٕ ہے نہٕ یمن دورن منٛز کہنہٕ شأیرِ...... یہٕ کینٛژھا اَسہٕ پنٛنہٕ اَدبہٕ نِشہِ اَتھِ آمُت چھُ، تَمہٕ منٛز چھ آٹھٕ نوٚناہ

موجود رودمُت۔''

مغل حکمران رٗوی 1588 ءپٹھ 1752 ءتام 166 ہن وٕری ین کشیٖر پٹھ قابض۔ کأشر زبان بنیہِ مغل دورٕچ گوڑٕ نشانہٕ۔ مغل حکمرانو کرٕ اَو یمن 166 ؤہرن وٕرین دوران کأشُر قوم مُنتشر تھاونہٕ خاطرٕ یِتہٕ وِزِ وِزِ مسلکی مُشُکری پأدٕ۔

تمہِ بروٚنٹھے اوس 1540ء یس منٛز مرزا حیدر کاشغرٛی ہِندِ کشیٖرِ پٹھ قبضہٕ ہٕتی کشیٖرِ ہُند ماحول سبٹھاہ خراب سپد یومُت۔ مرزا حیدر کاشغری ژاو طوٗفان ہٕنتھ کشیٖرِ تہٕ تٔمی کٔری کاشرِ لُکھ مسلکی بنیادس پٹھ بے دریغ قتل۔ گوڈ کہِ حملہٕ پتہٕ ییٚلہِ کأشرِ بن لُکن فکرِ تور تہٕ کأشر بولکو کٔر کُنہِ مسلکی امتیازٕ ورأے وو پرٕ حکمران مرزا حیدر کاشغریس خلاف تحریک مزاحمت شروع ییمہِ ہٕتی مرزا حیدر کاشغری پنُن فوج ہٕتھ کشیٖرِ نبر گژھنس پٹھ مجبور گو۔ کینٛہہ کال گژھی تھے ییٚلہِ کأشُر قوم بییہِ نااتفأقی ہُند شکار کرنہٕ آو مرزا حیدر کاشغری آو سال کٔرِتھ بییہِ کشیٖرِ پٹھ قبضہِ کرناونہٕ خاطرِ انِنہٕ۔ 955 ہجری یس منٛز کوٚر دٕویمہِ لٹہِ مرزا حیدر کاشغری یَن کشیٖرِ منٛز قتلِ عام۔ واریاہ آبأدی زالنہٕ تہٕ لوٗٹ کرناونہٕ علاوٕ کٔرِن خانقاہ، مسجدٕ تہٕ علمی مراکز تباہ۔ حضرت میر شمس الدین عراقیؒ سُند خانقاہ زڈی بل کوٚرُن تباہ۔ تٔہُند فرزند حضرت سید دانیال کوٚرُن شہید۔

مرزا حیدر کاشغری ہِنٛزٕ امہِ تباہ کأری ہٕتی گو کأشرس قومس واریاہ کینٛہہ تباہ

خاص کٔرِتھ کاشرِ مرثی ہُند گراں بہا ادبی تہٕ دٟینی سرمایہ آو برباد کرنہٕ۔

حضرت میر شمس الدین عراقیؒ آے سُلطان فتح شاہ ہٕنٛدِس دورِ حکومتس منز 1487 عیسوی ییس منز کشیرِ ، تأریخی حسابہٕ اوس یہ حضرت میر سُنٛد کشیرِ ہُند دؤیم دورٕ۔ گوڈٕ آسی تم 892 ہجری منز ایرانکی سفیر بٔنِتھ حسن شاہ ہٕنٛدِس دربارس منز آمٕتی۔

حضرت میر شمس الدین عراقیؒ ہٕنٛدِ کشیرِ یِنہٕ ستی گو شیعہ مسلک وسیع تہٕ ساسہٕ واد کأشری بٹہٕ (برہمن) پھیرِ سیٚدِ سیٚوٗد شیعہ۔ اَتھ سلسلس منز چھُ اوتار کرشن رہبر ''کأشرِ ادبٕچ تأریخ'' ناوٕچہِ کتابہِ منز یِتھٕ پأٹھی لیکھان:۔

''فتح شاہ نس وختس منز کوٚر اَکی ساتہٕ تہٕ اَکی وِزِ ژوٗوٗ ہو ساس (24000) بٹو اسلام قبوٗل ، یِمہٕ نِے وقتن منز چھُ میر شمس الدین عراقیؒ کشیرِ واتان، تم چھ کشیرِ منز اَٹھ وٕری گُذاران، تم چھِ یہ سورُے وق شیعہ فریق چہِ بجأی تہٕ پاپر جأیی منز گُذاران''۔

بیٚیِس جایہِ چھُ اوتار کرشن رہبر صأب یِتھٕ پأٹھی لیکھان:

''ژکن ہٕنٛدِس زمانس منز روز تبلیغٕچ کأم جأری۔ بٹہٕ رُوٗدی اِسلام کہِ گاشہِ ستی برابر فأیِد تُلان تہٕ مُسلمان سپدان، ووں گو یِم بٹہٕ تِتھ وختس منز مُسلمان بنییہٕ تم بنییہِ شیعہ زیادٕ تہٕ سُنی کم۔ تِکیازِ (چک) اَسی پانہٕ شیعہ فرقس ستی واٹھ تھاوان۔ یُو ہے وجہ چھُ زِ ژکن ہٕنٛدِس وقتس منز یِمہِ سیأسی تہٕ سمأجی نٕبجہِ بارسس آیہِ تِہُنٛد واٹھ رُوٗد شیعہ باین ہٕنٛزِ پاپر جأیی ستی ہنا زیادے پہن۔ اَمہِ

پاپر جأی ہُنٛد اکھ مولہٕ وُن اثر پیوو کأشرِ شأیری پٮ۪ٹھ تہٕ نٔوی بأتھ آے لیکھنہٕ، یمن اندر مذہبی اُنس تہٕ لول آوورتاونہٕ۔ حضرت امام حسین علیہ السلام ہٕنٛدی حالاتھ کربلاہکی دِلس کھنٛجہٕ کرٕونی واقاتھ آیہٕ کأشرٮ۪ن شارن منٛز گنڈنہٕ۔ یِتھہٕ پأٹھی ہیٚو وُچھومرثی لیکھنٛچ رِوایتھ چھےٚ کأشرِ شأیری منٛز وارِیاہ پرٛأنی۔"

یہٕ چھُ پزرٕ زِ حضرت میر شمس الدین عراقیؒ ہٕنٛدِس زمانس منٛز لوٚب کأشرِ مرثی سٮ۪ٹھاہ عروٗج۔ شیعہ مسلک پھأٹیو وسأری ہیٚ کٔشیرِ منٛز تیزی سان۔ کینٛژ ومور خوٗیوسہٕ فرق نوربخشی تہٕ شیعہ مسلک فِکر ترنس منٛز گرٛہٕ چھےٚ سوٚ چھےٚ اکھ غلط فہمی۔ نوربخشی اوس نہٕ کانٛہہ نوٚو مذہب یا مسلمانن ہُنٛد کانٛہہ نوٚو مسلک بلکہ سُہ اوس تَتھ زمانس منٛز تصوفُک اکھ سلسلہٕ یا نے تصوفُک تِتھےٚ سلوک یُتھ سلسلہٕ کبروی یا سلسلہ نقشبندی أسی۔ یہٕ کتھ چھےٚ سٮ۪ٹھاہ اہم زِ احوت ناوٕ کتاب أس نوربخشی سلسلکس قأید سید محمد نوربخش ہٕنٛز لیچھمٕژ مسلہٕ کتاب یتھ منٛز تمہٕ وقتکی شرعی مسائیل درج أسی۔ یہٕ أس تمہٕ زمانٛچ سوٚ کتاب یوسہٕ ایرانہٕ پٮ۪ٹھ کٔشیرِ وأژ تہٕ کینٛژ ومورخوٗگرِ سوٚ کتاب میر شمس الدین عراقیؒ ہٕنٛز تصنیف کہٕ حیثیتہٕ پیش یُس سراسر غلط چھُ۔ اگر نوربخشی کانٛہہ الگ مسلک آسہٕ ہے تیلہٕ آسہن ناکٔشیرِ منٛز یالداخ تہٕ بلتستانس منٛز تمِکی لٮ۪چھہِ بٔڈی پیروکار از موجود۔

حضرت میر شمس الدین عراقیؒ ہٕنٛدِ ذریہٕ کٔشیرِ منٛز شیعہ مسلک پھٔہلاونس پنجتن پاکؑ تہٕ بہن اِمامنؑ ہٕنٛدِ ذریہٕ چھیٚ وَتھ پرٛاونس متلق چھَ اکثر معتبر تہٕ مُکمل توأریخ واضح۔ یہِنٛدِس زمانس منٛز لوٚب شیعہ مسلکن وارِیاہ عروٗج۔ تہٕ

میر شمس الدین عراقیؒ سٕندِ یورِینگ زمانہٕ اوس کأشرِ شأعری ہُنْد وٕژن کال۔ کأشرِ مرثی ہُنْد گوڑ کال اوس تتھ زمانس منٛز پژانیومُت۔ اَتھ زمانس منٛز اۍس عزادأری حضرت امام حسینؑ علیہ السلام واریاہ برونٛٹھ پَکمٕژ۔ حضرتِ میر عراقیؒ سٕندِ تبلیغہٕ ستی کوٚر چک خاندان کیو حکمرانو شیعہ مسلک قبوٗل۔

وزیرِ اعظم ملک موسیٰ رینہ ییٚمیٚ 907 ہجری تا 916 ہجری کٔشیرِ پیٹھ حکوٗمت کٔر اوس حضرتِ میر عراقیؒ سٕندٕ بن ابتدأیی مُریدن تہٕ عقیدتمندن منٛز شأمِل۔ تٔمۍ کوٚر حضرت میر سٕندِ خأطرٕ خانقاہ زٔڈی بل تأمیر یُس سبٹھاہ بوٚڈ علمی تہٕ دیٖنی مرکز اوس۔

کاجی چکَ سٕندِ وزارتُک دور شروع سپدنَس ستی گو عزادأری ہُنْد سلسلہٕ واریاہ وٕسیع۔ کاجی چکن کرٕنو کٔشیرِ منٛز گوڈنیُک اِمام بارٕ زٔڈی بَل سرینگرس منٛز 1518 عیسوی منٛز تأمیر تتھی زمانس منٛز گیہِ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛز عزادأری سرینگرس تہٕ کٔشیرِ ہنٛدٕ بن طرفاتن منٛز عوأمی طور شروع۔ اَماپوٚز اَتھی دورس منٛز گیہٕ سوٗ سیأسی سأزش کامیاب یوٚسہٕ حضرت میر شمس الدین عراقیؒ سٕندِ دوٚیمہ لٹہٕ کٔشیرِ یِنہٕ پتہٕ میان محمد سٕندِ ذٔریہٕ اِقتدارٕ خأطرٕ شروع اۍس کرنہٕ آمٕژ۔ مرزا حیدر کاشغری سٕندِ ذٔریہٕ آو فرقہٕ وارانہٕ نفرتُک بیوٗل کٔشیرِ منٛز وَونہٕ۔ تمہِ ستی گیہٕ عزادأری سخ متأثر۔ یہ اوس پزٕ کٔنی کأشرِ قومُک اَکھ المناک حأدثہٕ ییٚمہٕ ستی یَتھ سرزمینس منٛز سیأسی مقاصِد حأصِل کرنہٕ خأطرٕ گوڈٕ میان محمد سٕندِ ذٔسی تہٕ پتہٕ مرزا حیدر کاشغری نٕہِ ذٔریہِ مسلکن ہنٛدِس

ناوس اِستحصال کرنہٕ آو۔ یہِ سلسلہٕ روٗد برابر افغان دورس تام جاری تہٕ وۄپر حکمرانو ٹلہٕ ناوی کٔشیرِ منز شیعہ سُنی مسلکن ہِندِس ناوس پیٹھ فساد۔ یِیمہِ کِنی کٔشیرِ منز واریاہس کالس عزاداری رٔژنہٕ آو تہٕ اونہٕ تمیُک سارِوے کھوتہٕ زیادٕ اثر پیوٚ وکأشرِ مرثی۔

چک دورِ حکومت اوس کأشرِ زبانِ ہُند اکھ شاندار دور۔ اَتھ دورس منز اَسی کأشرِ زبانِ عملی طور سرکأری سرپرستی حاصل۔ اکثر کأشر چک بادشاہٕ اَسی کأشرِ زبانِ منز شاعری کران۔ حسین شاہ چک، علی شاہ چک تہٕ یوسف شاہ چک سُند کأشر کلام یۄدوَے وقتہٕ کِنۍ ظالم اَتھواَسہِ تام واتہٕ نے روٗزِتھ، اَماپوز کأشرِ زبانِ منز تِہند شار گنڈنُک ثبوت چھ اکثر توأریخن منز موجود۔ چک بادشاہ یوسف چک سنز آشیٖنز ملکہ حبہ خوتوٗن چھ کأشر شاعری ہُند اکہِ پوٚر دورٕچ بانی۔ کأشرِ شاعری ہُند وژُن کال چھ حبہ خاتونہِ ہِندیو وژنو پیٹھے وژنچہِ موجود صورژ منز شروع گومُت۔ حبہ خوتونہٕ ہِنز کلٔم شاعری چھ کأشرِن ہِنز شناخ۔ پتہٕ موژ زورُ [4] ہتوٚ ریو پیٹھ چھ یتھ ریٖشی وارِ منز تِہند لافأنی کأشر نغمہٕ پرٛتھ اَنٛد برابر گرِزان۔

کٔشیرِ منز اوس چک دور کأشرِ تمدنُک تہٕ زبانِ ہُند سہ شاندار تہٕ تھٔکُن لایق دور یتھ منز کأشرِ کلچرک احیاے نوٚ آو کرنہٕ۔ چک دورِ حکومت چھِ اکثر مورِخ صرف 1555 عیسوی پیٹھ 1588 عیسوی یانے تِیہ ترٛہ وُری شمارس اَنان یُس صِرف چک بادشاہن ہُند دور چھُ۔ توأریخی حسابہٕ چھُ چک دور

دون حصن منز تقسیم سپدان، گوڈنیک حصہ چھُ چک خاندانہٕ کمن وزراۓ اعظمن ہُند حِصہ یُس 55 ہن وُری ین ہُند ابتدٲیی دور چھُ تہٕ دوٚیم دور چک پادشاہن ہُند 33 ہن وُری ین ہُند دور تہٕ کُل اوس یہِ دور 83 تن وُرین پیٹھ محیط۔

چک خاندانچ وزارت اُس 1505 عیسوی منز قایم گمژ ییلہِ ملک موسیٰ رینہ کٲشیرِ ہُند وزیر اعظم بنیو و۔ ملک موسیٰ رینہ ہن کوٚر کشیرِ منز سرکٲری سرپرستی تل عزادٲری ہُند سلسلہٕ وسیع۔ تمی کوٚر خانقاہِ میر شمس الدین عراقیؒ ژڈی بل تامیر تہٕ حضرتِ امام حُسینؑ سنز ماتم دٲری تہٕ مرثی خوٲنی لوٚب وارياه عروج۔

کاجی چک بنیو و 1517 عیسوی منز کٲشیرِ ہُند وزیر اعظم تہٕ 1540 ءتام روٗد تیتھ یہِ لٹہِ وزیر اعظم سندِس عہدس پیٹھ۔ تمی سُند دورِ وزارت روٗد کُل 32 ہن وُرین۔ کاجی چک سندِس دورس منز آیہ کٲشیرِ منز عزادٲری تہٕ کٲشرِ مرثی زبردس ترقی دِنہٕ۔

اگر چہ اُتھ دورس منز کشیرِ منز ملی اتحاد خراب کرنچ کوٚشش وارياہہِ لٹہِ کرنہٕ آیہِ پوز کٲشر بوتھو ملی اتحاد برقرار۔ نیبرِ موسامراجی طاقتو کٲشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرنہٕ خاطرِ وِزِ وِز شیعہ سُنی مُنافرت پھٔہلاونچ کوٚشش ییمہِ کنی کاجی چک کینژوس وقس وزارتہٕ نِشہِ دستبردار گو۔ کاجی چک اوس اکھ عظیم مُحبِ وطن کٲشُر تہٕ اکھ بہادُر تہٕ دِلاورِ سپاہ سالار ییمی وارياہہِ لٹہِ بزورِ شمشیر کٲشیرِ ہُند

قومی یکُت وۅپرسأز شونِشہ محفوٗظ تھوو۔

مرزا حیدر کاشغری ین شیعہ سُنی تفریق پأدٕ کرٕنٕک یُس زہر کٔشیرِ منز ووو تمہِ سٟتی گو کاجی چک کمزور تہٕ یِیلہِ کأشُر قوم فرقن منز تقسیم گو کاجی چک سُند شاندار دورِ وزارت گو ختم۔ اَتھ سلسلس منز چھُ پروفیسر محی الدین حاجنی پنِنہِ کتابہِ ''مقالات'' کِس صفہٕ 125 ہس پیٹھ یِتھٕ کٕنی لکھان:۔

''موغلو یِیلہِ شب خوٗن کٔرتھ ہَتہٕ واد کأشرۍ گألۍ۔ یِم دوٗنوے گٔے پامال۔ کاجی چک ژوٗل تھَنہٕ (تھنہ منڈی) جایہِ وأتتھ موٗدلیریا سٟتی کٔشیرِ ہُند یہِ مجأہد۔ افسوٗس چھُ زِ اَسہِ چھُنہٕ پننہِ تأریخچ پیٹھ ہَن تہِ ماے روٗزمٕژ زِ أمِس بہادُرس منز قبرہ تہٕ ژھانڈ ہو۔''

چک بادشاہ تہِ أسی چک وزراء اعظمن ہندۍ پأٹھۍ شیعہ مُسلمان تہٕ اَمہِ کٕنی لوٗگ اَتھ دورس منز کأشرِ مرثی سبٹھاہ عروٗج۔ یہِ آوونہٕ زِ یِمن پادشاہن منز أسی اکثر پانہٕ تہِ شأعر۔

چک دورچہ یِمہِ کینہہ پرٕانہِ مرثی مے حأصل کرِ تِمن منز چھے اکثر بے ناو مرثی یانے (مُصنفن ہِندِ ناوٕ بغأر)۔ کیاہ پَتہٕ چھُ زِ یِمن منز ما آسہِ کانہہ بے ناو مرثی چک بادشاہو منز حسین شاہ، علی شاہ یا یوسف شاہ چکنی تخلیق۔ چک دورس منز کأشرِ مرثی ہِندِ عروٗجُک سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ ثبوٗت چھُ کأشرِ مرثی ہُندٕ سہ وژن فارم یُس ملکہ حبہ خاتونہِ پیٹھٕ کأشرِ شأیری منز شروع گو۔ چک دورس منز گٔر کأشر بو مرثی نگار حبہ خاتوٗنہِ ہِندِ وژن فارچ سیٚدِ سیوٚد تقلید۔

چک دور ییتہِ کُل ہُم پأٹھی کأشرِ زبأنی تہٕ کلچرُک اکھ شاندار دور اوس تتہِ
اوس اَتھ دورس منز کأشرِ مرثی سبٹھاہ ترقی کرٕمژٕ تہٕ کشیرِ منز اوس عزادأری تہٕ
مرثی خأنی ہُند سلسلہٕ واریاہ وٕسیع سپد یومُت۔ اَمہِ دورچہ مرثی چھےٚ کأشرِ
زبأنی تہٕ ادبُک اکھ مولُل خزانہٕ۔

یہِ کتھ چھےٚ وَننہٕ آمژ زِ چک دورس منز یم ہتہٕ واد کأشرۍ شأعر شار لکھان
اُسۍ تِموٚ منز چھُ صِرف حبہٕ خاتونہِ ہُند ناو تہٕ کینٛہہ کلامہٕ توٚن۔ کأشرِ مرثی ہٕندِس
میأنِس تو أرِیخس منز اُس گوڈ کہٕ لِٹہِ کأشرِ مرثی ہٕندِس دوٚیمس دورس منز 19
گُمنام شأعر منظرِ عامس پیٹھ اَننہٕ آمتۍ۔ تِکیازِ کأشرِ زبأنی ہٕندۍ یم شأعر چک
دورِ پیٹھ افغان دورس تام محققوٚ وَننہٕ اُسۍ کڈٕمتۍ تِمن منز چھ چک دورس منز
حبہٕ خاتون تہٕ سِکھ دورس تام أرِنہٕ مالٓ قأبلِ ذِکر۔ چک دورِکۍ ہَتہٕ واد
کأشرۍ شأعر چھِ گُمنام تہٕ تِہٕ سورُے کأشر ادبی سرمایہٕ چھُ ضایہِ گوٚمُت، یُس
چک دورس منز سرکأرۍ سرپرستی تَل کأشرِ زبأنی منز تخلیق کرنہٕ اوس آمُت۔ مےٚ
چھ کأشرِ مرثیہِ ہٕندِ اَمہِ دور کِہن گنوٚ ہن شأعرن ہُند کلام کأشر مرثی ہُند توأریخ
ناوِ پننہِ کتابہِ منز منظرِ عامس پیٹھ اوٚنمُت۔

کأشرِ مرثی ہُند توأریخ 1979 ءمنز منظرِ عامس پیٹھ ییِنہٕ برونٛٹھ اوس نہٕ
کلہُم پأٹھی کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس متلق کتابن منز کأشرِ مرثی ہُند زیادٕ تذکرٕ
آسان۔ کشمیر یونیورسٹی ہٕندۍ کأشرۍ شعبن دیُت میأنی کتاب چھاپ سپدنہٕ
پتے اور کُن سنجید توجہ۔1992 ءمنز کوٚر کشمیر یونیورسٹی ہٕندۍ کأشرۍ ڈیپارٹمنٹن

کأشرِ ادبُک توأریخ چھاپ یُس ناجی منورتہٕ ڈاکٹر شفیع شوقؔ صابن مرتب کۆرمُت اوس۔ تتھ توأریخس منز چھِ کأشرِ مرثی ہندِس صِنفس جان پأٹھۍ دَل دِنہٕ آمُت تہٕ چک دورس منز تِم سأری کأشری مرثی نگار تمے ترتیبہٕ درج کرنہٕ آمتۍ یِمہٕ ترتیبہٕ مےٚ تِمن ہندی ناو کأشرِ مرثی ہُند توأریخ ناوِ پنِنہ کتابہِ منز 1979ء منز درج کٔری متۍ أسۍ۔ یِمن ہندی ناو 1979ء تام کانٛہہ زانہٕ ہے نہٕ۔ 1992ء ژوداہ وٕری برونٛھ کأشرِ ادبُک یُس توأریخ کشمیر یونیورسٹی ہندی کأشری شعبن ترتیب دِتھ چھاپ کۆرمُت اوس تتھ منز اوسنہٕ کأشرِ مرثی متلق کہیں تہٕ لِکھنہٕ آمُت۔ کأشرِ ادبُک سہٕ توأریخ نامکمل آسنُک اقرار چھُ 1992ء کس نوِس تأریخس منز جان پأٹھۍ کرنہٕ آمُت۔

کأشرِ زبأنۍ ہُند واریاہ سہٕ ادبی سرمایہٕ گوٚ نیٚبرِ موٚحملوتہٕ أندرِ موٚحالاتو کِنۍ پتۍ مِمن شۄہن ہتن وٕرین دوران بُرباد۔ کأشرِس کلہم ادبی سرمایس یُس ددار ووت تمہِ منز ووت سارِوٕے کھوتہٕ زیادہ نقصان کأشرِس رثأیی ادبس۔

جون 1589 عیسوی منز آو مغل حکمران اکبر بادشاہ کٔشیرِ۔ کأشرِن ہنز خودموختارِ حکوٗمت ختم کرنہٕ پتہٕ کۆر موغلوسون تمدُن تہٕ سأنۍ زبان رَسہٕ رَسہٕ پامال کرنُک سلسلہٕ شروع۔ وۄ پرحکمرانو ترٛووٕزأنتھ مأنتھ کٔشیرِ منز سیأسی فأیدِ خأطرِ شیعہ سُنی تضاد تہٕ سُے سیأسی نُسخہٕ ازموٗوکھ یِمہٕ ستۍ مرزا حیدر کاشغری کأشُر قوم تقسیم کٔرِتھ یِتہٕ حکوٗمت کٔر۔ یہ نُسخہٕ ازموو موغلو پتہٕ افغان حُکمرانو تہٕ۔ امہِ قسمکۍ فساد آے گوڈٕ مرزا حیدر کاشغری (دوغلت) سِندِ

ذٔریہِ 955 ہجری منز شروع کرنہٕ یمن منز کأشرٕن مرثین ہنٛدی لاتعداد قلمی نُسخہٕ (بیاضہٕ) زٔڈی بل علاقس منز زالنہٕ آے۔ یہِ سلسلہٕ روٗد موغل دور 994 ہجری پتہٕ مرزا قاسم خان گورنر ہنٛدِس عہدس یعنی 1279 ہجری تام جأری۔ اَتھ وقتس منز آے کشیرِ منز داہ[10] فسادتُلہٕ ناونہٕ یمن منز مالہٕ جانہٕ علاوٕ تہٕ سأری مَرثین ہنٛدی قلمی نُسخہٕ بُرباد گٔے یمن پتہٕ چک عہدس تام تہٕ تمہِ پتہٕ لکھنہٕ آمٕژ کأشرِ مرثی درٕج آسہٕ۔ افغان گورنرو کوٚر اَتھ تباہی منز زیادٕ بوڑ حِصہٕ ادا۔ 1752ء منز کوٚر احمد شاہ ابدالی افغان حُکمرانن کشیرِ قبضہٕ یُس 1819 عیسوی تام جأری روٗد۔ غولأمی ہنٛدِس اَتھ دورس منز ییٚتہٕ افغان حکمرانو کأشرٕن لُکن ہنٛدِس مالس تہٕ جانس تہٕ عزتس تأراج کوٚر تیٚتہِ ووت اَتھ دورس منز عزادأری تہٕ کأشرِ مرثی سارٕوے کھوتہٕ جادٕ دٕدارٕ۔

افغان دورس منز گیہِ مرثی خأنی تہٕ ماتم دأری قریب قریب بند تہٕ کأشری حُسینی عزادار أسی گوپھن تہٕ تہہ خانن منز محرم کمن دوہن مرثی پران تہٕ ذِکرِ امام حُسینؑ کران۔ اوے کٕنی چھِ اَتھ دورس منز لکھنہٕ یا پرنہٕ آمٕژن مرثین گوپھہ مرثی ونان۔ أکھ مرثی نگار خواجہ محمد فاضلؒ صأبن چھ اَتھ ظُلمہٕ جبرس تہٕ مرثی پرنس پتہٕ پابندی لاگنس متلق أکس مرثی منز یتھٕ کٕنی لیوٗکھمت ییمیُک مُسودٕ محکمہ ریسرچ لائبریری حکومتِ جموں وکشمیرس منز موجوٗد چھُ:-

خلقو کس وَنو، کُس بوزِ حضراتؐ عأجز آیو
کیٛہہ دوہ کموباکہٕ دِمو وَدنس کُنہِ لُب نہٕ جایو

وۄتھو فقیر پأٹھی نیرٕ و جنگلن پھیر وتہٕ شیر و ماتم سرایو

تہٕ وا حسینؑ کرو مرثی پرو بوزِ ناشیرِ خدایو

سِکھ دورس منز گیہِ کشیرِ منز عزادأری بیہٕ بحال۔ یہِ دور گو 1819 ءمنز شروع تہٕ 1846 ءتام رُو دقأیم۔ رنجیت سنگھ ہِندِ طرفہٕ یم سکھ گورنر کشیرِ منز حکوٗمت کران أسی تمو گر نہٕ کُنہِ فِرقس سرپرستی نہ کر تمو شیعہ سُنی مُنافرت پھألاونہٕ ستی کانہہ سیأسی فأیدٕ تُلنٕچ کوٗشش، اَوٕ کِنی رُو دسکھ دورن بسبتن پُر اَمُن تہٕ سِکھ حُکمرانو کرِ عزادأری تہٕ مرثی خوأنی پیٹھ سارے پابندی ختم تہٕ رَسہٕ رَسہٕ گیہِ اَتھ زمانس منز عزادأری تہٕ مرثی خوأنی وُسیع۔ ملا حکیم عظیم صأبُن ہیوٗ شیعہ رئیس تہٕ شأعر آو سکھ دربارس منز اعلا رُتبہٕ دِتھ مشیر بناونہٕ۔ ملا حکیم عظیم صأبن تہٕ باقی شیعہ نمایندو کوٚر سِکھ حکمرانن ہنز سرپرستی ستی عزادأری تہٕ مرثی خوأنی ہُند سُہ سلسلہٕ بحال۔ سِکھ دورس منز گو صرف اکہِ لٹہِ بھیم سنگھ اردٔلی ہِندِس عہدِ حکوٗمتس منز شیعہ سُنی فساد یَتھ منز حسن آباد تہٕ زڈی بلکی امام بارٕ زالنہٕ آے۔ اَماپوٚز سِکھ گورنرن کوٚر یہٕ فساد جلد ختم۔

ڈوگر راجس منز گو 1289 ہجری منز رنبیر سنگھ ہِندِس دورس منز آخری مسلکی۔ مہاراجہ رنبیر سنگھن کرِ نو و سرکأری لاگتہٕ ستی امام بارٕ زڈی بل اَتھ فسادس منز زالنہٕ پتہٕ دُبارٕ تأمیر۔ یَتھ پیٹھ ترٕ نے لچھ روپیہ سرکأری خزانہ منز لاگنہٕ آے۔ اکثر مورخ چھ متفق زِ وہ پر حکمرانو کری پنُن اقتدار قأیم تہٕ دأیم تھاونہٕ موکھہٕ کأشرِ بن منز اَنتھ مأنتھ مسلکی مُژکری پأدٕ تہٕ ثلہٕ نأوِکھ فساد۔

یمن فسادن منز زالنہٕ آمتی امام بارٕ تہٕ مکانہٕ یوٚ دوٚ ے بییہٕ بناونہٕ آے
اَماپوٚ ز کأشرِ زبأنی ہٕنٛدس رٕتأیی ادبس یُس نقصان ووت سُہ کتھٕ پأٹھی ہیکہٕ
ہے پورٕ سپدِتھ۔ کأشرس ادبس تہٕ ثقافتس یُس نقصان تتھ زمانس ووت تتھ
متلق اوس ماجہِ کٔشیرِ ہٕنٛدی مایہ ناز گوٚبُر علامہ اقبالؒ تہٕ وِزِ وِزِ صدمُک اظہار
کران۔ اَتھ سلسلس منز چھُ علامہ اقبالؒ سُنٛدِ اکھ اَہم تأریخی خطُک تذکرٕ
ضرٕوری باسان۔ یہِ خط چھُ سرکردٕ سیأسی رہنما شیخ محمد عبداللہ مرحومن ماہنامہ
ہُما کِس اقبال نمبر اکتوبر 1976ءیس منز ''کشمیر اور ڈاکٹر اقبال'' عنوانس
پٮ۪ٹھِ چھاپنہٕ آمتِس پنٕنِس مضموٗنس منز شأمِل کوٚرمُت۔ یہِ خط اوس علامہ
اقبالؒ مرحومن شاعرِ کشمیر غلام احمد مہجوؔر سُنٛدِ خطہٕ کِس جوابس منز 12 / مارچ
1923ءسوٗزمُت۔ اَمہِ خطُک کأشر ترجمہٕ چھُ یہ:-

''بہٕ گوس یہِ بوٗزِتھ سٮ۪ٹھاہ خوش زِ توٚہی چھِو ''تذکرہ شعرائے کشمیر''
لیکھان۔ بہٕ چھُس واریاہو وٕریو پٮ۪ٹھٕ اَمِچ تحریک دِوان روٗدمُت
مگر افسوٗس زِ کأنٛسہِ دیُت نہٕ توجہ۔ خدا دِی نے یارادَن کامیأبی۔
افسوس چھُ یہِ زِ کٔشیرِ ہُنٛد لٹریچر گوٚتباہ۔ اَمہِ تباہی ہُنٛد بوٚڈ وجہ اوس
وٕنہِ پرن ہنٛز حُکمرأنی تہٕ موجوٗدٕ حکوٗمتُچ لاپروأیی بییہٕ کأشرِ ہنٛز
غفلت۔ کیاہ یہِ چھُنا مُمکن زِ کٔشیرِ ہنٛزِ وادی منز کرِن تعلیم یافتہٕ
وٕنستام بچومُت لٹریچر تلاش کرنہٕ خأطرٕ اکھ سوسائٹی منظّم۔ مے چھُ
یقین زِ کٔشیرِ ہُنٛد قسمت بدلہِ جلدی۔

محمد اقبال

حضرت اقبالسؒ اوس کاشرِ ادب چہِ تباہی ہُنٛد غم ہمیشہِ دامن گیر تِکیازِ
کاشُر علمی تہٕ ادبی سرمایہِ اوس وۄ پر حکمرانن ہنٛزن سازشن ہُنٛد شکار گومُت تہٕ
یِیتہِ کھو روزن والیو اوس مسلکن ہنٛدِ ہن فسادن منٛز پانہٕ تہٕ ضایع کۄرمُت۔
ظاہر چھُ زِ کاشرِ زبانٕی ہُنٛد سہ مولُل خزانہٕ گو ہمیشہِ خاطرِ بُرباد یُس سُلطان
سکندرہنٛدِ عہدِ پیٹھٕ سِکھ دورس تام کاشرِ مرثی ہنٛد بو شہپارو ستی بٔرتھ اوس تہٕ تمہِ
دورِ منٛز ووت اَسہِ تام آٹہِ نۄناہ۔
کاشُر قوم رُود ساسہٕ بدوٗ ؤریو پیٹھٕ مختلف کلچرن ہنٛدِس اَثرس تَل۔
ناگ اَسی ییتِکی اصل روزن وٲلی۔ پتہٕ آے پشاچ سائنس تمدنس، سانہِ زبانٕی
تہٕ سانہن عقیدن رُود نیٛبر پیٹھٕ کشیرِ ینہٕ والین لگن ہُنٛد برابر اثر پیوان تہٕ رَسہٕ
رَسہٕ بنیو وسون کلچر واریاہن کلچرن ہُنٛد رَلہٕ مِلہٕ (Mixture)۔یتھ پیٹھ ناگن ہُنٛد
اَثرتہٕ یہوٗ دن ہُنٛد عکس تہٕ ٹاکارٕ نۆن چھُ۔سون کلچر چھُ کشیرِ منٛز ترٛبن عہدن
یانے ہندو دور، بودھ دور تہٕ مُسلم عہدچن شاندار نِہجن ہُنٛد آئینہٕ دار۔شیوی تہٕ
ویشنوی فلسفہِ چھُ سانہِ تمدُنٕچ بُنیاد تہٕ شیٖو پاروتی ہُنٛد عکس چھُ سائنس کلچرس
ڈبکہٕ ٹکہٕ۔اَتھ منٛز چھُ ریاضتک گیان یُس شیوی فلسفک رُوح چھُ تہٕ مَنہٕ
شوژرُک سبق یُس بُدھ متک آفاقی پٲغام چھُ۔سون کلچر چھُ رُوحانیتچہِ دولژ
ستی مالامال یُس دینِ اسلامُک جوہر چھُ۔کشیرِ ہنٛدِ ہن یمن ترٛبن عہدن
منٛز اگرچہ الگ الگ فلسفہِ بارسس آے۔اَماپوٚز کینٛہہ چیز چھِ اکہِ عہدِ پیٹھٕ
بیٚیس عہدس تام شکلہٕ بدلاوِتھ یاتہٕ ارتقائی مرحلہٕ طے کٔرِتھ یتھٕ پٲٹھی

وأتِ متی زِیمن منز چھُ اکھ ہشر پاد گوٚمُت ،عقائدن تہٕ سلوکن ہنز فرق آسنہٕ باوجود چھِ تِم سون ادبی تہٕ ثقافتی میراث بنیمتی ۔وان یاوانگ چھُ تِمو منزٕ اکھ سُہ طرٕ زیُس کأشرِ شأیری ہُنٛد حصہٕ بنیومُت چھُ ۔ وان چھےٚ کشیرِ منز ژورساس ؤری کھوتہٕ زیادٕ پرأنی شارٕ ذاتھ تہٕ اَمہِ کہِ توأریخُک اندازٕ ہکو أسی کأشرِ ہن بٹن ( برہمنن ) ہنٛد کرمہٕ کانٛڈ ناوچہِ تِمہٕ مذہبی اصوٗلن ہنٛزِ کتابہِ ستی کرِتھ ۔تتھ منز کأشرِ ہن بٹن ( برہمنن ) ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ آورہنہِ منز موردس زالنکی تہٕ دٕہمس تام سأری رسم درج چھِ ۔ تِمن رسمن ہُنٛد طریقہ چھُ ہندو دھرم کین ویدن مطابق ۔ کرمہٕ کانٛڈ أسی شاردا ہس منز تہٕ اَمکی نُسخہٕ چھِ ازکل تہٕ سنسکرت زبأنی منز موجود۔

اَتھ کتابہِ منز چھِ موردس کشیرِ منز دٕہن دوہن وَدنچ تہٕ وان تراونچ ذِکر۔ میأنی کِنی چھُ کأشرِ زبأنی منز مرثی ہنٛد توأریخ اَمے کتابہِ پتہٕ ژورساس ؤری برونٛہہ شروع سپدان ۔ اما پوز کشیرِ منز دینِ اِسلام واتنہٕ تہٕ عزدأری وسیع سپد نہٕ پتہٕ گیہِ اجتمأعی رنگس منز کأشرِ مرثی شروع تہٕ مرثی ہنٛدِ اَمہِ لگہٕ شأعری ہُنٛد موضوع بنیو واقعہ کربلا تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام ہنٛز قربأنی ۔مرثی چھُ چونکہِ عربی لفظ 'رثا' نِشہِ دڑامُت تہٕ یہِ لفظ ووت اِسلامس ستی کشیر ۔ اوٚ کِنی یہِ کینژھا اِسلام یور واتنہٕ پتہٕ کأنسہِ ہنٛدِس مرنس پتھ وان کِس صورتس منز ونہٕ یا لیکھنہٕ آوسہٕ روٗ دمحدوٗ د تہٕ زمانو تژ و وانفرأ دی حأرثاتن ہنٛدی پأٹھی پتھ کُن مُشرأ وِتھ البتہٕ ''وان'' فارم آیہِ کشیرِ منز دینِ اسلام واتنہٕ پتہٕ کربلا ہکبن شہیدن ہنٛز قربأنی بیان کرنس منز کأشرس مزازس سبٹھاہ راس ۔

اَمیُک کأشُر طرٕز آو شہادت حضرت امام حسین علیہ السلام وبڑھناونس منٛز کأشرٕ بن لُکن جل جل کاپہٕ تہٕ کیازِ وان اُس کأشرٕ بن زنانن منٛز لکہٕ بأتن، روُف، ونہٕ وُن تہٕ ہُنزلی بأتن ہندی پأٹھی سٮ۪ٹھاہ مقبوٗل۔ یہ کتھ چھےٚ پوٗرٕ پأٹھی واضح گأمٕژ زِ کشیرِ منٛز یم لُکھ شیعہ مسلمان بنیے تِم اُسی گوڈٕ بٹہٕ (کأشرۍ برٛہمن) تہٕ سیٚد سیوٚد بنیے شیعہ۔ یم شیعہ کشیرِ منٛز حضرت میر شمس الدین عراقیؒ یَس بروٚنٛٹھٕ بسان چھِ اُسیٚ مٕتیٚ۔ تِم تہِ اُسی ژِ کہِ بٹہٕ تہٕ پتہٕ اُسی شیعہ بنیمتیٚ۔ شاہِ ہمدانؒ میر سید علی ہمدانیؒ، میر سید محمد ہمدانیؒ، سید محمد مدنیؒ تہٕ سیّد حسین قمیؒ تہٕ باقٕے ساداتن ہنٛدِ کشیرِ ترنہٕ بروٚنٛٹھ تہٕ چھےٚ ییٚتہِ شیعہ آبأدی اُسمٕژ۔ یمیُک ثبوٗت یہِ چھُ زِ تتھ زمانس منٛز کشیرِ روزن والین شیعن تہٕ تمہِ وقتہٕ کٮ۪ن کأشرٕ بن بٹن ہٕندی رسم ورواج اُسی ہوِی تہٕ یہنٛدِ تبلیغہٕ خأطرٕ یم اِسلأمی علماء کشیرِ آے تِمو بدلأوی تِہنٛدی رسم تہٕ رواج۔

پتھ کالہِ اُسی کأشر بٹہٕ موردَس وان ترٛاوان تہٕ زنانہٕ آسہٕ ڈٔری گنٛڈی گنٛڈی موردس ودان۔ ڈٔری گنٛڈِتھ ودنُک تہٕ ماتم کرنُک یہِ رسم اوس کشیرِ منٛز سٮ۪ٹھاہ پرٛوٗن تہٕ یہِ رسم اوس کأشرٕ بن پٔتِمٮ۪ن پرٛانٮ۪ن نِشہِ میراث توٗرمُت۔ توأریخ چھِ گواہ زِ یہوٗدی چھِ از بروٚنٛہہ ساسہٕ وادٕ ؤری کشیرِ آمٕتیٚ۔ اگرچہِ اَتھ کتھِ پٮ۪ٹھ وُنہٕ بحث چلان چھُ زِ یہوٗدی اُسیا کشیرِ منٛز بسان کِنہٕ نہٕ؟ اَماپوٚز کأشرِ زبأنی منٛز عبرأنی لفظن تہٕ کشیرِ منٛز یہوٗدٕ بن ہنٛدٕ بن رسمن تہٕ رواجن ہُنٛد عکس چھُ اَتھ دعواہس واریاہ دربرکران۔ ۲۳ شتھ ؤری بروٚنٛٹھ گو کأشرِ زبأنی

پیٹھ عبرأنی اثر شروع گوٚیُس گوڈنچہِ صدی عیسوی تام غالب رۄدتہٕ وُنہِ چھِ
کأشرِ زبأنی منز عبرأنی الفاظ یسلہٕ پأٹھی موجود۔ اَمہِ علاوٕ چھ عبرأنی تہذیبکی
اثرات تہٕ کأشرس کلچرس تہٕ سمأجی زندگی منز وُنہِ موجود۔ موردن ڈٲری گنڈی
گنٛڈی وٕدُن تہٕ وان ترٛاوُنی چھُ عبرأنی تہذیبہٕ کُے اثر۔  کأشرِ بٹنہِ آسہٕ ماضی
قریبس  تام موردس وان ترٛاوان۔ مُسلمان زنانہٕ تہٕ چھےٚ کأنسہٕ ہٕندِس مرنس
پیٹھ ودان ودان بے ترتیب لفظن منز وُنہِ تہٕ وکھنے کران یُس وان تراونک
طرز چھُ۔ پتھ کالہِ أسی وان ترٛاوَن واجنہِ زنانہِ ''وانہٕ گر'' ونان تہٕ سوٗ أس
اَتھ فنس منز مأہر آسان۔
اگرچہِ ازکل اکثر کأشرٕ بٹہٕ گرن منز وان تراونک سلسلہٕ ختم گوٚمُت
چھُ ، اَما پوٚز گامن منز چھےٚ پرٛانہِ پُیہِ ہٕنز کینٛہہ بٹنہِ وُنہِ تہٕ موردس وان
ترٛاوان۔ اَتھ سلسلس منز چھ شام لال پردیسی ،موتی لال ساقی تہٕ سوم ناتھ
سادھو صأبُن ''کأشرِ لُکہٕ بأتھ'' ناوچہِ کتابہٕ منز مفصل تذکرٕ کوٚرمُت۔
کأشرِ مرثی ہنز ابتدأیی شکل تہٕ فارم چھےٚ بلکل ''وان'' ہِش تہٕ  تتھ
زمانس منز یمہٕ مرثیہِ لکھنہٕ آمٕژ چھےٚ تمن چھُ وان طرز۔ یمہٕ چھےٚ وان ناوے
مسودن پیٹھ درج۔ پتیٚ مٕن شٕہن ہتن ؤری ین دوران یمہٕ تہٕ کربلأیی مرثی
لکھنہٕ آیہٕ تمن منز تہِ چھ واریاہن مرثین وان أخرس پیٹھ شأمل تہٕ وان
پرٛنک طریقہٕ چھُ عزادأری منز سأنس دورس منز تہٕ برابر جأری۔
کأشرِ بٹن ہنز وان چھِ کأشرِ مرثین ہتی نہ صرف مشابہتھ تھاوان

بلکہِ چھِ اُکی ہیے فارسس منز کربلائیی وان تہٕ کأشرِن بٹن ہندی وان الگ الگ موضوعن پیٹھ لیکھنہٕ باوجود کنُے کأشُر لکہٕ طرزیُس سانہِ شأعری ہُنڈ اکھ بوڈ حصہٕ چھُ۔ یِمو نموٗنو ستی چھُ بٹن ہنزن وانن تہٕ کأشرِن مرثین ہندِن وانن ہُند ہشر ٹاکارٕ لبنہٕ یوان۔ یِم چھِ کأشرِن بٹن ہندی کینٛہہ وان مِصرعہٕ

نٔدرِ وُزتے مأجۍ یے          یارٕ بَل وَکھ اوے مأجۍ یے

شراونک وق اوے مأجۍ یے          دیانک وَکھ اوے مأجۍ یے



پوٗنپر ژٕ کونگہٕ پوشن بَرٕ گیہٕ ہم          زِپھ مالہٕ تلے ژٕ سرٕ گیہٕ ہم

پوزایہِ تلے ژٕ سَرٕ گیہٕ ہم          پوٗنپُر کونگہٕ پوش بَرٕ گیہٕ ہم

تٔمِس دِمہٕ موصوم بَتہٕ تٔمِس واتہٕ سگ

یٔیتہٕ چھُم بَرگے تیر تھگ جگ

تٔمِس وَنو کتھا تہٕ واتبس سگ

مےٚ چھُم برگے تیر تھک جگ

یِم چھِ پرانہِن مرثین ہِندی کینٛہہ وان نموٗنہٕ۔ یِمن مرثی ہِندِس صِنفس منز تہٕ وان ونان چھُ۔

اَدِ دیدِ وٚودنس تریشہِ ہتہٕ بوچھِ ہتہٕ

دۆدِ رَستہِ میانہِ کان آیو جان دژایو

کیٛاہ گوم          کیٛاہ گوم

ژٕ ہبامے نِش مُرتھ پتہٕ کوچھِ پٹھ ہمتھ

بوچھِ ہتہٕ میانہِ اصغرؑ ہا شیر خوارو

کیٛاہ گوم کوچھِ پٹھ ہمتھ

ہبا اَسی کروے ماٗنزِ راتھ

شاہ قاسموؑ بیٛہ ولو

ہاے کمی گرٕے سکہٕ راتھ



ہبا متہٕ مرتم لُجیو ماٗج وُنہِ متہٕ مرتم لُجیو ماٗج

برونٛہہ کنہِ راوان آدن باٗج سُہ پوترٕ موج کونہٕ متہٕ لُجیو ماٗج

بیٛا کھ مرثی (وان) یتھ منٛز وان لفظتہِ موجوٗد چھُ:-

ژٕ بوٗزتم بہٕ وَنے رَسہٕ رَسہٕ مالنہِ

دپان چھس زِندٕ پانہٕ قبرِ وَسہٕ مالنہِ

آیَس کیٛاہ باٗے دادِ ستی بوٗسہٕ مالنہِ

ترِشہ وان تراوِہے ہاوسہٕ مالنہِ

دیوارن ہِن تھرٗسہٕ مالنہِ

وَدِناوٕ معرکچِہ بہٕ دوسہٕ مالنہِ

حضرتِ فاطمہؑ سنٛز کوٗر چھسہٕ مالنہِ

(یتھِ طرزس پٹھ چھ واریاہ وان لکھنہٕ آمتی یمن ہندی سبٹھاہ پرٲنی قلمی

نسخہٕ مےٚ نِش موجوٗد چھ)

چک دورٕکی کینٛہہ مرثی نموٗنہٕ چھِ اَکھ بوٚڈ ثبوت زِ وان چھےٚ مرثی ہنٛز ابتدأیی شٲکل تہٕ اَتھ آیہِ رَسہٕ رَسہٕ مرثی ہنٛزٕ نۆوصوٗرتھ دِنہٕ۔

چک دورُک اَکھ مرثی نموٗنہٕ:

ہو وطن دارو بابہِ

کن کتھن دارو بابہِ

یم اتھن رٕچھم بابہِ

تم پیٹھ وَتن موٗدِم بابہِ

ییٚتہِ کس کرِ فریاد بابہِ

کُس داد بوزِہم بابہِ

گیمہٕ وأنٛجہٕ پارٕ بابہِ

باند ظُلمچہٕ گیس بابہِ

شاہ سِندِ شہزادٕ بابہِ

ییٚتہِ نیرُن پیادٕ چھُم بابہِ

یم تہے لگھ ہو چھہ بابہِ

بابہٕ جوٗسٕ یم موکھٕ آیہ

کاکہٕ جوٗسٕ کتھ ہو بابہِ (مرحوم ملا عبدالرحمان)

کربلاہکس دِلخراش واقعس وبٕ ژھناونس چھےٚ وان فارم تیٛز ہاراس آمٕژ

زِ کاشُرِ مرثی ہُند گوڈ کال یانے سُلطان سکندر ہِنٛدِ عہد 1392 ءپیٹھ چھِ پرٛتھ زمانس منٛز مرثی ہِنٛدِس فارمس تہٕ طرزس منٛز وارِیاہ تبدیلی یِنہٕ باوجود چھُ ''وان'' از تام لیکھنہٕ یِوان ۔ ساسہٕ وادٕ 'وان' چھِ بےٚ ناو۔ وارِیاہ 'وان' چھِ کاشُرِ مرثی ہِند بن ژوشُوٗنی دورن منٛز مرثی نگاروٕ نی مِتی۔ یِمہٕ سرِ ژوٗبوتھ موجوٗد چھے۔ 'وان' چھ ازکل تہٕ مقام بند کلاسکی مرثی۔ جدید مرثی، نوحہ تہٕ باقٕے طرزن لرِ لوٗر برابر عام لُکھ مجلسن تہٕ جلوٗسن منٛز پرنہٕ یِوان۔

کٔشیرِ منٛز گیہِ عزادأری مرثی گُھٹھوٕ تہٕ امام باروٕ پیٹھٕ شروع تہٕ پتہٕ گو ایران، عرب تہٕ برصغیرٕکس اَثرس تَل موجوٗدٕ ماتمی طرزٕ کیٚن جلوٗسن ہُند سلسلہٕ رأئج تہٕ ذوالجناح، علمن تہٕ تعزین ہِنٛدی جلوٗس گےٚ شروع یِم از کل تہٕ بڈس پیمانس پیٹھ کڈنہٕ چھ یِوان ۔ یِمن جلوٗسن منٛز اَسی وان طرزن پیٹھ روانہٕ (نوحہ) پرنہٕ یِوان تہٕ دأیِرن منٛز ماتم یِوان کرنہٕ۔ روانہٕ چھُ جوشہِ سان پرنہٕ یِوان۔ اَتھ چھِ ازکل تہٕ کینٛہہ پرانہِ پُیہِ ہِنٛدی لُکھ روانے ونان۔ روان تہٕ وان اَسی تم سأری عزادار لیکھان یِموکم زیادٕ پوٚ رمُت آسہِ ہے یا طبیعت آسہِ ہکھ موزوٗن۔ روان اَس سینہٕ بہ سینہٕ تہٕ پرانہِ وقتہٕ پیٹھ محفوظ تہٕ کیٚمہِ کینٛہہ چھُ کُنہِ کُنہِ بیاضن منٛز تہٕ دٔرج۔ یِتھ کالہِ پیٹھٕ ازتام چھِ مجلسن منٛز روانہٕ تہٕ وانٛکی، مصرعہ پرنُک سلسلہٕ برابر جأری۔ اَتھ چھ وأنی مصرعہٕ ونان۔ روانہٕ پرنہٕ ہٕکس طریقس منٛز آیہٕ زمانہٕ بدلنس ستی وارِیاہ تبدیلی۔ اُردوٗ تہٕ فارسی طرزن پیٹھ آے نوحہ لیکھنہٕ تہٕ پرٛون روانہٕ پرنُک سلسلہٕ گوٚ رٕسہٕ رٕسہٕ مرثی

کُٹھبن تام محدوٗد تہٕ جٔدید نوحہ گےٚ ماتمی جلوٗسن منٛز عام۔ ووں چھےٚ ریاستس منٛز حضرت امام حسینؑ سنٛز ماتم دأری جایہِ جایہِ سپدان تہٕ سرینگر، بڈگوم، سٔنز وأرتہٕ کٔشیرِ ہنٛدبن باقٕے قصبن تہٕ سرین علاوٕ چھ جومہٕ کیٚمن کأشربن بولن والین علاقن خاص پأٹھی تہٕ پونچھ منٛڈی ہِوبن دوٗر دراز علاقن تہٕ بےشُمار گامَن منٛز محرم تہٕ صفرکس رٔتس واریاہ ماتمی جلوٗس نیران۔ یِمن منٛز چُھ بیوٚن بیوٚن دأیر (یانے ماتم کرن وول گروپ) چھِ الگ الگ نوحہ پران، اِوَ کنٛز گیہِ کأشرِ زبأنی منٛز نوحس سٮ۪ٹھاہ وسعت تہٕ پرٛتھ وٕری یہِ چھ ہَتہٕ واد کأشری نوحہ لکھنہٕ یوان، یِم عام لُکھ سٮ۪ٹھاہ احترامہٕ تہٕ جذبہٕ سان شأعرن نِش حأصل کٔرتھ زٔٹھ راوان چھِ۔ پرٛانبن روانن ہنٛدی کینٛہہ نموٗنہٕ چھِ یِم۔

کیٛاہ بہٕ وَنہٕ مو ظُلمہٕ طوٗفان
کوٚر مےٚ طوٗفان مرگن
پانس اوسُم میرٕ ہُنٛد نقاب
بابہٕ اوسُم ووڈٕ نوٚن
گٔہنہٕ کنہِ نألی گوٚب زنجیر
مےٚ اوسُم للہٕ وُن



بوٗزُم زِ اسمانہٕ خوٗن پیوو
وائے مرگو، وائے مرگو

بۄزُم زِ کربلا نبہٕ دُبہٕ گو
وا ے مرگو، وا ے مرگو

یم کینٛہہ نوحہ مصرعہٕ چھِ وان طرزس منٛز موٗجوٗد دورِ کینہ شاعرن ہُند کلام

نہرِ فرات تتھے کٔر بیٚہ از پکان آسیا
بابس علی اصغرؑ آباہ منگان آسیا
(اکبر ہاشمی)

حُسینس کربلا گنذر یوم کیاہ گوم
مےٚ زخمن نۄن زٕن پیوم کیاہ گوم
(فاضل کشمیری)

پتھ کالہِ پٮ۪ٹھ سانس دورس تام دستیاب موادِ مطابق ییٚلہِ اَسی کاشرِ زبانۍ منٛز وان فارمس تجزیہ کران چھِ اَسہِ چھُ صاف ننان زِ وان چھُ کاشرِ رثائی ادبٕچ ابتدائی صوٗرت یمِکۍ موجوٗدٕ طرزوان کس آہنگس ستی رلان چھ۔

یۄ دوٚے وان فارمس منٛز واقعہ کربلاہس وکھہٕ نٔے کرِنکس طرزس منٛز رَسہٕ رَسہٕ بدلاو آو پۄز امیُک آہنگ چھ ونہٕ لگہٕ طرزن پٮ۪ٹھے تہٕ وان چھ وُنہِ عوامی سۄتھرس پٮ۪ٹھ کشیرِ منٛز کربلا کین پایہ بڑِن شہیدن ہنٛز عزاداری ہُند اکھا اہم ذٔریہ۔ کاشرِ مرثی نگاری ہنٛدِس مقام بندتہٕ کلاسیکی فارمس منٛز تہٕ چھ گت کین چھیرٕبن منٛز وان طرزِ ے ورتاونہٕ آمتی تہٕ کلاسیکی مرثی تخلیق کرن والیٚ کاشر بۄ شاعرو چھ مرثین ستیٚ ستی مخصوص لگہٕ طرزن پٮ۪ٹھ وان تہِ تخلیق کٔری متی یم سانس دورس منٛز تہٕ اکثر حسینی مجلسن تہٕ مرثی خانٕی ہنٛدٕبن اجتماعن

منز وجدس منز تہٕ کأشری عزادار پران چھِ ۔ کأشرٕ ثأیلی ادب چھُ بیوٚن بیوٚن طرزن ہنٛدِ حسابہٕ ژورن دورن منز بأگرأوِتھ کأشرٕ مرثی نگأری ہنٛد فن وبژھناوُن امہِ بے مثال فنچ عظمتھ فکرِ تارنہٕ خأطرٕ ضرۄری۔

گوڈنیُک دور چھُ دون حصن منز تقسیم سپدان، گوڈنیُک حصہٕ چھُ سُہ یُس کٔشیرِ منز اِسلام واتنہٕ پتھٕ 1392 عیسوی تام ختم گوتہٕ اَتھ وقتس دوران یہِ کیٖژھا شاردرسم الخطس منز وَننہٕ یا لکھنہٕ آمُت اوس تمیُک نیب نشانے چھُنہٕ کُنہِ تہٕ کانٛہہ تہِ نموٗنہٕ چھُنہٕ اَمہِ منزٕ دسیاب۔ یہ چھا کھ حقیقت زِ کأشرِ مرثی آسہٕ پتھ کالہِ شاردارسم الخطس منز تہٕ بیاضن پتھ لیکھنہٕ یوان اَماوونی چھُنہٕ کانٛہہ تیُتھ قلمی نُسخہٕ دستیاب۔ چونکہِ کأشرٕ زبأنی منز چھُ شأیری ہُنٛد توأریخ ادبی تحقیقہٕ مطأبق ساسہٕ ؤدی ؤری برونٛٹھ شروع گوٗمت ۔ یوٚ دوٚے از تام شتی کنٛٹھ ہٕنز مہانے پرکاش ناوٕ سومبرن اَتھِ آمژ چھےٚ تمہِ پتہٕ چھِ لل دیدٕ ہٕنٛدِ زمانہٕ (1335 ءسال ولادت) پتھ کأشرِ شأعری ہُنٛد دور شروع سپدان۔ کأشرِ مرثی ہُنٛد گوڈٕ کال تہِ چھُ اَمے زمانہٕ پتھ شروع گوٗمت ۔ کأشرِ مرثی ہٕنٛدِ گوڈٕ کالُک اولین شأیر چھُ میر سیّد حسن تیمؔی ہٕنز مرثی لسأنیأتی تجزیہ حسابہٕ لل دیدٕ ہٕندِس دورس ءستی رلان چھَ ،ہتھ کُنہ گیہ کأشر مرثی کأشرِ زبأنی منز باہٕ قے شارٕ ذأژن ءستی ءستی لل دید ہنٛدِس زمانس منزے تخلیقی ادبہٕ رٔنگی شروع۔ پوٚ زوان طرزس پتھ آسہٕ ہا کأشرِ مرثی ہُنٛد لُکہٕ طرز تمہِ زمانہٕ برونٛٹھی رأیج ۔ تہِ کیازِ عزادأری ہُنٛد سلسلہ اوس لل دید ہٕنٛدِ زمانہٕ برونٛٹھ کٔشیرِ منز عوأمی سوتھرس پتھ

شروع گوٚمُت ۔ 795 ہجری منٛز ییٚلہِ حضرت سعیدالدین ہمدانیؒ صا ئبن کشیرِ منٛز وسیع پیمانس پیٹھ تبلیغِ دیٖن کٔر، کأشرِ مرثیہِ تہٕ گییہ رٕسہٕ رٕسہٕ عام ۔ اَمیُک ثبوٗت چھُ یہِ زِ گوڈٕ کالچہِ ییمہٕ مرثیہ اَسہِ نٕش موٗجوٗد چھےٚ تمہٕ تہٕ چھےٚ کأشرِ شأیِری ہندٕ بن باقٕے صِنفن ہنٛدی پأٹھی لُکہٕ طرزن پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ ۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ کشیرِ منٛز چھےٚ گوڈٕ پیٹھے یِکہٕ وَٹہٕ مَرثیہٕ پرٕنُک رِواج اوسمُت ۔ یہِ طریقہٕ چھُ کأشرِس گوٚنس منٛز وُنہِ تہٕ رأیج ۔

گوڈٕ کالچو مرثیو منٛز چھُ اکثر حِصہٕ ضایع گوٚمُت تہٕ سبٹھاہ کم حِصہٕ چھُ وَقتہٕ کِنہِ حأری ثاتو نٕش محفوٗظ روٗدمُت ۔ مرثی ہنٛدِس اَتھ دورس مُتلق چھُ ''اوٗش تہٕ آب'' ناوچہِ کتابہِ منٛز اَمِکی ترتیب کار یتھٕ کٔنی لیکھان:

''اَتھ وقتس منٛز آسہٕ نہٕ مُسلمانن جمأژ گأمٕژ تہٕ، نہٕ آسِکھ فرقہٕ دأری تنازعہٕ آسان ۔ سأری آسی باین ہنٛدی پأٹھی روزان تہٕ اَکی نٔبھ آسی پکان ۔ شیعہ تہٕ سُنی آسی نہٕ الگ الگ گنٛزراونہٕ یوان ۔ اوے کِنی ییٚلہِ میر سیّد محمد ہمدانیؒ صا ئبن خانقاہ معلیٰ بناونو، تموتھوٚو اَمیُک متوٗلی ملا سعیدالدین یُس شیعہ فرقُک اوس، اماپوٚز فرقہٕ دأری ہُنٛد ناوٕ ے اوس نہٕ کُنہِ ۔ توٚ کِنی آو اَمہٕ پاک جایہِ ہُنٛد سورُے اِنتظام اُمی سِے حوالہٕ کرنہٕ بلکہِ اَتھ وقتس منٛز چھُ شیعو علاوٕ سُنی شأعروتہٕ مرثی وَنہٕ مژٕ، یِمکی نموٗنہٕ وُنہِ تہٕ موجوٗد چھِ''

گوڈٕ کالکی کینٛہہ قلمی نُسخہٕ گٔری 1947 یپتہٕ کمِے کینٛہہ وق گذرِتھ حکوٗمت

جموں و کشمیرٕ کی سرکاری ادارٕ لالہٕ روخ پبلی کیشنن حکیم غلام صفدر ہمدانیؒ تہٕ نور محمد روشن ہِندِ ذٔریہِ حاصِل تہٕ کینہہ قلمی نسخہٕ چھِ ریسرچ لائبریری منٛز محفوٗظ ۔ مےٚ ہِش تہِ چھِ کینہہ نسخہٕ موجوٗد ۔ یِمن سارِنٕے قلمی نسخن منٛز چھِ اکثر بےٚ ناو مرثی تہٕ صِرف چھُ دوٗن شاعرن ہُند کلام ناو ہٮ۪تھ درٕج ۔ تِم چھِ مرحوم میر سید حسن تہٕ مرحوم احمد ۔

اَمہِ زمانکی حالات وُچھِتھ یہِ کینژھا قلمی نسخن ہِندِس صوٗرتس منٛز وُنستام اَمہِ دورٕ منٛزٕ دستیاب سپد یٛوسہٕ چھُ سبٹھاہ غنیمت ۔ گوڈٕ کالہٕ کیٛن یِمن مرثی نموٗنن علاوٕ چھِ مےٚ حضرت شیخ نورالدین ولیؒ ہِندِ کلامہٕ منٛز تِم کینہہ شرٕ وٕ کی پیر غلام نبی جوہر صابنہِ ذٔریہِ حاصل گٔری متی یِمن منٛز ائمہ طاہرینؑ ہنٛز ذِکرِ چھےٚ ۔ لل دبد تہِ نُند ریشیؒ یَتھ زمانس منٛز حیات آسی تِتھی زمانس منٛز چھِ مرحوم میر سید حسن تہِ کاشُر مرثی لیکھان اوسمُت ۔ یِتھٕ کٔنی چھ کاشرِ شاعری منٛز کاشرِ مرثی نگاری ہُند سلسلہٕ واکھن تہٕ شرٕ وٕ کیٛن ہِندی پٲٹھی اَکی ہے دورس منٛز شروع سپد یٛومُت ۔ لل دبد تہٕ حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ ہِندِس کلامس منٛز چھِ وارِیاہ تِتھی شرٕ وٕ کی نظرِ گژھان یِم کاشرِ مرثیہٕ ہِندِ بن حمدن، نعتن تہٕ مَدحن ہِتی رلان چھِ ۔ مثلن حضرت شیخ نورالدین ہِندی یِم شرٕ وٕ کی ۔

ابو طالبؑ چھُ کنہٕ کھوتہٕ دُرو
نُندنِس ناو چھُس اسد اللہؑ

نُنۂ ریٚشہِ ییٚتہِ خوداے سرو
رچھتن ییٚتہِ تتہِ یا اللہ



کۆر دو رسولِ خدالیسؐ زایے
سوٗے کۆر زہنہٕ آے عالمس شوٗب
سو کور شاہسؑ بائنٛز آیے
تس اَتھِ زاے زٕے اَپروبؑ
ناو تَس حضرت فاطمہؑ آیے
وندس زوجان تی چھم لوٗب
روزِ قیامتھ نوتھن کراوے
سوکور نے آسہِ ہے گرٛھہا نبہ دوٗب

پتھ روٗد سوال زِ کیا حضرت شیخ العالمنؒ چھٕنا اسلام کس تہٕ دُنیہکس سارِوٕے کھوتہٕ بڑِس تہٕ اہم واقعہ ہس یانے شہادتِ حضرت امام حسین علیہ السلامس مُتلق سیٚدِ سیوٚد کینٛہہ تہ لیوٚکھمُت۔ ییٚلہِ زَن تہنٛد کلام اِسلامی توٲریخُک ،فلسفُک تہٕ قرآنی تالیماتن ہُنٛد آئینہٕ دار چھُ تہٕ تمو چھُنہٕ کانٛہہ تہِ پہلونظر انداز کوٚر مُت۔ تمو چھُ قربانی تہٕ ایثارُک پأغام کأشرِ بن لُکن وِزِ وِزِ دیُت مُت۔ مثلن یہ شرٛوُک یُس پوٚرِ پأٹھی واقعہ کربلاتہٕ حضرتِ امام حسین علیہ السلام سٕنٛدِ عظیم شہادت کہ فلسفُک آئینہٕ دار چھُ۔

عشق چھے کرتلہِ سرداءُرن سُہ دأرِتھ ییہِ تہٕ پکھ

عشق چھے غنیمس بُتھِ نیرُن سُہ پھیرتھ ییہِ تہٕ پکھ

عشق چھے رتہٕ جامہٕ بدن پأرُن سُہ رَخ گنڈِتھ ییہِ تہٕ پکھ

صبر وتسلیم ورضہُک فلسفہٕ کأشرِ پأٹھی فکرِ تارنہٕ تہٕ نفسِ مطمعنہ ہُک سُہ آفأقی پأغام کأشرِ بن تام واتہٕ ناون اوس شیخ العالمؒ سٕندِ مشنُک اہم حصہٕ یُس آفاقی تہٕ وجدانی پأغام سید الشہدا حضرت امام حسین علیہ السلام من کربلاکس بیابانس منز 61ہجری منز اُمتس دیُت ۔ حضرت شیخ العالم چھ ونان:

ہ کانٛہ تھٕنٛد بن دأرِ زنہٕ سپر کرِتھ چھو کن فرزِس نہ روے

بلا یہ تہنز و بند زٕبکھ شکر تیٚلہِ چھے ییٚتہٕ کو تتہٕ آبروے

حضرت شیخ العالمؒ سٕندٕ بن تہٕتھٕن شُروکین منز چھِ قرآنِ کریم، احادیث حضرتِ رسولِ خداؐ، فرموداتِ اہلبیت اطہارؑ تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕندِ شہادتکی مولٕلی رموز جایہ جایہ نظرِ یوان ۔ اوے کٔنی چھِ کأشرِ لُکھ کٔشیرِ منز تہٕندس کلامس کأشُر قرآن ونان تِکیازِ حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ چھِ کٔشیرِ منز اسلامُک نوٗر رواتنہٕ پتہٕ گوڈنیُک داعی اسلام یِم فارسی یا عربی زبانو بجایہ عام کأشرِ بن ہنٛزِ ماجہِ زٕوِ منز قرآن کریمکی تعلیمات، حضورِ پُرنوٗر جناب پیغمبرِ خداؐ سٕندی احادیث تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕندِ شہادتِ عظمیٰ کہِ فلسفہٕ ستی کأشری لُکھ فیض یاب کٔری ۔ حضرتِ شیخ العالمؒ سٕندس کلامس منز چھُ جایہِ جایہ ترغیب تزکیہ نفس، صبر وتسلیم ورضا، قربأنی، عشق تہٕ سپردگی ہنٛز

تحریک تہٕ آگہی۔ حضرتِ شیخ العالمؒ ہِندِس کلامس ییٚلہِ اَسی دِلہٕ چوٲچھو سام ہموتہٕ تتھ ہِتی معرفت پاٚدٕ کرواسہِ ترن باب العلم حضرت علی مرتضیٰ علیہ السلام ہِندی تم رموز فکرِ یم حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ ہِندِس کلامس منز کاٚشرِ پاٹھی وبٕ ھناونہٕ چھِ آمتی۔ شاہ ولایت حضرت علی علیہ السلام چھ نہج البلاغس منز۔ یتھٕ کنی فرماوان۔

''سُہ علم چھُ بےٚ قدرتہٕ بےٚ قیمتھ یُس زبانٕی تاہ محدوٗد روزِ

سُہ علم چھُ سبٕٹھاہ تھوٚد مرتبہٕ تھاوان یُس بٔندن تہٕ وُسخانن پیٹھ نوٚن سپدِ''

مولا علیؑ ہِند کلامہٕ کِس اَئینس منز ییٚلہِ حضرت شیخ العالمؒ ہِندِ کلامُک روح فِکر ترٲسہِ باسہِ اَتھ منز ہشر۔ شیخ العالمؒ چھ فرماوان۔

| | |
|---|---|
| پران پران خاٲلی پرگیہ | خرٔگیہ کتابہٕ بٲری ہیتھ |
| یم دِلہٕ نشہِ باخبر گیہ | تم زرٔگیہ تارٕ ترٕتھ کیتھ |

حضرت امام حسین علیہ السلام ہِندِس شہادتس تہٕ بےٚ مثال قربٲنی مُتلق چھُ دُنیا ہکو بڈٕ بوٚ داٚنشورو، فلسفیو تہٕ شاعرو بلالحاظہٕ مذہب وملّت ضروٗر کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ وُنمت۔ حضرت شیخ نورالدین ولیؒ ہیوٚ پایہ بوٚڈ فلسفی تہٕ مُفکر تہٕ مُبلغ کتھٕ پاٹھی کرِ ہے اَتھ نظر انداز۔ اَتھ متعلق چھ مرحوم پیر غلام نبی جوہر صأبُن بیان اہم ، یُس چرارِ شریف روزان اوس تہٕ بہلہِ پایہٕ شاعر تہٕ نامور درویش اوس۔ سُہ اوس حضرت امام حسین علیہ السلام ہِنز مرثیہ پانہٕ تہٕ لیکھان تہٕ سأری ہے کٔشیرِ منز اوس ناماوارتہٕ حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ

ہِندِس کلامس پٹھ اوسس سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ عبوٗر حاصل تہٕ اَمیُک بوٚڈ

ووستاداوس مانہٕ یوان۔ پیر صاٲبن گرٲتھ متعلق 6 اگست 1972ء چرارِ شریفہٕ

سالِ شیخ العالم ٚکس افتتاحی تقریبس پٹھ پوٗرٕ وضاحت۔ یہِ اوٗسس کشمیر

کلچرل آرگنائزیشن کہِ طرفہٕ ریاستس منز سالِ شیخ العالمؒ تقریبات کمیٹی ہُند

سکرٹیری تہٕ اَوٕ ٚکنی اَہم اَتھ کتھِ ستی زیادٕ دلچسپی تکیازِ مےٚ اوس پروفیسر محی الدین

حاجنی صاٲبَن ''شیخ العالمؒ تہٕ اہل بیت اطہار'' موضوعس پٹھ مقالہٕ لکھنٕچ ذِمہٕ

وٲری پُشرٲومٕژ۔ سالِ شیخ العالمؒ ٚکس موضوٗعس متعلق یُس رپورتاژ مےٚ

کشمیر کلچرل آرگنائزیشن ٚکس ترجمان ہفتہٕ وار کاشُر اخبار علمدار نمبر 21 نومبر

1974ءہس منز چھپووتھ منز چھُ پیر غلام نبی جوہر صاٲبس ستی اَتھ موضوعس پٹھ

کتھ کرِنکس سلسلس منز یتھ پٲٹھی لکھنہٕ آمُت

''پیر صاٲبَس چھُ کلامِ شیخ العالمسؒ پٹھ سیٹھاہ عبوٗر حاصِل۔ مےٚ

پرٛژھ تِمن زِ کیاہ تِمن چھا حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ سُندِس

کلامہٕ یادٕ ستھ منز اہلبیت اطہارؑ تہٕ واقعہ کربلاہُک ذِکر چھےٚ؟ پیر

صاٲبن وٚن صاف لفظن منز یتھ ٚکنی:

''یہِ کینژھاہ اُنٛد ریشیؒ حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ کربلاہکین

شہیدن ہِندِس یادس منز وٚنمُت آسہِ ہے تِمہِ منز آسہِ اکثر کلام

امتداد زمانٕک نذر گوٚمُت''

تہٕ یتھٕ پٲٹھی گوس بہٕ ٚکنہِ حدس تام مطمئن......

یہ کتھ تہٕ چھ ونٕنۍ لایق زِ حضرت شیخ العالمؒ سٕندِ کلامکۍ اکثر نُسخہٕ چھنہٕ پانہٕ

وأنۍ رلان۔ ممکن چھُ زِ لیکھنہٕ وِزِ تہٕ ما آسہِ کانٛہہ شروک لیکھنے رُو دمُت یا آسہِ

کانٛہہ تیُتھ مسودٕ وُنہٕ ژھایہِ یَتھ منٛز تہٕ سورٕے کینٛہہ درج آسہِ۔ یتھ منٛز واقعہ

کربلاہُک حصہٕ تہٕ شأمِل آسہِ۔ اَتھ سلسلس منٛز چھ یہِ کتھ دلچسپ تہٕ اہم زِ

جموں و کشمیر کلچرل اکادمی ہٕندِس رسالہٕ شیرازٕ شمار نمبر 2 سال 1978 عیسوی

لیس منٛز چھ رسالکۍ ایڈیٹرٕ تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہٕندی سرکردٕ شاعرٕ تہٕ محقق امین کامل

صأبن پننس ادارتی نوٹس منٛز انیس کاظمی سٕندِ اَمہِ انکشافُک حوالہٕ دِوان

لیوٗکھمُت زِ شیخ العالمؒ سٕندِ کلامُک اکھ قلمی نُسخہٕ اوس بہوری کدل سرینگرٕ موجود

یُس دیوناگری رسم الخطس منٛز لیکھتھ اوس۔ یتھ منٛز اہل بیت اطہارؑ ہٕندی

مدح تہٕ حضرت امام حسینؑ سٕندِس شہادتس پیٹھ واریاہ شروکی درج اُسی۔

سُہ اہم انکشاف سرِ کھرِ کرنس متعلق کوٗرنہٕ ریاستی کلچرل اکادمی یتھ دمس تام

کانٛہہ تحقیق۔ دیوناگری رسم الخطس منٛز حضرت شیخ نورالدین نورانیؒ سٕندِ کلام

لیکھنہٕ ینس تہٕ نورنامہٕ دیوناگری خطس منٛز موجود آسنس متعلق چھِ واریاہو محققو

تذکرٕ کوٗرمُت پوٗز تِم دیوناگری مسودٕ منظرِ عامس پیٹھ انٛنس متعلق آیہِ نہٕ کانٛہہ

تہٕ سنجیدٕ کوٗشش کرنہٕ۔ اَتھ موضوعس پیٹھ چھُ میون تفصیلی مقالہٕ ''شیخ العالمؒ

سٕندِس کلامس منٛز ذکرِ اہل بیت اطہارؑ'' 2008ء منٛز چھاپ کرنہٕ آمُت کأشرِ

شرٕچ سومبرن ناو، میانہِ کتابہِ ہٕندِس صفہٕ 45 تا صفہٕ 71 ہس پیٹھ تفصیلی طور

کتھِ واش آمُت کڈنہٕ۔

کاشُرِ مرثی ہِندِس گوڑ کالس منز چھےٚ شامہٕ بی بی، ہُندٕ ریشی ہِندِس وفاتس پیٹھ یوسہٕ مرثی لیچھمٕژ پروفیسر محی الدین حاجنی صابن کاشُرِ شاعری ناو ساہتیہ اکاڈمی ہنز انتھولوجی منز چھاپمٕژ چھےٚ تہٕ تمیُک نموٗنہٕ چھُ یہِ:-

| | |
|---|---|
| ہُندٕ سَنز گو سورگس ماتو | ہُندٕ سَنز گو سورگس ماتو |
| اَسہِ سَنز گو سورگس ماتو | ہُندٕ سَنز گو سورگس ماتو |
| ہُندٕ سَنزک سنزی یانہ | میُل ژٕرے رؤس چھُنہٕ زیبانہٕ |
| للہٕ یانہ یۄ دوَے کاتو | ہُندٕ سَنز گو سورگس ماتو |
| ہُندٕ سنزک سنزی ریشہ | بیٚہِ میلو پنُنے دیشہِ |
| دوٕدِ ویشہ بو گارت کاتو | ہُندٕ سَنز گو سورگس ماتو |
| حضرتِ امیرؒ ہِندِ ژاٹو | پھٹرت ولہٕ ویرِ پننہِ گاٹو |
| اوسُکھ کۄستوٗر ژھٹہٕ واتو | ہُندٕ سَنز گو سورگس ماتو |

گوڑ کالہٕ کِہن یمن نموٗنن ہنز زبان چھےٚ سیٚز تہٕ ساد۔ فارسی آمیزش چھَ نہٕ آسنس برابر۔ البتہٕ کینٛہہ لفظ چھِ تتھ استعمال کرنہٕ آمتی یم نہٕ اَز استیمال سپدان چھِ۔ گوڑ کال چَن مرثین ہنز باگنے چھنہٕ ہِشی بلکہ مُختلف۔ کانٛہہ مرثی چھےٚ حمد، مدح تہٕ دردٕ کِہن ہِصن منز بٲگراونہٕ آمٕژ تہٕ کانٛہہ مثنوی ہِندِس فارمس منز لیکھنہٕ آمٕژ، کانٛہہ چھَ شرٛؤکی فارمس تہٕ کانٛہہ واکھ فارمس منز تہٕ لیکھنہٕ آمٕژ۔ مرثی ہُند گوڑ کال رٕوُدٕ کِس ہتس تہٕ ترٛٲٹھن 163 ؤرین جٲری۔ اَتھ دورس منز کاژاہ مرثیہِ آسہٕ وَننہٕ یا لیکھنہٕ آمٕژ تمیُک صحی تیداد چھُنہٕ مولوٗم۔

یہ کتھ آیہِ وَننہٕ زِ، اَمہِ دورچہِ سبٹھاہ کم مرثیہ چھےٚ از دستیاب تہٕ باقٕے سورُے سرمایہ چھُ لِتہِ چھِتہِ گوٚمُت۔ مرثین ہٕندی اکثر حصہٕ چھِ غاۓب تہٕ یِمن ہٕندی پایہ بٔڈی لیکھن والی کم اَسی تہِ چھُنہٕ درٕج۔ اوٚ کِنی چھےٚ یِتھٕ واریاہ مرثی بےٚ ناو کھاتس منٛز تراونہٕ آمٕژ۔

میر سید حسن چھُ گوڈٕ کالُک سُہ کأشُر مرثی نگار یٚمی سُنٛد کلام لل دیدِ ہٕندِس کلامس ستی لسانیأتی حسابہٕ تہٕ سنسکرت آمیز کأشر زبان آسنہٕ کِنی رَلان چھُ۔ میر سید حسن چھُ اَمہِ حسابہٕ گوڈنیک کأشُر مرثی نگار۔ اَمی سٕنٛز مرثیہ چھےٚ ژوداہمہِ صٔدی عیسوی پیٹھٕ ازتام قلمی بیاضن منٛز محفوٗظ روٗزمٕژ تہٕ یِمہٕ چھےٚ زبأنی ہٕندِ لحاظہٕ سارِوٕے کھوتہٕ پرانہِ مرثیہِ۔ میر سید حسن سُنٛد تأریخ وفات چھ 814 ہجری درٕج۔ پوٚز تأریخ ولادت چھُنہٕ موٗلوٗم۔

گوڈٕ کالِکس آغازس منٛز چھَ مرثین ہنٛز زبان سنسکرت آمیز۔ پتہٕ چھَ رَسہٕ رَسہٕ کأشراونہٕ آمٕژ یتھٕ کِنی کأشرِ شأعری ہٕنٛزن باقی شارٕ ذأژن منٛز سنسکرت الفاظ رَسہٕ رَسہٕ کم روٗدی سپدان۔ کأشرِن مرثین منٛز چھِ فارسی تہٕ عربی لفظ یسلہٕ پأٹھی موجود۔ میر سیّد حسن مرحوٗم سُنٛد یہ مرثی نموٗنہٕ چھُ کأشرِ زبأنی منٛز اکھ توٚبرُک تہٕ یہ چھُ اَمہِ کتھِ ہُنٛد ٹاکارٕ ثبوٗت زِ کأشرِ شأعری ہٕنٛزن باقی شارٕ ذأژن تہٕ فارمن لرِ لوٚر راوس کأشر رثأیی ادب تہِ شروع گوٚمُت تہٕ میر سید حسن چھُ تہنٛدِ دستیاب کلامہ مطابق اَمیُک بأنی کار۔

## کلامُک نموٗنہٕ

دِون ہار چھُکھ میٚون ژٕ گہہ بار چھُکھ کیوٗل شۄبان ژٕ ے چھُکھ بَس تے

اۄ ژھ پوٚن کیٚاہ کرِ تاریف چانٮ۪ن پاتھن کرواتہٕ لطیف

سارِنے پاپَن نوارتَس تَے

شُنی کار گرِژھِ یِیلہٕ یِتھ سمسار

کند لگہِ پنزر تہٕ بند ہاکارس

ژٕر رٕژمٕژ سوٚ درَس دامن گیری

دَیہٕ پزی ہم کر زَ گتس پھیری

ہوا دارِ سُے کوٚرتھن عالمس تے

پانژَن وقتن تیٚمی ژٕراہی دِہ میانہِ اَتھِ ماسوزاہ آیی

یہٕ بنہِ ہسم کینہہ تتھ بازرس تےَ

ژہنزِ ے مالے چھَم بُڈ رہکاۓ نزاندر تیٚمی لوٚب بوٚ ڈ پاۓ

بوٚ رُن مالٕ زاہ سوکھٕ ساوس تے

تَس رۄس عالم ہُنی واس اوسُے امرت شوٗ دِمنہٕ بو یہٕ سنبدتس اوسے

اَڈٕ اَڈ تیٚمی کوٚر نبہٕ ژٕندرس تے

آرتھ گرژھِ ہے جنا جاتس شاہؑ نے بنز رِہسے زُ و پاکندانس

تی تھیوٚک ذاتن ملکوٗتس تے

کأرنوٚ مرِ تھ روٗزوٚ بگس ڈیشتھ ژأریلہِ بوٚ ندوَن گرشمر ڈیشتھ
لأرِتھ گمژ زیو تالس تےَ
شام کِس پاتھس یہ نبا پاتھم أژھی بالک ہتھ کِتھ پأٹھی واتم
ووپَر ڈیشن پَردیشن تے
میٚنڈِس داروآسُن گوٚ ژُھم غمہٕ ستی ژندرِ کی پأٹھی یہ تہِ موژیم
ڈیوٚل گنڈ کرتَس روپہٕ دستس تے

کأشر زبأنی ہٕنٛدِ رثأیی ادبُک دوٚیم دور چھُ سارِوٕے کھوتہٕ جادٕ وقس یانے 264 ہن وٕرین جأری روٗدمُت ۔ یہ اوس کأشر زبأنی منٛز مرثی نگأری ہُنٛد سُہ دور یُس کشیرِ منٛز چک خاندانٕچ حکوٗمت قأیم سپدنہٕ پیٹھٕ شروع گو۔ چک بادشاہو روٗٹ 1555 عیسوی یَس منٛز اقتدار یُس 1588 عیسوی تام قأیم روٗد۔ کشیرِ منٛز اوس امام بارٕ ژڈی بَل ہِش عظیم الشان تہٕ سبٕتھاہ بڈ ماتم سرائے مرثی ہُنٛد دوٚیم دور شروع سپدنہٕ برونٛٹھ تعمیر سپزمژ ۔ یہ أس شہمیری دورس منٛز وزیر اعظم کاجی چکن 1518 عیسوی منٛز تعمیر کرٕمژ ۔ اَمہِ پتہٕ 37 وٕری گنڈرنہٕ پتہ گو چک بادشاہن ہُنٛد دور شروٗع ۔ ظأہر چھُ زِ ژڈی بَل کِس امام بارس منٛز آسہٕ چک بادشاہن ہٕنٛدِ دورٕ برونٛٹھ تہٕ مرثی پرنہٕ یوان تہٕ چک بادشاہن ہٕنٛدِس عہدس منٛز أسی حضرت امام حسین علیہ السلام سنٛز عزاداری شأہی سرپرستی حأصل تہٕ چک بادشاہن ہٕنٛدِس دورس منٛز لوٚب کأشرِ مرثی نگأری واریاہ عروٗج ۔ اَتھ دورس منٛز اوس کأشرِ مرثی لکھنگ تہٕ ماتم سراین

منز پرِنٹنگ فن عام سپد یوُمت ۔ اَتھ دورس منز آیہ ساسہٕ واد مرثیہ لِکھنہٕ ۔ پٔز
چک حکومت ختم گژھنہٕ پتہٕ تہٕ کشیٖرِ پٮ۪ٹھ موغلن ہٕندِ قبضہٕ پتہٕ پیٚتہٕ کأشری لکھ
اجتمأعی طور پٲنٛژ شناخ رأوِتھ مغلن ہٕندی غولام بنیہٕ تتہِ ووت کأشرِ مرثی تہٕ
سبٹھاہ نوقصان ۔ چک دورس منز اَس کُلہم پأٹھی کأشرِ زبأنی سرکأری سرپرستی
حاصِل ۔ پٔز اَمہِ دورٕ منزٕ رُود صِرف أکِس شأیرٕ سُند کلام موجوٗدیانے ملکہِ
کشمیر حبہ خوتونہِ ہُند کلام ۔ تیٚمی ہٕندی کأشری وژن کأشر بولکو سیٖنہٕ بہ سیٖنہٕ محفوٗظ
أسی تھأوی متی ۔ باقٕے شأیرن ہُند کلام چھ ضایع گوٗمُت مےٚ چھِ گوڈکہ لٹہِ
گُنوٗہ نٔوی شأعروَ نہ کٔڈِتھ کأشرِ زبأنی ہٕند بن چک تہٕ مغل دور کین کأشربن
شأعرن ہُند تید اذژ دوٗہن[24] تام واتہٕ نو وُمت ۔ تِکیٲزِ 1555 عیسوی پٮ۪ٹھ
1721 عیسوی ہس تام أسی صرف پانژھ کأشری شأعریانے حبہٕ خاتوٗن، خواجہ
حبیب اللہ نوشہری، صاحب کول، مرزا اکمل تہٕ روٗپ بھوأنی تٔژ تہٕ باقٕے أسی
گُمنام ۔ یِمنے پانژَن کأشربن شأیرن ہُند کلام چھُ پروفیسر محی الدین حاجنی
صأبن ''کأشر شأعری'' ناوٕ ساہتیہ اکاڈمی دہلی کہِ ذٔریہٕ چھاپ کرنہٕ آمُت شارٕ
سومبرنہٕ کأشرِ شأعری منز تہٕ چھپیومُت ۔ مغلو کر 166 ہن ؤرین کشیٖرِ پٮ۪ٹھ
حکوٗمت تہٕ اَتھ دوران کٔڈ کھ چکن ہنز ژ کھ نہ صِرف کأشربن پٮ۪ٹھ بٔلکہِ کأشرِ
زبأنی تہٕ تمدنس پٮ۪ٹھ تہِ تیمیک سارِوے کھوتہ بوٗڈ ثبوٗت کأشرِ مرثی ہنز تباہی
چھُ ۔ سُے وجہ چھُ زِ کأشرِ مرثی ہٕندی کمے کینٛہہ نموٗنہٕ آے تمہِ دورٕ منز اَتھِ ۔ مغل
حکمرانو یمہِ اندازٕ کأشرِ کلچرٕ کی آثار ختم کٔری تتھ گُن وُچھتھ ییم کینٛہہ مرثی نموٗنہٕ

اَسہِ تام واتی مٔتی چھِ تم چھِ غنیمتھ۔ مغلو کۄر رسون کلچر ناوٕ دکرنہٕ خاطرٕ پرٛتھ کانٛہہ حربہٕ استیمال۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ از چھُنہٕ دُنیاہس کُنہِ تہِ عجائب گرس منٛز کأشرِ بن بہوٗدُرن تہٕ فوجی کمانڈرن ہنٛدی تم سامانِ جنگ موجوٗد یِمو سٕتی کأشرِ بو بہوٗدُرو مغل فوجہِ علاوٕ محموٗد غزنوی ہِنٛدِس عظیم فوجس تہِ شکس دیُتمت اوس۔ پٔنُن اقتدار رٔچھنہٕ خاطرٕ ترٛووٕ مغلو کأشرِ بن پھاس تہٕ شیعہ سُنی فساد کرناوِتھ کۄرُکھ کأشُر قوم تقسیم یِیمہٕ کِنی کأشرِ بن پٔنٕنی شناخ رأو۔ اُتھی دورس منٛز گٔیہِ کأشرِ بن ہنٛز ماجہ زیوٚ ووٚ پرحکمرانن ہنٛدِ ذٔسی رَسہٕ رَسہٕ پامال تہٕ کأشرِ بجایہِ آیہِ فارسی زبانٔی مغلن ہنٛدِ ذٔسی سرکاری سرپرستی کرنہٕ۔ مغلن پتہٕ گٔر کأشرِ مرثی ہنٛدس اَتھ دوٚیمس دورس منٛز افغانو سٕتہٕ ۂٹھن (67) ؤرین کشیٖرِ پیٹھ حکوٗمت۔ یِم ستہٕ ۂٹھ ؤری اُسی کشیٖرِ ہنٛز بد قسمتی ہنٛدی ؤری۔ افغانو یوسہٕ تبأہی کشیٖرِ کٔرسہ چھُ کأشرِ قوم کہِ توارِیخُک سیاہ دور۔ کأشرِ رثأیی ادبُک یانے مرثی نگأری ہُنٛد دوٚیم دور روٗد سکھ عہدِ حکوٗمتس تام جأری۔ اَتھ طویل دورس منٛز یِمہٕ ساسہٕ واد مرثیہِ لِکھنہٕ آمٕژ آسہٕ تِمہٕ گٔیہِ کینٛژھا فسادٕ بزی تہٕ کینٛژھا گٔیہِ تخلیق کارن تہٕ ذاکرن نِش رَسہٕ رَسہٕ ختم۔ دوٚیمہِ دورچہِ مرثیہ چھ گوڈٕ کالچن مرثین ہنٛدی پأٹھی کربلاہکین شہیدن ہنٛدِ بن مُصیبتن پیٹھ لِکھنہٕ آمٕژ، اما پوٚز یِمن منٛز چھُ حمد، مدح تہٕ دردٕ زیادٕ تفصیلہٕ سان تہٕ زبان ہنا فارسی آمیز۔ یِمن مرثین تہِ چھُنہٕ الگ الگ ناو تہٕ موسیقی ہنٛدِ حسابہٕ چھےٚ صوٗفیانہٕ موسیقی ہنٛدِ طریقہٕ اُکی سے تالہِ منٛز حبہ خاتوٗنہٕ ہنٛدِ بن وژنن ہنٛدی پأٹھی

گنڈنہٕ آمژٕ ۔ یِمو منٛز چھےٚ کینٛہہ مسدس فارَسس منٛز تہٕ کینٛہہ چھےٚ ہوبہوٗ کأشرِ بن وژنن ہِنٛدِس فارسس منٛز لکھنہٕ آمژٕ ۔ اَتھ دورس منٛز کأتیاہ مرثی نگار اُسی کأشرِ زبأنی منٛز مرثی لکھان؟ مےٚ یُس مواد اَتھ متلق دسیاب سپد یوو تمہِ مطأبق چھُ صِرف کینٛژن شأعرن ہنٛدٕ ے یوت ناو دوٚیمہِ دورچین مرثین پٮ۪ٹھ دَرج ۔ واریاہ مرثی چھےٚ بےٚ ناو تہٕ واریاہ شأعر چھِ تِتھۍ تہٕ یِہُنٛد صِرف ناوٕ ے یوت موجوٗد چھُ تہٕ تِہُنٛد کلام یا تہٕ چھُ بےٚ ناو مرثین ہِنٛدِس صورتس منٛز اورٕ یور گومت نَتہٕ چھےٚ کٔشیر ہِنٛدِس زِٹھس تہٕ کرٛٹھس دورِ استبدادس منٛز ضایہٕ آمت کرنہٕ۔

پرانہِ قلمی بیاضہٕ یِوٚدوٕ ے ازتہِ واریاہس تیداس منٛز چھکرأوِتھ چھےٚ پوٚز تِمن منٛز درج کلامہٕ کتھ زمانس آو تخلیق کرنہٕ تتھ متلق چھُ سٮ۪ٹھاہ کم مولوم سپد یومُت ۔ چک وزیر اعظمن تہٕ بادشاہن ہِنٛدِس دورِ حکوٗمتس منٛز اوس چونکہِ کأشرِ مرثی سٮ۪ٹھاہ عروٗج پرٛ وومُت ۔ سو کتھ نظرِ تَل تھأوِتھ یُس مواد موجوٗد چھُ رُوٗدمُت سُہ چھُ سٮ۪ٹھاہ کم تہٕ سٮ۪ٹھاہ زیادٕ چھُ ضایہ گوٚمُت ۔

اَمہِ دورِ کی اکثر وزیر تہٕ کینٛہہ چک بادشاہ تہٕ اُسی مرثی لکھان تہٕ سأری بڑی بڑی شأعر تہٕ اُسی باقأیدٕ پأٹھۍ مرثی ونان ۔ اَما پوٚز نہٕ چھُ چک حُکمرانن ہنٛز مرثی موجوٗد نہٕ چھُ تِمن سرکردٕ شأعرن ہنٛز مرثی رٕژھراونہٕ آمژٕ یِہنٛدی بڈی بڈی فارسی دیوان ازتہِ کٔشیرِ نیبر ایران تہٕ عرب مُلکن منٛز دادِ تحسین حأصِل کران چھِ ۔ اَتھ سلسلس منٛز چھُ مورخوتہٕ سٮ۪ٹھاہ تنگ نظری ورتأومٕژ ۔ تیچ سارِوٕ ے کھوتہٕ بڈ مثال یہِ چھےٚ زِ دوٚیمہِ دورُک سرکردٕ کأشر مرثی نگار

عبدالحکیم ساطع چھُ کأشرِس مرثی نگارٕ سِنٛدِ حیثیتہٕ بالکل نظرانداز کرنہٕ آمُت (یُس سرکردٕ فارسی شاعر تہٕ اوس) سُہ اوس مشہور مورخ خواجہ محمد اعظم دیدہ مرٕی صابُن ووستاد۔ ساطع سُنٛد فارسی کلام چھُ خواجہ دیدہ مری مرحومن تفصیلہٕ سان وبرٛتھنوومُت، اماپوٚز ساطع سٕنٛزن کأشرٕ بن مرثین متلق چھُنہٕ خواجہ صابن اکھ لفظ تہٕ ''واقعات کشمیر'' ناوٕ کِس پننِس توأریخس منٛز لیوٗکھمُت۔ حالانکہِ تٕہنٛز کأشرِ مرثی چھےٚ ازتہٕ دستیاب تہٕ پننِس زمانس منٛز اوس سُہ سٕبٹھاہ مشہور مرثی نگار۔

یوٗہے حال چھُ چک خاندان کین حکمرانن، ناماوار شاعرن تہٕ باقے ہتہٕ بدٕبن کأشرٕ بن مرثی نگارن ہُنٛد تہِ۔ سأری توأریخ چھےٚ تہند بوکارنامو تہٕ کأشر زبأنی تہٕ ثقافتس تہنٛز سرپرستی ہٕنٛدِ بو تذکروٕتی برٕتھ اماپوٚز تہنٛز کأشرِ مرثی نگأری ہُنٛد چھُنہٕ کُنہٕ جایہِ تذکرٕ کرنہٕ آمُت۔

دوٚیمہِ دورکین اکثر مرثی نگارن سٕتی چھُ پرٛانین توأریخن منٛز نٕنہِ وانہٕ ناانصأفی کرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ سلسلس منٛز چھُ تأریخِ حسن ہِصہٕ چہارم تمہٕ ناانصأفی ہنٛز اکھ بڈٕ مثال تہِ کیازِ پیرحسن شاہ مرحومن چھُنہٕ تمن فارسی شاعرن ہنٛز کأشرٕ مرثی نگأری ہُنٛد کانٛہہ تذکرٕ کوٚرمُت یِم کأشرٕ شیعہ مسلمان اَسی تہٕ واقعہ کربلاہس پیٹھ تہند کینٛہہ نہ لکھن چھُنہٕ قرین قیاس ۔اِوٕ کِنیٚ یِم مرثی نگار اَتھ دورس منٛز گٔذرٕ ےتہند تذکرٕ آونہٕ کرنے۔اماپوٚز یہ چھ حقیقتھ زِ اَمہِ دورٕ کۍ یِم اثناعشری عقیدٕ کۍ شاعر فارسی زبأنی منٛز طبع آزمأیی اَسی کران تہٕ بذاتی اَسی کأشرٕ تِم سأری چھِ کأشرِ مرثی لکھان اَسی تہٕ یمیُک بوڈ ثبوٗت عبدالحکیم

ساطع چھُ۔ زمانہٕ کِنۍ بے رحم اَتھو پھِرے یہنز کاشُر مرثی لِتہٕ چھِتہٕ گرٕ موتہٕ یِمن پایہِ بڑٕ بن شاعرن ہنٛدی حالاتھ تہٕ چھِنہٕ مولوٗم۔ خبر بےٚ ناو مرثین منز کاژاہ مرثی کِمس شاعرسٕنٛد خوٗنِ جگر آسہِ۔ اَمہِ قسمہٕ کِمن شاعرن ہُنٛد چھِ صِرف ناو ے یوت موجوٗد تہٕ یہنز کانٛہہ مرثی چھِنہٕ اَتھِ آمٕژ۔ تِم پایہِ بڈۍ مرثی نِگار چھِ توٗم:

حاجی حیدر، محمد مشتاق ژوڈُر، سیّد حسین، سیّد حسن رہنما، میر سید علی، ملک محمد ژوڈُر، مُلّا نامی، بابا طالب، تقی میر، عبداللہ میر، یوسف ملک، سیّد حسین، میر سیّد محمد، مُلّا احمد، ملا طالب، ملا غالب، علی محمد ماہر بیترِ۔

یِمہٕ قلمی بیاضہٕ کاشرِس کاغذس پیٹھ ازتہٕ دستیاب چھِ تِمن منز چھِ دۆیِمہِ دورچہِ ژھوچہِ مرثی تہٕ ترٛیِمہِ دورچہِ واریاہ مقام بند مرثی درج۔ یِمہِ کِنہٕ واریاہ محقق دۆیِمہِ دورکین مرثی نِگارن ستی ترٛیِمہِ دورچہِ مرثی غلطی کِنہٕ منسوب چھِ کران۔ چونکہِ اکثر قلمی بیاضن پیٹھ چھِنہٕ دۆیِمہِ دورچین ژھوچن مرثین شاعرن ہُنٛد ناو ے درج۔ اِو کِنہٕ چھِے اَمہِ دورکین کاشرٕ بن مرثی نِگارن ہنٛد واریاہ کلام ضایع گژھنہٕ علاوٕ اَکھ اَکس ستی رلہٕ گژھنگ تہِ واریاہ امکان۔

کاشرِس رثائی ادبہٕ کِس دۆیِمس دورس منز چھِ ازتام یِم 19 مرثی نِگار دنہِ کڈنہٕ آمتۍ۔ یہنٛد کینٛہہ کلام دستیاب چھُ تہٕ یِمکی نموٗنہٕ کاشُر مرثی ہُنٛد توآریخ ناوِ میانہِ (شاہد بڈگامی) ہنٛزِ کتابہِ منز شامل چھِ:

| | |
|---|---|
| 1/ میر محمد جعفر | 2/ عبدالحکیم ساطع |
| 3/ محمد حیات | 4/ بابا محمد جواد |

5/ خواجہ اکبر

6/ خواجہ حسی بٹ

7/ خواجہ عباس

8/ سیّد عبداللہ شاہ

9/ میر احمد علی

10/ سیّد صالح رضوی

11/ سیّد شرف الدین رضوی

12/ قاضی احمد دین

13/ قاضی احمد علی

14/ خواجہ محمد

15/ خواجہ محمد فاضل

16/ مُلّا عبدالرحمان

17/ مرزا اجزاللہ

18/ میر محمد عباس

19/ نندہ ڈار



# کأشر مقام بند کلاسیکی مرثی نگأری

## (عروضی نظام تہٕ مقام بندی)

مقام بند کأشِر مرثی نگأری چھےٚ عالمی سوٚتھرس پیٹھ رثأیی ادبُک اکھ سُہ منفرد فن یُس نہٕ بییہِ کُنہِ زبأنی ہنٛز شاعری منٛز نظرِ چھُ گژھان۔ مقام بند کأشرِ مرثی ہُنٛد عروضی نظام چھنہٕ عربی، فارسی، اُردو یا انگریزی زبأنی ہنٛد ہن اصنافِ سخنن ہنٛدِس عروضی نظامس سٟتی رلان۔ کأشرِ مقام بند کلاسکی مرثی چھُ پنُن عروضی نظام یتھ پنُن مقأمی رنگ تہٕ آہنگ چھُ۔ پوٚز یہِ عروضی نظام چھُ پابند تہٕ پزٕتھ رنگہٕ سایٔنٹفِک۔ تہِ گو یتھہٕ کُنہِ زِ پزٕتھ مقام بنٛد کأشرِ مرثی چھِ سارِنے چھیرن ہنٛدی سأری برخاست، سأری دُنبالہٕ، سأری گت، سارے کریکہٕ تہٕ سأری نشست أکی سے بحرس منٛز ہم قافیہِ، ہم ردیف تہٕ ہم وزن۔ یعنی یُس بحر، قافیہ تہٕ ردیف حمدس منٛز کُنہِ نشستس آسہِ سُے آسبس نعت، مدح تہٕ دردس تہٕ منٛز تہِ۔ یتھہٕ کُنہِ چھُ أکس مقام بند مرثی منٛز سارنٕے برخاستن، دُمبالن، گتن، کریکن تہٕ نشستن پنُن جُدا جُدا وزن (بحر)۔ پوٚز پزٕتھ مرثی چھےٚ پننِس بُنیأدی آہنگس تابع یعنے اگر حمدس منٛز کانٛہہ گت مقامِ راست کشمیری یُس منٛز آسہِ مدحس تہٕ دردس منٛز تہِ آسہِ تتھ مقام راست

کشمیری ہکٔے وزن۔

کأشرِ مقام بند مرثی ہِندِ اَمہِ مخصوص کأشرِ اندازٕ کِنۍ چھےٚ اکثر یہِ غلط فہمی سپدان ییلہِ کأنہہ کأشرِ مقام بند کلاسیکی مرثی ہُند عروضی نظام عربی فارسی تہٕ اُردوٕ یا انگریزی شأعری ہِندبو عروضی نظام کیوٚگز ومینہٕ بہان چھ۔ یہ غلط فہمی چھ کأشر شأعری ہنٛزن سارنۍ تِمن شارٕ ژأ ژن عربی، فارسی تہٕ اُردو عروضی قأعدن پیٹھ پرکھاون والین تہِ سپدان یمہٕ شارٕ ذأ ژ چھر امقأمی چھےٚ۔ یِمن منٛز للہٕ واکھ، شیخہٕ شرٛ کھ، وژن، وان، رؤف تہٕ ونہٕ وَن بیترِ شأمل چھِ۔ تہٕ کیازِ یِمن کأشرِ بن شارٕ ذأ ژن ہُند بحرتہٕ عروض ہیٚکہِ نہٕ کأشرِ مقام بند کلاسیکی مرثی ہِندی پأٹھی دوٚیمین زبانن ہِندِ عروضی نظامہٕ کیوٚگز ومینہٕ یتھ۔ یِمن چھ خأ لص کأشُر تہٕ پنُن مُقأمی منفرد عروضی نظام

یہ کتھ چھےٚ سبٕھےٚ اہم زِ کأشر کلاسکی مقام بند مرثی آیہ کشیٖرِ منٛزٕ وجودس تہٕ اَتھ منٛز آونہٕ بییہِ کُنہِ زبأنی ہِندِ عروضی نظامُک نقل ورتاونہٕ۔

مقام بند کأشرِ مرثی چھےٚ بیوٚن بیوٚن عنوانن پیٹھ اصل موضوع واقعہ کربلا کس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمٕژٕ الگ الگ عنوانس پیٹھ تخلیق کرنہٕ آمژن مقام مقام بند مرثین چھ مضموٗن ونان مثلاً مضموٗنِ کتاب، مضموٗنِ عطش، مضموٗنِ جہیم بیترِ۔ یِمن لاتیداد مقام بند مرثین منٛز یم مضموٗن سبٕھاہ مقبوٗل چھِ تِم چھِ ازکل تہِ جموٗں وکشمیر کیٚن سارِنۍ علاقن منٛز عزادأری ہنٛزن مجلسن منٛز پرنہٕ یوان۔

مقام بند کاشُرِ مرثی لیکھن والین ووستادِ فن تہٕ سرکردٕ سخنورن ہُنٛد تیداد چھُ ترٛیٹھمس دورس منٛز یانے 1819 ہٕ پیٹھہٕ 1947 عیسوی تام ژیجی پیٹھی تہٕ غأرمعروف یا گمنام مرثی نگارن ہُنٛد تیداد چھُ واریاہ زیادٕ۔ اَمہِ دور چو مشہور تہٕ شاہکار مقام بند مرثیو منٛز چھ ییتھ دمس تام 380 مرثی مضموٗن مکمل پأٹھی موجود یم عزادأری ہنٛزن مجلسن منٛز پرنہٕ چھ یوان۔ یمن منٛز اَمہِ دورٕ کی بأنی کار خواجہ حسین میرؔ، حکیم عظیمؔ، منشی محمد یوسفؔ، خواجہ بأقرؔ، منشی شاہ محمدؔ، حکیم عبداللہؔ، مولوی عبداللہ انصاریؔ، منشی مصطفیٰ علیؔ، خوجہ دأئیمؔ، مرزا ابوالقاسمؔ، منشی محمد علیؔ، سید رضاؔ، منشی احسن اللہؔ، سید نقیؔ، منشی احمد علی غازیؔ، صفدر میرؔ، حکیم حبیب اللہؔ، سید حیدر شاہؔ، منشی حسین علیؔ، منشی صفدرؔ، منشی محمد عباسؔ، منشی حیدر علیؔ، حکیم حسن علیؔ، حکیم غلام رسولؔ، حسین ملکؔ، حکیم سید محمدؔ، حکیم محمد جوادؔ، سید مصطفیٰ رضویؔ، سید جوادؔ، غلام محمد ننگروؔ، منشی محمد صادقؔ، مہدی حسینؔ، سید حسین پالر ہیوٚ مرثی نگارن منٛز شأمل چھ۔

موجودٕ دورکین مقام بند کاشُرِ مرثی تخلیق کرن والین شأعرن منٛز چھ علی واثقؔ، سید علی صفویؔ، غلام رسول سنتوشؔ، سید محمد چھتر گأمی، سید ابوالحسن ضیغمؔ، سید محمد انیس کاظمیؔ، سید جواد واحد تہٕ شاہد بڈگامی شأمل تہٕ یِمو کینٛہہ مقام بند مرثی تخلیق چھ کرٕمژٕ شأمل۔

مقام بند کاشُرِ مرثی پرنٛک فن چھُ اکھ مُشکل فن۔ مرثی پرنٛک یہ طریقہٕ چھُنہٕ دنیاچہِ بیٛیہِ کُنہِ زبأنی منٛز نظرِ گژھان۔ مقام بند مرثی پرن وألس

ووستادس چھ ذأ کرونان۔ تیٚمس میٹھ تہٕ زوردار آواز آسنہٕ علاوٕ مرثین ہٕنز
زبأنی ،تلفظُک تہٕ اَمہِ کہِ وزنُک پوٗرٕ ادراک گژھِ آسُن۔ کأشُر مقام بند مرثی
چھےٚ اجتمأعی صورتس منٛز پرنہٕ یوان۔ تہٕ یُہے اجتمأعی شکل چھےٚ اَمہِ فنٕچ اکھ سو
خصوصیت یمِکہِ برکتہٕ یہِ اکھ عظیم عوأمی فنکہِ حیثیتہٕ زبردست مقبوٗل چھےٚ۔

کأشرِ رثأیی ادبُک ترٛتیٖم دور چھُ مقام بند کأشرِ مرثی ہُنٛد سُہ دور یَتھ منٛز
صوفیانہٕ موسیقی ہٕندٕن اصولن پٮ۪ٹھ زیٚچھِ تہٕ بیٚون بیٚون عنوانن پٮ۪ٹھ تَتھ
مضموٗنن تخلیق کرنُک سلسلہٕ شروع گوٚیہٕچ مثال دنیچہِ بیٚیہٕ کُنہِ زبأنی ہٕنٛدِس
رثأیی ادبس منٛز موجوٗد چھُنہٕ۔ کأشرِ مقام بند مرثی نگأری چھُ اکھ بے مثال فن
یُس چھرا کأشُر چھُ۔ کأشرِ مرثی ہُنٛد ترٛتیٖم دور چھُ اَمہِ کہِ عروٗجُک زمانہٕ۔ اَتھ
دورس منٛز آو کأشرِ مرثی منٛز اکھ انقلاب۔ اَتھ آیہٕ اَکھ ترٛتھ صوٗرتھ دِنہٕ یتھ
کلاسیکی کأشرِ مرثی ناو پیوو۔ اَمیُک دٕسلابہٕ گوٚسکھ دورس منٛز تہٕ عوأمی دورٕکس
آغازس یانے 1947 ءتام گرٕ کأشرِ کلاسکی مرثی نگأری زبردس ترقی۔ 128 ہن
ؤرین ہُنٛد یہِ دوررُوٗد کأشرِ مرثیِ ہٕندِ خأطرٕ سٮ۪ٹھاہ سازگار، اَتھ وختس منٛز آیہ
لاتید ادمقام بند مرثی لکھنہٕ۔ اَمہِ دورُک بأنی تہٕ موجّد اوس خواجہ حسیٖن میر۔
خواجہ حسین میرن گرٕ گوڈٕ کال تہٕ دٕویمہِ دورچہ مرثی ہٕنٛدِس بُنیادس پٮ۪ٹھ کأشرِ
مرثی ہٕنز سورَنگہ مندور تعمیر یوسہ ازتہٕ تمےشانہٕ تہٕ انمانہٕ تھٔکنٕی لایق چھےٚ۔

یوٚدوَے کأشرِ مقام بند مرثی بیٚون بیٚون عنوانن پٮ۪ٹھ تخلیق چھ یوان کرنہٕ
پوٚز کینٛژ ومرثی نگارو چھأ کرٕ سے عنوانس پٮ۪ٹھ پننہٕ پننہِ اندازٕ کینٛہہ مقام بند مرثی

مضموٗن تخلیق کٔری مِتہٕ ۔ مقام بند کأشُر مرثی ہُند عنوان یانے بُنیأدی مضموٗنک تسلسل گژھِ پرٛتھ مقام بند مرثی اَمہِ کنہٕ پانژن حصن منٛز برابر قأیم روزُن۔ یِمن پانژٕنی حصن یانے حمد، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ دردٕ کنہٕ سارِنے حصن ہٕنٛدی سأری مصرعہٕ چھِ مرثی ہٕنٛدِ عنوانہٕ مطأبق تخلیق یوان کرنہٕ۔ اکہِ مقام بند مرثی ہٕنٛد بن یِمن پانژن حصن ہُنٛد تفصیل چھُ یِتھٕ کنہٕ:

**1/حمد**: پرٛتھ مقام بند کأشرِ مرثی چھےٚ حمدِ بأری تعالیٰ سٟتی شروع سپدان۔

**2/نعت:** یہ چھُ حمد پتہٕ مرثی ہُنٛد دوٗیِم حصہٕ یَتھ منٛز سرکارِ دوعالم حضرت رسول خداﷺ سٕنٛدِ ذاتِ مقدسکی تأریف چھ کرنہٕ یوان۔

**3/مدح:** یہ چھ مرثی ہُنٛد ترٛیِم حصہٕ یتھ منٛز شاہ ولایت مولائے کاینات حضرت علی مرتضیٰ علیہ السلامن ہُنٛد مدح چھُ یوان کرنہٕ۔

**4/معجزٕ:** مقام بند مرثی ہٕنٛدِس اَتھ ژورمس حصس منٛز چھُ سرکار دوجہان حضورِ پُرنور حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن تہٕ شیر خدا حضرت علی ابن ابی طالب شاہ ولایت سٕنٛدی معجزات مرثی ہٕنٛدِ مضموٗنہٕ مطأبق بیان یوان کرنہٕ۔

**5/درد:** درد چھُ مقام بند کأشرِ کلاسکی مرثی ہُنٛد اَخری حصہٕ یتھ منٛز مرثی ہٕنٛدِ نفسِ مضموٗنہٕ مطأبق حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ تہند بن جگر پارن تہٕ جان نثارن ہٕنٛدِس شہادتس تہٕ کربلاہ کنہٕ تمن ظُلمن تہٕ دوٗکھن وَکھٕنے چھ یوان کرنہٕ یِم سبط رسول اللہ سرکارِ شہادت حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ

خانوادہ پیغمبر خداؐ تہ تہند ین فدا کارن بیابانِ کربلاہس منز وتراونی پے۔ درد چھ پرٛتھ مقام بند کاشرِ مرثی ہُند نقطۂ عروج۔ یمن پانژن حصن منز چھِ عام طور حمد اکس چھیر منز بیان کرنہٕ یوان۔ نعت، مدح تہٕ معجزٕ چھا کہِ کھوتہٕ جادٕ چھیرن منز لکھنہٕ یوان۔ درد چھ واریاہن چھیرن پیٹھ مشتمل آسان۔ اکھ چھیر چھےٚ موسیقی ہٕندِ ترتیبہٕ حسابہٕ پانژن حصن پیٹھ مشتمل آسان۔ تم پانژھ حِصہٕ چھِ یم:۔

1۔ برخاست۔ 2۔ دُمبالہٕ۔ 3۔ گتھ۔ 4۔ کریکھ۔ 5۔ نشست۔

موسیقی ہٕندین یمن پانژن درجن منز چھ مرثی مصرن ہُند تیداد اکہ کھوتہٕ جادٕ تہٕ آسان۔ مختلف مقام بند مرثین منز چھ چھیرن ہُند تیداد تہٕ مختلف مثلاً:

مضموٗن قفس از حکیم عظیم۔ 9 چھیرِ

مضموٗن کتاب از حکیم عظیم۔ 9 چھیرِ

مضموٗن قدر وجلال از خواجہ دائم۔ 15 چھیرِ

مضموٗن جحیم از مرزا ابوالقاسم۔ 11 چھیرِ

چھیرن منز تہٕ چھ بیوٗن بیوٗن مضموٗنن منز شارن ہُند تیداد مختلف۔ مقام بند مرثین منز چھ چھیرن منز عام پائٹھی اکھ یازٕ برخاست، ژور یا ژورو علاوٕ دمبالہٕ۔ اکھ یازٕ کریکہٕ، ژورِ پیٹھٕ باہ گت مصرعہٕ موٗجود۔

اکہِ مرثی ہٕندین یمن پانژن حصن منز چھُ موسیقی ہٕندین اصولن پیٹھ

اکھ تسلسل تہٕ صوفیانہٕ موسیقی ہٕنٛدی پأٹھی چھُ کأشر مقام بند مرثی ہُنٛد آہنگ مقرر کرنہٕ آمُت تہٕ آوازِ ہٕنٛدِ وَسہٕ کھس کِنہٕ چھُ مرثی پرن وول ذأکر صوفیانہٕ موسیقی ہٕنٛدِس ووستاد گلوکارٕ سٕنٛدی پأٹھی مرثی برخاست پٹھ شروع کرِتھ دُمبالہٕ گتھ تہٕ کریکہٕ ہٕنٛد بۄ مصروپتہٕ نشست کِس مصرس پٹھ وأتِتھ وزٕنکی سأری مدارج طے کرِتھ چھِپر اندواتہٕ ناوان۔



# کأشرمقام بندمرثی نگاری تہٕ صوٗفیانہٕ موسیقی

کأشرِ صوٗفیانہٕ موسیقی تہٕ کأشرمقام بندمرثی لکھنُک طرزیوٚ دوَے بیوٚن بیوٚن چھُ اماپوٚز موسیقی ہنٛدبو اصولو مطأبق لیہِ منٛز صدا کارن ہنٛدِ ذٔریہِ پیش کرنُک طریقہٕ چھُ نہ صرف مشابہتھ تھاوان بلکہِ چھُ یمن دوشوٕنی منٛز اکھ نمایاں ہشر۔ البتہٕ صوفیانہٕ موسیقی ہنٛدبن مقامن منٛز چھِ غزل تہٕ وژن، شرٛوکی تہٕ للہٕ واکھ تہِ گیوٚنہٕ یوان ییٚلہِ زَن کأشرِ مقام بندمرثی منٛز تہِ ہیکہِ نہ سپدتھ تہِ کیازِ پزٕبتھ کأشرِ مقام بندمرثی چھےٚ پننس مخصوص وزنس تابع لکھنہٕ یوان۔

حضرت امام حسینؑ سٕنٛز عزادأری وأژ کٔشیرِ منٛز ایرانہٕ پیٹھ تہٕ کأشرِ صوفیانہٕ موسیقی ہُنٛدفن تہِ آو ییٚتہِ ایرأنی صوفیانہٕ مقامن ہنٛدبن اصولن پیٹھے بارسس۔ کأشرِ مقام بندمرثی ہنٛدِ وزٕنچ درجہ بندی آیہِ کأشرِ صوٗفیانہٕ (کلاسکی) موسیقی ہنٛدبن اصولن پیٹھے کرنہٕ۔ مرثی ہنٛدِس فنس تہٕ موسیقی چھاوۓ عرب، ایران تہٕ وسط ایشیا کین علاقن منٛز پانہٕ وأنی واٹھ رٕوٗدمُت۔ یِموٕے مُلکو پیٹھ وأژ کربلا کین شہیدن ہنٛز ماتم دأری باقی دُنیاہس منٛز تہٕ اسلام پھُٕہلنس ستی ستی آیہِ کٔشیرِ اسلام کہ نورٕ گاشراونہٕ، ییٚمہِ کہِ برکتہٕ یورٕ اسلامی مبلغو علاوٕ مختلف علوم وفنونن ہنٛدی ووستادتہٕ خاص پأٹھی موسیقی ہنٛدی مأہرتہِ یوان رٕوٗدی تہٕ یِمو

کأشرِ موسیقی منٛز اکھ نوٚ و انقلاب اوٚن یمیک بہترین روٗپ کأشرِ کلاسکی (صوفیانہٕ موسیقی) ہٕندِس صورتس منٛز اَسہِ بروٚنٹھ کنہِ چھ۔

عرب ، ایران تہٕ وسط ایشیا ہکٕمن علاقن منٛز چھ حضرت امام حسین علیہ السلام سنٛز عزادأری ہٕندٕ بن دوٚہن تہٕ خاص پأٹھی عشرۂ محرم الحرام چن مجلسن منٛز عربی ، فارسی تہِ دوٚیمبن زبانن منٛز موسیقی ہٕندٕ بن مقامی طرزن پیٹھ مرثی خأنی کرنہٕ یوان ۔ تأریخ ادبیات ایران کِس ژورِمس جلدس منٛز چھ موسیقی تہٕ مرثی ہٕندِس تولقس متلق یِتھٕ کنٛہ باوتھ آمٕژ کرنہٕ ۔

''تتھ زمانس منٛز کوٚرنہ ایرأنی موسیقی ایران تہٕ عرب علاقے یوت متأثر بلکہِ ہسپانیہ تہٕ یوٗرپ کیٚن دوٚیمبن مُلکن پیٹھ تہِ ترٛوٗن اثر۔ بانگہِ تہٕ مناجاتو علاوٕ گے نوحہ ، تعزیہ تہٕ مرثیہ خأنی تہِ رَسہٕ رَسہٕ ایرانِ کِس ثقافتس منٛز دأخل۔''

ایرانہٕ پیٹھٕ اسلأمی مبلغ تہٕ علوم تہٕ فنونن ہٕندی مأہر کشیٖرِ واتہٕ یتی پیوو کأشرِس کلچرس پیٹھ سبٹھاہ خوش گوار اثر یُس کأشرس مزازس سبٹھاہ راس آو۔ ہندستأنی راگن یتی وأژ ایرأنی موسیقی تہِ کشیٖرِ ۔ مقام عراق ، مقام نوا ، مقام راست فارسی ، مقام بہار ، مقام حسینی ، مقام حجاز ، مقام گبری ، تہٕ مقامِ عشاق بیترٕ چھِ تم اہم ایرأنی مقام یِم کأشرِس ماحولس تہٕ مزازس سبٹھاہ راس آے تہٕ سانہِ صوٗفیانہٕ موسیقی منٛز ٔژکھ جاے ۔ چک دورِ حکوٗمتس منٛز گٔر کأشرِ موسیقی سبٹھاہ ترقی ۔ شہنشاہ کشمیر یوسف شاہ چک تہٕ تٔہنز ملکہ حبہ خاتوٗن أسی موسیقی منٛز

سبٹھاہ ماہر۔حبہ خوتوٗنہِ چھُ موسیقی ہُند اکھ خاص کاشر مقام ایجاد کورمُت
یَتھ مقام راست کشمیری (کاشرٕ راس) ناو چھُ،یہِ چھُ سائنس زمانس منز تہِ
گیوٚنہٕ یوان۔یوسف شاہِ چک اوس پانہٕ تہِ موسیقی ہُند بوڈ ماہر۔
یوسُف شاہ چک ییلہِ اکبر بادشہن بدعہدی کٔرِتھ کشیرِ نبر نیوٗ۔سہ اوس
اکہِ دوہہٕ دربارِ اکبری یَس منز بیہتھ،تان سینٛ اوس کوسہ تام راگ گیوان۔
یوسف شاہ چکن کڈ تان سینس غلطی۔تان سین گو اَمِس کاشرِس جلاوطن
بادشاہٕ سنزٕ مہارتھ وُچھِتھ حاران تہٕ پننی غلطی کٔرِن تسلیم۔چونکہ چک حُکمران
اَسی کاشرِ مرثی ستی جذباتی طور وابستہٕ اَو کِنی اوس کاشرِ مرثی پیٹھ چک دورٕ
پیٹھے کاشرِ موٗسیقی ہُند اثر پیوٚن قودرتی۔مرثی ہندِ دوٚیمس دورس منز اگرچہ
ژھوچہ مرثیہ لکھنہٕ آسہٕ یوان اَماپوٚز تِتھ دورس منز آیہِ اَتھ ترقی یافتہ شکل
دِنہٕ تہٕ کاشرِ صوفیانہٕ موسیقی ہُند اثر اوس رَسہٕ رَسہٕ کاشرِ بن مرثین پیٹھ پیوٚن
شروع گومُت۔وکھ بدلنس ستی آیہِ کاشرِ مقام بند مرثی باقاعدٕ پاٹھی موسیقی
ہندِ بن اصولن پیٹھ گنڈنہٕ۔کاشر مقام بند مرثی تہٕ کاشرِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہنزٕ
مقام بندی چھ واریاہس حدس تام ہشی تہٕ یہ ہشر چھُ اَو کِنی زِ مقام بند کلاسکی
مرثی چھےٚ ژ کہِ صوٗفیانہٕ موسیقی ہند بن اصوٗلن پیٹھے ترتیب دِنہٕ آمژ۔اگرچہ
مرثی ہندِس گوڈٕ کالس تہٕ منز کالس یانے دوٚیمس دورس منز کاشر مرثی مکمل
طور موسیقی ہند بن مقامن مُطابق لکھنہٕ یا پَرنہٕ آسہٕ نہٕ یوان اماپوٚز حبہ خاتونہِ
ہندِس دورس منز اوس مختصر کاشر مرثی کاشر بن صوٗفیانہٕ مقامن ہندٕ بن گتن

پیٹھے وزن کرنہٕ یوان ۔تمیک ثبوت چھُ یہ زِ منز کالچن مرثین پیٹھ چھ حبہٕ خاتونہٕ ہنٛدبن وژنن ہُنٛد سیدِ سیوٚد اثر۔وژنک یہِ ہشر چھُ ہاوان زِ دوٚ یمس دورس منز تہِ اٰسی کأشرِ مرثی منز کأشرِ موسیقی ہنٛدی اصول ورتاونہٕ یوان تہٕ مرثی ہنٛدِس ترٛتیمس دورس تام گوصوٗفیانہٕ موسیقی تہٕ کلاسکی مقام بند مرثی منز واریاہ ہشر پأد۔تقابلی جائیزٕ موکھ چھِ کینٛہہ نموٗنہٕ پیش:

## کأشُر وژُن

کلامِ حبہ خاتون

لرِ منز اٰسس برقہٕ کھٔسِتھ
برٕ ییلہِ دزٛ ایس لوٚگم ناو
وَنہٕ کی تپہ ریٚشی ینہٕ آے وٕسِتھ
دوہ درِ یامتھ لوٚستھ گوم

وأرِ وبن ستیٚ وارٕ چھس نو
چارٕ کر میوٗن مالنیو
گرِ دزٛایس آبہٕ نٔژس
نوٚٹ مےٚ پھُٹمو مالنیو
یادِی تی نٹہِ نوٚٹا
نتہٕ نٹہِ چےٚ ہارٕ مالنیو

## چک دورِچ کاشُر مرثی    مرثی کلام بابا محمد جواد

قاسم شاہنہِ ڈیڈِ یہِ باوتم

بو گنڈِ قاسمسؑ شاہانہِ سرپایاہ

شاہ حسینؑ رخت مُژرِتھ ہاوتم

توہی شیری تَو مہرازس رِکھ جایاہ

## دوئیمہِ دورِچ بنے ناو کاشُر مرثی

حضرتِ فاطمہؑ ہنز کوٗر چھسہِ مالئیو

وَدِناوِ معرکچہِ بےِ دوسہِ مالئیو

کران چھےِ مَرِگے جُدا مالئیو

اٗسے شہادت مُدعا مالئیو

صوٗفیانہِ موٗسیقی ہِنٛدبن مختلف مقامن ہِتی چھُ کاشُربن مرثین ہِنٛدبن

یمن نموٗنن وارِیاہ ہِشر۔ یِم چھِ ترٛےمہِ دورِ کی نموٗنہٕ:-

## ا۔ نموٗنہِ مضموٗنِ برادری۔ مصنف مُلا حکیم عظیم

**مُشابہتھ    مقام عراق (کاشُر صوفیانہ موسیقی)**

اٗسی کاٗتیا باٗے امام حسینسؑ

یتیمہِ دوہہ مظلوٗم آو بکیرو

روزِ ہسے اَکھ شاہ دینسؑ

ڈولہِ ہا وَتہِ پپٹھ زَن فقیرو

آب کتہِ بنہٕ ہس مسکینس
سرٛان ڈیتھس واہ شمشیرو

## نموٗنہٕ مضموٗن کشتی مصنف حکیم حبیب اللہ

چھا کأنسہِ گوٚمُت یُتھ جبراہ
اَتھِ أژ کمن ماردارنے
میچس نہٕ مرِتھ بأیس قبراہ
تَتھ سَرٕ آس نیزس کھارن
بیکسہِ گیَس قیامت کبُراہ
بأے ہِنٛدِ آبَس اَتھٕ دارنے
میأنی پوٚپھدِیدی ووٚنی کر صبراہ
ییٚلہِ زار پار کوٚرُس بیمارنے
پوٚپھِ دیدی کوٚنہہ وُنہِ کیٚن اَنہِ خبراہ
أنی ما ترٛیش سکینس آبدارنےؑ

## نموٗنہ مضموٗن سرٛوٚر مصنف منشی محمد یوسف تہٕ منشی مصطفیٰ

مشابہتھ مقام راست کشمیری (کأشر صوفیانہ موسیقی)

یُتھ نبا مَلالہٕ گرٛھی کوٚر رہم نہٕ کفن
ہو میأنہِ أچھن ہِنٛدِ لالو
بأے تہِ ڈولان چھی بے کفن تہٕ دفن

یزیدن نو بوز گلالو
اَدِ پانے دوکھ لد امام حسینؑ
شمشیر پڈنژ کڈن نالو

کأشرِ رثائی ادب کس ترٛیمس دورس منز اوس ملاحکیم عظیم اکھ سٕہ پایہٕ بۄڈ کأشُر مرثی نگار یمیٚ مقام بند کأشرِ مرثی ہُند اکھ چھرا کأشر طرز بارسس انس منز اَمہِ دورَکس بأنی خواجہ حسین میرس پتہٕ قأیدانہٕ کردار ادا کوٚر۔ ملاحکیم عظیم اوس نہٕ صرف اکھ تھدِ پایک سخن ورتہٕ، عالم بلکہِ تتھ زمانس منز اوس ماہرِ طب تہٕ عوأمی رہنما آسنہٕ کِنۍ سکھ دورُک اکھ مرکزی وزیر تہٕ یمیٚ کأشرِ مقام بند مرثی نگأری ہنٛدِس موجد خواجہ حسین میرس یہ فن برونٹھ پکہٕ ناونس منز سرپرستی کٔرتہٕ پتہٕ کرٕہن پانہٕ ترٛشہِ مقام بند کأشر مرثیہِ تخلیق یمن منز مضموٗن کتاب تہٕ مضموٗن قفس ہشہِ شہکار مرثی شأمِل چھےٚ۔ ملاحکیم عظیمٕ ہنٛز یمہٕ دوشوٕے مقام بند کأشر مرثی مضمونِ قفس تہٕ مضموٗن کتاب چھ حمد پیٹھٕ دردس تام یتھ کتابہِ منز شأمِل کرنہٕ یوان۔ عروضی نظام تہٕ مقام بندی ہُند طریقہِ فکرِ تارنہٕ خأطرٕ چھُ مضموٗن قفس علامات ہیتھ شأمِل یوان کرنہٕ تہٕ مضموٗنِ کتاب چھ مقام بند مرثی ہند بٕن بُنیأدی حصن ہنٛز باگہٕ نٔے ہیتھ درج یوان کرنہٕ۔ مضموٗن قفس کٮ۪ن سارِنٕے حصن منز چھ مقام بندی ہنٛدی نشانہٕ (علامات) یتھٕ کٔنۍ:۔

ب۔ یانے برخاست

گ/ا۔ گتھ/ا

گ ب۔ گھ ب

ن۔ یانٕے نشست

د۔ یانے۔ دُنبالہٕ

ک۔ یانے کریکھ

یِمہٕ علامژ درج کرنہٕ ستی ہیکہِ اکہِ مکمل کأشر مقام بند (کلاسکی) مرثی ہنٛد بحرتہٕ عروض تہِ امچہِ مقام بندی ہُنٛد نظام جان پأٹھی فکرٕ تُرِتھ۔ یوٚ تامَتھ مقام بند کأشُر کلاسکی مرثین ہنٛدِ عروضی نظام چہِ پابندی ہُند تولق چھُ یہِ چھ پوٗرِ پور پابند کأشر شأعری پوٚز یہِ عروضی نظام چھ چھرا کأشُر تہٕ اَمیُک طرز چھُنہٕ دنیاہچہِ بییہِ کُنہِ زبأنی ہنٛدِس شارِ ادبس تہٕ تمہِ کِس عروضی نظامس منٛز موجود۔

مثالہِ پأٹھی:

یتھٕ کٔنی پتھ کُن اَسہِ ووٗن زِ پرٛتھ کُنہِ کأشرِ مقام بند (کلاسکی) مرثی ہنٛزن سارِنٕے صنفن منٛز چھُ پرٛتھ کانٛہہ برخاست، دنبالہٕ، گھ، کریکھ تہٕ نشست أکی ہے بحرس منٛز تہٕ ردیف تہٕ قأفیہ چھُکھ بیوٚن۔ مثلاً

**مضموٗن قفس۔ حمدک برخاست**

یا اللہ کرتن دِلکشا وسیع فضا میون قفس سینے

**نعتک برخاست**

آے یم قدس آشیان عالیشانؐ برز مینے

**مدخک برخاست**

امام شاہؑ دمساز ہر جاوس ہم نشینے

**معجوک برخاست**

یاشاہ ژے رچھیاتھ لارِلد کوترسیر کریاتھ بوچھِ ہوٚت شامینے

**درڈک برخاست**

گوحالاہ ییلہِ گُر پیوو آلِ یاسینسےٓ

مضموٗن قفس آغاز پیٹھِ اندس تام پرٕتھ ترٛا کہِ مقام بند کأشرِ مرثی ہُند بحر تہٕ عروض نہ صرف فکرِ بلکہِ گژھِ اَمہِ کہِ عروٗضی نظاچ عظمتھ تہٕ أنٛی پوٚز مقام بندی ہنٛز صوتی اہمیت چھ وستاد ذأ کر ہسنٛدِ ہٹہِ مرثی وزنہٕ سان پرنہٕ ستی ننان۔



# مضموٗن قفس

از مُلا حکیم عظیم

1202 ہجری-1269 ہجری

**چھیر نمبر 1**

ب یا اللہ کرتن دِلکشا وسیع فضا مٔیون قفسِ سینے

د چھُ گومُت گو نہو ٔستی تنگ وتارو

د اَتھ منز کبوترِ دِل گرفتارو

ب چھس گرٔ ھان دم بند ہر نفساہ دمِ واپسینے

د حقا کہِ شہہ کرٕ یا ہو گُفتارو

د چھس گرٔ ھان حلقس حلقہٕ نفسچہٕ تارو

گ ا لوٚ گمُت اَتھِ ہواوہوس کین دامن۔ سپنُس قفس تنگ لبنہٕ مو کلے

گ ا چھس کلہٕ کڈنس گٔمژ کا کمن۔ نفسِ سرکش کڈان چھُس کلے

ک چھُس گومُت نالی طوقِ دُنیاہ

د چھُنہٕ نفساہا (د) فارغ بالے

گ ب یا اللہ سأری معرفت آشنا چانہٕ اصلہٕ نشہِ وہ پرو

گ ب بلند پروازن وصلک اشیان ژھانڈان مردودرو

ن بوٚ رکھنہٕ قفسِ جسمک پروازاہ

مُرغ روح گُرِتھ گوکھ پروازاہ ہا

☆☆☆☆☆

## چھیر نمبر2

ب آے یم قدسِ آشیان عالیشان برزمینے

د ہیو تُھ نہٕ تنگ نامی دُنیاس منز زاہ قرارو

د اُسی پنجرس منز لدٕی ءتی وارو

ب اُسی کانپان زِچھُ صیادِ اجل مدام درکمینے

د کوٚ رُکھ نہٕ اُکھ داتہٕ آرام اختیارو

د ہمیشہِ مرنس روٚدی تیارو

گ ا پھوٚ ربوٚرنہٕ زاہ خیرالانامؐ مألِ دُنیا بوٚرن نہٕ زاہ مُلے

گ ا اوسُس پنجہٕ تکلیف رٕٹی تھٕ دامن نتہٕ یہ دام گاہ کرِ ہے نہٕ ٔمنز لے

ک اوس ژھنڈان کوہ وصحرا (د) تس دُنی یاچھ وٕحشتھا ہا

(د) کھوژان وٕلسم مازالے

گ ب تاجدار سُے کبوترِ حرم بام عرشہِ نشہِ گذارو

ن تیوٚت کھوٚت عالمِ بالا وتے شہپرس تہِ تھوٚک پروبالا

☆☆☆☆☆

ب اماشاہ دمساز ہر جا اوس ہم نشینے

د اوسُس نہٕ تَس ہیو نیکو ترجور اغمخارو

ب نَفُسگ نَفُسی دپئس رسولِؐ اُمینے

د دَمگَ دَمیُ دَمہِ دَمہِ نامدارو

شاہؑ تہِ تہنز ن وَتن رَتھ کران نثارو

گ ا بوشاہ سُند دولت خانہِ بے پرن مامن۔ پرورش کران یَس بیلہِ آو چلے

گ ا موکلوو کبوُتر بازس نشہِ امام ہمامنؑ بازوُوک مازودیس ژُٹھ بازِ ے

ک یاشاہؑ اَسہِ تہِ چھُ چونُے پناہ

د کرتہِ حمایتھاہا اُسی چھی بے پروبالے

گ ب رَچھتہِ پرن تل اُسی چھی پرستار مَتہِ ترٛ اوتہِ یاشاہؑ پرو

گ ب چنگِ ظالمس آئتی گرفتار تِھ بازس اَتھ کبوترو

ن یاشاہؑ ژے سِوا چھنہِ چھپنس جایاہ

کرتہِ سون موکلنہِ پایا ہا



## چھیر نمبر 3

ب یاشاہؑ ژے رَچھیاُتھ لارلدکوتُر سیر کریاتھ۔ بو چھ ہوُت شاہؑ پینَے

د دِژ کھ چھگ چائنس کوترفوجس مدینہ لُچھ دام گنڈ ہکھ لارو

د اُنِکھ اُسیر کربلا ناچارو

ب کرنکھ مربن پنجرِ خنجر وتہِ تیر وستی بے دپنے

د لَدِنکھ سَر نیزِ شاخن نیزِ دارو

د　کوٗ رُکھ کبوٗ ترِ حرمن شکارو

گ ا　کرہکھ ترٔیشہِ ہتنن رأچھ آبہٕ دامن ووچھِ ہتنن پھوٗروٗ رہکھ کلنہٕ پھلے

گ ا　چھو کہٕ برٔی ہکھ بدن نازُک اندامن۔ژھرٔ ٹھ دیأ وِہ کانن تہٕ
کنمن تلے۔

ک　ژراوِکھ شاہ حسینسؑ نکھہٕ پھکٕی جُد اجُدا

د　مأرٕ مأرٕی سرِ راہ ہا　(د)　زونہکھ خوٗن حلائے

گ ب　گرِتھ أسیرِ بیٚنہِ لَذ کھووٗ نٹہٕ کجاوَن اندرو

گ ب　پھِر وُکھ بیمار پرٕ شہرن گرِتھ زنجرن ہنٛدی پنجرو

ن　تَس گنڈ وٕ ستی روٗ دمُت نہٕ زُوا

گرمہٕ ستی پھرٔ بکان پھوران نہٕ شاہ ہا

☆☆☆☆☆

## چھیر نمبر 4

ب　أس بہیب زینبسؑ ستی ووٗ نٹہٕ کجاوس کھأرمٕژ بہیب سکینہؑ

د　تَس خفہٕ کوٗ رمُت دو کھوتہٕ جیلواوٗ نمُت چارو

د　دپہس اڈٕ کٕج وَدان زارزارو

ب　یوٗ پھدیٚدی یوٗت کیازِ کوٗ فیوہوٗ راسہِ کینہٕ

د　یوٗ دوَے پنجرس تہِ چھن لدان جانہٕ وارو

د　چھِس گنڈ مٕژران دِوان نہٕ آزارو

گ ا  مےْ چھُ پنہٖ نےُ قفس تنگ کوْ رمُت کجاون

گ ا  کیازِ پوٖ پھدیْدی کرِ ہم ہا نکلے

گ ا  یَم ظاٗلم اَتھِٖ تے مےْ ترْاوَن

گ ا  چھَس پرِ پےٖ مڑ پرَٖ زھینْز بو کوْت ژَلے

ک  پوٖ پھدیْدی پنْجرس پچھِ کران غِلا فاہ

د  واتہِ جانورس تا پھ ماہا

د  مےْ نیکھ جامہٖ کڈِ تھ نالے

گ ب  تھاَوہس تاپہٖ ژنجِہ پانے مرِ  -تتان چھِم زٗ نجرو

گ ب  چھُم تمنّاپھیرِٖ ہالرِ  لاٗینم کبتھِٖ کاَر پھِرو

گ ب  ووٖنی ہے مرِٖ ہا خدا اٗگری گری  ژَلہٖ ہنم نوم ارِٖ سرو

ن  یِ بوزان اٗس زینبہٖ کبریٰؑ
جگرس لُجس تبراہا



**چھیر نمبر5**

ب  دوٗ پنس پوٖ پھ لُجی مَتہٖ وَدتہٖ طاقتھ ژےْ چھُی نے

د  ئہ زَرِٖ ہا ارِٖسَرِٖ چاَنی اَمہِ لوٗکہٖ چارو

د  مےْ اَتھیے آسہِ ہے کیثہہ چارو

بِ  یتیم میاَنی زَن نہٖ کاَنسہِ زا کیھتہٖ زَن نہٖ باَے اَسی نَے

د زَن نہٕ اوس قبیلہِ زَن نہٕ اُسی وطن دارو

د اُسی ہمیشہِ مُسافرِ ے اُنیٔ ٹتی دارو

گ ل اَسہِ کرأس زاہِاَل جامن اُسی نہٕ خانہٕ مالیٔ اُسی ہمیشہِ نالیٔ جلیے

گ ل امام کوربن پھروان اُمزی عامن زَن نہٕ ستراہ اوسمت چھُ بل گلے

گ ل چھِ اتھِ لگیٔ مٹتی ظُلمن تہٕ پامن زِندٕ چھا کانٔہہ زِ کروتَس گلے

ک اوس سارِنی ہٕنزِ جلیہِ عابدین شاہؒ

د اُمس چھُنہٕ زٔنجروٕستی پھوران شاہا

د اَسُندُ ے گرٔ ھیاملالے

گ ب یہ چھُ پنہٕ نُے بیمارٕستی پیوٗمُت پتھرو

گ ب ہانکلن لمان ییلہِ چھِس ٹلان اژان چھِس تھرتھرو

گ ب میٗے دِہن امان زنجیرِ وے سان گرٔھی تہٕ رٹہٕ ہس تھرو

ن وونی لوتے خدااَسنِدِ س دردس کرِ ہے دوا

اَسہِ موردن ییتے اوس زُواہا



## چھیر نمبر 6

ب خلقو سپُن سختہٕ ظُلماہ سٔہ عوشرُک پیشنے

د تمہِ ساتہٕ عالمس گوگٹہٕ کارو

د سپُن تیتھے ماردارو

ب گوحالاہ ییلہِ گرِ پیو وآلِ یا سینؑ

د گیہِ ترٛشہ وٕحشتھاہ جانورن تہٕ پیٛیہِ تھپہٕ تھارو

د ترٲوِتھ اٰشیان ژٕلی سپنٕی فِرارو

گ ل بۄ زُم ییٛلہِ رٲتس منزلرترٲ وٕمژ اٰس اِمامنؑ

تَس وُرِنی کانہٕ پرتہٕ وَتھرِنہِ کرتلے

گ ل ترٲوِتھ فرش عرِشکی عاٲلی مقامنؑ

سیٚکہِ تاپہ ترٛپیٹھ ترٛ اٰ وٕمژ زوٕلے

ک تاژٕ فلکہٕ قفس چرخی کبوتراہ

د وُپھان اوس پیٚیس امامسؑ کُن نظراہا

د وُچھُن شہبازاہ لوٚ گمُت زالے

گ ب دۄ پُن چھ ہُماسون پادشاہ پیٚو مُت آنسرورؑ

گ ب سَر چھُس نہٕ سَرِ کرِہا چھُ ماساقی کوثرؑ ؟

ک ب مُرِس أندی أندی چرخ اوس دِوان تھاوان کھورن پیٹھ سرو

ن أخرپرٛ زِنُن اوس سیّدالشہدؑ أ

چھاوِن پرٛزٕمنس تہٕ وَدِہٕ نکی دِتن صداہا

☆☆☆☆☆

ب اوس دِوان پنجہِ سینس تہٕ ہوان نہٕ تسکینے

د شہیدن ہندِ رتہٕ ستی گرِن پرٛ داغدارو

د وأٮ۪لِن پَرٕ کالہٕ پانس کوٚرُن پارٕ پارو

ب سپُنس طوٗفان گوڈُ پھان پیوٚلوٗ سِتھ أ کِس جلیہٕ غمگینے

د تَتہٕ آب وہوا جان سبزارو

د پھٲلۍ مِتۍ گُل گُلہن بہارو

گ/ا وُچھن بیوٚن بیوٚن جانور بِہِتھ تَل ساین

آب چھاوان بولان خوش دِلَے

گ/ا کرٛنکھ لأے نکھٕ تٔمۍ بے نواین

اوٗش ہاران چھاوان گُلشن کلے

گ/ا توٚہۍ چھِوٕ ساین بِہِتھ پننہٕ نَنن شاین؟

خبر چھُو نا شہلی گُل دزٛا و مُلَے

گ/ا شہیدِ کربلا چھِ پیٚمتۍ تاپہٕ کرٛاین

گُل بدنن چھِکھ لگان ڈُلے

گ/ا بہٕ حٔتہٕ کوٚر رمُت چھُس تَتہٕ کی نِشاین

توٚہۍ چھِو بولان تہٕ اَڈٕ گلی کران لیلے

گ/ا ترٛیش رٕٹکھ شوٗ حسینس شُر بن تہٕ باین

حأف افسوٗس توٚہۍ چھِوٕ نالہٕ رٕٹِتھ کولے

ک مےٚ زبوٗژ ھینیم وَنہٕ موکوتاہ

د وُچھُم کیٛاہ کیٛاہ ہا

د تتیُک احوالے

گ ب وُچھُم فرِتل شو حسینسؑ موصماہ ترأ وِتھ لرو

گ ب بیٚہِ گلی جوراہ مأنزلأ رگتھ پیٚمتی تس روبرو

گ ب بیٚہِ وُچھُم سرواہ لرترأ وِتھ سہ زن پأغمبرو

ن بیٚہِ وُچھُم پھیکی ژۆٹ قداوارأ

سرَو رۆس شہید واراہ ہا



ب بۆ زیٚیلہِ جانورَ وچھُ یٚمہِ حالہِ پیۆمُت شاہ سُنْد نازنینے

د شورتُلکھ تہٕ لگی سأری دِنہِ بارو

د وبسرے لنجو پٹھٕ وُسی تھٕ پیے یکبارو

ب تُجکھ باکھ ہُما سانہِ کتہِ پیۆ ے مرگُن شاہ پنٔے

د کۆت گۆ ے شہباز جۆ رتھ حضرتِ عباسؑ چون جاں نثارو

د شہزادٕ اکبرؑ عقاب سوارو

گ ر أسی خۆشی برَوِ منز گلزارن وونی جنگلن پھیرونا چانے جلے

گ ر ژٕاوسکھ کُنٔے اتھ لۆگمُت ہزارن مورہکھ بے آب اَسہِ تاب انیاونے

گ ر ژھانڈونہٕ بامن گُنہِ مرگزارن دۆ دی رۆس تہٕ دیٚدِ رۆس اڈٕ کول بُلبُلے

ک یی ونان لارے یکدفا وأتی کربلاہا

د وُچھکھ پیرہن تیرو کۆرمُت غربالے

گ٘ب کیٚنٛہہ پروٚستی پکھٕ کرنس شیٚہلبس ناجگرو

گ٘ب کیٚنٛہہ پگھوٚستی رَتھ ووتھرنس کیٚنٛہہ سایہ کرنس پرو

گ٘ب کیٚنٛہہ پرن ترٛگری تھٕ آب چھکہٕ نس سرانہٕ رَستہِ مُسافرو

ن شمع دِینٛس پروانہٕ زَن جُدا جُدا

سأری کرنس جان فِدا ہا

☆☆☆☆☆

# مضموٗنِ قفس

## وزن (یانے عرۄضکی علامات)

| | | |
|---|---|---|
| ب | : | برخاست |
| د | : | دُمبالہ |
| گ٘ا | : | گھ ألف |
| گ٘ب | : | گھ ب |
| ک | : | کریکھ |
| ن | : | نشست |



# مضموٗن کتاب

ازمُلاّ حکیم عظیم-1202ہجری-1269ہجری

## حمُد

یا اللہ کرتم فضلاہ کرم حمد ئہ کتاب
تھاوتم قبوٗل ہدیہِ شُکر ہمہٕ تعلیما
مدرسہٕ معرفتہٕ سواد سپنہم روشن
موٗھمُت سبق اَلست گرٛھِ ہمہ بیٛیہٕ گوشن
نَتہٕ مےٛ ہیوٗ نادان ثناٗ چاٗنیٛ وَنہٕ نَس اَنہٕ کتہِ تاب
آسہم نے چونٗے ہدایت علیما
بوزِتھ کاٗمِل چاٗنی اوصاف پنٛن اندیشن
موٗخصر زونٛگھ مطول اَتہِ نہٕ اندیشن
افصِح عربی اَمہِ جایہِ لا احصیٰ پَرے
چھےٛ بےٛ اَدبی اَدِ بییہٕ زبان تقریرکرے
کران جابجا چون مُدرّس قدرت تدریسا
وُچھان لوائح والقمر کوکبن سواد آیے
توٗضیح کرانو تلوٗیح صنعت راتس
سرگردان پھیرانو کران نہٕ زولہٕ اٗکس ساتس

واتناٗوی مُفتیو صحیفۂ عمر مُنتہا
ووتلھ نہٕ اَند عرفانک صفحہٕ اِبتدا

# نعت

کوٗرمُت خاتم رسالتؐ مرسلین انتخاب
کتاب خانۂ قدرت تس بوتسلیما
سہٕ نبین ہُنٛد مقدم و موخر پانٕے دِیہ درشن
گو صحیح دٕین پٕتھم ساٗری مِلت مَشن
تہنٛدِ مدارجِ نبوتکؐ معراج اکھ باب
تس قدسی شاگرد زن اُستادس کران تعظیما
ہاون پھرُن ورق ٕتمس جحت ساطع صاحب بینشن
شق القمر برہا قاطع اہل دانش
دَپن مدعی تہٕ یان سہٕ اُمی اُم الکتاب مُژرے
چھُ درسی نہ درسینہٕ یُس علماہ تس گذرے
تہنٛدِ لوحِ صدرُک شرح الم نشرح تہنز نورِپیشانی سورہٕ رچھ آیے
معلم ناطقہٕ چھو حیرانو
بہٕ وَنہٕ کیا تعریف تس چھُ مجموع قرآنو
گوتہندے باٗعثہٕ آدم وخلیل پاٗدا سٕے غایت ایجاداٗب واجدا

# مدح

وَنہٖ اصلِ دین فصلِ منقبت باب علم فصل الخطاب

پرُٕتھ بسم اللہ الرّحمٰن الرّحِیما

کوّر ہمدرس سُے مکتب خاصہَ خلاصہَ قریشن

علمِ لُدنی دوٕنوٕنی بخشن

ییٚلہِ دِیہِ بہار سُہ گُلشنِ راز تازٕ روضۃ الاحباب

کرِ غنچہَ دِل وا گُلستان شاہؑ سُنٛد ہوٕ ہٕک نسیما

کرِٕنَے وصّاف گُلبن قلم ورق برٕگن تہٕ پوشن

تِتھنٛدِس تحریرِ وصفس نَرِٕ پوشن

تسٕنٛدی مدح حضرتِ جبرئیلؑ خالقس نِش تحصیل کرے

کوّرُن تفصیل قال و قیل اَتہِ کس زبان درے

تس قرآنِ ناطِقس برحلِ دوش خیرالوریٰؐ

کُرسیہِ عرشِ اعلا ادنیٰ پائے

کونہٖ مُناقبِ مرتضویؑ پرانو ٹلو گرہٕ صلواتن

اکھ أَکِس سبقت کرانو واتہٕ ہو درجاتن

کرے کاتٕہہ تصنیف شاہؑ سِنٛدِ مدحُک بیتاہ

دِنَس بدل یِیتہٕ جنتُک بیتاہ

# درد

کرن کیاہ ٲتھنٛدِ ہے پارے جگرس کوٗفکی بے کتاب

ہوٚرٕ ہس حقِ تعلیم کیوٚنہہ رٕچھنس تعظیما

لٔدِ کھ سر نیزٕ رٕ ٹھلن سبق شُر ٮ۪ن تہنٛد ٮ۪ن جگر گوشن

ہٕدٕی یہِ یزٕی دٔس نیٖہِ شُمر ذی الجوشن

دڑایاو تہنٛدُ ے امام حُسینؑ حمائیل کٔرِتھ قرآن کریان سعدس نوٚ ے خطاب

بٔہ چھُس امام پننہٕ نٔس قضاس چھُم رضاوتسلیما

اَماسپُن سانے شانہٕ نزول قرآن عالمَس چھُ روشن

سورہٕ محمدؐ چھُونا گومُت گوشن

میأنی بُڈی بابنٛ دوپرٕ یا نویو ہے وعظ گرِ گرے

توٚ ہیٖہِ منٛز تحفہٕ جورامےٚ تھاٲوی موٗوٗ چھِ زبکھ میأنہِ نظرے

اکھ چھِ نوٚم میأنی اولادبیٚہِ کلام اللہ

رٕچھی زبکھ اطاعت حُرمت زأنی زبکھ میأنہِ جائے

اَزتِی چھِوٕ مُشر اوانو ڈٔیوٕ کیٚاہ جواب پگاہ تَس

ازکن کتھن چھووم نہٕ تھاوانو چھِوٕ نا خبر بٔہ کیٚاہ واتَس

کمہِ مذہبہٕ مارُن میٚون زوٗنو روا

کتھ کتابہِ دڑاو یہِ فتویٰ

☆☆☆☆☆

یہٕ بوٗ زِتھ سعد پیوٚ وِفکرن تہٕ فوجس گوٚ اِنقلاب

دۄ پنکھ یہِ چھُ حدیث پران گویا کتھٕ کران رسولِ کریمؐ

کأفِرے بوزَن دِن پامہٕ لیکھِتھ نامہٕ أنتھ پردیشن

یِی چھا کران پیٖرن سفید ریشن

دٔپوٚکیاہ خدایس گٔرِتھ سوال کوٚ رووس جواب

اَتھ حرف رسولِ خدایہ سُنٛد ییہِ ما

چھَو ناخبر زِ کتھٕ پأٹھی للوُمُت چھُن پیٹھ دوشن

رِداس تَل روٗ چھمُت چھُسہٕ خرقہٕ پوشن

أمی ہےٕ کیٚنٛہہ گوز أنی توأزی رسوٗلِ خداؐ مرے

اَسنزے وِیرِدو سُہ نیرِ لتس کوٗنہہ بُتھ پھِرے

سُہ آسہِ کران پوٚترو پوٚترو قبرِ منٛزٕ پھیرِ لرے

أخرتھ ووُکھدٕ ہن بوٚ رُکھ دُنی یہُک طماہ سپنٛز جماہ

نمازِ وقتن امامَسؑ مارنہٕ آیے

کرٕنس تیٖر بارانو کیٚنٛہہ دِنَس نارٕ خمن

ہےَ ہےَ امامسؑ مارانو جیل کران أسِس یتیمن

نٕن کیٚنٛہہ امامَسؑ عمامہٕ نٕن کیٚنٛہہ رِدا

بوٚ رُکھنہٕ کیٚنٛہہ بیٖم خدا

☆☆☆☆☆

اوس کیٛاہ لیوٚکھمُت بیپب زینبسؑ یَس پیے پھِرِنی دوکھہٕ باب
راتھ دوہ ودنہٕ سوا کرِ ہے نہٕ کانٛہہ کلاماہ
ییٚلہِ سپنہِ ہَس باٲڈی وانس منٛز صبح روشن
پییہِ ہَس یادنا دنا دِیہِ ہے أچھ گاشَن
ؤتھِو باژیر گوٚو سبقس شونگن تُہنٛد چھاداب
ؤتھِو بااوخوٚن آسوِ پژاران گری توس سلاماہ
کِنہٕ چھووُم تاٲلیم کران بٔڈی بابسؑ نشن
بوزٕ ناوان کیٛاہ کوٚر سعدن ستم کیشن
تھاٲوی ووم پھِرِنی دفتر پھُٹم تھرِلِل کران تھَچم زرے
وُچھِ ہَن بییہِ أچھوسہٕ شاہ اکبرؑ کِتاباہ مُژرے
أڈٕ کجہِ زہِو کراصغرؑ بییہِ سبقاہ پرے
زونُم نہٕ شُربن یزٕ دِنی باٲدٕ حال ژاٹہٕ ہال سپنم ما
یٚمن کربلایکی مہرنہِ باٲدٕ رأچھ لایے

| | |
|---|---|
| کُنہِ پیٚتوم قرآن خانو | رچھُن میٚون چھو ناژبتس |
| ہیٚچھ ناٲوی توم زُوٕ دانو | بہٕ کیٛاہ کرٕ یتھ حسرتس |
| تی باگرٕ ھیٛا باجانو | دَ پکھ کوٚ رواتہٕ حضرتسؑ |
| دَپنم غلط چھِو ونانو | توہہِ ستی کیٛا چھِ نسبَت تَس |

مےٚ کوٚر زیر و زبر مرگن پیش آم کیٛاہ کیٛاہ

زیرِ خنجر مأری ہم بأے اَرداہ

☆☆☆☆☆

بۆ زُم ییلہِ ووت اِمامسؑ فوج اَند مأری ہس بأے بندتہٖ اصحاب

اوُسس نہٖ گُررڑہٖ نَس سۆنب رٗو دمُت غولا ماہ

اوس پانے گُرِس زہن شیران پأران زِراہتہٖ جوشن

حضرتِ زینبسؑ تھۆ ونہٖ ہوش بأے دردٕکی جوشن

اَدِ دڑایہ ژھایہ ژھایہ ولہٖ بابا یوٗبہٖ رَٹے رِکاب

کیٛاہ مُہمس بیٛنہِ بأے سنٛز خِدمَتھ چھاپاما

بُتھ کیٛاہ دِمہٖ پگاہ تَتہِ مادبدٕ تہٖ بابہٖ گرٛیشن

روزٕ جزایہ دوبامےٛ تَم روشن

امامٔ زِژمہٖ بیٛنیٛ غم برپیغمبرؐ کونہٕ میٛون کر زرے

میأنس پنٛجس اندرنگاہ کروٗ چھِنس تہٖ آس نظرے

ڈیٛو ٹھُن ترٛأ وِتھ رِدا جلوٕ ژٹھ رسوٗلِ خداؐ

کھوژان شہوارس میأنس لگبس ماگرٛایے

وُچھُن ودان بیٛیہِ کنہِ زہن شیرانو گرٕ دکھٔرٕ مژ ابوترابسؑ

پرسرس اوس چھاوانو شہپرؑ رٕ ژتھ رِکابس

ملک پروَتن وَتھرانو پتھرکتھٕ پأٹھی ترٛ اونس جنابس

کٔنڈی تہٖ کنہِ دٕر کرانو ڈُوان ژتھ مأدانس

سنہٕ نس ماکنڈی کم کڈٕنس یہِ چھُ بیکسا
دبدٕ چھَس نہٕ زِندٕ خیرالنساءؑ

☆☆☆☆☆

قصہٕ کربلائیک ذأکرو وٕنی بےحِساب
سپنہٕ کتہِ تمام مُفصل اَکھ ظُلما
بوٗزِم خبراہ گٲرِ نم سی پارٕ جگرس تمہِ کی ویشن
گٲرشبقہٕ رووٗ ایتھ أکی عاٗلمن صاحبِ ہوشن
دوٗپُن پَرٕ کتابخاناکہِ دوہہٕ خوٗناب
اوس ذأکرن أکی کربلاکوٚ رمُت مقاماہ
رأژاکہِ ترٛ ووٗن ڈُلُن روضس اندرٕ تمُی اخلاص کیشن
نیرٕنہٕ توٚت تاٗنی آغہٕ پانہٕ خاٗبِ ڈیشن
ودان اوس زارزار دوستدار آغہٕ سٕنزِ فکرے
گوس بخت بیدار دیدار کرِ منٛز نِندرے
کربس قبرِ منٛز نوٗرا ظہوٗرا
وُنہِ تَس خوٗن نیران نُمایان زخمن سرتاپایے
وُچھنَس سروِقد کمانو گومُت خم کمرَس۔
پکان نمان نمانو ڈبکس چھو کھاڈیشہِ سرورسؑ
سینہٕ مُبارکس وُچھنَس زخما

گوس درہم و برہما

☆☆☆☆☆

وُچھنس بییہِ اکہ کنہِ روی مُبارکس داغانموٗ دگوٗمُت کبوٗ دآفتاب

گو بیدار دأ رکڈان اوس ودان اِماماؑ اِماماؑ

ودان اوس یئوٗت کو تاہ زہر لوٗ دمُت یمن کانہٕ نیشن

اِمامسؑ قیامٕژ تام بنا یم چھوکھ پوشن

پیوو یمے لبل کران بے ہوش تتھے ڈیشہِ خاب

وُچھِ امامسؑ فی الحال بحال آمُت پرٛتھ زخماہ

گُلی گَنڈِتھ عرض کوٗر آغس پنہٕ نِس تمُی درویشن

کمہِ مَرہمہٕ انگ اوے یمن کانہٕ ریشن

ژٔنی توم یہِ کیاہ گوم گومُت چھُس باثبرے

وأنجہِ مےٚ وہہ پیوٗم ہول گوم بنٛد بنٛد مےٚ وسرے

چھُوکونہٕ ڈیکس ییہٕ سینس کوٗرمُت دوا

روی مُبارکک داغ ژۆ لوکونہٕ لگہٕ مو بلایے

بییہِ چھُو کمر کونہٕ سدانو وُنہِ کیاز چھُوخم پانس

یم چھُنیز کِنہٕ کانو مےٚ ہصأبہ ترٛی مہٕ جگرس

یم چھو کھ کیاز رۆدی متی چھو بلیونا

اوٗش ہاران نوٗ ے فرماوبس جنابؑ

اَنکھ نہٕ تاب محبوبوز کھے میانٔی سِتماہ

یمن چھوکن تہندُ ے اوٗش سپنہم دوایم میانہِ دادِ پشن

أشِس تِہنٛدِ س میانہِ رو یہ شفا بخشن

کأتیاہ نیزٕ تہ تیر آیام پانس مےٗ انیام تاب

آسان زانیام واثرٕ اَم نہٕ کانہہ الماہ

مگر جِگر زولُم اکبرٕ شہنٛیٔ العطشن

یہ بوٗڈ سوراخ کوٗرمےٗ تٔہندی ترٛیشہِ ترٛیشن

مےٗ ہباتیٛلہِ خم گوم ییٛلہِ پیو علمدارٕ میوٗن گُرے

سیٚدِ زانٔہہ نومےٗ روبروٗژ چہِ ہم تَس نرے

کران بایو بایو پھیران اوس لرِلرے

ہَے ہے مرگوسُہ مارٕ گومشک نِزمُژ رے

بہٕ مأرِتھ لوٗٹنہٕ آے ءخمہٕ گاہ

لارِءستی بیب زینبہٕ ءخمہٕ تھمبس چھاونہٕ آے

تنہٕ ڈٔبکس خوٗن چھُم نیرانو ینٛہٕ ہینٛہِ دبدِ میانہِ آوچھوکھ ڈٔبکس

سوٗنٛجہِ موکھہِ میانہِ بأنٛدی وانو ینٛیٔ دبدِ ہوٗرِتھ کیاہ ہبکس

قصہٕ بُتھ چہِ سبزی ہُند ونے بوزتہٕ با

پھوٗرمہٕ شمرٕ قأتلاہ

☆☆☆☆☆

ئہ مأرِتھ میٲنۍن اَڈٕ کھورٕن عذاب دِیُن زونٛگھ ثواب

سکینہٕ نأوی أسم معصوما

سو ہَبارٕ چھم منٛز أچھ گاشن

دوہ اوسُم نیران وُچھان تٔھزن باشن

کٔڈ کھ بأندی پوٗپھٕ دبدن ستی کأنسہِ اوسنہٕ نقاب

آسہٕ زٔنجیرٕ گرِتھ وٗنٹس لٔزمٕژ مظلوٗ ماہ

اَکِے رَز گرِتھ بأندی وان نَنم خیشن

کڈن قتلگاہ منٛزی میٲنۍن کورٕن نوشن

سکینہٕ بیوٚن بیوٚن وٕنی دِیہ شہیدن میٲنہِ ویرے

وٗنٹہٕ پیٹھٕ لایہ ووٹھ آیہ میٲنہِ باثبرے

سبٹھاہ کوٚرنم سایہِ پننہِ مایہِ مےٚ ستی نالہٕ موٚت کرے

تانٕ آوشُمر بے حیا

نرِ رٕٹتھ توجن وٕژھنہٕ تتہِ ظأٔلم لتس لائے

نیلتھ گیہِ معصومٕ کھأجنم ترٕشہٕ ہے وٗنٹس

سوے سبزی چھَنہٕ ژلانو نُمایان سو چھَم موکھَس

یِم تِمے داغ چھِم تہٕ بلہٕ نم نہٕ زانٛہہ

روزٕ نم تا روزِ جزاء

☆☆☆☆☆

# کاشرِ مرثی ہُنْد گوڈنیک توأریخ

کاشرِ مرثی ہنْدِ توأریخُک گوڈنیک تأمیر اوس مےٗ (شاہد بڈگامی ین) 1979 ءمنز چھاپ گرِتھ منظر عامس پیٹھ اوٗنمُت۔ سُہ اوس 1392 عیسوی پیٹھِ 1979 عیسوی تام زمانس احاطہٕ کران۔ گوڈنِکس چھاپس اَسی 376 صفہٕ تہٕ تتھ منز اَسی مرثی نگاری ہنْد بن ژورن دورنن منز 161 کاشری مرثی نگار وَنہِ کڈنہٕ آمتی۔ دوٗیم ایڈیشن آو 1998 ءمنز منظر عامس پیٹھ۔ سُہ اڈیشن اوس 1392 عیسوی پیٹھِ 1998 عیسوی تام زمانس احاطہٕ کران۔ دوٗیمس ایڈیشنس چھِ 656 صفہٕ تہٕ اَتھ منز چھِ کاشرِ مرثی نگاری ہند بن ژورن دورن منز یعنی 1392ءپیٹھِ 1998ءتام 268 کاشری مرثی نگار منظر عامس پیٹھ اَننہٕ آمتی۔

یِیلہِ مےٗ از برونٛہہ 28 وُری گوڈنچہِ لٹہِ کاشرِ مرثی ہُند توأریخ چھاپ کوٚرتھ آیہِ زبردس پذیرأیی کرنہٕ تہٕ سُہ آو کاشرِ زبأنی، ادبس تہٕ توأریخس منز اکھ بوٚڈ بارٕ اِضافہٕ قرار دنہٕ۔ مےٗ تُل گوڈنچہِ لٹہِ کاشرِ مرثی ادبکس موللِس خزانس ژھانڈیُس اکھ مُشکل تہٕ صبر آزما قدم اوس۔ اَتھ موضوٗعس پیٹھ اوس نہٕ تُتھ کانٛہہ ادبی توأریخ موجوٗد یُس بہٕ بُنیاد بناوہن۔ بڈیو بڈیو کاشریو مورخو محققو تہٕ قلمکارو اَس کاشرِ مرثی موٗلے نظر انداز گرمژ۔ عبدالاحد آزاد ہوٚو

سرکردٕ شاعرن تہٕ محققن تہٕ اوس نہٕ ''کشمیری زبان اور شاعری'' ناوچہِ پنٕنہِ کتابہِ منز کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس اَتھ قدیم صِنف سوٕخنس پیٹھ اکھ لفظ تہٕ لیوٗکھمُت۔

کأشرِ مرثی ہِنٛد بن عقیدت مندن منز یم کینٛہہ نفر اَتھ پیٹھ تحقیق کرنٕک تہٕ اَمہِ کہِ تحفظُک تہٕ اشاعتک دعویٰ کران رٕودی تِمو کوٚرنہٕ اَتھو کینٛہہ تہٕ فقط کربِکھ کتھ بیٚیہِ کٔڈکھ تِمن قلکارن ہٕنٛز یم کینٛہہ کرنٕک سٕنٛز ہوٕان آسی کرٕن پوٚز مرحوم حکیم صفدر ہمدانی، حکیم غلام حسین مخمور کشمیری تہٕ انیس کاظمی ہٕنٛزٕ کوٗشش آسہٕ تتھ وِزِھیہِ ہِنٛدِس ماحولس منز سیٹھاہ غنیمَتھ تہٕ قأبلِ قدر۔

یہِ گژھ نظرِ تل تھأوِتھ اوس کأشرِ مرثی ہِنٛدِس موضوٗعس پیٹھ ہتہٕ بدٕن وٕریین ہُنٛد لِتہِ چھتہِ گوٚمُت تہٕ مُشر اوٚنہٕ آمُت موٗلُل مواد جمع کرٕن تہٕ اَمیُک توٲریخ ترتیب دِیُن سیٹھاہ مُشکل۔ مےٚ گٔر حضرت امام حسین علیہ السلام ہٕنٛدی لوٗلن رہبری تہٕ یہِ گوٚب بار نِکھس تُلِتھ ووتُس یہِ کامیأبی ہِنٛدِس منزلس۔

کأشرِ مرثی نِگأری ہٕتی گیہِ مےٚ 1964 ہٕ منز دلچسپی پأدٕ ییلہِ مےٚ اَتھ موضوٗعس پیٹھ گوڈنیُک مقالہِ لیوٚکھ یُس کلچرل اکاڈمی ہِنٛدِس رسالہِ شیرازس منز فروری 1966 ہٕ منز چھاپ گو۔ 1967 ہٕ پیٹھ ہیوٚت مےٚ کأشرِ مرثی ہُنٛد موادرٕسہٕ رٕسہٕ سوٚمبراوٕن تہٕ 1972 ہٕ منز کوٚرمےٚ اَتھ موضوٗعس پیٹھ باقاعدٕ پأٹھی اکھ مفصل تحقیقی پروجیکٹ شروٗع۔ یُس مےٚ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی ہٕنٛدِس ارشادس تہٕ تحریکس پیٹھ مُستقبلس منز Ph.d خاطرٕ اَتھس منز نِنٕک سٕنٛز اوسس کران پوٚز خداوندِ کریم سُنٛد فأصلہِ اوس بدل تہٕ غارتدریسی تہٕ

غاٛر علمی روزگارُک ذٔریہ سرکاٗری افسری ہنٛز ذمہٕ داٗری رٹنہٕ پتہٕ رٛوُد سُہ مواد یتھے کٔنۍ یُس مےٚ پتہٕ کلچرل اکادمی ہنٛدِ مدتہٕ چھاپ کرنٕچ کوٗشش کرے یہِ پوٗز تمہِ کتابہٕ ہنٛد مسودٕ آونہٕ منظور کرنہٕ تہٕ سُہ مسودٕ اوس کلچرل اکاڈمی ہنٛدس سٹورس منٛز گگروکھیومُت۔ مےٚ نِش اٗسۍ 1200 صفن ہُنٛد تمہِ مسودٕچ کاپی موجود۔ سرکردٕ کاٗتب ولی محمد میر صاٗبنہٕ بھرپور تعاونہٕ ستۍ کوٚرمےٚ سُہ مواد ژھوٚٹہٕ راٗوِتھ کتاٗبی صورتس منٛز چھاپنہٕ خاطرٕ تیار تہٕ کاٗشر مرثی ہُنٛد تواٗریخ تھوٚوُس پروفیسر رحمان راٗہی صاٗبن ناوِیوس مےٚ 1979ء منٛز چھاپ کرٕیلہٕ یہٕ باغاتِ کٔنۍ پور بلاکس منٛز بلاک ڈیولپمینٹ آفسر ہنٛدِ حیثیتہٕ تعینات اوُسُس۔

11/اکتوبر 1979ء کوٚر کاٗشرِ زباٗنۍ ہنٛز تمہِ دورٕچہٕ سرگرم ادبی تنظیمہِ کاٗشر مخاذن کالج آف ایجوکیشن سرینگرس منٛز اکھ عظیم الشان تہٕ تاٗریخی ادبی تقریبُک اہتمام یتھ منٛز تمہِ زمانٕکۍ ریاستٕکۍ وزیرِ اعلیٰ تہٕ تاریخ ساز شخصیت عواٗمی تحریکہِ ہنٛدۍ قاٗید مرحوم شیخ محمد عبداللہ صاٗبن کاٗشرِ مرثی ہُنٛد سُہ تواٗریخ رسمِ اجرا انجام دِتھ جاٗری Release کوٚر۔ تتھ یادگار تاٗریخی تقریبس منٛز گاشراٗو مرحوم شیخ صاٗبن پننس صدارتی خطبس منٛز کشیرِ ہنٛدِس سیاٗسی جدوجہدس تہٕ کشمیر چھوڑ دو تحریکہِ ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ کربلاکین شہیدن ہنٛزِ عزاداٗری ہنٛز اہمیت تہٕ کاٗشر مسلمان شہدائے کربلاہن ہنٛزٕ عزاداٗری منٛز متحد کرنہٕ خاطرٕ تہنٛز تمہِ کوٗششہِ یمہٕ تمو 1931ء پیٹھے مرحوم سید حسین جلالی بیترٕ ہوٚبن شیعہ رہنماہن لرِ لوٚر کرمٕژ

آسہٕ ۔ تمو کوٚرمےٚ شاہد بڈگامی لیس خراج تحسین پیش زِ تِہند (مرحوم شیخ محمد عبداللہ صأبن) سُہ خواب چھ کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخ لیکھنہٕ ستی پوٚرٕ گومُت یُس تمو واریاہ کال بروٚنٛھ وُچھمُت اوس۔ مرحوم و مغفور شیخ محمد عبداللہ صأبن یُس تأریخی رول کشیرِ منٛز حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛز عزادأری تحریک حریتک اکھ حصہٕ بناونس تہٕ اَتھ سلسلس منٛز کأشر مسلمان متحد کرنس منٛز ادا اوس کوٚرمُت سُہ نظرِ تل تھأوِتھ تِہندِ اَتھِ کأشر مرثی ہُنٛد توأریخ ریلیز کرن تہٕ تَتھ موقس پیٹھ اَتھ یادگار تہٕ اہم خطبہ عزادأری تہٕ کأشرِ بن مسلمانن ہٕندِس ملی اتحادس متعلق پیش کرُن اوس بجایے خود اکھ تأریخ ساز واقعہٕ۔

یہٕ کتاب منظرِ عامس پیٹھ یِنہٕ ستی آے کأشرِ مرثی ہٕنٛدِ بن خزانن ہٕندی بند درواز مُژراونہٕ۔ ریاستی کلچرل اکاڈمی گو پننہِ غلطی ہُنٛد احساس تہٕ کٔرن پننین قأعدن خلاف میأنہِ کتابہِ چھاپ گژھنہٕ پتہٕ خصوٗصی سبسڈی منظور۔ تمہِ پتے آو کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخ اَکھ تحقیقی کارنامہٕ تہٕ بہترین کتاب قرار دِتھ 1980 ءیک اکاڈمی ایوارڈ مےٚ دِنہٕ۔

پذیرأیی ہُنٛد یہ سلسلہ روٗد برابر جأری تہٕ کشمیر یونیورسٹی کوٚر کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخ ایم۔اے کشمیری تہٕ ایم اے اُردو کس نصابس منٛز شأمِل۔ اَمہِ پتہٕ آو یونین پبلک سروِس کمیشن دہلی کہِ طرفہٕ کأشرِ مرثی ہُنٛد میون توأریخ اعلیٰ ترین امتحان آئی اے ایس I.A.S امتحانٕکس نصابس منٛز شأمِل کرنہٕ۔ تمہِ پتے آو کأشرِ مرثی ہُنٛد یہِ توأریخ جموں وکشمیر پبلک سروس کمیشن کہِ طرفہٕ

کشمیر ایڈمنسٹریٹو سروِس K.A.S امتحان کِس نصابس منز تھاونہٕ ۔ کیٛنہہ ؤ ری برونٹھ آو پنجاب یونیورسٹی لاہور پاکستان کہٕ طرفہٕ میٛون کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخ ایم اے اِن کشمیری اسٹیڈیز M.A. in Kashmiri studies کِس نصابس منز شأمِل کرنہٕ تہٕ بیٛیہٕ آو پأکستان کہٕ ہائر سکینڈری ایجوکیشن محکمہٕ طرفہٕ تعلیمی نصابس منز شأمِل کرنہٕ ۔

کأشرِ مرثی ہُنٛد توأریخ 28 ؤری برونٹھ چھاپ گژھنہٕ پتہٕ لُج اَتھ سبٹھاہ مَنگ تہٕ کمسے کالس منز گییہٕ یہٕ کتاب تقریباً نایاب ۔ ریاست جموں وکشمیرچن اکثر لائبریرین منز اَس یہٕ کتاب گوڈے تھاونہٕ آمٕژ ۔ یہٕ کتاب دستیاب نہ آسنہٕ کِنی أسی امتحانن منز شأمِل گژھن وألی طالب علم ، کأشرِ ادبکی تہٕ توأریخکی محقق تہٕ کأشرِ مرثی ہٕنٛدی عقیدت منداَمیُک دؤیم ایڈیشن چھاپ کرنُک سخ اصرار کران ۔ مےٚ تژووسوُرے کیٛنہٕ أتی تہٕ بیوٚتھس کأشرِ مرثی ہٕنٛدِ توأریخُک دؤیم ایڈیشن تیار کرنہٕ ۔ یہٕ أس نہٕ کانٛہہ سہل کأم ۔ پنٛژہن ؤری ین دوران بدلیو زمین و زمان ۔ علمی ادبی تہٕ ثقافتی دُنیاہس منز آو اِنقلاب ۔ زندگی ہنٛز پرٛانہٕ قدرٕ بدلے یہٕ تہٕ نوٚو دُنیاہ آو وجودس ۔ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبچ نوٚنہچ آیہٕ بارسس ۔ کأشرِس مرثی ادبس گوو اریاہ اضافہٕ ۔ اَتھ تناظرس منز کأشرِ مرثی ہٕنٛدِس توأریخس منز پنٛژہن ؤری ین ہنٛزٕ یمہٕ سارے تبدیلیہ عکسأوِتھ Update کرُن اوس گوڈنیُک ایڈیشن لیکھنہٕ کھوتہٕ جادٕ مُشکِل ۔ پوٚز سرکارِ شہادت حضرت امام حُسینؑ ہٕنٛدی لوٗلن کوٚرمےٚ بیٛیہٕ اَتھٕ روٚٹ تہٕ

[25]

656 ہن صفن ہنز بڈ کتاب گیہ 1998 ءکس آغازس ستی مکمل۔ کأشرِ مرثی ہُند دوٚیم ایڈیشن آور ریڈیو کشمیر سرینگر کس آڈیٹوریمس منز 14 اپریل 1998ء اَکس یادگار تقریبس منز وائس چانسلر کشمیر یونیورسٹی پروفیسر محمد یاسین قادری صابنہِ اَتھہ رسم رونمائی ادا گرِتھ منظر عامس پیٹھ۔ تقریبہ ہنز صدارت کَر کأشرِ زبأنی ہِندی ہُند بزرگ شأعر تہٕ تعمیر کار مرزا غلام حسن بیگ عأرف مرحومن۔

اَتھ ایڈیشنس منز آیہ سرکردٕ مرثی نگارن ہنز باہ[12] مقام بند کلاسیکی مرثی حمدٕ پیٹھٕ دردس تام مکمل پأٹھی اَمہ کہِ عروضی نظامہٕ حسابہٕ شأمل کرنہٕ۔

اَتھ دوٚیمس ایڈیشنس منز آے واریاہ تتھی تأریخی واقعات تہٕ انکشافات شأمل کرنہٕ یم نہٕ کشیٖرِ ہِندِس بیٖیہ کُنہ تواریخس منز منظرِ عامس پیٹھ آمتی۔ کینٛہہ اہم ترین تہٕ نایاب شجرِ نسب تہٕ آے شأمل کرنہٕ یموٚ ستی کشیٖرِ تہٕ کأشرِ زبأنی پیٹھ تحقیقکی برمژُ رنہٕ ہِن۔ چوٗنکہِ تحقیقی جدو جہد چھےٚ اکھ مسلسل عمل تہٕ میأنہِ کتابہِ تہٕ آسن خأمیہ، پوٚز کأشرِ مرثی نگأری ہِندِس عظیم الشان صِنفس پُرسان تُلنٛچ میأنی کوٗشش ہیکہِ مستقبلکین محققن تہٕ کأشرِ مرثی ہِندٕ ہن قدردانن ینہٕ والین زمانن منز اَمہِ کس بُنیادس پیٹھ جاےٕ بہتر تہٕ زیادٕ شاندار رنگہٕ منظورِ تأمیر کرنس منز ضروٗر مددگار ثأبتھ سپدتھ۔ کأشر مرثی ہُند دوٚیم ایڈیشن منظرِ عامس پیٹھ ینہٕ پتہٕ آے کأشرِ مرثی نگأری پیٹھ واریاہ تحقیقی کأم انجام دِنہٕ تہٕ واریاہ غیر مطبوعہ کأشر کلاسیکی مرثیہ آیہ کتأبی صورتس منز چھاپنہٕ یمن منز

انیس کاظمی ،مقبوٗل ساجد تہٕ قاسم کلیم ہنٛزٕ واریاہ مرتب کرنہٕ آمژٕ مقام بند مرثین ہنٛز سومبرنہٕ قابل ذِکر چھِ۔کاشرِ رثائی ادبُک خاص گرِتھ کاشر مقام بند مرثی ہُنٛد اشاعتی سلسلہ چھ برابر جاری تہٕ یہِ دینی علمی ادبی تہٕ تہذینی سرمایہ رٔژھراونُک جذبہٕ چھُ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ہُران۔



# کاشرِ مرثی ہِندِس توٲرِخس متعلق

## پروفیسر محمد یاسین قادری ہِندی تاثرات

14/اپریل 1998ء گُر ریڈیو کشمیر سرینگر کِس آیڈیٹوریمس منز تمہِ وقتکی وائس چانسلر کشمیر یونیورسٹی پروفیسر محمد یاسین قادری صاٲبن کاشر مرثی ہُند توٲریخ 1392ء تا1998ء رسم رونمائی ادا کرِتھ یم تاثرات پیش۔ یم ہوبہوٗ تہنز ے زبانی منز پیش چھ۔

شاہد بڈگامی صاٲبنہ ضخیم، مُتبرک تہٕ تاریخی لحاظہٕ اہم تہٕ معتبر کتابہٕ ''کاشرِ مرثی ہُند توٲریخ'' نِواڈیشنچ رونمائی، یا اجراء کرنچ یہِ تقریب تہٕ چھےٚ انتہائی متبرک۔ نہ صرف رسماً بلکہِ اَمہِ کہِ مضامینہٕ رٔنگی۔ بابرکت شخصیت سیّد الشہدا حضرت امام حسین علیہ السلام ہِندِ نسبتہٕ، عظمتہٕ تہٕ تقدُسہ کہِ لحاظہٕ تہٕ بیٚیہٕ یتھ تقریبہِ اندر شریک گرانقدار علما و فضلاعن ہِندِ سببہٕ تہِ۔

بٔہ چھُس وژھِ وٲنجہِ بحیثیتِ رئیس جامعہ کشمیر یمن مبارک کران۔ تہٕ کشمیر میڈیا کونسل تہٕ یمہٕ محفلہِ ہِندِ بن آرگنائزرن شکریہ کران، تہٕ پننہِ اعتقادٕ، عقیدت مندی سببہٕ یتھ اندر شرکت پننہِ باپتھ باعثِ فخر تہٕ باعثِ سعادت زانان۔ تہٕ اللہ تعالیٰ ہِندِس بارگاہس اندر دست بُدعا سپدان کہ سُہ بنٲوِن یمہٕ سانہِ کوٗششہِ کامیاب تہٕ اَسہِ دِین ہمت تہٕ توفیق یہِ وادی گلپوش

عٔلمہِ کہِ نۆرٕ سِتی روشن کرنس اندر۔ تکیازِ علمۓ چھُ سُہ اَکھ طاقت، سُہ اکھ ذٔری یہِ ییمہِ سِتی انسان نہ صِرف پنُن بلکہِ پننہِ قومُک، پننہِ مُلکُک تہٕ دُنیاہُک حال تہٕ مستقبل تہٕ بناوِتھ ہیکان چھُ

پرٛتھ کانٛہہ زبان چھےٚ پننہِ قومِچ اَکھ پہچان آسان، نشانی آسان۔ اَمہِ قومِچ سماجی، ثقافتی، تہذیبی، فنی، تمدّنی زندگی، اُمیدن، ماضی تہٕ مستقبلچ نشاندہ تہٕ ضامن آسان۔ أسی چھِ کأشرِ، تہٕ کأشُر چھےٚ سأنی زبان، مادری زبان۔ یہِ چھےٚ سأنی پہچان تہٕ اَسہِ چھہ تہِ تہٕ گژھہِ تہِ آسُن اَتھ پیٹھ فخر۔

تاریخ چھےٚ گواہ کہ کشیٖر چھےٚ پتہ کالہِ پیٹھے علم وادبک اکھ گہوارٕ، اکھ اہم مرکز روٗزمُت۔ یتہِ چھِ وِزِ وِزِ عالم وفاضل، گونمات، مورِخ تہٕ قلمکار علم وادبہِ کِس میدانس منٛز ووتلےٚ یمو پننہِ دِتہِ سِتی پنُن تہٕ کشیٖرِ ہُند ناو روشن کوٚرمُت چھُ۔ یِمن پیٹھ اَسہِ وُنی کینٛہس تہٕ ناز چھُ۔ ابھنوگپت، شری ور، کلہن، غنی کشمیری، حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ، بابا داوٗد خاکی، مولانا انور شاہ لولابی، حمید اللہ شاہ آبادی ہیوٚ عالم مُفکر تہٕ تواریخ دان چھ کشیٖرِ ہندی سپوٗت یِمن پیٹھ اَسہِ فخر چھُ، تکیازِ یِمو پرٛزنووسون علمی تہٕ ادبی میراث تہٕ سأنی تہذیبی، ثقافتی تہٕ لسأنی زندگی گٔرکھ مالا مال۔ کشیٖرِ ہنٛز تواریخ چھےٚ مُستند تہٕ برابر رٕژھرِتھ روٗزمٕژ۔ Stein چھُ ونان۔

**"Kashmir can claim the distinction of being the only region of India which posseesses an uninterrupted record of its history, reaching back beyond the period of Muhammadan conquest and deserving the name of real chronicles......if a**

**student of Kashmirian history finds in a far better position, this is due to the preservation of the documents alluded to; they testify to the continued existence among the population of the valley of that genuine historical sense in which the Indian mind on the whole is so conspicuously deficent"**

یہِ چھُنہٕ صِرف سائنس پَتھ کالہٕ کس تواریخس ہیے یوت بلکہِ پتھ کالہٕ کِس علمی وادبی دِتس تہٕ اَکھ بوٗڈ بارٕ Tribute۔

کاشرِ زبان چھےٚ دنیاہچو قدیم زبانو منزٕ اکھ زبان۔ یتھ الہٕ پلہٕ پتٕی منن شمن ہتن وٕری ین ہُند تواریخ ڈکھ چھُ۔ یَتھ کتھِ چھُنہٕ انکار زِ اَمہِ کِس لفظٕ راشس پێٹھ پیوٚ ووزِ وِزِ ووپر زبانن ہُند اثر یمن منز سنسکرت تہٕ فارسی زبانہٕ اہم چھےٚ۔ مگر اَمیُک گرائمر، زبأنی محاورٕ صوٗتیأتی تہٕ ساختیأتی نظام چھُ اَمچہِ مُنفردپرزنٔژ زأنی ہندِ حیثیتُک آئینہ دار۔ کاشرِ زبأنی منزٕ یُس علمی تہٕ ادبی خزانہٕ موجوٗد چھُ سُہ چھُ سٹھاہے موٗلُل تہٕ بختاور۔ اَتھ علمی تہٕ ادبی خزانس منز چھُ اکھ اکھ گنجینہٕ سنسکرت تہٕ فارسی زبأنی ہٕندی تہِ یِم پزٕی کِنی سانہِ شاندار تہٕ عظیم پتھ کالُکی ضأمن چھِ۔ سنسکرت تہٕ فارسی زبانن رٕوز کشیرِ منزٕ وٕری وادن سرکأری دربارن ہنز سرپرستی حأصل تہٕ یمن آو علمی تہٕ ادبی مرکزن منز پھاپھلنُک موقہٕ۔ نتیجہٕ دزٕ اوزِ یم دوشوَے زبانہٕ بنےٚ یہِ سانہِ علمی تہٕ ادبی زندگی ہنز پہچان۔ تہٕ تِم قدآور عألم، مفکر تہٕ اُدیب گیہ پأدٕ یمن ہُندمےٚ گوڈٕے ذکر کوٚر تہٕ یمن پێٹھ اَسہِ ناز چھُ۔

لل دیدٕ تہٕ شیخ العالمؒ چھ کشیرِ ہنزٕ تمہٕ عظیم شخصیژ یمو سارٕوے بروٚنہہ پنہٕ

نٔبن عظیم خیالن کأشر زبأنی منز باوتھ دِژ۔ یہندی واکھ تہٕ شرٔکی چھِ کأشرِ زبأنی ہٕندِس توأرٟتخس منز شاید گوڈنکی کأشری نموٗنہٕ یم کأشرین ہٕنز تہذیبی، لسأنی تہٕ روٗحأنی زندگی ہٕندی حال اوحال چھِ۔ یمے چھِ تمہٕ عظیم شأعرٕ ہٕنز شأعری کأشرِ زبأنی ہٕندِس روزمرِ محاورس منز جاے پرأوتہٕ کأشرین ہٕندین دِلن پٮ۪ٹھ کوٗرُکھ راج۔ یہے چھےٚ سو زبان یتھ منز حبہٕ خوتوٗن، محموٗد گأمی، رسول میر، شمس فقیر، مہجوٗر تہٕ آزاد ہوی بلند پایہ شأعر دژاے۔ اَمہِ علاوٕ ریشی تعلیمات۔ صوٗفیانہٕ ارشادات، اولیایہ کأملین ہٕندی فرمودات، تہندی نقوش، اثرات روٗدی وِزِ وِزِ سانہِ زندگی ہٕندِس پٮ۪ٹھ شوبس اندر اثرانداز ییمہِ ستی سأنی اکھ خصوصی شخصیت، پہچان بنیہٕ۔ یتھ أسی کشمیریت ونان چھِ۔

بٔ چھُس نہٕ پتھ کال پرست یا یہِ وَنُن چھُنہٕ میون غرض کہِ أسی کیٛا گژھو ماضی پرست بٔنٟی تہٕ أزی کِس یتھ جہانِ تنگ ودوس اندر۔ یتھ تیزی سان بڑٕ وِنس سائنسی تہٕ ٹیکنالوجی ہٕندِس دورس اندر پتھ روزٕنی۔ البتہٕ بٔ چھُس یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ زور دِوان کہِ اَسہِ پزِ ماضی شناس بنُن۔ یتھ زَن أسی پٔنٟی پہچان قأیم تھأوِتھ، پنہٕ نِس پتھ کالہِ کِس بنیادس پٮ۪ٹھ مستقبلچ مستحکم تہٕ مضبوٗط بنیاد ہکو تھأوِتھ۔ یتھ قومس نہٕ پنُن پتھ کال ویوٚدآسہِ سُہ قوم ہیٚکہِ نہٕ زِنٛہے تہِ پنُن رُت مستقبل شیٚر تھ۔

أزیُک زمانہٕ چھُ سائنسک زمانہٕ۔ پرٛتھ کانٛہہ کتھ چھےٚ سائنسی بنیادن پٮ۪ٹھ پرٛزناونہٕ تہٕ پرکھاونہٕ یوان۔ سائنسن کوٚر زمانہٕ موچھن منز قأد۔ تہٕ پنہٕ نو

اېجاداتو تہٕ ڈٔری یا فتوٕ ستی کٔرِن انسٲنی عقل حٲران تہٕ انسٲنی زِندگی ہٕندی
سٲری نٔے تہٕ کینٛہہ مسلہٕ، کھٔری دار تہٕ پیچیدٕ مسلہٕ بنٲوِن سانہِ باپتھ آسان۔
اکہ طرفہٕ بناوُن مشینی انسان Robot تہٕ Super computer تہٕ بیٚیہ طرفہٕ
ہٕندِ Biotechnology یا Genetic engineering: ہیوٚتُن
ذٔریعہ Dolly ہٕندی پٲٹھی زۆنہِ تارکن پیٹھ قدم ترٲوُن بیٚیہ طرفہٕ ژۆمرٲوُن یہِ
سٲرے کُرہٕ ارض، یہ سارٕے زمین اَکِس گلوبل ولیجس تام بیٚیتہ تہٕ ووٕنی
گامہٕ شہر، تہٕ شہرن تہٕ شہرن، ملکن تہٕ مُلکن فرق رۆز۔ بیٚیتہ زَن بوٹن دَباونہٕ ستی
سُہ سٲری ہے دُنیاہس کمپیوٹرکہِ ذٔریعہ پننس ڈیسکس پیٹھ بہتھے وٲتتھ چھ
ہیکان۔

اَسہِ تہِ پزِ اتھ تیز رفتار سائنسی زندگی ستی شانہٕ بشانہٕ پکُن تہٕ اَزچہ
Computer age دِل وۆتھ ترٲوِتھ، اَچھ مۆژرٲوِتھ سَرِ کھرِ کرٕنی تہٕ اَتھ ستی
پٔتُن قدم رلاوُن۔ تِتھے کٔنی یِتھہِ کٔنی اَسہِ پننہِ نَس پتھ کالس منز وقتس ستی قدم
رلٲوِتھ سٲری ہے دُنیاہس پننہِ عظمتُک ثبوٗت دیُت۔ ہندو دورس منز تہِ تہٕ
سلاطین دورس منز تہِ بنے یہِ کٔشیر علمی ادبی مرکز۔ سنسکرت دورس منز پیوٚ و
نیٚبر مینہ کاشرہن عالمن کُن سرخم کرُن تہٕ فارسی دورس منز آو کٔشیر "ایران صغیر"
ونہٕ۔ اَسہِ پزِ ماضی پرٕزناوِتھ پنُن حال شیرُن۔ اگرٲسی پتھ رۆدی، اَسہِ پزِ ژھِ
نہٕ کہنی، زمانہ چھُ دوران تہٕ یہِ چھنہٕ کانٛسہِ پرٕاران۔ یُس اَتھ ستی پوٚک تِمی
پرٲوترقی، تہٕ یُس رۆدِ سُہ مۆد۔ زمانہٕ پرٕزناوُن، زمانس ستی پکُن چھُ فرمانِ

الٰہی اَن یکُونَ بَصِیراً بذمانہِ زمانس ستی قدم رلاونک تہٕ اَتھہٕ ستی پکہٕ
نُک مطلب گوٚنہٕ ہرگزتہِ یہِ زِ بحثیت کأشرِ مُشراوٕ وأسی پنٕنی پرزنتھ تہٕ پنٕن
تشخص برقرار تھاونہٕ موکھہٕ چھےٚ اَسہِ پنٕنی مادری زبان زِندٕ تھاوٕنی ضروری تہٕ
پنٕن وجود زِندٕ تھاونہٕ باپتھ چھُ پنٕن لِسانی، ادبی تہٕ ثقافتی میراث زانُن،
پرکھاوُن تہٕ رٕژھراوُن سبٕتھے اہم۔ اَمہِ باپتھ پزٕ اَسہِ سارِنٕے تہٕ خاص کر
کأشرِ زبأنی ستی وابستہٕ اَدارن وژھِ وأنجہِ کأم کرٕنی۔ کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدی شعبہٕ
کشمیری یَن چھُ اَتھ بارس منٛز تھٕکنی لایق کأم کرٕمٕژٕ تہٕ مےٚ چھےٚ ووٚمید کہِ یہِ
روزِ زیادٕ محنت تہٕ وقتچ اہم ضرورت سمجھتھ تہٕ مشن بروٚنٛہہ کُن پکہٕ ناوان۔ کلچرل
اکادمی، دوٗردرشن، ریڈیو کشمیر تہٕ بیٚیہٕ وار یاہ ادبی تہٕ علمی تنظیم تہٕ ادارٕ روٗدی یہِ
زبان تہٕ اَدب پھاپھلاونہٕ باپتھ کأم کران۔ مےٚ وٕن گوڈے زِ کأشر زبان،
ادب تہٕ تمدن پھاپھلاونس منٛز یُس رول ریڈیو کشمیرن انجام دیٛت سُہ چھُ
قأبلِ تعریف تہٕ تھٕکنی لایق۔

کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس یوسہٕ خدمت کأشر بو شاعروتہٕ قلمکاروٕ کرٕ تمی کوٚر
کأشر زبان تہٕ ادب پھاپھلاونس منٛز کأفی اہم رول ادا۔ تِکیازِ ادبٕے ہُنٛد یہِ
سرمایہ چھُ موٗلُل ییٚمی کأشر زبان یونیورسٹی سطحس تام پرناونس قأبل بناوٕ وِینٕے
کاوشن ہُنٛد نتیجہ چھُ جناب شاہد بڈگامی صأبنی دَرِدس کتاب ''کأشرِ مرثی ہُنٛد
توأریخ''

شاہد بڈگامی صأب کُنہِ تعارفکی محتاج چھِنہٕ، یِم چھِ کأشرِ زبأنی ہِنٛدی اَکھ

اہم شاعرتہٕ فنکار، بڈ گاٹھی خاندانکہِ علمی تہٕ ادبی وراثتُک چشم وچراغ۔ یِم تہذیبی زبانیٔ منٛز "بالہٕ پانہٕ پیٹھے" کشیرِ ہنٛزِ علی، ادبی تہٕ تمدنی تحریکہِ منٛز سرگرم رٲدی۔ بطورِ شاعر، ادیب، محقق، فلم سازتہٕ صحافی رٲد برابر پتیٖمین ترٛہن وٕری ین کشیرِ تہٕ کاشرس ادبس لول بران، پوچھر دِوان۔

سرکارِ دو عالم سرورِ کائنات فخرِ موجودات سیّد المرسلین، رحمۃ للعالمین جناب حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم، صحابہ کبارِ رضوان اللہ علیہم اجمعین مولا علیؓ، سیّدۃ النساء فاطمۃ الزہرا رضی اللہ عنہا، امام عالی مقام سیّد الشہداُ حضرت امام حسین تہٕ حضرت امام حسن رضوان اللہ تعالیٰ علیہم اجمعین تہٕ باقی اہل بیتن ہُند محبت، عظمت چھےٚ اَسہِ سارِنے پیٹھ فرض۔

سیّد الشہداُ حضرت امام حسین علیہ السلام سُند لول چھُ بڈ گاٹھی صابنہِ شاعری ہُند روح تہٕ کاشُر مقام بند مرثی ہُند تحفظ تہٕ اَچھ تشہیر چھ یہنٛز خاص دِلچسپی۔

گویہ کتاب "کاشرِ مرثی ہُند تواریخ" چھےٚ گوڈنچہِ لٹہِ از برونٛہہ وُہ (20) وٕری ریاستکی تمہِ وقتکی وزیر اعلیٰ مرحوم شیخ محمد عبداللہ صابن اجراٗ کرمٕژ تہٕ مضمونٛن، معیار، بُلندی تہٕ مواد کہِ حیثیتہٕ چھُ اَتھ یہ شرف قبولیت میٛولُمت کہ یہ چھُ یونیورسٹی اندر اُردو، تہٕ کاشرٕ شعبن منٛز بطور ٹکسٹ آمٕژ نصابس منٛز Prescribe شامل آمٕژ کرنہٕ۔ پنجاب یونیورسٹی لاہورس اندر تہِ چھےٚ آمٕژ شامل کرنہٕ۔ I.A.S تہٕ K.A.S نصابس منٛزتہِ شامل تہٕ امہِ

علاوٕ چھُ تعلیمی، تحقیقی ادارن تہٕ عوامس منز سبٹھاہ مقبوٗل۔ اَمیُک یہ دوٗیم ایڈیشن یمیُک اجرا کرنُک شرف مےٚ چھُ میوٗلمُت چھُ بے شک کاشرِ زبانۍ ہِنٛدِس توٲرٟخس اکھ اہم اضافہٕ۔ اکھ یہ زِ مرثی ہنز صِنف چھےٚ اکھ تیٚتھ مقدس موضوٗع ویٚژھناوان یَتھ سیّد الشھدا حضرت امام حسین علیہ السلامس سٟتؠ تعلق چھُ، دوٗیم یہ زِ مرثی چھےٚ اکھ اہم صنف تہٕ کشیٖرِ منز چھُ اَمیُک آغاز حضرت شیخ العالمؒ سٕنٛدِ زمانہٕ پیٹھے سپدان۔ حضرت شیخ العالمسؒ پیٹھ از تام آیہ مرثی ہٕنز صِنف پرٛتھ زمانس منز عقیدت تہٕ احترامہٕ سان ورتاونہٕ۔

کاشرِ زبانۍ ہُنٛد کانٛہہ دور تہٕ اَسی تن یہ صنف چھےٚ عام سطحس پیٹھ تہٕ ادبی سطحس پیٹھ تہٕ سبٹھاہی مقبول رُوزمٕژ۔ اَتھ پیٹھ یوسہٕ عرق ریزی شاہد بڈگامی صابن کٔرمٕژ چھےٚ سو چھےٚ پٔزی کٔنی باگہِ بُرٛژ (یَتھ کٔنی رٲہی صابن اتھ متعلق لیوٚکھمُت چھُ) تہٕ یہ چھےٚ مُبارکبادی ہنز حقدار۔ شاہد صابن چھُ مرثی ہُنٛد پس منظر، اَمِچ ادبی روایت، مرثی ہٕندی قسم، کشیٖرِ منز مرثی ہٕندی قلمی نسخہٕ تہٕ کاشرین مرثین ہنز دور بندی یتھ کٔنی کٔرمٕژ زِ عام پرن وول چھُ مکمل طور مستفید سپدان۔ شاہد بڈگامی صابنہِ مطابق سارِوٕے کھوتہٕ اہم کتھ چھےٚ یہ زِ یمو چھا اکثر پٲٹھی توٲرٟخی واقعہن تہٕ حوالن تحت پننہِ تحقیقچ بُنیاد بناوٕمٕژ یمہٕ سٟتؠ اَمِچ ادبی اہمیت پوٚرٕ پٲٹھی واضح سپدان چھےٚ۔ یہ توٲرٟخ اندواتناونس منز سخت محنت تہٕ کم دشوٲری یہ آیہ شاہد صابس تمیُک ذِکر چھُ یمہٕ کتابہٕ ہِنٛدِس دیباچس منز کوٚرمُت۔ یمو چھُنہٕ فقط پرانین نایاب مرثین ہُنٛد موٗلُل ذخیرٕ ے

یؠ۪ت جمع کۆرمُت بلکہِ چھُکھ مۆجوٗد زمانہٕ کٮ۪ن شاعرن ہند کلام درج گرِتھ
اکھ تیُتھ کارنامہٕ انجام دیُتمُت یُس پٔزی کٔنی کأشرِ زبأنی ہٕندِس طالبِ علمس
سٮ۪ٹھے ہے کارآمد ثابت سپدِ۔بلکہِ چھُکھ مرثی ہٕنز ادبی اہمیت سٮ۪ٹھے ہے عالمانہٕ انداز
س منز وبرٕہنأوِمٕژ تہٕ اَمکی الگ الگ گوشہٕ پٔرزلأوِمتی۔کاش ییمو آسہِ ہا
BDO سُند عُہد سنٛبھالنہٕ بدلہٕ پٔز وقتی تدریسی تہٕ تحقیقی ادارے ژورمُت......
خدابوٗزِن یِہنٛز یہ باگہِ بۆرِژ کوٗشش کھٔسن رَتھِ تہٕ اَسہِ سارِنٕے ہندِ باپتھ
سپدِن بارآور ثابت۔

مےٚ چھےٚ یہِ کتاب اجرا کرنس منز سٮ۪ٹھے ہے خوشی تہٕ مسرت حأصل سپدان۔

(محمد یاسین قادری)

وائس چانسلر کشمیر یونیورسٹی

14 اپریل 1998ء

# کاشرِ مرثی ہندِس توٲرٟخس متعلق

## پروفیسر رحمان راہی ہٕندی تاثرات

کاشرِ زبانی منز یِمہٕ مختلف شارِ صنفہٕ پتٕ مِبن ہتہٕ بدبن وٕری ین دوران پھاپنھلیمٕژ تہٕ مُروَج چھےٚ تِموٗ منز چھ مرثیہ اکھ نوٚن تہٕ اہم مقام پڑ وومُت۔ مرثیِہ ہُند کانٛہہ مُفصل تہٕ مُعتبر توٲرٟخ مُرتب گرِتھ چھاپ کرُن چھُ پزٕی پأٹھی اکھ حوصلہٕ طلب تہٕ محنت منگن وول کار، تہٕ زانن واٲلی کرن شاہد بڈ گامی صأبس یہ کارنامہٕ پزنہٕ پأٹھی انجام دِنہٕ باپتھ سو دِلہٕ مُبارک۔ تنہٕ گوٚو واریاہ کال ییٚلہِ شاہد صابن ''کاشرِ مرثی ہُند توٲرٟخ'' گوڈنکہِ ایڈیشنٕچ صوٗرتھ پرٲوِتھ بازرواژو تہٕ اَمِچ اہمیتھ سپز اَیہِ ڈسلابے محسوس تیٚوٗت زِ سو آییہِ تھدِ کھوتہٕ تھدِس تعلیمی سوٗتھرِس پیٹھ اکہِ لایق مُطالہٕ کتابہِ رٕنگی شامِل نصاب کرنہٕ۔

اَمہِ ادبی توٲرٟخُک چھُ وونی دوٚیم ایڈیشن چھاپ سپدن وول۔ اَمہِ رِکس مُسودس دِژ مےٚ پیٹھی پیٹھی نظرتہٕ یہ ونان چھُ مےٚ دِل شاد سپدان زِ دوٚیم تعمیر چھُ پرٲنِس تعمیرس مُقابلہٕ نہ صرف زیادٕ تھوٚد تہٕ کھوٚل ہٕلی کہِ چھُ زیادٕ مارٕی موٚندتہٕ موٗلُل۔ پرٲنِس ایڈیشنس پیٹھ تبصرٕ کران اوس مےٚ از

بروٚنٛہہ ارداہ ؤری أکس جایہِ لیوٚ کھمٕت زِ اَمہِ بروٚنٛہہ یوٚسہٕ کأم اَتھ مأدانس منٛز سپٕز مٕژ أس سوٗچ اَمہِ سٟتۍ واریاہ بروٚنٛہہ، تہٕ تازٕ ایڈیشنہٕ ڈٟسۍ چھےٚ سأبقہٕ پیش قدمی کُنہِ شکہٕ شُبہہ ورأے مُزیدٕ سوارتہٕ معتبر سپٕز مٕژ۔ پٔرانہِ کوتأہیہ چھےٚ دوٗر سپٕز مٕژ تہٕ نٔوۍ اِضافہِ چھِ توجہ طلب بنیمژ۔ پرأنس ایڈیشنس ہرگاہ مرثیہِ ہُنٛد توأریٚخی خاکہٕ وَنہٕ ہو مگر نوٚ وایڈیشن پیٚیہِ لأزِمن اکھ باگہِ بوٚ رُت توأریٖخ مانُن یُس پنٕنہِ موٚضوٗعی حد بٔندی یہِ باوٗجود مرحوم عبدالاحد آزادنٕس توأریٚخس زیر سایہ تھأوِتھ ہکون۔ نوِ ایڈیشنٕکۍ ہُر بر چھِ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ۔ کأشرِ مرثیہ پیٹھ تبصرٕ یا تنقید کران کران اوس عمومن اَمیُک عروٗضی نظام موٚلے نظر انداز سپدان، مگر شاہد صأبن چھُ گوڈنیچہ لٹہِ بہن مکمل مقام بند کلاسکل مرثین تہٕنٛد مخصوٗص عروٗضی خولہٕ خط وَنہِ کڈِتھ تگ ترتیب دِژٕ مٕژ، یہِ چھُ کأشرِ مرثی ہُنٛد عروٗضی نظام سَرِ کھرِ کرنس کُن گوڈنیُک سنٛجیدٕ قدم۔ اَمہِ زأوِ ی یہِ یُس بحث مباحثہ اَتھ توأریٚخس پیٹھ متوقع چھُ سُہ سپدِ یقیٖنن کأشرِ تحقیقہٕ تہٕ تنقید باپتھ اکھ رُت فال ثأبتھ۔

کأشرِ مرثی سٟتۍ وابستہٕ توأریٚخی، سوانحی تہٕ تنقیدی ماملہٕ أکتھ ترأوِتھ تہٕ چھُ نوِس ایڈیشنس اکھ مُنفرد بجر برقرار روزان، یُس اَتھ موٗل ہُر اوان چھُ۔ نوٚ وایڈیشن چھُ قدیم کیو جدید کأشرین مرثین پیٹھ مشتمل اکھ سبٹھے جامع، چشم کُشا تہٕ قأبلِ قدر شارٕ سومبرن یوٚسہٕ کأشرِ شأعریہ ہُنٛد مطالہٕ زیادٕ کُشادٕ تہٕ نتیجہٕ خیز بنأوِتھ ہیکہِ۔

مرثیہ نِگأری یہ ستی وابستہٕ مرکزن ہُند حال تہٕ عزادار عألمن ہُند احوال چھُ بجایہِ خود مُسودٕ کی کینٛہ توجہہ طلب باب۔ ظأہر چھُ زِ زانن وألی محقق کرن یمن بابن پیٹھ تبصرٕ تنقید کٔرِتھ پننہٕ ذمہ وأری پوٗرٕ کران کران شأہد صأبس تہٕ مَٹہٕ مَٹہٕ زیٖمہٕ وٕ ے دیٖت أ کِس نوٕس سونچس عملن وُتش۔

مےٚ چھُ شاہد صأبن بامنہٕ پھٹُن، غونچہِ بُنُن تہٕ گولاب پھولُن سورُے کینٛہہ نکھہِ نکھأ ے پأٹھی وُچھمُت ژیٚ ونٛمُت۔ میأنی کِنی ہیکن تِم ووٕنی کُنہِ گٕٹھہِ گوجہِ ورأے وٕنتھ زِ۔

اَمرِ واقع تہٕ یِی تہٕ یِی تعٔبیٖر

کُنہ تہٕ دعوادرٕ ے دٔلیل چھِ أسی

خودادِ ین تِمن کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس خدمتھ کرنٕک ژٕ وٕ رژٕ وٕ ر توفیق، آمین!

پروفیسر رحمان راہی
وچارناگ سرینگر کشمیر
14اپریل1998ء



# کأشرِ مرثی منز نعت

(گوڈ کال تہٕ منز کال)

کأشرِ زبأنی منز چھ سرکارِ دو عالم حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن
ہٕندِس بارگاہس منز نعتُک نذرانہٕ پیش کرنُک ڈٕسلابہٕ نُندٕ ریش حضرت شیخ
نورالدین نورانیؒن شرٕ وکھٕ ستی کوٚرمُت تہٕ تتھی زمانس منز اوس کأشرِ زبأنی
منز مرثی لیکھنُک گوڈٕ کال تہِ شروع سپد یومُت۔ یتھٕ کنی چھ کأشرِ مرثی ہٕندِ بن
ترٕبن دورن منز یانے گوڈٕ کال 1392-1555 عیسوی۔ منز کال یاوژن کال
1555-1819 عیسوی تہٕ مقام بند مرثی نگأری 1819-1947 عیسوی
منز نعت سرورِکونین اکہِ لأزمی حصہٕ رٔنگی شأمل۔ اماپوٚز اکثر توأریخن منز چھِ
کأشرِ زبأنی منز نعت لیکھنُک سلسلہٕ محدود گٔرِتھ حضرت شیخ العالمؒ پتہٕ دون
ہتن ؤری ین منز صرف اکھ کأشر نعت گو شأعر یانے خواجہ حبیب اللہ نوشہری
مرحوم سُند ناو درج کرنہٕ آمُت تہٕ محمود گأمی تہِ، ؤلی اللہ متوہس تام چھ کأشرِ
نعتُک مأدان بالکل خأ لی ہاوِنہٕ آمُت۔ اَتھ سلسلس منز چھِ کلچرل اکاڈمی ہوی
سرکأری ادارن تہِ اَچھ ؤٹِتھ تحقیقس منز سہل انگأری ورتأوِتھ کأشرِ زبأنی منز نعت
لیکھنُک دأیرٕ حضرت شیخ العالمؒ پٔتھ خواجہ حبیب اللہ نوشہری سٕندِس عہدس

1617 عیسوی یس تام محدود کۆرمُت ۔ اَمہِ دورٕکۍ تِم سأری کأشرۍ شاعر چھ نظر انداز کرنہٕ آمتۍ یِمو کأشرِ مرثی نگأری ہندِ بن تربن دورن منز 1392 عیسوی پیٹھ 1947 عیسوی تام کأشرِ بن مرثین منز نعت لیکھمٕتۍ چھِ۔

حالانکہِ کأشرِ مرثی نگأری ہندِ بن گوڑٕ کال تہٕ دؤیمہِ دورٕکین شاعرن ہُنٛد کلام چھ حکومت جموں وکشمیر کہ لالہ روخ پبلی کیشنز کہ ذٔریہ کأشرِ زبأنی ہنٛدۍ سرکردٕ شاعر تہٕ ادیب نور محمد روشن تہٕ تمہِ زمانٕکۍ سیکرٹیری جموں وکشمیر گورنمنٹ حکیم غلام صفدر ہمدانی ہن 1947 ءپتہٕ مطلق العنان دورِ حکومت ختم سپدنہٕ تہٕ عوأمی حکومت قأیم گژھنہٕ پتہٕ سرکأری طور اوٗش تہٕ آب حصہ اول ناوٕ تتھ کتابہِ منز چھاپ کۆرمُت یوسہٕ مےٚ (شاہد بڈگامی) یس نش ازتہِ موجود چھِ۔ اوٗش تہٕ آب، سومبرنہِ منز چھ گوڑٕ کال یانے 796 ہجری زمانچہِ کأشرِ مرثی چھاپنہٕ آمژ۔ یتھ متعلق اَمہِ کتابہٕ ہنٛدِس صفہٕ نمبر 17 ہس پیٹھ دیباچہِ ہس منز۔ یتھ ۔کنۍ درج چھ۔

’’دؤن دِنہٕ تلہٕ چھ معلوم سپدان زِ کأشرِ مرثی ہُنٛد گوڑٕ کال چھ سلطان سکندر ہنٛدِ وقتہٕ پیٹھ شروع سپدان ۔ یہٕ بادشاہ بیوٗٹھ 796 ہجری تختس تہٕ أمہِنٛدِس دورِ حکومس منز آیے نیبر مو اسلامی ملکو پیٹھ وار یاہ بڈۍ بڈۍ عالم تہٕ سید کشیرِ ۔ یِم سأری أس یِژھ تہٕ پژھ اسلامچ خدمت یِژھان کرن ۔ پادشاہن کۆر یِمن سبٹھاہ تعظیم تہٕ کیازِ تِمۍ زون زِ یِتھۍ رٕتۍ خدادوست انسان چھ ملکہ تہٕ ملتہٕ خاطرٕ بڈ برکت یِمو بزرگو کۆر دِلہٕ جانہٕ اسلامک تبلیغ تہٕ اسلام

پھہلا ونس ءستی ءستی ہیۄ کھ کربلاہکس واقعس پتھ کأشرۍ پأٹھۍ مرثی تہٕ وننہٕ۔ یو ہے اوس سہٕ گوڈنیک وقت ییلہٕ زَن کأشرس منز مرثیہ وننہٕ آیہٕ۔ یمن مرثین ہُند خاص طریقہٕ چھُ یہِ رٔو دمُت زِ پرٛتھ کانٛہہ مرثی شروع کران چھُ گوڈٕ خدایس کُن حمد آمُت وننہٕ۔ تمہٕ پتہٕ نعت تہٕ اہل بیتن ہندی تعریف تمہٕ پتہٕ چھُ کربلاہٕک ماتمی واقعہ سوز وگداز سان وننہٕ آمُت‘‘۔

اَمہٕ تلہٕ چھُ صاف ننان زِ کأشرٛن مرثین منز اوس گوڈٕ کالہٕ یانے شہمیری دورٕ پتھے نعت شأمِل آسان ییمکۍ نموٗنہٕ اوٗش تہٕ آب ناوٕ سرکأری اہتمامہٕ چھاپ کرنہٕ آمژ کتابہٕ منز تہٕ موجود چھُ۔ ییتہٕ نس چھُ یہِ وَنُن ضروری زِ گوڈٕ کال تہٕ دوٛیمہٕ دورچن کأشرٛن مرثین منز چھِ نعتکۍ مصرعہٕ حمدکین موخصر مصرعن ءستی کمی تید ادس منز لیکھنہٕ آمتۍ تہٕ نعتُک حصہٕ چھنہٕ ترٛیمہٕ دورٕچن مقام بند کأشرٛن کلاسیکی مرثین ہندی پأٹھۍ الگ چھیرٛن منز۔ کأشرٛن مقام بند مرثین منز آو نعت سرکارِ دوعالمؐ الگ چھیرٛن منز لیکھنُک سلسلہٕ 1860ء۔ 1780 عیسوی پتھ خواجہ حسین میر ءسندِ ذٔریہٕ شروع کرنہٕ۔

اوٗش تہٕ آب ’’ناوٕ مرثی سو مبرنہٕ منز چھ گوڈٕ کال 1392ء پتھ چک دورس تام ماننہٕ آمُت تہٕ صفہٕ 19 پتھ 36 ہس تام چھ گوڈٕ کالس منز داہ[10] مرثیہ شأمِل کرنہٕ آمژ۔ تمن مرثین ہندٛن شأعرن ہندِ ناو چھنہٕ درج۔ ییمہٕ چھے ٚبے ناو مرثی۔ یمن ٚبے ناو مرثی ہندی نعت چھِ لسانیأتی حسابہٕ گوڈٕ کال کہِ اُخری ژھکی یا دوٛیمہٕ دور یانے چک دورکس ابتدأیی زمانس ءستی تعلق تھاوان تہٕ

کیا زِ یمن منز چھِ فارسی لفظ یَسلہٕ پأٹھی استعمال کرنہٕ آمتی یِیلہِ زن گوڑ کال
کس اولین مرثی نگار میر سیّد حسن ہنزِ مرثی منز سنسکرت لفظ زیادٕ چھ۔ سو مرثی
چھِ لل دید ہِندِ بن واکھن ہٕتی لسانیائی حسابہٕ رلان۔ پوٗز گوڑ کال کس دوٚیمس
مرثی نگار مرحوم احمد ہنز مرثی چھ فارسی آمیز تہٕ میانہِ تحقیقہٕ مطابق چھُ سُہ مرثی
گوڑ کال کہِ اٰخری حصچ تخلیق۔ یِمہٕ دوشوٚے مرثی چھ کاشرِ مرثی ہُند تواریخ
ناوِ میانہِ کتابہِ منز 1979 ہٕ تہٕ 1998 عیسوی یس منز چھاپنہٕ آمژ۔ میر حسن
ہنز سنسکرت آمیز کاشر مرثی چھ یتھ کتابہِ منز تہِ شامِل کرنہٕ آمژ۔ تتھ چھنہٕ
نعتُک حصہٕ شامِل یُس پرأنس مسودس کاغذ کیمو کھیومُت اوس۔ اوٚش تہٕ
آب ناوِ سرکاری اہتمامہٕ چھاپنہٕ آمژ مرثی سومبرنہِ منز چھ صفہٕ نمبر 27 پیٹھ
صفہٕ 88 ہس تام سارے کاشر مرثی دوٚیمس دورس یانے 1555 ہٕ تا
1819 عیسوی ہٕتی منسوب کرنہٕ آمژ تہٕ اَتھ دورس چھ منز کال ناو تھاونہٕ
آمُت۔ میانہِ تحقیقہٕ مطابق چھ منز کال یانے وژن کال مرثی نگاری ہُند دوٚیم
دور یُس چک عہدٕ پیٹھ سکھ دورکس آغازس تام جأری روٗد۔ اَتھ دورس منز
چھ اوٚش تہٕ آب ناو مرثی سومبرنہِ منز تمہِ دورکین کاشرین مرثی نگارن منز۔

1۔ محمد جعفر۔ 2۔ عبدالحکیم۔ 3۔ میر احمد علی۔ 4۔ سید صالح۔ 5۔ سید میر شرف الدین۔
6۔ ملا عبدالرحمان۔ 7۔ خواجہ حسی بٹ۔ 8۔ مرزا خیز اللہ۔ 9۔ قاضی احمد دین۔
10۔ قاضی احمد علی تہٕ 11۔ بابا محمد جواد ہنز مرثی تہٕ بیٚیہٕ کینژہ بےٚ ناو مرثی
شامِل۔

کاٗشرمرثی ہُنٛد توٲریخ ناوِ میانہِ کتابہِ منٛز چھ دۆیمہِ دورِ کِنہٕ 19 ہن کاٗشرِہن مرثی نگارن ہنٛز سوانح تہٕ کینٛہہ کلام شاٗمِل ۔ دۆیمہِ دورِ کِنہٕ یمن پایہِ بڈٕہن کاٗشرِہن مرثی نگارن ہنٛزن مرثین ہنٛدِ نعتیٖ حصہٕ چھ کاٗشرِ نعتہٕ ادبُک سُہ اہم حصہٕ یُس کلُہم نعتیہ ادبکس توٲرٟخس منٛز شاٗملے چھُنہٕ کرنہٕ آمُت ۔

کاٗشرِ مرثی نگاری ہنٛدی دۆیمہِ دورِ کی یِم کُنُوہ[19] شاعرٕ سی سارِوے مورخوتہٕ تہٕ کاٗشرِ زبانی تہٕ ادب کیو محققو کاٗشرِ شارِ ادبُک توٲریخ مرتب کرنہٕ وِزِ موٕلے نظر انداز کٔری مٕتۍ ۔ پوٚز 1979 عیسوی منٛز کاٗشرمرثی ہُنٛد توٲریخ ناوِ میانہِ کتابہِ ہُنٛد گوڈنیُک تاٗمیر شایع کرنہٕ پتہٕ تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدی کاٗشرِ ڈیپارٹمنٹن پٔنٹن پرانٮ۪ن توٲریخن تصحیح کرنہٕ تہٕ ناجی منور تہٕ شفیع شوق ہنٛدِس مرتب کرنہٕ آمتِس کاٗشرِ ادبکس نٔوس تہٕ بڈِس توٲرٟخس منٛز آو میانہِ تحقیقہِ مطاٗبق تِمن سارِنے مرثی نگارن ہُنٛد اندراج تِمے ترتیبہِ کرنہٕ یِمہِ ترتیبہِ مے (شاہد بڈگامی ین) توٲریخی پوٚت منظر مطاٗبق تِہنٛز سوانح تہٕ کلامُک اندراج پننہِ کتابہِ منٛز کوٚرمُت اوس۔

کاٗشرِ مرثی ہنٛدِ دۆیمہِ دور 1555 عیسوی ـ 1819 عیسوی کِنہٕ یِمن سرکردٕ کاٗشرِہن شاعرن ہنٛزن مرثین منٛز نعتِ سرورِ کونین کِنہٕ کینٛژن نمونن ہُنٛد مطالعہٕ کرنہٕ تلہٕ چھ نٲن زِ اَمہِ دورِ چٮ۪ن کاٗشرِہن مرثین ہُنٛد حمد، نعت تہٕ مدح چھ زبان، بیان تہٕ شعریت کہ حسابہٕ اعلیٰ ترین نموٗنہٕ یِمن کاٗشرِس نعتیہِ ادبس تہٕ کلُہم کاٗشرِس عقیدتی شارِ ادبس منٛز اعلیٰ مقام حاصل چھُ ۔

# گوڑ کال تہٕ منز کال کٕتھ

## مرثی نمونن منز حمد تہٕ نعتکی مصرعہٕ

### اکہِ بےٚ ناو مرثی منٛز

معرفتہٕ نشہِ لال گیہِ زبان عقل تۄ گس نہٕ زانہہ حمدُک گفتار

سپنُس نہ حاصل کینہہ تہِ گاٹہٕ اسیلس سرگردان

وأژس نہ وحدتس فکرِ پھورُس نہ شاہ کرِ ہے کیاہ اظہار

سپنیا یہ اَمہِ جایہ ناقص تہٕ ہیچ مدان

اتہِ گو پانہٕ علم تہِ نادان بوٚیس نہٕ قدر تھاگیس سدر تھا

پرِتھ دفترِ دأنِش سر نو کوٚرن نقطاہ

ڈیوٹھن ییٚلہِ خیمہٕ افلاک بے ستون اِستادِ بے طناب

منز قدرٕ ژ محیطس ایران زن حُباب

ڈیشتھ ملکو سجدس پیٹھ سر تھاوکھو

پران اُس سبوح قدوس اللہ ربّی

سپنہٕ نیست ہستی نِشہِ تہٕ گئے ہے وُلاہ ڈیشتھ عظمتِ پروردگار

بیمہٕ ستی سیما بکھ پأٹھی اُس الان

کینْہہ چھِ پٔٹھ رکوعس کینْہہ دِتھ سٔجدٕ پران ذِکر جبار

تِم شرمہِ سٟتی کأر چھنہٕ ہیوٚر تُلان

لوٚ بُھ نہ بے نشانہٕ سُند نشان نہ ابتدا نہ انتہا

تسٕنْدِس ذاتس وۄتکھنہٕ تصوّر زانْہہ

غیر زانہِ سٟتی اُس گٔمتی سارِنٕے حجاب

کھوژان دٔیہ سٕندِ دربارٕ ماسپنہِ کینْہہ عتاب

زان اُس خائقس ملک مقرب آرزو

کرتہٕ ہدایتہٕ محبتِ حضرات شفیع چھی انان محمد عربیؐ

تِمے چھِ سائٕنی ہأدی تِمے چھِ رہنما قدرٕ ژراز دار

تہندِ نورٕ سٟتی عرشِ عظیم تہٕ کُرسی چھ تابان

دِیان اوس خلقن گرِ گرِ رسالت پناہ احمد مختارؐ

سپنہٕ ییلہِ غروب آفتاب ماہتابہ نشہِ اُسی زِ نور منگان

اَدِ ییلہِ ماہ آسہِ لوسان وُچھان ستارٕ زہرُک اُسی زِ گاہ

سپنہٕ زُہر غائب فرقدین کُن اُسی زِ زنوان

بوزِتو آفتابِ نبوت نورِ قدرت چھور سالت مآب

بییہٕ امامتکہِ بُرجُک چھوشاہِ مردانؑ مہتاب

ستارٕ زُہرہ ناو فاطمہ الزہرہسؑ تھاونو

گنزرن فرقدین حسینؑ امامین تِمٕی صاجبی

# منز کالچہِ بے ناو مرثی ہُند نموٗنہٕ

(حمدٕ کرٕ تہٕ نعتکی مصرعہٕ)

موٗمنو حمد و ثناء شوٗبہِ تَس پادشاہس　　تیٚمی نبی تہٕ مُرسل کٔرِ ایجاد

سۄ چھوٚ خالق تہٕ پاۂدٕ کٔرِن زٕ عالم　　زبانہِ قدرتہٕ کُن یاہٕ کوٚرُن اشارٕ

سپُن معنی فَیَکُن روشن　　درینٹھ آیہِ قدرت صاحبہِ ہوشن

کوٚرُکھ وحدٔ ژآمنّا خدا چھُ اکھ تہٕ

نورِ ظہور پنجتن پاک وو پدووٗن　　تھاوٗن محکم دینِ چھِ بُنیاد

عالمِ ارواح نبیںؑ تہٕ مرسلن ہووٗن　　دۄ پنکھ تہندِ کھوتہٕ چھُکھ مرتبہٕ زیادٕ

یہِ سرِ کتھ پرٛتھ کانٛسہِ واتہِ نتہٕ گوشن　　یمے چھِ تہندے مہمک جوشن

کرموأ ہندِ ے خاطرٕ پیدا بلا شک تہٕ

کُس ہیکہِ پرٛزنتھ خدایہِ پاکس ذات　　چھنہٕ خاکس قدرت تہٕ قوتِ بیان

کرٛیا و نبیو تہٕ ؤلیو کٔتیاہ اطاعت　　تِمن تہِ کانٛسہِ کوٚنہہ سپُن نہ عیان

لوگ　　غوطہٕ　　پرٛتھ　　تنے

امہِ　　دریاوٕ　　سِنے

گونہٕ وحدتکس دریاوس کوٚنہہ آگاہ

سپنہِ یوٚ دُکلنی قلم تہٕ دریاو دوات — ساٗرِی خلقژ لوسن لیکھان

بھرنہٕ پِن سَت زمین تہٕ نوسماوات — خاٗلی روزِنہٕ بیٚہ کاٗنھہ مکان

آنت چھُنہٕ صِفژن گُنے

بخشہِ فضلہٕ پنہٕ نے

آیہِ لا تقنطوا اچھوٚ اَمہِ کُے گواہ

تمی نورٕ پاٗ دِگرِن حضرات — بندگی بندٕنے کوٚرُن امتحان

دوٚپُن یُس نبوٗژ تہٕ امامژ کرِ طاعت — تمی اوٚن میٚانہِ وحدٗژ ایمان

یگاہ تہِ خلقن نَنے

ییٚلہِ بادشاہ بہہِ انزرنے

قاضی آسہِ حضرت حقی حضرتِ شاہ

حمدُ دوٚپ حضرتن خالقِ نوٚ دنس نعمت — قدرٗژ زبوٕستی صلوات پران

کوٚرُن مہتر نبین تہِ بہتر کائنات — اعجازٕ نبووت لوٚ دنس معجزٕ قرآن



# منز کالچہِ مرثی منز حمد تہٕ نعتکۍ مصرٕ

## کلام محمد جعفر

خائلقن ییٚلہِ بازارِ قدرت آراستہٕ کوٚرنو معرفُت متاعٕ ستی بوٚرنو
تمۍ نقدو جنس حضرتس پُشرنو، خواجہ ہرد وسرا سوٚ کیاہ بوٚ
کوٚرنس مضارِب شاہ اسد اللہ، نأیب تٔہندِی امام کاہ
تم أسۍ دوکانِ برکت مرتبہٕ ژٕرِی حضرت بالغ تہٕ شاہ مشتری
واتنوُک سوداِی خدا پرٕتھ مُلکس دیوٚ تُک جفا پانس نفع خلقس
پیٚش کار حضرتِ محمدؐ کوٚرنو، سپنۍ ساہو کار پانہٕ خدا

دیُت خریارو نقد و جان بیعانو ہیوٚ تُک دُنیاتہٕ أخرت مقیمانو
تمۍ قدر زأنِکھ قدردانو، گوڈن دٕسلابہٕ ہیوٚ تُک ایمانو
دوٚ پٔکھ دون عالمن أسی کرو کیاہ اَسہِ گرٕ ژھِ آسُن رضاے اللہ
تمو گوہر محبتہٕ دِلکی خزینہٕ بھٔری، معرفتکہِ بازرٕکۍ أس جوہری
بیٚیہِ زأنِکھ قدرتہٕ قیمت أشِ مختسو، اَمہِ کۍ سودٕ ہُک بوٚ رُکھ ہاوسو
ہمیشہ غمہٕ کۍ تجارت کوٚرکھو، واتنوُکھ فأیدس خلق اللہ



## منز کالچہ اکہِ بےٚ ناومرثی ہُنٛد

# بیاکھ طرز

اِی پۆرِ پۆرِ کونو اوٗش ہَرِ زی　　وُچھتہٕ کتھ سمسارس یہ کیاہ گو

یێتہٕ رسول خدااین پادشاہ کری　　تس مرتضیٰ علیؓ وزیر می بو

تتھ دولژ مروان تہٕ یزٔید پھۆری　　شاہ حسنسؑ زہر ستی پھۆر زولکھ

یمو دنیاہکِ اسیر خلاص گری　　تم جیل گرِتھ وونٛن پیٹھ کھارِکھو

پانہٕ کھیوک نہ تہ بوچھِ ہٕتی سیر ہوکرِی　　تم رودم و شام فاقہ پھِر ناوِکھو

یمن دعاپۆرِ پۆرِ حضرتن تعویزٕ مرِی　　تم چشمِ زخمہٕ ستی سارِگاٗ لکھو

یمن حضرتن صبرٔکی میوٕ آپرِی　　پھِرِ تہندی زہرِ ستی زاٗلکھو

یم حضرت فاطمن نِیندرِ تَل میٹھ گری گری

تمن ڈیکنے کانٛگر پھل تاٗرِکھو



## منز کالچہ اکھ

# مرثی منز نعت تہٕ مدحکی مصرعہ

کلام۔ قاضی احمد علی

موٗمنو زبدہٕ قدرت چھِ حضرت تہٕ شاہِ ولایت　　دونوے چھِ بادشاہ عالم نور

تمے چھِ سائلک طریق وحدت ہأدِی خلقت　　نورِ تجلی دُنیا ہس کوٗ رُکھ ظہور

حضرتؐ چھوٗ نبین سرور

شاہؑ چھوٗ اِمامٔہ مصدر

تس نِش دژاے بیٚہِ نور کاہ

تتھے چھ نبوت تہٕ امامت چھکھنہٕ اکھ موتفاوت　یتھ بوزنہٕ نِشہٕ چھنہٕ کن زی در

اکھ زبانِ قدرت بیا کھ بیانِ معرفت　　تمو اکہِ وتہٕ آسُن زونگھ ضرور

تم دریاے رحمتکی اچھر

زأنہِ توکھ زِی اچھر برابر

یوٚ کن دون چشمن چھوٚ ہیوٚ ے نگاہ

موٗمنو چھ مشہور یہے کتھ کھوٗرک۔ یلہِ معراج حضرتؐ زی کمان قدرٔ ژنشہِ رودِ دور

تتہٕ کن دِیہِ خاتم نبوت بوزن کلامِ شاہِ ولایت　دوٗپُن نتہٕ کس آسہٕ ہے یوت مقدور

چھم مہربان داور

کوٗرنم وصیا صفدر

کتیاہ دوٗپن تتہٕ حمد وثناء

# کأشرِ مقام بند کلاسیکی مرثی منز نعت
## (ترٛیم دور)

یہ آو وَننہٕ زِ کأشرِ زبأنی منز اوس نعت لِکھنُک توأریخ کٔشیرِ دینِ اسلام کہِ نورٕ گأشراونس ستی شروع سپد یومُت تہٕ کأشر مرثی نگأری تہِ آے تتے پٮ۪ٹھٕ بارسس۔

لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سٕنٛدِ زمانہٕ پٮ۪ٹھ چک تہٕ سِکھ دورس تام یتھٕ کٔنی کأشر مرثی نگأری ہُنٛد اہم حصہٕ گوڈٕ کالس تہٕ دۆیمس دورس منز کُنہِ جایہٕ شمارس چھُنہٕ اننہٕ آمُت تِتھے کٔنی چھ مورخو تہٕ محققو کأشر زبأنی منز نعتُک سُہ عظیم، گراں بہا تہٕ بے مثال تہٕ سارۍ‌وے کھوتہٕ بارٕ‌و‌دار حصہٕ تہٕ نظرانداز کوٚرمُت یُس کأشرِ مقام بند کلاسیکی مرثی منز شأمل چھُ۔ کأشرِ مرثی ادبُک ترٛیم یانے کأشرِ مقام بند مرثی نگأری ہُنٛد دور چھُ۔ کأشرِ ادبُک شاندار دور ییمیُک آغاز 1819 عیسوی سکھ دورس منز گوو تہٕ 1947 عیسوی تام رُو دجاؤ شدومدٕ سان جأری تہٕ از تام تہِ چھُ جأری۔ اَتھ دورس منز چھِ ساسہٕ واد مقام بند کأشرٕ مرثین منز اکہِ اہم تہٕ بنیأدی حصہٕ رٕنگی ساسہٕ واد تِتھی نعت تخلیق کرنہٕ آمتی ییم زبان تہٕ بیان، لفظہٕ ژارٕ تہٕ شعریت کہِ اعلیٰ ترین فنی بجرٕ پیش نظر کأشرِ نعتیہ

ادبک اکھ بے مثال حصہٕ آسنہٕ کنہٕ عالمی سۄتھرس پیٹھ فارسی تہٕ عربی زبانن ہنٛدِس قدیم تہٕ عظیم نعتیہ ادبس ہتی پیش ہیکون کٔرتھ۔ پرٛتھ کاشُرِ طویل مقام بند کلاسیکی مرثی منٛز چھ حمدِ چھیر پتہٕ لازماً نعتہٕ چھیر آسان یُس عربی تہٕ فارسی نعت کہ طرزٕ نشہِ بیۄن چھرا کأشُر طرز چھُ۔ کأشر کلاسیکی مرثی ہنٛدِس پرٛتھ نعتس منٛز چھ مصرعن ہُنٛد تیداد مختلف۔ نعت چھُ کنہٕ مرثی ہنٛزن دون یا جادٕ چھیرن منٛز تہٕ لِکھنہٕ آمُت۔ مثالہٕ پأٹھۍ

| | | | |
|---|---|---|---|
| نعت | مضمون آئینہٕ | از خواجہ حسین میر | 15 مصرعہٕ |
| نعت | مضمون شام | از حکیم حسن علی | 22 مصرعہٕ |
| نعت | مضمون کتاب | از ملا حکیم عظیم | 14 مصرعہٕ |

کأشرِ ن مقام بند کلاسیکی مرثین ہنٛدۍ نعت چھ تم بیش بہا خزانہٕ یمن پورٕ پأٹھۍ ژھان ٹُلنہٕ ہتی صاف ننہٕ زِ کأشرِ زبأنۍ منٛز چھ یہٕ خالص کأشرس آہنگس تہٕ مقأمی طرزس منٛز اکھ تھٔکُن لایق حصہٕ۔ پۄز یہٕ اہم حصہٕ چھ کأشرِ نعتُک تذکرٕ کرنہٕ وِزِ ادبی تۄأریخن منٛز تحقیق کرن والین ہنٛز بے خبری کنہٕ ازتام نظر انداز کرنہٕ آمُت۔ یتھٕ کنۍ چھ کأشرِ عقیدتی ادبُک بوڑ تہٕ اہم حصہٕ یانے مقام بند مرثی ہُنٛد نعت ادبی حلقن ہنٛز ونظرو نشہِ ژھایہٕ تھاونہٕ آمُت۔

کٔشیرِ منٛز داعیانِ دین اسلامن ہنٛدِ تشریف انہٕ پتہٕ رٛۄدۍ عربی تہٕ فارسی نعت کأشر ن نعتن لرِ لۄر پرنہٕ یوان۔ یمن عربی تہٕ فارسی نعت لِکھن والین منٛز چھِ حضرت شاہ ہمدانؒ میر سید علی ہمدانی، حضرت پیر پیران شیخ سید

عبدالقادر جیلانیؒ ، مولانا جامیؔ ، شمس تبریزیؔ ، خواجہ اجمیریؔ ، حضرت امیر خسروؔ ، حافظ شیرازیؔ ، سید میر شمس الدین عراقیؔ ، شیخ یعقوب صرفیؔ ، شیخ سعدیؔ ، بابا داودِ خاکیؔ ، حکیم سنائیؔ بیترِ شامل ۔ یِمہٕ نعتِ شریفن ہٕندِس طرزس پیٹھ لیکھی کاشرو شاعروتہٕ واریاہ نعت یِم مقامی (طرزن) منز تخلیق کرنہٕ آمتین کاشرِ نعتن لرِ لوٗرازتہٕ پرنہٕ چھ یوان ۔ کاشرِ زبانی منز یِم نعتِ شریف کاشرِ لُکہٕ طرزن منز یا فارسی بحرن منز پرانو شاعرو ولی اللہ متوؔ تہٕ محمود گامیؔ لیس علاوٕ تخلیق کری تِمن منز چھِ شاہ قلندرؔ ، عبدالاحد نادمؔ ، پیر عزیز اللہ حقانیؔ ، شاہ غفورؔ ، شمس فقیرؔ ، مقبول شاہ کرالہ واریؔ ، ثناء اللہ کریریؔ ، پیر محی الدین مسکینؔ ، عبدالاحد ناظمؔ ، رحمان ڈارؔ ، رسول میرؔ ، سیف الدین تارہ بلیؔ ، ثناء اللہ کریریؔ ، عاشق ترالیؔ ، وہاب کھارؔ ، احمد بٹہ واریؔ ، محی الدین غمگینؔ ، آثم کشمیریؔ ، سایل کشمیریؔ ، قاضی کشمیریؔ ، قدیر کشمیریؔ ، عاصی کشمیریؔ ، سیف الدین کشمیریؔ ، رفیقی کشمیریؔ ، ماہر کشمیریؔ ، حبیب کشمیریؔ ، شاہ امین کشمیریؔ ، اسماعیل نامیؔ ، قطب الدین کنٹھ ، درویش عبدالقادر ، ناظم کشمیریؔ ، صدیق اللہ سایلؔ ، وہاب پرےؔ ، سیف الدینؔ ، غلام مصطفیٰ شاہؔ ، ثنا اللہ کریریؔ ، حیدر باباؔ ، شاہ امینؔ ، منظور کشمیریؔ ، حسن کشمیریؔ ، جیلانی کشمیریؔ ، خلیل کشمیریؔ ، نامی کشمیریؔ تہٕ میر قطب الدین کشمیریؔ تِم شعرائے نامدار یِہندی نعت شریف چھاپ آے کرنہٕ تہٕ ازتہٕ چھِ جایہِ جایہِ پرنہٕ یوان ۔

1947 عیسوی پتہٕ نعت لکھن والین کاشرین شاعرن منز چھِ صمد میرؔ ،

رسا جاودانؔی، مولانا شمس الدین حیرت کاملؔی، مولانا مبارک شاہ فطرتؔ، احد زرگرؔ، غلام رسول کامگارؔ، میر غلام رسول نازکیؔ، فاضل کشمیریؔ، فارق بڈگامیؔ، عبدالجبار خاموش کریریؔ، علی محمد شہبازؔ تہٕ غلام نبی ڈولوال جانبازؔ شأمل، یہندی نعتِ شریف وارِیاہ مقبول چھِ۔

سانہِ دورٕکی ییم کأشر شأعر ازکل مختلف فارمن منٛز نعت لیکھان چھِ یتھٕن وارِیاہن کأشرٕن شأعرن منٛز چھِ رحمان راہیؔ، امین کاملؔ، غلام نبی فراقؔ، مظفر عازمؔ، میر محمد سلیم اسلام آبادیؔ، شاہد بڈگامیؔ، سید رسول پونپرؔ، مشعل سلطانپوریؔ، غلام نبی خیالؔ، رشید نازکیؔ، رفیق رازؔ، بشیر عارفؔ، شاد رمضانؔ، غلام نبی گوہرؔ، عزیز حاجنیؔ، غلام حسن غمگینؔ، گلزار حضرت بلیؔ، نسیم شفائیؔ، ناظر کولہٕ گامیؔ، شہزادہ رفیقؔ، عبدالاحد فرہادؔ، رشید کانسپوریؔ، رنجور تلہٕ گامیؔ، اسد اللہ آفاقیؔ، غلام رسول جوشؔ، مجروح رشیدؔ، شبیر احمد شبیرؔ، سعد الدین سعدیؔ، اقبال فہیم، شفق سوپوری، غلام نبی آتش، بشیر اطہر، غلام محمد بیدار تہٕ اسحاق مجروح بیترِ شأمل۔

چونکہ خواجہ حسین میر چھِ مقام بند کأشرِ مرثی نگأری ہُند بأنی شأعر تہٕ اَمہِ حسابہٕ چھُ تِہنزن کأشرٕن مقام بند مرثین منٛز نعت حضرت شیخ العالمؔ سٕند بو نعتیہِ شرٕ وکھو تہٕ خواجہ حبیب اللہ نوشہریؔ سٕند بو وژن فارمس منٛز نعتو پتہٕ سارٕوے کھوتہٕ پرأنی نعت شریف پوٗزٕ سوٗرے نعتیہ کلام چھنہٕ کأشرس نعتیہ ادبس منٛز گُنہِ شمارس اَنہٕ آمت۔ یتھٕ گٔی چھنہٕ کأشرس نعتیہ ادبس منٛز کأشرِ مقام بند

مرثی ہٕنزِ تِم ساری نعت۔ یتھ دٕمس تام شامِل آمتی کرنہٕ یِم کاشُرِ زبانی منز نعتیہ ادبکی گراں قدر تخلیقی تہٕ شاہکار چھ۔ مےٚ بروٚنٹھ کنہِ دستیاب مواد کِس بنیادس پیٹھ چھ کاشرِ مقام بند مرثین ہٕندِ تخلیق کارن (مرثی نگارن) ہٕنزٕ ن تِمن (380) مقام بند کاشرِ مرثین ہٕنزٕ نعت تہِ سَرِ ژھوٚبۍتھ دستیاب، یِم اگر چھاپ کرنہٕ ین وارِیاہ ضخیم نعتہٕ سومبرنن ہٕندِس صورتس منز گژھِ کاشرِس عقیدتی ادبس منز بوٚڈ اضافہ۔ کاشرِس عقیدتی ادبس منز یِم 380 دستیاب نعت گٔشیرِ ہنٛدِ تمو ناماوارہ تہٕ سرکردٕ کاشرٕ مرثی نگارو تخلیق کٔری متی، یِم چھ تہنٛزٕ مرثی سائنس زمانس منز وُہری ؤریس جموں وکشمیرس تہٕ بیرونی دنیاہس منز حضرتِ امام حسین علیہ السلام سنٛزٕ عزاداری ہٕنزٕ ن مجلسن منز پرنہٕ یوان۔ یِلہِ زَن تِژھن مرثین ہُنٛد تیداد ساسن منز چھُ یمہٕ وونی پرنے چھنہٕ یوان یا چھِ قلمی بیاضن تام محدود۔

علمی تہٕ ادبی حلقن نِش کاشرِ (مقام بند) کلاسکی مرثین ہُنٛد نعت ژھایہِ روز نک بنیادی وجہ چھُ یہِ زِ ماضی قریبس تام اوس کاشر مقام بند مرثی نگاری ہُنٛد کلہم فن علمی تہٕ ادبی حلقن ہنٛزٕ نظرو نشہِ ژھایہِ۔ یوٚ دوے ہتہٕ بدبو ؤریو پیٹھ کاشر مرثی گٔشیرِ منز لچھ بدِ حسینی عاشقن ہُنٛد دینی سرمایہ تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام سنٛزٕ عزاداری ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تہٕ بنیادی عوامی ذٔریہِ روٗدمُت چھُ۔ مقام بند کاشرِ مرثین منز چھُ نعت سرورِ کونینؐ، حمد باری تعالیٰ پتہٕ پٔژتھ حُسینیؑ مجلسہِ منز پرنہٕ یوان تمہِ باوجود آونہٕ کاشرِ مقام بند

مرثی ہٕنٛدِس نعت رٕکس اَتھ گراں بہا دینی ، علمی تہٕ ادبی سرمایس کُن ادبی
حلقن منٛز کانٛہہ سنجیدٕ توجہ دِنہٕ ۔ 1979ء منٛز میانٛی کتاب ''کأشرِ مرثی ہُنٛد
توأریخ'' گوڈنِکہِ لٹہِ شایع سپدنہٕ تہٕ بییہِ کینژن قلمکارن تہٕ محققن ہٕنٛدِ ذٔریہ
کأشرِ مقام بند مرثی نگأری ہٕنٛز عظمت نٔنۍ کڈنہٕ رٕکنۍ ہیوٚتُن اَتھ عظیم صنفِ سخنس
پٔنُن سُہ تھوٚد مقام حأصل سپدُن یُس زمانن ہٕنٛز ونظرو نِشہِ ژھایہِ اوس۔
اَمیُک وجہ ہیٚکہِ یہِ تہِ اأستھ زِ کأشر مقام بند مرثیہِ آیہِ نہٕ ماضی قریبس تام
چھاپنے تہٕ ساسہٕ واد مرثیہِ روزٕ قلمی بیاضن تام محدود، یوٚدوٕے یمہٕ مقبول
مقام بند کأشر مرثی چھ موجود دورس منٛز تہِ انفرأدی تہٕ اجتمأعی طور کٔشیرِ منٛز تہٕ
کٔشیرِ نیبر حسینی عاشق محرم الحرام کیوٚ دوہو علاوٕ وٕہری وٕریس سبٹھاہ عقیدتہٕ سان
برابر پران چھُ تہٕ وارِیاہ مقام بند مرثیہِ آیہِ پتمین دون ڈٔھلِن دوران
کتأبی صورتس منٛز چھاپنہٕ۔

کأشرِ نعتیہ ادبُک اکھ بوٚڈ بارٕ تہٕ موٗلُل حصہٕ آسنہٕ باوجود چھِ مقام بند
کأشرین مرثین منٛز نعت رٕکس اہم تہٕ بے مثال حصس سبٹھاہ کم اہل علم تہٕ اہل
نظرِ سنیمتی۔

کأشر مرثی ہُنٛد توأریخ ناوِ میانہِ ضخیم تحقیقی کتابہِ ہٕنٛدِن دون ایڈیشنن
منٛز یمہِ کینٛہہ کأشرِ مقام بند مرثیہِ مےٚ بطورِ نموٗنہٕ چھاپ کٔرمٕتۍ چھےٚ تِموے منٛز
کریمہٕ خواجہ حسینؔ میر، حکیم عظیمؔ، خواجہ محمد باقرؔ، خواجہ دایمؔ، مرزا ابوالقاسمؔ تہٕ
حکیم حسن علی ہِو بِن بڈِبن تہٕ سبٹھاہ مقبول مرثی نگارن ہٕنٛزن مشہورِ عالم

کاشرٕ بن مقام بند مرثین ہُند پورٕ نعت پیش۔ یِمن ہُند مطالعہٕ کرنہٕ ستی اہل نظر
یہٕ اندازٕ لگاؤ وِتھ ہیکن زِ کاشرٕ بن مقام بند مرثین منز موجود نعتُک حصہٕ کوتاہ
گراں بہا چھُ تہٕ یِمن نعتن ہنٕدِس پرٕتھ شارس منز کم عرفانکی تہٕ وِجدانکی
ناگراد چھِ وُزان۔

یِمن کینژن کاشرٕ بن مقام بند مرثین ہُند مطالعہ کرنہٕ ستی گژھ واضح زِ
یِمن مرثین ہنز ن نعتہٕ چھیر بن منز کمہ عالمانہٕ اندازٕ چھ سرکار دو عالم حضرت
محمد مصطفیٰؐ پیغمبر خداؐ سُند عشق تہٕ حضورن ہُند محبت تہٕ معرفت وہٕتھناونہٕ
آمُت۔ کاشرٕ بن مقام بند مرثین منز نعتکی یِم گراں بہا نمونہٕ چھ عشق رسول خداؐ
تہٕ اسلام کہِ الٰہی منشورٕ کی آئینہٕ دار تہٕ یِمن شاہکار نعتیہ نمونن منز چھُ تِمن پایہٕ
بڈٕ بن تخلیق کارن ہنٕدِ علم و فضلُک تہٕ اسلامی تأریخ۔ فلسفہٕ تہٕ قرآنی تألیماتن
ہنٕز رمز شناسی ہُند اعلیٰ ترین معیار۔ یِمن نعت شریفن منز چھ لفظٕ ژأرتہٕ
استعارن تہٕ تشبیہاتن ہُند استعمال تہٕ عربی تہٕ فارسی تہٕ کاشرِ زبأنی ہنٕدی مأری
مُند امتزاج تہٕ تخلیق کأری ہُند معراج کمال۔ کاشرٕ بن مرثی نگارن ہنٕدی نعت
چھ پننہِ منفرد تہٕ خألص مقامی طرز تہٕ موسیقی ہنز مقام بندی کِنی کاشرِ زبأنی منز
لکھنہٕ آمتین باقی نعتیہ فارمن مقابلہٕ اکھ مشکل فن تہٕ امہِ قسمکی نعت چھُنہٕ
پرٕتھ کانہہ شأعر تخلیق ہیکان کٔرِتھ۔ تہِ کیازِ مقام بند مرثی ہنز نعتہٕ چھیر چھِ
اکہِ مقام بند مرثی ہنٕدِس عنوانس تحت قرآنی آیات تہٕ سرکارِ دو عالم حضرت محمد
مصطفیٰؐ سنٕدِ سیرت پاک کِس تناظرس منز تخلیق یوان کرنہٕ تہٕ امیُک پرٕتھ

مصرعہٕ چھ مقام بندی منز موزون کرنہٕ یوان یُس اکھ سٕہ فن چھُ ییمیک تخلیق کار اسلأمی تأریخ قرأنی آیات تہٕ سرکارِ دو عالمنؐ ہٕنڈِ وجدأنی تہٕ عرفأنی عظمتس متعلق عالمانہٕ ادارُک تھاون وول آسُن ضروری چھُ۔ یم نعت پرن وألی تہِ گڑھن عربی تہٕ فارسی زبأنن علاوٕ اسلأمی توأریخ تہٕ تفسیر قرآن کریم حتی المقدور زانٕنی۔

شاید ہیکہِ تہِ اکھ وجہ آسِتھ زِ مقام بند مرثین ہُنٛد یم کأشر نعت چھنہٕ جاے لُکھ سمجِتھ ہیکان توے کِنی چھنہٕ یمن پیٹھ کأشرِ ادب کین توأریخن تہٕ دویمین تحقیقی کتابن منز کہنی تہِ لیکھنہٕ آمُت۔ کأشرِ مقام بند مرثین ہٕنٛدِ بن نعتن ہُنٛد اکھ بڈٕ خزانہٕ منز ژأرِتھ یم کینٛہہ نعت چھِ پیش خدمت یم عاشقان سرورِ کونینؐ عقیدتی ادب کین یمن کأشرِ شہہ پارن ہٕنٛدِ عظمتکی ضرور قأیل گڑھن تہٕ عشق رسول تاجدارسؐ منز سرشار تِمن پایہِ بڈٕ بن کأشرِ تخلیق کارن ہٕنٛدِ عرفانہٕ ستی فیضیاب سپدن۔



# نعت۔ مضموٗن آئینہٕ

کلام۔ خواجہ حسین میر۔ 1780ء۔ 1680ء

ب ا۔ یا اللہ روشن کوٗرُتھ پانے پنُن آئینے

د۔ یێلہِ سوٗ زُتھ مطلع انوار

د۔ حضرتؐ عالمک قبلہٕ نُما

د۔ تیٚلہِ گٹہٕ ژُج یێلہِ آونوٗ رِ اظہرے

ب ۲۔ ژوپ تھس یا رسولؐ اوے سپنی ژےٚ ستیٚ آئینے

د۔ چائنس سایس تل تہٕنٛد انوار

د۔ یُتھ آفتابس نشہِ چھُ ماہ

د۔ خورشیدِ مُنیرس ستیٚ تاب اَنیاہ زاہ ذرے

گ ا۔ تہٕنٛد خاکستر ستارِ چشمہِ روشن کران

گ ۲۔ تیٚلی لوٗب آبروٗ فلکو تہٕ سپنی سنگِ آستان

ک۔ یێلہِ کرِ فرشِ پا کُرسی بُلند پائے

د۔ آئینہٕ بنٛد عرشس گرِ نہٕ آئے

گ ب۔ تہٕنٛدی ساین صیقلاہ کوٗرُن لوٗرن

گ ب۔ چھُ تمہِ ستیٚ جلا ہران حوٗرن

ن۔ توے روٗد آب وتاب کوثرس سپُن غسلِ مُصفیٰ

یَتھ نعتہٕ چھیر چھِ موسیقی ہنٛز مقام بندی یتھٕ کٔنۍ کرنہٕ آمٕژ۔

ب ا۔ یانے برخاست ا۔

د۔ یانے دمبالہٕ۔

ب۲۔ یانے برخاست ۲۔

گ ا۔ گھ ا۔

گ ب۔گھ ۲۔

ن۔ نشست

مقام بندی تہٕ عروضی نظام چھ پربتھ مرثی ہنٛد بن سارِنے حصن منٛز حمدٕ پپٹھٕ دردس تام امے طرزٕ آسان۔



# مضمون کتاب

## کلام۔ ملا حکیم عظیم۔1202 ہجری۔1269 ہجری

### نعت

کوٚرمُت خاتمِ رسالت مرسلین انتخاب

کتاب خانہٕ قدرت تس بوتسلیما

سہ ئیٖن ہُنٛد مقدم و موخریانے دیہِ درشُن

گوٚصحیح دیٖن پٔتم ملت ساری مشن

تہنٛدِ مدراجِ نبوتُک معراج اکھ باب

تس قُدسی شاگردزَن اُستادن کران تعظیما

ہاوان پھرُن ورق تٔمس حُجت ساطع صاحبِ پیشن

شق القمر برہانِ قاطع اہل دانشن

دَپن مدعی تہٕ یان سہ اُمی ام الکتاب مژرے

چھُ درسی نہ درسینہٕ یُس علماہ تس گذرے

تہنٛدِ لوحِ صدرُک شرح الم نشرح تہنٛز نورِ پیشانی سورہٕ رچھ آیے

معلم ناطقہ چھُ حیرانو

ونہِ کیاہ تعریف تس چھ مجموع قرآنو

تہنٛدے باعثہٕ آدمؑ و خلیل پأدا سے غایتِ ایجاد ابجدا

# مضموٗن۔ فاتح الابواب

## کلام۔ خواجہ محمد باقر۔ 1215ء۔1280ء

### نعت

یۆد کُنہِ سَپنُے کرم عدلُک آفتاباہ

تَتہِ گُس اَنہِ دماہ تابا

پیٚیس نہٕ کار عمل پٔنٕی سپنبس غول بندا

بندَس روزِ شاہدِ بندا

مَنگہٕ اَتہِ پناہ رسالت پناہٗ رحمتُک بابا

کڈٕہَن آہ یہ دُنیاہ چھُ اٲخر فردا

پھیران اوسُکھ رنگ زردا

یُس شاہ اوس قضا پھِران کران زِندٕ موردنے

سُہ تہِ بوگرِ گرمران پھِران وقت مُردنَے

لَیُتَ اُمِیّ لم تلد نی کۆرُن گُفتار بۆرُن عُمرِ آرزُو

بہ نے دُنیاس یمہٕ ہا

پھۆرمہٕ دُنیاس یئُے افسوٗس زبونُے وُچھُن روز دادو

سہل چھُنہٕ تَس شاہ سُنٛد وَنہٕ نُے گۆژھسنہٕ زیوٗنُے دِی تو دادو

چھِی ساس عقبہٕ کڈٕنی میانہِ پانے

گرٛشہان ساس وأنسہِ تَمیُک اَکھا اکھ آنے

# مضموٗنِ قدر وجلال

کلام۔ خواجہ دایم۔ 1245-1314 ہجری

## نعت

بندٕ گی چھےٚ عمدٕ گی بزرگی نہ تخت وتاج گوڑ اَژِ جنتس فقیر

حسابچہِ وِزِلگہِ اَتھ عدلس سُلیمانےؑ

موژِبنہٕ مور چسِ سوٗنب ساری محتاجُ وچھِ نَس زِگوکیٲہ حُقیر

تمٕ گرِسلطنت حساب کتھ دِیہِ بوچھِ ہوٗت سلیمانےؑ

ڈیوٗٹھِن ییلہِ سیل فقرٕچ نالی ترٲوِتھ سیدِ انبیاءؐ

دوٚہس دران روزٕ راتس نزِشونگان زاہ

خورمہٕ دبلہِن ہُنڈ خرقہٕ گنڈِتھ سجدس پیٹھ ترٲوِتھ سرو

ندا آس لوسان چھہم یا نبیؐ

قُمِ اللّیلَ اِلّا قلیلا



# مضموٗن حکمت

## کلام۔ مرزا ابوالقاسم۔ 1245-1214 ہجری

### نعت

وونٗی کرٕ گوہرِ مُرادظاۂرکرتم بحرالجوٗاہر عطا

وَنہٕ ثنائےمکّی یسٗند عدمس آدمسؐ ہوا

تھووٗن اَسہِ کیوٚت مادہٕ حیاتن ذخیرہ شفاعتگ دربانو

سُہ اسباب علاماتِ صنعتِ رحمانو

سُہ عینِ حکمت عامِل کاۂمِل نُسخہٕ رحمتھاہ

تھووتھس محموٗ دناومحمدؐ آوپرٛتھ دردس دوا

آسہِ ہے ہمیشہِ درلرزہ تب وتاب زمیٖن وزمانو

یِیہِ ہے نے رسولِ آخرزمانوٗ

سُہ حیُّ العالم طبیب سارِنٕی دردن دِپس حبیب لایزالے

انان سُہ محبوب مفرّح القلوب لرزن تہٕ مرضن زوالے

پگاہ یَس مارِ مارِ عصیا نگ زہرا

تَس چھُ تھنٛدُ ے ترُیاقِ شفاعت بکارے

اَدٕ کرِنہٕ کارتس نارُک بخارے

# مضموٗن پرٛدٕ

کلام۔ مرزا ابوالقاسم 1245-1314 ہجری

## نعت

ژٕستّارالعیوب چھُکھ بندن سوٗ زُتھ عاصِین پردہ پوشا

ییہِ ہےنَے خانے نبوتُک خانہٕ دارو

بے پرٛدٕ گژھٕ ہن گونہہ گارو

ٲسی توٚ تأنی اسراردرد پرٛدٕ یوٚت تأنی کھوٚت معراج کرِتھ وۄتھ پادشاہ

فرماوِ سُبحٰنَ الذّیِ اَسریٰ اُک شہسوارو

ییٚلہِ مےٚ کھارِ خلوتھ سرا پروردگارو

تیُٗتھ بُراق کرِ حی گٔے ہفت سماطے ٲکرٕ ہے آنسَے

تَس پتہٕ بُراق ہیتھ دژٕ او جبرائیل آو میکائیلؑ ہیہِ پیٹھ شانسے

تأنی تیُٗتھ حجابِ نار بُتھِ آو ہیوٚ تمُت الاوزوٗنُم ملکوتے

نیرِتھ تمہِ نارٕ سا سو حجابو دژٕ اورۄ دنہٕ جبرۄت تسَے

تٔمی کرِتھ سپُرٛدٕ اسرأ فیلسؑ دۄ پُن سَپن تیارے

دَپہِ دَیہِ محبوٗبہٕ چھُسے عجوٗب لگمو فِدا

اَتہِ اور چھَنہٕ میأنی جایِو

گژھٕ بےپَرٛد فعتن یوٚ دوَے اکھ پروایِو

اَدٕ کری تھٕ کمن کمن حجابن تہٕ ڈٔری یاون گوسٕہ تارے

أس پرٛتھ حجابس ساسہٕ وأنسہِ وَتھا

چشم زَدن أسی تِموٕ منٛزٕ دڑ ایو

اَمیک بیان چھ بے انتہایم بٔنتھ ستھ ڈٔری یا وآیو

تَتہِ تہِ نیرتھ تٔہلیلا تسبیحا چھ بوزانے

وُچھم ہر طرف منکشف پردہَ جلال فروزانے

گٔے تَتہِ تہِ نیرتھ اسرافیل کھیٛیہِ وحشتھ گوحجاب عظمت نمایانے

چھ فلحال از پردے غأب بساطِ ایوانے

گو اسرافیل تہٕ جُدا تس رفہِ رَفہِ خانہٕ کرٕنی سلاماہ



# مضمونِ بے نقطہ

## کلام۔ حکیم حسن علی۔ 1290-1334 ہجری

### نعت

مےٚ دِلس عُمرِ سارِ اوسُم ہوسا لیکھہٕ اسمِ سرورِ اسلامو

کرٕ دَمادَم ورُد درُود وسلامو

کوٚرُم سرداد مسعوٗد کلاما لِلّٰہ الحمد ہوسُک آہو گوم رامو

کرٕ بم مدد صرح مُمّر د دوام دِلُک مرامو

اَمہِ اسمہٕ ودُو دمسعوٗ د سعد وسعوٗ دمہر ومہا کڈٕ عدلُک حالے

اَمہِ اِسمہٕ کرٕ حوٗر ہر ماہ کاسہٕ ماہ مالا مالے

اَمہِ اسمہٕ عمودو سوا درود درہوا سَما

أمِس سرورسٕ مالک الملوک کرٕ عطا لولوٗک لعلو

کمِٕس أمِس سِوا حاصِلؔ گو موٗلُل مالو

گوڈٕ لیکھِہٕ لوحس حامدٕ اسمو

اَدٕ عدمہٕ دڑاو دور دوارو



(یتھ نعتس چھنہٕ کُنہ تہٕ مصرعس منز کنہٕ لفظس (پھیور) یُس تخلیق کارسِندِ بے مثال فنُک معراج چھُ)

# جدید کأشُر رِثأیی ادب

کأشُر رِثأیی اَدب چھُ کلُہم پأٹھی کأشرِ شأعری ہندِ أز کہِ دوٗرُک اکھ اہم مأری موٗندتہٕ معیأری حصہٕ۔ موجوٗدِ دورس منز آیہِ الہٕ پلہٕ پتم مہِ نصف صدی دوران واقعہ کربلاتہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام ہٕندِس عظیم شہادتس پیٹھ ترٛٹھ حسینی نظمہٕ کأشرِ زبأنی منز تخلیق کرنہٕ یمہٕ أسی عالمی سوٗتھرس پیٹھ اعلیٰ ترین شعری فن پارن ہٕندِس صورتس منز پیش ہکو کٔرِتھ۔ جدید کأشر مرثی ادبک موجوٗدِ دور چھُ کأشرِ مرثی نگأری ہُند ژوٗرِم دور یتھ منز کأشر رثأیی ادب کِنہ رِوأیتی طرزن (فارمن) منز انقلأبی تبدیلی اننہٕ آیہِ۔

عالمی سوٗتھرٕ چھِہ بجن زبانن خاص کٔرِتھ انگریزی زبأنی ہُند سانیٹ، بے قافیہ یا آزاد نظمو Blank Verses علاوٕ آیہ پابند حُسینی نظمہٕ، حُسینی ژُمصرأے تہٕ منظوم حُسینی ریڈیو تہٕ ٹیلی ویژن فیچر کأشرِ زبأنی منز لکھنہٕ۔ کأشرِ زبأنی ہٕندِ بو اکثر بڈٕ بو تہٕ سرکردٕ شاعرو علاوٕ کرِ نوٚ پُیہ ہند بو تازٕ دم کأشر بو سخن ورو ترٛٹھ وارِیاہ حُسینی نظمہٕ تخلیق یمہٕ پتہ مہن وارِیاہن وٚرِین دوران ریڈیو، ٹیلی ویژن، حُسینی مشأعرن تہٕ اخبارن، رسالن تہٕ کتابن ہٕندِ ذٔریہِ منظرِ عامس پیٹھ آیہِ۔

کاشُر رثائی ادبکین یمن شعری شہپارن منز چھ واقعۂ کربلا تہٕ شہادت عظمیٰ ہُک ولولہٕ انگیز فلسفہٕ حسینی ہیرو ازم تہٕ کربلاکین پایہ بڈٕ ین شہیدن ہٕنٛد عزم و عملک، ایثار تہٕ صبر و تسلیم و رضا ہُک سبٹھاہ بوٚڈ موضوع عکساوان عکساوان موجودٕ دورِ کیٚو شاعرو نہ صرف سخن وٚری ہُنٛد اعلیٰ معیار قائیم کوٚرمُت بلکہِ عقیدتی ادب تہٕ روحانی دنیاہ کس اَتھ وجدانی موضوعس باوَتھ کٔرِتھ اَتھ بڈِس موضوعس پیٹھ پننہِ ادراکُک ثبوت تہٕ پیش کوٚرمُت۔ کاشِر زبانی منز تخلیق کرنہٕ آمتین یمن شعری شہپارن منز چھ حضرت امام حسین علیہ السلام سٕنٛدِ عظیم تہٕ بے مثال شہادتُک وجدانی تہٕ روحانی پأغام تہٕ الٰہی مقصد اَکھ بے پناہ معنہِ سوو موضوع سبٹھاہ ولولہٕ تہٕ عقیدتہٕ سان ویٚتھ ناونہٕ آمُت۔ یزیدی ظُلم تہٕ استبدادس خلاف سینہٕ سپر سپدنُک تہٕ مظلوم بٕنتھ ابدی فتح لبنُک ولولہٕ انگیز تہٕ ایمان افروز فلسفہٕ چھ یمن جدید کاشر رثائی ادب کین شہپارن ہُنٛد روح۔ جدید کاشرس رثائی ادبس منز چھ سرکار شہادت۔ فرزند رسول تاجدار امام وقت حضرت امام حسین ابن شیر خدا حضرت علی مرتضیٰؑ سٕنٛدِ کردارِ کی تم مأرٕ مٕنٛدی تہٕ ولولہٕ انگیز پہلو کاشرس مقامی رنگس تہٕ ڈکشنس منز سبٹھاہ فنکأری سان عکساونہٕ آمتی۔ کاشرِ رثائی ادبہٕ کِس جدید دورس منز یوٚدوَے آزاد حسینیؑ نظمن، ژٕ مصرأین، سانیٹ تہٕ منظوم حسینی فیچرن ہُنٛد جدید فارم تہٕ طرز کاشرو شاعرو پانہٕ نوو تہٕ عام لکوتہِ کوٚرسہٕ سبٹھاہ پسند تہٕ اماپوٚز یمن جدید طرزن لرِ لوٚر چھ وان۔ روانہٕ (نوحہ) حضرت امام حسینؑ سٕنٛز ماتم دأری

منز یسلہٕ پأٹھی پرنہٕ یوان تہٕ کأشرمقام بند کلاسیکی مرثی چھ برابر ماتم دأری ہنٛد

سارٕ وے کھوتہ تہٕ بوڈتہٕ عوأمی ذٔریہٕ۔ پرانین وان طرزن، روانن (نوحن)

ہنٛدِس آہنگس منز چھ موجوٗدٕ دورٕکی بزرگ تہٕ نوجوان شأعر لگہٕ طرزن پیٹھ

کأشری نوحہ تہٕ وان تخلیق کران یِم محرم الحرام چن مجلسن تہٕ خاص کٔرِتھ عزادأری

جلوسن منز جایہٕ جایہٕ پرنہٕ چھ یوان۔ پرأنی تہٕ نٔوی نوحہ عام کرنس منز کوٚر ریڈیو

کشمیر سرینگرن پتٕمین شیٹھن وٕری ین اہم کردار ادا۔ کٔشیرِ ہنٛد بو یمو سرکردٕ

نوحہ خانو ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھ اتھ وقتس دوران پرانین تہٕ موجوٗدٕ دورٕکین

شأعرن ہنٛدی نوحہ براڈ کاسٹ کٔرِتھ سبٹھاہ ناماوأری حأصل کٔرتمن منز اوس

مرحوم رضا علی بانکا سر کردٕ نوحہ خوان تہٕ محمد صالح تہٕ عبدالغنی ہیوٗ مقبوٗل نوحہ خوانو

دِیُت اَتھ فنس واریاہ عروج یِیمہٕ ستی نوجوان گلوکارو ریڈیو تہٕ دوردرشن پیٹھ

جدید طرزن پیٹھ نوحہ خأنی ہُنٛد سلسلہٕ شروع کوٚر۔

رثأیی ادب ٕکس جدید دورس منز تہٕ چھ کأشرٕ مرثی نگاروتہٕ شاعرو نوحہ تہٕ

وان لیٚکھی متی۔ تِمن ہنٛدی کینٛہہ نموٗنہٕ چھ یِم۔

شو حسینؑ مدینہ درٛاو کربلا کوٚر ہس ماردارو

آغہٕ سون مدینہ درٛاو کربلا کوٚر ہس ماردارو



رب لۭدِتھ اُس ودونا نبیو کیاہ منز کربلا

گٔرِو الوداع ویلا واویلا



نورِ زہرا لبل کران آیہِ بأے مالنیو

گوم ڈاسا واے عباسا بأے مالنیو



موجوٗد دورس منٛز تہِ چھِ وننہٕ کینٛہہ شاعرتہٕ واریاہ موزون طبیعت حسینی عاشق تہٕ عزادار ماہِ محرمُک ژٕندرنوٗن نیرنہٕ تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام تہٕ کربلا کین شہیدن ہنٛز ماتم دأری شروع سپدنس ءتی پرانین وان طرزن پیٹھ موخصر وان تہٕ روانہٕ لکھان یم ذوالجناح تہٕ علمہٕ جلوسن منٛز دأیرن منٛز پرنہ چھ یوان۔ اکثر عزاداری جلوسن منٛز چھِ وُنہِ تہِ مرحوم غلام حسن کاغذگر، مرحوم غلام محی الدین ناوپوری، مرحوم فارق بڈگامی، مرحوم اکبر ہاشمی، مرحوم فاضل کشمیری، مرحوم حلال الدین میثم، مرحوم سید محمد رضوی، مرحوم غلام حسین مخمور، سجود سیلانی، شیخ حسن الحسینی، سید ابوالحسن ضیغم تہٕ شاہد بڈگامی ہٕندی تِم کأشری نوحہ پرنہٕ یوان یم تِمو پتِمہِ نصف صدی دوران لیکھیٕمتی چھِ۔ تِمن پرانین روانن (نوحن) ہٕندی کینٛہہ نموٗنہٕ چھِ یم:

تس شہیدس پرٕ بتھ مسلمانن ووٗ دُس

خون ہاران پانہٕ اَسمانن ووٗ دس

فارق بڈگامی

نہر فرات تِتھے پاٗٹھی از بیٚیہِ پکان آسیا

بابس علی اصغرؑ آبا منگان آسیا

اکبر ہاشمی

ودان چھ زینب ژٕ باٗے جانو

کووو مےٚ تراٗوِتھ گوکھ

فاضل کشمیری

کیاہ جناب زینب غریب الوطن چھا

امام حسینؑ از تہٕ کیاہ بے کفن چھا

سجود سیلانی

دِیہِ فریاد نورِ زہراؑ آبدارس

أسی ودونا چاٗنس کانہٕ مزارس

شاہد بڈگامی

کٲشیرِ منز چھ محرم الحرام شروع سپدنس سٟتی نوبن نوبن طرزن پیٹھ نٔو کٲشری نوحہ شاعرن نِشہِ حاصل کرنک سلسلہٕ شروع سپدان تہٕ کیاز زِ عزاداری ہنٛد بن جلوسن منز چھِ پرٛتھ علاقہٕ۔ پرٛتھ گامکی تہٕ شہری آبادی منز عزادار پننی پننی داٗیر گنڈان عزاداری ہنٛد بن لوکٹین بڈٕ بن جلوسن منز پرٛتھ ؤرِیہ نٔوی نٔوی نوحہ پرنٕس ترجیح دِوان اِوکنی چھِ کاشرس رثاٗیی ادب کس نوحہ فارمس یہ

شرف حاصل زِ عام لُکھ چھ شاعرن نوٕی نوٕی نوحہ تخلیق کرنچ تحریک دوان۔ یتھہٕ کٔنی چھنہٕ کاشر شاعری ہنزٕ بیٚیہٕ کنہِ شارٕ ذاژ یژھ منگ تہٕ عوامی سرپرستی حاصل۔ یہِ عوامی منگ پورٕ کرنہٕ خاطرٕ چھِ کاشرو شاعرو علاوٕ تمام پٔرۍ متۍ لیکھۍ متۍ موزون طبیعت لُکھ تہٕ پنٕنۍ پنٕنۍ دایرن ہنٛدِ خاطرٕ محرم الحرام کیٚن دوہن نوٕی نوٕی کاشرۍ نوحہ لیکھان۔ یہِ کتھ تہٕ چھِ اہم زِ زنانہٕ دایرن منٛز چھِ کاشر وَنہٕ وَنکھ تہٕ روٗفکی پاٹھۍ کاشرِ زنانہٕ پانے نوحہ گنٛڈان تہٕ عام زبانی منٛز چھِ یمن لُکہٕ طرزن ہنٛد ہن نوحن وجدَ تہٕ ونان۔ یہِ سلسلہٕ چھ رثأیی ادب کِس جدید دورس منٛز تہِ پرانین زمانن ہنٛدی پاٹھۍ جاری یُس رثأیی ادب کیٚن نوٕہن فارمن لرِ لوٚر برابر جاری چھ۔

جدید کاشرہن حُسینیؑ نظمن، ژُمصرایَن تہٕ منظوم حُسینیؑ فیچرن منٛز یمہِ اندازٕ خاندان نبوت کیٚن خانہٕ مالکن، کربلا کیٚن پایہٕ بڈٕہن شہیدن حضرت ابوالفضل عباس ابن حضرت شاہِ ولایت علی مرتضیٰؑ، حضرت علی اکبر ابن حضرت امام حسینؑ، حضرت قاسم ابن حضرت حسن مجتبیٰؑ، حضرت علی اصغر شیر خوار ابن حضرت امام حسینؑ، خاندانِ سرکارِ دو عالم کیٚن باقی شہیدن، اصحابن تہٕ فدا کارن ہنٛزٕ ثابت قدمی، وفاداری صبر و استقلال تہٕ بے پناہ شجاعت کِس معراجس احاطہٕ کرنہٕ چھُ آمُت سہ چھُ اعلیٰ معیارٕچ نشاندہی کران۔ سانہِ دورٕ کیٚن سخنورن ہنٛزن یمن حُسینیؑ نظمن منٛز چھ رزم گاہ کربلاہکۍ تم ساری ایمان افروز مناظر اچھن تل یوان یموٚ ستۍ پتمین 1331 ہن

ؤ ری ین دوران دنیا کین محکومن پۆتھ زمانہٕ کین یزیدی قوتن ہنٛدِس ظُلمس تہٕ استبدادس خلاف سینہٕ سپر سپد نٛک حوصلہٕ عطا سپدان رٕو دتہٕ روزِ قیامتس تام عالمِ انسانیتس حق وصداقت تہٕ الٰہی مقصدس رٲچھ کرنٛک جذبہٕ عطا کران روزِ۔ کأشرِ رثأیی ادب کس جدید دورس منٛز یم شعری تخلیقات برونٛہہ کُن آے تمہ چھِ کأشرس عقیدتی ادبس منٛز تہٕ اوٚ کنی سرس زِ تمن منٛز چھُ ماتمُک تہٕ رزمُک اکھ ہُنٛدٕ بون امتزاج۔

جدید حُسینیؑ نظمہٕ، ژُمصرأے تہٕ منظوم حسینیؑ فیچر چھ جدید مرثی یا نے کأشرِ سوگ شأعری ہُنٛد اکھ نوٚو رٕوپ یَتھ منٛز واقعہ کربلاہُک ولولہٕ انگیزی تہٕ وِجدأنی پأغام جدید دور کہٕ تقاضو مطأبق وبۆھناونہٕ آمُت چھُ۔ یتھٕ پأٹھی یہِ کینژاہ سائنس جدید دورس منٛز کأشرِہن رثأیی ادب پارن ہنٛدِس صورتس منٛز مختلف فارمن منٛز یتھ دمس تام منظر عامس پیٹھ آو تتھ منٛز چھُ اکثر Elegiac Epic (رثأیی رزمیہ) ہِکی معرکتہ آرا شعری شہ پارٕ سانہِ کلُہم کأشرِ شأعری ہُنٛد قابل فخر سرمایہ یتھ پیٹھ یِنہٕ والین زمانن منٛز کأشُر قوم فخر کرِ۔ کأشرِ رثأیی ادب کین یمن شعری شہ پارن ہنٛدِس ترویج تہٕ اشاعتس منٛز کوٚر بڈگامہِ پتِمین 38 ہن ؤری ین باقاعدگی سان پۆتھ ؤ ریہِ منعقد سپدن والیو سالانہٕ حسینیؑ مشأعرواکھ بوٚڈ تہٕ اہم بلکہِ تأریخ ساز کردار ادا۔

بڈگامہ کہٕ سالانہٕ حُسینی مشأعرو دِژ جدید رثأیی ادب کأشرِ زبأنی منٛز بارسس انِنچ اکھ تحریک یمہِ ستی نہ صرف اکثر بزرگ تہٕ سرکردٕ کأشرہٕ شأعرو

شاہکار حسینی نظمہٕ تخلیق کرٕ تہٕ عوامس تام واتناوان رۄ دی بلکہِ واریاہ تازٕ دَم نوجوان شأعر دزٕ اے اَتھ مأدانس پننین پیش رون برونٹھ تہٕ کرکھ اعلیٰ معیارٕ چہٕ جدید حسینی نظمہٕ تخلیق۔

بڈگامہِ گوسالانہ حسینی مشأعرن ہُنْد سلسلہٕ (شاہد بڈگامی) ہٕنْد ذریہِ 1971 ءمنز شروع تہٕ اکہِ تحریکہِ ہٕندی پأٹھی ووت حسینیؑ مشأعرن ہُنْد یہ سلسلہٕ کشیرِ ہٕنْدبن طرفاتن تام۔ یہ سلسلہ گوواریاہ وسیع تہٕ ووٚنی چھ نہ صرف حسینیؑ عاشق تہٕ عقیدت مند ؤہری ؤریس حسینیؑ مشأعرن ہُنْد سَنْز کران بلکہِ واریاہ سرکأری تہٕ غأرسرکأری علمی، ادبی، دینی تہٕ سمأجی ادارٕ چھِ محرم الحرام تہٕ باقی رتن تہٕ حسینیؑ مشأعرن ہُنْد اہتمام کران یمن منز ریڈیو کشمیر سرینگر، دور درشن سرینگر ریاستی کلچرل اکادمی، کشمیر یونیورسٹی تہٕ اکثر سرکأری تہٕ غأرسرکأری تعلیمی ادارٕ پیش پیش چھِ۔

ریڈیو کشمیر سرینگرن اوس پننہِ قیامہِ پتے حسینیؑ مشأعرن ہُنْد سلسلہٕ شروع کوٚرمُت یُس محرم الحرام کین پروگرامن منز یَتھ دمس تام برابر جأری چھُ۔ دۄردرشن سرینگر تہٕ چھُ پننہِ قیامہِ پیٹھ ازتام پرٕتھ ؤریہِ محرم الحرام کین پروگرامن منز خاص حسینیؑ مشأعرن ہُنْد سَنْز کران۔

حُسینیؑ مُشاعرو ستی لۄگ کأشرس رثأیی ادبس واریاہ عروج۔ پتٕی مہِ نصف صدی دوران یمو ناموٚر تہٕ بزرگ کأشر سخن ورو واقعہ کربلاکس موضوعس پیٹھ یا حضرت امام حسینؑ تہٕ اہل بیت اطہارنؑ ہٕندِس مودتس تہٕ

محتبس منز سرشار سپد تھ ربو اُیتی اندازس منز مناقب ،نوحہ ،سلام تہٕ موخصر مرثی کاشرِ زبانی منز تخلیق کرِ تمن منز چھ مولانا شمس الدین حیرت کاملی ،مولانا سید مبارک شاہ فطرتؔ ،فقیر ملت سید میرک شاہ کاشانیؔ ،غلام رسول کامگار مرزا عارفؔ ،سید اکبر ہاشمیؔ ،غلام رسول نشاطؔ ،سید عبدالجبار خاموشؔ کریری ،سید علی گوہر بخاریؔ ،تنہا انصاریؔ ،ٹاک زینہ گیریؔ ،پیر غلام نبی جوہرؔ ،عبدالغفار مجبورؔ ،عبدالغنی نمتہالیؔ ،غلام رسول کاوسہؔ ،مولانا سید شمس الدین عتیقؔ ،سید محمد رضویؔ ،غازی جلال الدینی میثمؔ ،حکیم غلام حسین مخمورؔ ہٕندی اسمائے گرامی خاص پاٹھی شامل ۔یہٕندِس کلامس گو حسینیؑ عاشقن منز سیٹھاہ قبولِ عام حاصل۔

جدید کاشر مرثی نگاری (حسینیؑ نظمہٕ ادب) یا جدید رثائی ادب کین بانی کارن منز چھ سرکردٕ کاشر شاعر فارق بڈگامی سرس ییمی جدید کاشرس رثائی ادبس گن دِتھ واریاہ عروج دیت ۔ اعلیٰ معیارچہٕ حسینیؑ نظمہٕ ،ژُمصرائے تہٕ منظوم حسینیؑ فیچر کاشرِ زبانی منز تخلیق کرن والین صفِ اول کین شاعرن منز چھ ،پروفیسر رحمان راہی ،امین کامل ،دیناناتھ نادم ،پروفیسر غلام نبی فراق ،مظفر عازم ،پروفیسر نسیم شفائی ،غلام نبی خیال ،رفیق راز ، پتامبر ناتھ درفانی ،شاہد بڈگامی ،پریم ناتھ شاد ،پروفیسر شاد رمضان ،پروفیسر مجروح رشید ،غلام محمد غمگین ،سجود سیلانی تہٕ بشیر عارف ہٕندی ناو رثائی ادب کہ تو اُریخی سلسلہ حسابہٕ گوڈٕ انوارِ بروٚنہہ کُن یوان ۔ حُسینیؑ نظمہٕ ادب کین دور جدید کین اسلوٗب ساز کاشرن شاعرن منز چھ پروفیسر رحمان راہی اکھ ممتاز

تہٕ بۆ ڈسخنور تیمٕو پتہٕ مین 38 ؤرین دوران جدید کأشرس رثأیی ادبس نہ صرف اکھ نۆو طرح دیُت۔ بلکہِ چھ جدید حسینی نظمہِ ادبک اسلوٗب ساز سخن ورتہٕ جدید طرزک بأنی کار۔

پروفیسر رحمان راہی رۆد پتہٕ مین 38 ہن ؤرین بڈگامہِ کین سالانہ حسینیؑ مشاعرن منز اسہِ برابر ہم قدم۔ تمہِ حسابہٕ چھِ رأہی صأب بڈگامہ کہِ سالانہ حسینیؑ مشاعرکین سرپرستن منز سرس۔ سالانہ حسینیؑ مشاعرو گتھ حدس تام گرِی جدید کأشر رثأیی ادبچہِ تحریکہ ہنٛز رہبری تتھ متعلق چھ پروفیسر رحمان راہی ہنٛدی (صدا بند ریکارڈ) تو أریخی خطبکی یم اقتباس رأہی صأبنین لفظن منز ے پیش یُس یمو 27 مارچ 2001 ہٕترٛ ہمِس[30] سالانہ حسینی مشاعرس منز حسین منزل بڈگامہِ پیش اوس کوٗرمُت۔

# صدا بند اقتباس خطبہ صدارت پروفیسر رحمان راہی

''یَتھ جایہِ أسۍ وُنی کِمن بہتھ چھِ واریاہ وُری ووت یہ سلسلہٕ ییتہٕ چلان تہٕ عقیدتُک اظہار یوان بحضور شہدائے کربلا علیہم السلام کرنہٕ۔ تو ہہِ چھِ خبر کہِ اَمہِ قسمُک سلسلہٕ مسلسل جأری تھاون متوأتر جأری تھاون یہ چھنہٕ سہل کتھا کینٛہہ۔ اَتھ چھ آسان اکھ پَنٕنۍ ذأتی مستقل مزأجی ییٚہٕ عقیدتُک سۄنبر تہٕ دربر۔ تمہِ علاوٕ خوش اسلوٗبی سان أنزراوُنک اہتمام۔ سُہ اہتمام کرنٕچ صلأحیت۔ الحمدللہ۔ یِم زَن مہتمم ییمہِ تقریبہِ ہٕنٛدی چھِ، شاہد بڈگامی صأب تِمن چھ اللہ تعالا ہن تِمہِ صلأحیژ پوٚرٕ عطا کرِمٕژ۔

یُس زَن یہ سلسلہٕ چلان چھ، سالانہٕ حُسینی ؑ مشاعرٕ، کس صورتس منٛز اَمہِ ستۍ ووت اَتھ سأنس عقیدتی وجودس سۄ بہہ تہٕ سگ واریاہ کالہٕ پیٹھ۔ ستۍ سپُز بیا کھا اکھ مفید کتھ کہِ کأشرِ زبأنی منٛز یُس زَن یہ رثأیی ادب چھُ یہ عقیدتی ادب چھُ، یہ مرثیہِ چھُ اَتھ سپُد واریاہ ہُر بر۔ ہُر بر دوٚیہِ قسمہٕ۔ اَکھ ججمہٕ کِنۍ یانے واریاہ واریاہ کینٛہہ آو لکھنہٕ۔ تِمہِ کھوتہٕ جاد اہمیت یہ کہِ مختلف رنگہٕ آو لکھنہٕ۔ پتھ کالہٕ أس مرثیہِ مخصوص طریقہٕ یوان لکھنہٕ۔ تَتھ اوس پَنُن قدرو قیمت مگر چونکہِ مزاز چھ بدلان، کتھ کرنُک اندازٕ چھُ بدلان۔ یَتھٕ پأٹھۍ اَسہِ کھٕنن چینٛنُک، لباسُک، ووتھنُک بہنُک طریقہٕ بدلان چھ تِتھے پأٹھۍ چھ ادبس منٛز تہِ بدلان۔ چنانچہ ییمہِ محفلہٕ (سالانہٕ حسینی مشأعرُک) فأیدٕ آو یہ زِ یُس زَن

حُسینیؑ نظمن ہُنٛد سلسلہٕ چھ اَتھ آے صورٕ ژِرٕنگی تہٕ معنوی حسابہٕ تہٕ مختلف پہلو پیش تمہِ کِنی چھُ یتھ سلسلس اکھ توٲریخی اہمیت۔" (رحمان راہی)

پروفیسر رحمان راہی روٗد 1971 عیسوی پیٹھ بڈگامہِ شروع سپدن والین سالانہ حسینیؑ مشاعرن منٛز نہ صرف برابر شمولیت کران بلکہِ کرِن کٲشرس رثائی ادبس منٛز اکھ سوٗ نوٗ نہج، ترٛٹھ آزاد، پابند حسینیؑ نظمہٕ تہٕ ژُمصرٲے تخلیق کٔرتھ یِمہٕ حسینیؑ مشاعرن ہنٛدِ ذریعہِ رٲتج یُس کٲشرس رثائی ادبس منٛز اکہِ انقلابُک ذٔریعہِ بنیوو۔ بڈگامہِ کِہن سالانہ حسینیؑ مشاعرن منٛز پٔتِمین 38 ہن ؤرین دوران یِمہٕ حسینیؑ نظمہٕ تہٕ ژُمصرٲے پروفیسر رحمان رٲہی صابن پیش کٔری تِمو منٛز چھِ وارِیاہ میانہِ ٹیپ لائبریری منٛز محفوظ۔ یِمہِ منٛز کینٛہہ حُسینیؑ نظمہٕ تہٕ ژُمصراے **شہ رگ وٲتھ** ناوٕ رٲہی صابنہِ شارٕ سومبرنہِ منٛز 2002 عیسوی منٛز مے (شاہد بڈگامی ین) چھاپ کٔر۔ رٲہی صابن چھُ بڈگامہِ کِہن سالانہِ حسینیؑ مشاعرن ہنٛدِ تولقہٕ پنہٕ نٕن یِمن حسینیؑ ژُمصرٲین منٛز یتھٕ کٔنی وٗنمت:

بڈگامہِ ووت نادٕ تہٕ عاشق وچھان دٔژاے
اسرارِ درد باوٕنہٕ تِم من سرایہ ژاے
مُتی لَب کشا سپدی تہٕ لبو پوٚر علیؑ علیؑ
باسیوو بہدار اُچھن زِ علم ہبتھ امامؑ آے



چھینڈی کیا کران چھ شاہدِ بڈ گاٹی عاشقن
پر بزلان گاشہِ تارکھ اُمس منتظر اُچھن
زلہِ وُن تھووُن کشیرِ اندر کربلاے رَتھ
خونین قبا حسینؑ مُتِس راضی روزی تن

( کلام راہی ) شہ رگ وأیتھ 2002ء

پروفیسر رحمان راہی صأبنہِ حسینیؑ نظمہِ تہٕ ژُمصرأے چھ جدید کأشرِ رثأیی ادبہ کہِ عظمتکی نہ صرف آئینہٕ دار۔ بلکہِ کأشرِ شارٕ ادبکہِ اکہِ تتھ تھدِ معیارٕچ نشاندہی کران یُس أس پننہٕ والین زمانن منزٕ تہِ عالمی ادب کِنن اعلیٰ ترین شعری شہہ پارن مقابلہٕ پیش ہکون کرِتھ۔

نے تژلیش أس مسلہِ نہٕ بوچھِ ہُند سوال اوس
لکیا سُہ مامِلے ہا عدیم المثال اوس
دؤ پنس سپُد تہٕ صورتِ کربل سپُد تمام
مولہٕ وان پنُن کمال سُہ صاحبِ کمال اوس

حسینؑ شناسی ہُند اکھ عالمانہٕ تہٕ عاشقانہٕ اندازتہٕ واقعہ کربلاتہٕ شہادت عظمیٰ کہِ اعلیٰ ترین ادراک تہٕ رمز شناسی ہُند تھوٚد معیار چھُ رحمان راہی ہٕندِ پر بتھ شارُک روح تہٕ سیدِ شہدا حضرت امام حسینؑ ہٕندِ بے پناہ محبتُک تہٕ مودتُک تھوٚد مقام یتھ راہی صأب یتھہٕ کُنی باوتھ کران چھ :-

تِم کم سا خوش نصیب دِلچ ستھ یِمن حسینؑ
باوان بہ لطف سِر سعادتھ یِمن حسینؑ
یارو! تِمن ہا لوح و قلم دستِ اختیار
تھاوان قبول باندِ گوٗمت رَتھ یِمن حسینؑ

حُسینی نظمن تہٕ ژٕ مصر این منٛز بیابان کربلاہس منٛز روزِ عاشورا حضرت عباسؑ علمدار سنٛز علمدأری تہٕ آب دأری، حضرت علی اکبر سٕند عزم صمیم، حضرت قاسم سنٛز رتہٕ مانٛزتہٕ کربلاہچہٕ شیر دِل خاتون حضرت زینب بنت شیر خداؑ سنٛز دٕ زہٕ ہؤژ کربلاہچ علم بنأوِتھ علامژ رٔنگی کأشرِ رثأیِی شأعری منٛز ورتاوٕنی چھ پروفیسر رحمان راہی سٕند کلامُک اکھ سہ پہلوٗ یُس اکِہ عظیم وجدانٕچ آگہی عطا چھ کران۔

**راہی صأبنِہ کلامکہٕ یِم نموٗنہٕ چھِ أمِیُک ثبوت۔**

۔ تُجہِ تھا شوق تہٕ علم زانٛہہ نورٕچ؟
موٗنگہٕ تھا حوصلہٕ زانٛہہ کربلہس؟
اَسہِ کتھ وِتھِہ پرٛؤژھ حال فراتُک
کتھ سیکہِ لِس ؤوی رتہٕ رٔچھ گلشن
اَسہِ منٛز کٔمی أکی نرِ کترأوِتھ دندوٕستین آبہٕ مشک تٕج؟
اَسہِ منٛز کٔمی أکی مانٛزِ بدل مہرازٕ گلین موٗتھ
پٔننِہ جیٖنٛگ زلہٕ زُن رَتھ زانٛہہ

اَڈ ئ زعلماہیتھ دژاے یازانٔہہ؟

زینبؑ ہش کانٔہہ نۆ رمشأ لیا

اَسہِ مئز وۆتھِ کانٔہہ تیُتھ انساناہ

کانٔہہ بلواناہ

تیُتھ بےخوفاہ

کانٔہہ سرسوواہ

تیُتھ کانٔہہ کلہٕ ژۆٹ اللہ وولا

یُس وژھِ وأنجہٕ أہی منگہِ ہے شاہ حسینسؑ



زینبؑ یعنے

دزٕ مَژِ ہرِ پیٹھ پۆژ کلِچ لہرأ وِتھ نوٗسرِ

وۆچھنٕچ کلٕ وُزٕ ناون واجینٔی بنت علیؑ

راہی چھ مظلومن تہٕ محکومن کربلا ہک حُسینی انقلاب رہبر بناونچ تہٕ کربلاچ

خونہٕ ئُری علم تُلِتھ ابدی نجاتچ تہٕ آبرومندی ہنٛز یِتھ کٔنی تلقین کران۔

اگر نہٕ سانین چھوکن زبان کانٔہہ

مگر یہِ رَتھ گژھِنہٕ رائیگان زانٔہہ

یہِ رَتھ امانت چھُ کربلا ہُک

یہِ تشنہٕ تحریرِ انقلابُک

سیاہ سڑکن چھکان سرخ سون

یہِ سون چھُ پانے گبوان پنٕنۍ گون

چھ زندگی خوٗنہٕ سٕری علم ہیتھ

سخنوٗری شولہِ ور علم ہیتھ

کاشرِ زبانۍ منز تخلیق کرنہٕ آمتین رثائی ادب کین موجودٕ دورکین شعری شہ پارن منز چھ امین کامل، پروفیسر غلام نبی فراق، فارق بڈگامی، مظفر عازم، غلام نبی خیالؔ تہٕ رفیق رازؔ ہوبن سرکردٕ سخنورن ہنز حسینی نظمہٕ عالمی سوٗتھرس پیٹھ تخلیق کرنہٕ آمژن دویمین زبانن ہندبن رثائی ادب کین نمایندٕ تخلیقی شاہکارن منز شامِل۔ یم کینہہ نموٗنہٕ چھ تمیُک ثبوت:

لوح قلم ششدر رضایت چانٔی ڈیشتھ یا حسینؑ

احدیت ہے بنگہٕ وحدت چانٔی ڈیشتھ یا حسینؑ

مرحبا مرحبا

بنوو وقتن کربلا کٕمۍ زیوٗنٕ کس سپدِ مات

روزِ کس تسنیم دس بس گئے کٕمس سٕری پیٹھ فرات

اے حسینؑ جانِ علیؑ روحِ محمدؐ سِر ذات

کھولہِ کیاہ کاملؔ زبان ییتہٕ دَم بخود ارض و سماء

اَنت نیر الایقان مافی ملکوت البقا

(امین کاملؔ)

کاتھہ نَسہ از تام اَمہِ انمانہٕ آو
پوشہِ وُن بوٚڈ معجزاہ مولا حسینؑ
یَتھ نہٕ رنگ ڈلہِ یتھ نہٕ سرٛ بہہ ژلہِ تا ابد
سوے ہبا خوٗنین قبا مولا حسینؑ

(پروفیسر غلام نبی فراقؔ)

شبیرؑ از انسانس بییہِ چون ضرورت پیوو
اسلامس تہٕ ایمانس بییہِ چون ضرورت پیوو

---

فراتاے وارٕکر با خاک برسر
گریبان چاک مےٚ تہِ چھی دیدٕ چھم تر
مشک ژھٹنِ آب پیوو وٕسی آبدارسؑ
زٕ فرٕگرٛ شہ اصغرسؑ گژھِ خشک ہوٚت تر

---

پزٕرِچ علم تھوٚد تُلنہٕ ستی یوٚ دوَے ہُمس گَے گُلی قلم
گھ گتھ دِوان اَتھ شمعسے پروانہٕ یوٚ دوَے پے پتھر
یوٚ وَے یہِ پزٕرک آفتاب وول کرٕہنِ اوٚ برن پیٚشنہٕ پتَے
کھوٚت بییہِ صُبحن گاہ دِوان روشن کوٚرن بییہِ خشک وتر

(فارق بڈگامیؔ)

عاشور کے جلوس سیاہ پوش ذوالجناح

اکھ ماتمی برات شہادت حسینؑ ہنز

تکوین کائنات شہادت حسین ہنز

شیرازۂ حیات شہادت حسینؑ ہنز

(پتامبر ناتھ درؔ فانی کاشمیری)

رأژ پھٹہِ وُزمَل تہٕ کرتلہِ پین لٔج

خون شرٛپہ سبکلس تہٕ گنٛڈی دوپھ ہِن پھلِتھ

داستانِ کربلا بوزکھ اگر

از تہِ باسی برمحل سرتاز چھےٚ اکھ اکھ سطر

اکھ سوخن دِلہِ بوومُت یوٚد سیوٚد گژھبس

بے وسا میٚژ موٚر تہِ لافانی بنان

(غلام نبی خیاؔل)

تیٚمِس آو دماغس منز تہِ پننہِ آیہِ لیوٚکھُن

ڈیٛو آسِ منس منز تہِ رایہِ رایہِ لیوٚکھُن

رفیق راؔز غولاماہ حسینؑ سُند چھُ عجیب

حسینؑ ابن علیؑ وُچھتہٕ جایہِ جایہِ لیوٚکھُن

(رفیق راؔز)

ییمیٚ تقدیرُک سِر کوٚر فاش ییمیٚ نوٚیِن ہثرٕ کتھِ کوٚڈ واش

کارِ ووٚگنٕی گرٕ گردن پیش ٹاٹھی جگر کیو داش نداش

جگرٕ کہِ رتہٕ رٕژھروٚون دٔہن عرش دیُت آلو شاباش

لوٚب أزیک رتھٕ کھالن وول ژٕے چھُکھ پھولہٕ وُنہ پٔچھ آش

ژٕے ووگنأوتھ دیٚنچ کأر ژٕے دوٚبرأوتھ ظلمچ لاش

ژٕے پوٚلتھ صبرُک آئین ژٕے پرٕزلوٚوتھ گٹہٕ منٛز گاش

ژٕے چھُکھ پوٚز ژٕے چھُکھ اسلام

مردن ہُنٛد مردانہٕ امامؑ

(مظفرعازم)

کانٛہہ ٹھاکھ چھُنہٕ کینٛہ دٔہن و درمُک ذکر حُسینؑ

اوٚش دار ہران غم چھ پرٕتھ انسان بران چون

مولا سعادت کر از شادس ژٕ عنایت

یُتھ سونچہٕ صفن موٚختہٕ معنے روزِ جران چون

(پریم ناتھ شاد)

1963 عیسوی پتھ کوٚر ریڈیو کشمیر سرینگرن کأشرس رثأیی ادبس منٛز اکھِ نوِطرزُک اضافہٕ تہٕ محرم الحرام پروگرامن منٛز آے اڈِ گانٹہٕ پتھٕ اکھِ گأنٹکی منظوم کأشرِ حسینیؑ فیچر نشر کرنہٕ تہٕ یم فیچر۔ تحریر کرن وألی شاعر أسی شاہد بڈگامی تہٕ سجود سیلانی یمو امہِ نوِطرزُک دٔسی لابہٕ کوٚر۔ منظوم حسینی فیچر أسی غرہ محرم، ستھ [7]

محرم تہٕ یوم عاشوراہس پیٹھ خاص پروگرامن ہنٛدِ زٕنگی نشر کرنہٕ یوان یم لچھ
بُڈی حسینی عاشق جایہِ جایہِ سبٹھاہ عقیدتہٕ سان بوزان تہٕ تمن داد دِوان أسی ۔
شاہد بڈگامی تہٕ سجود سیلانی لیس پتہٕ لیکھی منظوم حسینی فیچر بشیر عارف تہٕ رفیق راز
ہوی براڈ کاسٹرِ وعلاوٕ نشاط انصاری، منظور ہاشمی تہٕ گلزار حضرت بلی صائبن تہٕ
کینٛہہ کأشر منظوم حسینی فیچر۔

مےٚ (شاہد بڈگامی ین) یم منظوم حسینیؑ فیچر خاص پأٹھی یوم عاشوراخاطرٕ
1963 عیسوی پیٹھ برونٹھ کن الہ پلہٕ پئتمین 45 ہن ؤری ین دوران ریڈیو
کشمیر سرینگر خاطرٕ لیکھی تہٕ نشر گے تمو منٛز چھےٚ مےٚ نِش واریاہن حسینی فیچرن
ہنٛدی مسودٕ کاغذ کمو نِشہٕ یتھ دمس تام محفوٗظ رٔ دی متہٕ کینٛژن فیچرن ہنٛدی
کیسٹ تہٕ چھےٚ میانہِ ریکارڈ لائبریری منٛز تبرکاً موجود۔ میأنی تحریر کرٕ ی متی ژٕ تجی
پیٹھی منظوم کأشری حسینیؑ فیچر أسی سوم ناتھ سادھو، پُشکر بھان، حاجی علی محمد، قیصر
قلندر، عبدالحق برق، اوتار کشن رہبر، ڈاکٹر رفیق مسعودی، بشیر عارف، رفیق
راز، شمشاد کرالہ وأری تہٕ طلحہٰ جہانگیر ہیٚو ناماوار پروڈیوسرو پیش کرٕ ی متی۔
منظوم کأشر بو حسینیؑ فیچرٕ وعلاوٕ آورِیڈیو کشمیر سرینگر چہِ یواوأنی پیٹھ ایران کِس
طرزس پیٹھ منظوم کأشر حسینیؑ تمثیل 1976 عیسوی منٛز محرم الحرام پروگرامس
منٛز براڈکاسٹ کرنہٕ یُس مےٚ (شاہد بڈگامی ین) لیو کھمت اوس تہٕ نیشنل تھیٹر
بڈگامکہِ ذٔریہٕ آو پیش کرنہٕ ۔ کربلاہچ آواز، ناو 45 ہن منٹن ہندسہ منظوم
حسینیؑ تمثیل کوٚر عوامن سبٹھاہ پسند تہٕ پتہٕ آے کینٛژن ؤری ین میأنی بیٚیہ کینٛہہ

منظوم حسینیؑ تمثیل تہٕ نشر کرنہٕ۔

سرینگرس منز ٹیلی ویژن سنٹر قایم سپدنہٕ پتہٕ آو گوڈ نکہِ لٹہِ میون (شاہد بڈگامی) سُند لیوکھمُت منظوم کأشر ٹی وی حسینیؑ فیچر ''شہیدِ کربلا'' غرہٕ محرم الحرام 1395 ہجری (1975 عیسوی) دور درشن سرینگرِ پیٹھ ٹیلی کاسٹ کرنہٕ ییمیُک پروڈیوسر بشیر بڈگامی اوس۔ سُہ اوس اکھ کامیاب تجربہٕ پتہٕ لیکھیٚ مےٚ (شاہد بڈگامی ین) تمہِ قسمکی فیچر واریاہن وٕری ین یموٚ ستی کأشرس رثأیی ادبس منز اکھ نوٚو نہج پأدٕ گیہٕ۔

ریڈیو کشمیر تہٕ دور درشن پیٹھہٕ چلاونہٕ آمتو میانیو (شاہد بڈگامی) ہٕندیو منظوم کأشرو حسینیؑ فیچرو منز چھِ کینٛہہ نمونہٕ شاہد بڈگامی ہٕندِ کلامہٕ رٕنگی یتھ کتابہِ منز شأمِل ییم یینہٕ والین زمانن منز امہِ قسمکی کأشر حُسینی منظوم فیچر لیکھن والین رہبری گرِتھ ہیٚکن۔

جدید کأشر رثأیی ادب کین تخلیق کارن ہٕندِس بڈِس کاروانس منز ییم پایہٕ بڈی سخنور واقعہ کربلا تہٕ حضرتِ امام حسینؑ علیہ السلام ہٕندِس عظیم شہادتس پیٹھ نِوس اندازس منز فکری تہٕ فنی اعتبارٕ اعلیٰ ترین کأشر شعری شہ پارٕ منظرِ عامس پیٹھ انان روٗدی تمن منز چھ ییمہِ عالمہٕ گمتی تہٕ حالے حیات سرکردٕ شأعر وعلاوٕ واریاہ نوجوان شعراتہِ شأمِل۔ اَتھ بڈِس کاروانس منز چھِ فأضِل کشمیری، رحمان راہی، دینا ناتھ نادم، پتامبر ناتھ درفانی، فارق بڈگامی، غلام نبی فراق، تنہا انصاری، امین کامل، پیر غلام نبی جوہر، رشید نازکی، پریم ناتھ شاد،

نشاط انصاری، عبدالغنی نمتہالی، غلام نبی خیال، مرغوب بانہالی، میر محمد سلیم، رفیق راز، غلام نبی گوہر، نسیم شفائی، غلام محمد غمگین، ناظر کولگامی، ہجود سیلانی، منظور ہاشمی، مشعل سلطانپوری، گلزار حضرت بلی، بشیر عارف، سید امین تابش، شاد رمضان، مجروح رشید، محمد امین شکیب، غلام محمد آجر، بشر بشیر، غلام حسن غمگین، اسد اللہ آفاقی، طارق عمر بچھ، اسحاق مجروح، محی الدین گوہر، رشید کانسپوری، بشیر چراغ، جانباز کشتواڑی، علی محمد شہباز، عزیز حاجنی، غلام حسن غمگین، ملک بشیر اطہر، ایوب صابر، ظریف احمد ظریف، ذی شان فاضل، محی الدین کاملی، غلام محمد بیدار ہائیگامی، شوکت انصاری، ڈاکٹر آفاق عزیز، غلام رسول جوش، غلام حسن شاداب، جی ایم شاداب، شہناز رشید، ظریف وڈونی، شہزادہ رفیق، غلام حسن اظہار، سعد الدین سعدی، جی آر آخون، عبدالحمید مہربان، سید جواد واحد، محمد یوسف عاجز، غلام محمد مشتاق کاشمیری، ایوب صابر، یوسف صمیم، ضمیر انصاری، حیات احمد حیات، محمد یوسف مسکین، نعیم کشمیری، نثار بڈگامی، جاوید بڈگامی، عبدالغنی اطہر، مصطفےٰ دلگیر، فیاض تلہ گامی، رنجور تلہ گامی، عبدالکریم مشتاق، رحیم رہبر، واحد پالری، غلام احمد نیازی، فاروق فدا، مشتاق مہدی، وحید مسافر، مقبول ساجد، جواہر لال سرور، سید مصطفےٰ طاہر، انجان کشمیری، پیارے ہتاش، بنسی لال تنہا، سورج کرشن سورج، شوکت انصاری، نثار گلزار، شبیر احمد شبیر ڈنگی وچھ سوپور، شبیر حسین میر زڈی بل، یوسف مقامی، ڈاکٹر غلام نبی حلیم، عنایت گل، محی الدین کاملی تا گلشن بدرنی

بیتر شاٲمل چھہٕ۔

کاشرِ رثاٲیی ادبکس موجوٗدٕ دورس منز یہِ کینژاہ تخلیق کرنہٕ آو اگر تمہِ منز پٔتمین 38 ہن ؤرین بڈگامہٕ کین سالانہٕ حسینی مشاعرن منز پیش کرنہٕ آمژٕ تمہٕ سارے حسینی نظمہٕ ژٕ مصرٲے، نوحہ تہٕ سلامہٕ چھاپ کرویم اسہِ نِش صدا بند ( ریکارڈ) کٔرتھ موجوٗدٕ چھےٚ تتھ بنن واریاہ ضخیم کتابہٕ۔ اِوٕ کٔنی کرِ اَسہِ نموٗنہٕ خاطرٕ کاشرِ رثاٲیی ادب کین جدید دور کین صرف 35 ہن شاعرن ہنز کینٛہہ شعری تخلیقہٕ منتخب کٔرتھ یَتھ کتابہِ منز شاٲمل۔ باقی انشاءاللہ آیندٕ۔



# جدید دورکۍن منتخب شاعرن

## ہِنٛد کلامُک نمونہٕ

| | | زاو | ییٚمہٕ عالمہٕ دژاو |
|---|---|---|---|
| 1 | مولانا حیرت کاملی | 1890ء | 1965ء |
| 2 | سید میرک شاہ کاشانی | 1895ء | 1971ء |
| 3 | حسین علی تنہا انصاری | 1914ء | 1969ء |
| 4 | دینا ناتھ نادم | 1916ء | 1988ء |
| 5 | غلام احمد فاضل کشمیری | 1916ء | 2004ء |
| 6 | پتامبر ناتھ درفانی کاشمیری | 1919ء | |
| 7 | فارق بڈگامی | 1921ء | 2004ء |
| 8 | پروفیسر غلام نبی فراق | 1922ء | |
| 9 | امین کامل | 1924ء | |
| 10 | پروفیسر رحمان راہی | 1925ء | |
| 11 | پیر غلام نبی جوہر | 1925ء | |
| 12 | پروفیسر رشید نازکی | 1926ء | |
| 13 | پریم ناتھ شاد | 1934ء | |
| 14 | غلام نبی ناظر کولہٕ گامی | 1935ء | |
| 15 | غلام نبی خیال | 1936ء | |
| 16 | پروفیسر مرغوب بانہالی | 1937 ء | |

| | | |
|---|---|---|
| 17 | شاہد بڈ گامی | 1937ء |
| 18 | میر محمد سلیم | 1941ء |
| 19 | غلام محمد غمگین | 1943ء |
| 20 | غلام محمد بیدار | 1948ء |
| 21 | رفیق راز | 1952ء |
| 22 | ذی شان فاضل | 1952ء |
| 23 | پروفیسر نسیم شفائی | 1952ء |
| 24 | ملک بشیر اطہر | 1954ء |
| 25 | بشیر چراغ | 1952ء |
| 26 | پروفیسر شاد رمضان | 1956ء |
| 27 | بشیر احمد شبیر ڈنگی وچھ سوپور | 1956ء |
| 28 | ڈاکٹر سید امین تابش | 1957ء |
| 29 | بشیر عارف | 1957ء |
| 30 | ڈاکٹر عزیز حاجنی | 1957ء |
| 31 | رشید کانسپوری | 1957ء |
| 32 | یوسف صمیم | 1958ء |
| 33 | رحیم رہبر | 1959ء |
| 34 | ڈاکٹر غلام نبی حلیم | 1968ء |
| 35 | گلشن بدرنی | 1968ء |



# یا حسینؑ

مولانا شمس الدین حیرت کاملی - پاندان سرینگر 1890ء - 1965ء

یا حسینؑ یا حسینؑ مےٚ چھم دَر دِل

اَمہِ کُے چھُم مےٚ افتخار و ہاے

روئے و مویک چھ یُہنْد رات دوہس

آرزو میون تے امارو ہاے

اُمتس چانہِ لولہِ سۆر گومُت

زلہِ وُن کیا چھُ عشقہِ نارو ہاے

سیّدا چھُکھ ژٕ فاطمسؑ اُچھی گاش

شاہِ مردانہؑ سُنْد دولھارو ہاے

ییٚلہِ اوسُکھ بہ دوش پاکِ نبیؐ

پر بزلوُن بختہِ بوٚڈ ستارو ہاے

اُلران منزِلس ژٕیے جبرئیل

عرشہِ پیٚٹھی چھےٚ ژٕے گھوارو ہاے

السلام السلام از حیرت

اَلمدام از جنابِ حق رحمت

☆

محرم الحرام 1387 ہجری

فقیرِ ملت سید میرک شاہ کاشانی
1895ء-1971 شالیمار سرینگر

# اُمتس تمے چھِ کأفی

لِوائے حمد در دَس
ذاتن حوالہٖ کوٚرنس
برونٹھ برونٹھ آسہِ درمحشر
کر یاد علیؑ علیؑ
حسنؑ حسینؑ شأفی
اُمتس تمے چھ کأفی
معأفی دِن پیشِ داور
کر یاد علیؑ علیؑ



حُسین علی تنہا انصاری

1914ء-1969ء۔ دلنہ بارہ مولا

# ژُمصرآے

بے مثالا دون جہانن ہُند ژٕ مولا یا حسینؑ
گٹہِ اندر روشن ژٕ دینگ آفتابا یا حسینؑ
دیُت نہٕ تأریخن ژٕ ے ہیوٗ کانْہہ بیا کھ انسان عظیم
پأدٕ زاہ سپدیا ژٕ ے ہیوٗ کانْہہ حُسینا یا حسینؑ

بس امامت چأنۍ معراجِ امامت یا حسینؑ
بس شہادت چأنۍ معراجِ شہادت یا حسینؑ
چون پرٛتھ اتمام ِ حُجت مظہرِ خُلقِ عظیم
چون پرٛتھ اقدام تفسیرِ رسالت یا حسینؑ

ییو پارو ؤدو دوکھ لد حسینس
چھوکن دِلہِ کمن اوٗشک مرہم گرِو تَس
مگر حبس تھأوی زِ یِنہٕ کانْہہ یزیداہ
ہُپأرۍ بہہ ناوِ یِیہٕ فوجا فراتس

دیناتھ ناتھ نادمؔ: 1916ء–1988ء سرینگر

## سانیٹ

پرٛتھ سَمیس منٛز ییٚتہِ دیٖار گرِکھ　　یا سون کأرِتھ یا رۄت کأرِتھ
دیٖارو ستی دُنیا دارو زیٖوٚن　　اَپُز پۄز گری گری ٹوٗٹھ مُدا
زَربانٛی ولیٚت طمہس کھورُکھ　　کمہانٛیٚ سجوُکھ حرص و ہوا
شوقس پیٚو ییٚتہِ صحراو کڈُن　　کھوچہِ کھارُن پارُد مأرِتھ
خود دار جنوں کھوٚت تیٚلہِ ورگس　　ییٚلہِ اَسمانس کھوٚت پکھہِ وٲہرِتھ
تَنہِ جامہِ فقیری ہنٛدی لأگن　　مَنہِ وُزنوُن نیٚہ میوٗٹھ صدا
پرٛتھ کانٛسہِ ہیوٚے ورتاوکوٚرُن　　سونہِ رۄپہٕ کنہِ پَزِ دِلہِ لولہٕ دُعا
کنہِ ژٔڈ ژٔڈ ہَنہِ ہَنہِ سنگلاخن　　پَتھ رۄدنہٕ کُنہ کُنہِ دِل ہأرِتھ
تیٚمی خۄنَن سگہٕ نوو لولہٕ شماہ　　تتھ ترِناویا زاہ ہَرِدِنۍ ژٔھ
تتھ کیاہ کرِ ششرُک کرٛیوٗٹھ سفر　　تتھ کیاہ کرِ واوِچ. یاوِ گلِن
تتھ خۄنس شولن شوقہٕ مَکر　　سۄدرَن بوڈِ وأنج اَژِ نٔٹھ نٔٹھ
تتھ خۄنس ییٚلہِ بَنہِ نارِ تیٚونگل　　اَسمانٛکی تارکھ تام اَلِن!
اَتھ وُشکہِ سوٚتس وُنہِ سے چھُ تژر　　اَتھ فقرس وُنہِ رِندانہٕ ادا
وُنہِ وَتہٕ ہاوُک چھُکھ ذوقِ یقین　　وُنہِ عربَن مدتس شیرِ خداؑ



# وٕدُن

غلام احمد فاضل کشمیری۔1916ء-2004ء۔سرینگر

خداوندا! مےٚ از قُلزوم دِلَس بَر
چھُ از مُحرم ، مےٚ پیٹھ اکھ بوٚڈ کرَم کر
وٕدُن چھُم ، خوٗن چھُم ہارُن، رِوُن چھُم
یمن یہوٚنی رتبن تھٔوی زِ بم مےٚ اَچھ تر



حُسینؑ ہوٚل گنڈِتھ وٕد نوٗر سپدَکھ
گٹن منز دِل اگر چھےٚ طوٗر سپدکھ
ژےٚ گوٚژھ حاصِل گژھُن ایمانِ کامِل
کمےٚ یوٚد چھُےٚ اَمی ءستی پوٗر سپدکھ



عمل نے آسہِ یوٚ دوٕے نابکارس
پگاہ کیاہ ہاوِتَس پروردگارس
وٕدُن پیہم اگر موصوٗمِ پاکنؑ
اَشک سائلاب روزبس دولہٕ نارَس



یہِ کتھ ٹاکارِ اَسی ساٚری گونہگار !
اَوٕے اَسی پاٚنی پانس چھِ بیزار
اما سَر دیُت حُسینؑ سانہِ باپتھ
اَوٕے کٔنہ اَسی خلاٚصی ہندی طلبگار



# حُسین علیہ السلام

پتامبرناتھ درفانی 1919ء سرینگر حال دہلی

مَحبُوب حُسینؑ ، ماشوق حسینؑ ، جانانہٕ حسینؑ ، دلدار حسینؑ
گنہٕ دۄر حسینؑ ، دُردانہٕ حسینؑ ، رِنہٕ ہار حسینؑ ، طۄمار حسینؑ

کاشی تہِ وَنان ، کۄفہ تہِ ونان ، کعبہٕ تہِ ونان ، بُتخانہٕ ونان
پۆز نۄرِ نبّوت ، نورِ ہُدیٰ ، پۆز اِیشورٕ سُند اَوتار حسینؑ

عرشی تہِ ونان ، فرشی تہِ ونان ، نۄری تہٕ ونان ناُری تہِ ونان
اَز بیٚاکھ خُلیلا نارس منز ، از بیٚاکھ مسیح بردار حسینؑ

چھُس تاج کلس پیٹھ ماطمہٕک ، چھُس باج خراجُک ماہوس
اِثبات حسینؑ ، اِقرار حسینؑ ، بے باک پزٕ یک گُفتار حسینؑ

چھُس ناومولُل کیٚاہ اِبن بتۄل ، زُوجان وندان چھُس سُنّت رسولؐ
گُلفام تہِ گُل اندام حسینؑ ، خوش گام تہِ خوش انہار حسینؑ

چھُس سوز دِلس منز تکبیرُک ، تلوار اَتھس منز ایمانٕچ !
توحید کدَن منز لگنہٕ دِیاہ بینہٕ گُفرو شرُک دربار حسینؑ !

شؤبان گُرِس پتہٕ کیاہ وُچھتو شمشیر سنان ہتھ رۄحِ رَجز
گُلپوش بدن چھُس زخموٕ ستی ، لاشن چھُہٕ کران انبار حسینؑ

آداب نبیؐ، آداب حسینؑ، جبرۄتِ علیؑ، جبرۄتِ حسینؑ
یم زخم تہِ کھیۓ کھیۓ ماچھِ کران اعلاے حقس انکار حسینؑ

چھُس زور مَرٕھن منز حیدرٕ سٕندی ، چھُس سوزِ دِلا پزٕ اپما نُک
شہباز صِفت جانباز حسینؑ، سردار حسینؑ، سالار حسینؑ

کُن زۄن چھُ لڑان، برؤہہ برؤہہ چھُ بڈان، پتہ پَتہ چھُ غنیمس دور کڈان
وُچھتو کہِ یزیدن تے شِمر بن رِکتھٕ کُنی چھُ گندان ٹِکہٕ تار حسینؑ

چھُس خشمہٕ بُرِتھ اُچھ نار چھکان، چھُس توتہِ مگر دِل اُندرٕ رِوان
سوٗنچان گوٗمُت کیاہ گُمراہن ، دِلریش چھُ کیاہ دِلدار حسینؑ

یُس صبرو ثباتُک پیغمبر ، یَس ساتہٕ وُٹھن پتہٕ شکر و ثنا
تسلیم و رضا ایمان یُسُند ، سوے شانِ علیؑ شہکار حسینؑ

پیکر یہِ حلیمی نرمی ہُنٕد ، سرکاٗنسہِ دِیا زانٕہہ جز مولا؟
ایثار فقط ، ایثار فقط ، ایثار فقط ایثار حسینؑ



# آسہِ یس یاور حُسینؑ

پتامبر ناتھ درفانی کاشمیری۔1919ء۔سرینگر (حال دہلی)

مہرباں تٕمی ہے چھُ داور ، آسہِ یَس یاور حسینؑ
سُے دلیرن ہُند دِلاور ، آسہِ یَس یاور حسینؑ

تَس نہٕ بٕرمہٕ راوان حشمت، مال ودولت ، سیم و زر
تَس نہٕ اَپز یک تاج بَر سر ، آسہِ یَس یاور حسینؑ

تَس کراں گُمراہ ما اَپزِبو کتھو ایمان فروش
تَس نہ کانٛہہ شیطانہٕ سُند ڈر، آسہِ یَس یاور حسینؑ

سر تٕسُند ما بأزی گارن تے مدارِبن کُن نمان
کیٛاہ تٕمِس کرِ کانٛسہِ ہُند شَر، آسہِ یَس یاور حسینؑ؟

زانٛہہ سُہ ما کرِ وختہٕ کینٛن شمرِبن ، یزیدن ہنٛز بیعت
تَس خُدی ہٕندی ما ژھبن پَر، آسہِ یَس یاور حسینؑ

نارٕ ژھٹہِ منٛز روزِ تٕمی ہے تشنہٕ کامس ڈنٛجہٕ دِل
ترٛیش سُے مُشرراو یکسر، آسہِ یَس یاور حسینؑ

سُے چھُ ہأدی ، سُے چھُ رہبر، سُے چھُ دہٕنگ رأ چھدر
سُے گٹن منٛز مہرخاور، آسہِ یَس یاور حسینؑ

سُے چھُ ملّاح ، سُے چلاوان ناو قوٕچ ، اُمتّچ
خونہٕ سَرٕ کُے سُے شناور، آسہِ یَس یاور حسینؑ

سُے کراں زُوجان نچھاور، نذرِ حق آل و عیال
آسہِ نیزس پیٹھ تسُنٛد سَر ،آسہِ یَس یاور حسینؑ

فأنیس بِلکُل چھُ باور روزِ سُے مومن کران
وِرد بَس ''اللہ اکبر'' آسہِ یَس یاور حسینؑ



(2008ء)

# شبِ عاشورا

فارق بڈگامی۔1921ء-2004ء۔بڈگام کشمیر

تیٚوٚت پَرِ ہارُن أچھن اوٚش باسہِ زَن وٚہرا اَز
زِندگی ہُتھ بوستانس یِم غمکٕی کیٚشہہ ساعت از
شاعِر یَن ہیٚرٛ ہأشمی قمرن منگِتھ اَکھ رات از

آلِ رُسلَن کرِٛ چھےٚ سبٹھٕہ ہے بیقرأری ہنٛز یہ راتھ
تشنہٕ کامَن شیر خوارن آہ و زأری ہنٛز یہ راتھ

ماجہِ وٕن نا از یہِ گوٚبرس وَلہ لگے لولاہ برَے
راتھ سوران آیہِ جگرو أخری میوٚٹھاہ کرے
آب نایاب ییٚتہِ چھُ جگرو اوٚش پئُن ژھاگمن مَلے

اکھ بنیاٛ اکھ أس بأیس گتَھ دِوان أندٕ أندٕ ونان
بیکسی اَتھ چانہِ مظلوٗمی فدا میون ژُو تہٕ جان

از حبیبنؓ عوبجسؓ وون بابہِ اَکھ ارمان چھُم
لچھ بو کرِ ہا از فدا آغس مگر اکھ جان چھُم
وون بِلالَنؓ از کرُن پوٚر ازلہِ کیٚ پیام چھُم

از بریرنؓ آب اوٚن تمیٚ سبٹھاہ افسوٗس کھیوو
تشنہِ کامو ییٚلہِ صدا دیُت جاثارو آب پیوو

از چھُ سوے راتھ ییٚمہِ کہِ صُبحُک بانگی اوس اکبرؑ جوان
از چھُ سوے راتھ ییٚمہِ کہِ صُبحُک سوروئی عالم نوحہ خوان
از چھُ سوے راتھ ییٚمہِ کہِ صُبحُک از تہِ شاہد آسمان

یہِ چھےٚ سوے راتھ باغِ نبوت کین گُلن پھوٚر قحطِ آب
یہِ چھےٚ سوے راتھ معُصمن فریاد اوس از آب آب

از سو راتھ ماہِ امامتؑ اوس ءخمس منز گہان
تارکن ہنٛدی پاٹھی یاور اَسی اَندی اَندی گتھ دِوان
از سو راتھ ییٚمہِ کِس دوہس منز خوٗن ہاران آسمان

ہاشمی زوٗنن گرہن ییٚمہِ کِس دوہس منز لوٚگ سو راتھ
ہاشمی رَتھ گو سبٹھاہ ییٚمہِ کِس دوہس منز سرٛوگ سو راتھ

از چھےٚ سوے راتھ تژ کرِ کھوَت از لول کیہو عزم و یقن
از نٔنیو وکٔمی رٔوچھ امانَت کم بنیہٕ از تتھ أمین
اُلفتُک دٔور رِشتہٕ کٔمی روٚٹ رٔٹ کمو حسب المتین

از چھےٚ سوے راتھ دوستن لوٚگ دوستی ہُند امتحان
از چھےٚ سوے راتھ وُچھ حُرنؓ پان نور و نارس درمیان

یہٕ چھےٚ سوے راتھ از کران اوس بوے بأیس الوداع
از کران اوس نوجوانا لوٚکہٕ چارَس الوداع
ماجہِ اَز کوٚر مٔنزلس منٛز شپٕر خوارس الوداع

از سو راتھ وٗن نوگلن أکی مانٛچھ کھوتہٕ یٔژ میؤٹھ موتھ
لول محکم اوس تِوٕ کنٛز یؤت آسان کرٛ یؤٹھ موتھ

از چھےٚ سوے راتھ ییٚلہِ حقس پتھ باطلن یلغار کوٚر
از چھےٚ سوے راتھ شمع حرمُک ظُلمہٕ واوَن ژھبتہٕ کوٚر
میؤٹھ مقصد از امامت کٔے زمانس فکرِ توٚر

از سو راتھ ییٚمہِ رٕکس دوہس منٛز مارٕ سون شپرؑ گو
کربلا ذبح عظیمس پوٗرٕ از تفسیر گو

21 اپریل 1966 عیسوی ☆ 28 ذالحجہ 1385 عیسوی

# حضرت زینبؑ عاشورٕ کہِ دوہہٕ

فارق بڈگامی۔ 1921ء-2004ء۔ بڈگام کشمیر

گہہ ٹُلان أس اصغرسؑ للہٕ وان تہٕ ترٛاوان اوٗش وَنا
رَتھ وَندے اَتھ ترٛیشہِ دأدِس از چھُ صبرس امتحان
گہہ سکینسؑ کُن ونان ووتھ پوپھ لُجی وُنی واتہِ آب
گاہ بیمار عأبدینسؑ أس أندی أندی گَتھ دِوان

گاہ ونان أس بأے جانس بابہِ لُجیوٚ بیٚنہِ نثار
چأنی مظلوٗمی تہٕ تنہأیی وُچھِنی ووٚنی یُٚژ چھُ بار
کیٛاہ تِمن ما چھُنہٕ معلوٗم چھُکھ حسینؑ سبطِ رسوٗلؐ
کیٛاہ یِمن ما گو مُشِتھ چھُکھ پنجتنؑ ہُنٛد یادگار

وُنی وُنی بوزَن زِ سوران آے یاور غم گُسار
ووٚنی یہِ بوزَن مارٕ گیہِ شاہ مُسلمنٕی تِم یادگار
سُجدٕسے پیٹھ ترٛاوِ سر ووٚنی یادگارِ فاطمہؑ
یام بوزُن میأنی دِلبند عون و محمدؑ گیہِ نثار

یٔژ سپنٕز بے تاب لأین ناد میٔانے دَردِلو
رَتہٕ مأنز لُجیوٚ ژٕے میٔانے قاسمٕوٚ ہا نوگلو
غش کوٚرُن ووٚنی گو یقین گذرے یہِ بنتِ مرتضیٰؑ
ییٚلہِ فُراتس پیٹھ صدا گو تھَر پھُٹٕم بأے دَردِلو

گاہ قتلٕ گاہ کُن چھَ لاران ناد لایان لبل کران
ترٛیش ژٕجیو میٔانہِ جگرو چأنی پوٚپھ کونو مران
أچھ وَندے اَتھ نازنین پانس ژٕے کٔمی یم چھو کھ دِتیِ
چانہِ سینگ زخم یتھٕ پأٹھی ہیکہِ نہٕ ڈیشتھ بأے جان

گاہ وُچھن بوے پرٛون جاماہ اکھ چھُ جامن تَل وَلان
اوس باسان ووٚنی چھُ شبیرٕ مارٕ گرٛھنگ سَنٛز کران
گاہ ونان بأیس زِ أخر یَتھ بیابانس اندر
کس پُشری تھکھ یم پٕننی شُری بیٚیہِ یہ بے کس خاندان

گاہ اَیٕسند بن آلون منٛز تیوٚت سخ تأثیرٕ اوس
کائناتُک پرٛتھ ذرا بوٚزِتھ گرٛھان دلگیر اوس
بازرن منٛز یاد پاوان أس گاہ بابُنؑ کمال
شامسٕے منٛز گاہ ونان کیٛاہ مقصدِ شبیرؑ اوس

خوٗنہٕ ڈریاوس اندر بوے بوٚڈ تہٕ بیٚنہِ روٹ ناوِنم
کربلاس منٛز بأے ترأوتھک بیٚنہِ تُل شام کُن قدم
پر پھُٹری بأے ظُلمہٕ تیرن وول شمشیرن غروٗر
ظُلمہٕ ایوانن اندر بیٚنہِ کُر بُلند پَزرٕچ علم

بابہِ نٕے ستی بیٚنہِ وُچھن پیوو عاشرُک تیٚتھ مار دار
بأے رأوِکھ ہے گبر رأوِکھ تہٕ رأوِکھ غم گسار
پیٚشنہٕ پتہٕ گُذریوو یہِ بأیس بیٚنہِ تہِ تنہا پیوو وُچھن
بوے صأبر ژالہِ ہے ما بیٚنہِ وُچھُن پیوو ءخمہٕ نار

بوے لوٗستھ سیکہِ پٹھ پیوو بیٚنہِ پیوو تیٚتھ دِل کرُن
شرأکھ ڈیٚنٹھن ییٚلہِ اُتھس منٛز قأتلس پیوو تَس وَنُن
شانٛدٕ پھِرٕہن بوے بے کس ترٛلیش مَرٕنٕچ چاوٕہن

بأے ہٕنٛدی أمی نورٕ سَرٕ نیزٕ پٹھ تکبیر پوٗر
بیٚنہِ ووٗنُس پٹھ حُسینؑ مقصدس تفسیر کوٗر
کوفہٕ کِس اَتھ بازرس منٛز یاد پیوو بیٚنہِ شیرِ حقؑ
زینبؑ دِلگیر نٕے پُر اثر تقریر کوٗر

قتٕل گاہ منٛز ٲسندی اعجاز‌َن یہِ تھوٗ زِندٕ کاینات

ٲسندِ تقریرُک اثر لوٚب عابدیٖنن نوٚو حیات

زینبؑ دلگیر احسان مند چاۓنی نَو امامؑ

چانہِ ستی ییٚتہِ روٗد باقٕے زون آفتاب دوہ تہٕ رات

14 رفروری 1968



# ہلالِ غم

فارق بڈگامی۔1921ء-2004ء۔بڈگام کشمیر

اے ہلالِ غم ژٕ ے ہووُتھ یام از پان یاد پیۆم
سےٗ امامت کے نبک آفتابِ تابان یاد پیۆم

سےٗ عزیز پوٚ یہندِ باپت سٕجد ہے یٔژ طوٗل دیٚن
یُس پھیکِس پٮ۪ٹھ آنحضورسؐ اوس شوٗبان یاد پیوم

یَتھ ترٕ واہ شتھ وٗ ری یہِ گے ازتام یُس چھُ باسان اَز سپٚن
تاقیامت یَتھ کران یاد روزِ انسان یاد پیوم

اَکھ طُفانا اَکھ دوٚکھا یٔژ کرٕیوٚٹھ ظلماہ اَکھ عظیم
یُس گرِتھ یاد عالمکی دِل گٔیہِ پریشان یاد پیوم

باغِ نبوت کٔے گُلاباہ گوشوارا عرشہِ کٔے
پایہِ بوٚڈ اَکھ رہبرا شاہِ ذیشان یاد پیوم

کیاہ وَنے کیاہ یاد پیوم کیاہ وَنے کیاہ یاد آم
اَکھ یہِ دٗریا بیٚیہِ ہُہ صحرا بیٚیہِ سُہ میدان یاد پیوم

تشنہٕ حلقاہ زہر تپرا شیر خوارا معصوٗما
نَو گُلاہ اَکھ رَتہٕ رٔنگی مَتی اَتھ ہاوان یاد پیوم

اَکھ علَم ژھینٛی مٔژ مشِک گٔری تھٕے جُدا پھٔکیٚ یُس پیوٗمُت
ہأشمی شیراہ دِلیرا مَردِ میدان یاد پیوم

اَکھ جواناہ سینہٕ ہاوان ماہ تابان گاہ دِوان
تَس گُلس یَس ترٛیشہِ دام اَکھ گو نہٕ امکان یاد پیوم

آسمانا تارکن ہُنٛد کاروانا قاٗفِلا
از وفا کیہو عزم و ایمان عہد و پیمان یاد پیوم

زبو ہوٚ چھِم قلمَس ہُرے یَم بیقرأری یِژ دِلس
پانہٕ سرور سیّد الشہداؑ شاہِ ذیشان یاد پیوم

دَردِلن باےَن تہٕ گوٚبرَن یَس کوٚرُکھ پُہرا تمام
سُے امام سُے پیشوا سُے تشنہٕ مہمان یاد پیوم

26اپریل1966ء

# نوحہ

فارق بڈگامی۔ 1921ء-2004ء۔ بڈگام کشمیر

تَس شہیدس پڑتھ مُسلمانَن ووڈُس
خوٗن ہاران پانہٕ اَسمانَن ووڈُس

گو ہوا فلوأے گاشَن پان کھوٚٹ
گو ووزُل افتاب نوٗرانَن ووڈُس

آب کھوٚت تھوٚد پان اَدِ چھووُن بٔٹھن
ووٗتھ طلاطُم شور و طوٗفانن ووڈُس

سینہٕ پھوٚٹ سنگرن تہٕ بالن سوٗر گو
آبشارن پڑتھ بیابانَن ووڈُس

مُرٕ گُلو میٖژ سَرٕو گو خم سبزٕ دوٚد
مُشک ہُری ہُری آہ گُلستانن ووڈُس

حُسنِ اکبرؑ اوس از خاکس اندر
گتھ کران تَس پانہٕ ارمانن ووڈُس

خنجرس تل عشق اوس مستِ اَلست
دُشمنن ہٕنڈی تیر بارانن ووڈُس

کوچھِ منز بابَس پھٕرِتھ نٕر یام وُچھ
شیر خوارس آبِ پیکانَن ووڈُس

اُنتھٕ روس تم تیر ہتھ حضرتِ عباسؑ
پیوٚ پتھَر یام سیٖکہِ میدانَن ووڈُس

کیاہ غلط فارقؔ گژھیا یوٚد ویوٚٹھ وَنکھ
شاہِ دینسؑ پانہٕ یَزدانن ووڈُس



9 محرم 1376ھ مطابق 1956ء

# ووزُل ٹیوٚک

فارق بڈگامی۔1921ء-2004ء۔بڈگام کشمیر

لوکٹِس سیکہِ دانس پیٹھ

کیاہ تام ووزُل ٹیوٚک

پرٛزلان ییٚژ تابان

خوشوٗن دِلس برٛمہٕ راوان

مےٚ یوٚژھ بوٹلن اوٗنگجہِ ٹینڈٕ ستی تھوٚد

مگر یہِ بڈیو

مےٚ مژراٗوی دونوے اَتھہٕ یہِ بڈیو ویٚیہِ سبٹھاہ

مےٚ مژُ رہلم دوٗیمُ کرٕس کوم

مگر یہ بڈیو میانہِ نظرِ تھوٚد

اٗمی روٗٹ تمام کائنات پانس تل

گاہ ژراوان تہٕ ساٗری ہے گاشہٕ راوان

بہٕ روٗدُس اٗخر یہ کیا کرامتھ

یہ کمیُک تاثیر یہ کمیُک بجر

3 گواٗلو یہ چھُ زاٗویُل قلمہٕ پیٚتہٕ باپتھ اکھ پھیوٚر

تیُٔتے یُتھ لیکھنہٕ یِیہِ اَمہِ ستۍ خوٗن

خوٗن ۔ اَوٕ خوٗنِ حسین علیہ السلام

یِیمہِ کہِ گِہہٕ ستۍ ووزلان شفقگ دامن

یَتھ ژھاران پانہٕ صاحبِ دورانؑ

کران آلو یالسارات الحسینؑ یالسارات الحسینؑ



# یا حسینؑ

فارق بڈگامی۔ 1921ء۔2004ء بڈگام کشمیر

پیغام چونے یا حسینؑ ما بوو جہانس!

یَتھ پتھ ژے ہورُتھ خوٗن تہِ ما ہوو جہانس

اکھ رٔہم زأنتھ أسی چھِ پھران چأنی مُصیبتھ

تأثیر تمیُک کینہہ تہِ ما اَسہِ ترٛوو جہانس

اَکھ ساس ترٛے ہتھ وٗری یوٚدگیہِ اوٗش تہِ خوٗن ہاران

کیٛاہ ہیوٚچھ پانس تہٕ بروٚنٛٹھ کنہِ کیٛا تھوٚو جہانس

سَر نوٚمراوُن موت سَر دیُن زِندگأنی میٛٹھ

بوٚڈ نوقطہِ موٗلُل اوس یہِ ما ہوو جہانس

بیٚیہِ رأچھ فُرأتس یہِ ووٚنی کینٛہ حسد بیوٚٹھ

گو زِندٕ یزید ہاے حسینؑ روو جہانس

مقصد یہِ اوس بوٚڈ تہٕ اَتھ باپار کرُن لوگ

نے پانٕہٕ ژنٛتس تھوو نہٕ یاد پوو جہانس

فأرِقؔ ہأرِتھ توٚگنہٕ اوٗشش موٚختہٕ بناوُن

رَتہٕ پھیرِ کینٛہہ تے ہأرِ سہ ما چھوو جہانس



# مولا حسینؑ

پروفیسر غلام نبی فراق۔1922ء سرینگر

لولہٕ کتھِ ہُنٛد ابتداء مولا حسینؑ
کانٛہہ اگر پڑٕژھِ انتہا ، مولا حسینؑ

لولہٕ یِتھ ییٚلہ اَنہٕ ڈَب چھلہن دِلچ
نظرٕ ڈیشن با خدا ، مولا حسینؑ

کانٛہہ نسأ از تام اَمہِ انمانہٕ آو
پوشہِ وُن بوٚڈ معجزا، مولا حسینؑ

یَتھ اماوٕسی دُنیہس منز آفتاب
پڑٕتھ زمانس منز ہسأ ، مولا حسینؑ

نیزٕ شمشیرن وکرٕمنٛز گو گُرِتھ
مرحبا صدا مرحبا ، مولا حسینؑ

شانہٕ بوٚڈ یَس شانہٕ تھاوان آیہٕ تن
پانہٕ یانے مصطفیٰؐ، مولا حسینؑ

تڑھ کتھا ہے آسہِ ہے تیلہِ کیا گیاو
یڑھ کتھا بدلے کتھاہ ، مولا حسینؑ

آبہٕ لُہرن راٲچھ کرتلہِ دٕرِ ژھ پاری
تاپہٕ ہو ہو کربلا، مولا حسینؑ

یتھ نہٕ رَنگ ڈلہِ یتھنہٕ بڑ یہہِ ژلہِ تا اَبد
سوے ہبا خوٗنی قبا، مولا حسینؑ

کاتُہہ دوٚیم کُس اوس یَس قد ماوِ ہے
کُنڑ تہٕ کیول اَکھ وتھا مولا حسینؑ

یُس دِلس منز حضرتنؑ موجوٗد اوس
سُے صدا سُے پڑیون ادا مولا حسینؑ



جبروت وناسوت وملکوت کہو مقاماتو پٹھ امامِ ہُمامؑ

# حضرت امام حسین علیہ السلام من نذرانہ عقیدت

امین کامل۔1924ء۔کاپرن۔حال نوگام سرینگر

سینہٕ ژوٹ طۆرن، شہادت چانٕی ڈیشتھ یاحسینؑ

روے کھوٹ نۆرن، مصیبت چانٕی ڈیشتھ یاحسینؑ

آہ آہ، صداہ آہ

لۆب نہٕ گُمرأہی وُچھتھ چشمو صراط المستقیم

راوراون برونٹھٕ کنہِ اَستھ تہِ جنّات النعیم

قسمتس ازلی انٕبن نے آسہِ بیرالجحیم

زانہٕ ہن تم بالضرۆر، گاش ہے کرہکھ وفا

اَنتَ سرّ الظهور ، فی جبروت الا ختراع



سجدٕ کۆر عرشن، حقیقت چانٕی ڈیشتھ یاحسینؑ

لول بۆر فرشن، صداقت چانٕی ڈیشتھ یاحسینؑ

حبّذا ، اے حبّذا

راز لاموجود اِلا اللہ، بلاشک چھِو توہی

سِر لامعبود اِلا اللہ، بلاشک چھِوتو ہی

رمز لامقصود الا اللہ، بلاشک چھِوتو ہی

چھوتو ہی لاریب فردوسِ یقین، نوُرالہدٰی

اَنْتَ مظهر الغيب ، فی ناسوت الانشاء



لوح وقلم ششدر، رضایت چائی ڈیشتھ یاحسینؑ

احدیت ہے بنگہٖ، وحدت چائی ڈیشتھ یاحسینؑ

مرحبا، صد مرحبا

ہوو وقتن کربلائمی زیوٗن، کس سپدے مات

روز کس تسنیم دَس بَس، گےٗ کمِس سٔری پیٹھی فرات

اے حسینؑ، جان علیؑ، روح محمدؐ، سِرِ ذات

کھولہِ کیاہ کاٗمل زباں، ییٚتہٕ دَم بخو دارض وسما

اَنْتَ نيرّ الايقان ، فی ملكوت البقا



# عوشُرک ظوٗن

پروفیسر رحمان راہیؔ ۔ 1925ء سرینگر

اُف

ییٚہِ چھا یُتھ کانٛہہ ظائلم ظوٗن

مَس خابس منٛز بنٛی گرٛنی گوم

سوٗ کھہِ سائوِس شیٖہجارس گوٚنڈنَم پیٚرٛہ بنہِ نار

رِکتھہِ تاں پأٹھن سوومُت اوُسم پٔتُن یہِ سیٚرٛل مَن تہٕ یہِ ناہنجار ضمیٖر

ہے عوشُرک ظوٗن!

وُ درِ چھُ والاں

گرِ یٔڈ رایو

شُرِ اِنٛہہِ رایو

نیز وشرٛاکو

بَر بٔبہٕ باکو

کرتجہِ ٹھسہٕ رایو

زَنہِ اُشی ددرایو

فوجہِ قوٚشوٗنچ مٔرٛخوٗنخٲری

بے سامانن ہنٛز تَن دأ ری

ہَے ہے عوشور ک ظالم ظوون

پکھ پھٹُر جانوارس نیلم فضہچ کل

ہَے یتھ بےٚ توژھ جسمس پیٹھ چھُ چورتہٕ گوٚمُت کلہٕ بارِ تُلتھ

صحرا صحرا ییل ژھاراں!

ئہ ہسا چھُس اکھ موموٗلی شخصاہ، اکھ بے عُنوان نفرا

میوٗن بِتُر چھا گٹہٕ پاتالس ہُد دِتھا کتابس بُتھ ہاوُن

مصلحژن ہنٛز شیشو لرِ منٛز مُتِس ضمیرس اتھٕ دِنی گنی؟

میوٗن بِتُر چھا کانٛسہِ تہٕ طاقتہٕ وأرِلس بروٚنہہ کنہٕ کأرٕ تُلنی تھوٚد

چاکھ گریبان صحراوبن دِمہٕ ساتھ تہٕ

دستارس اَتہٕ پچہٕ وأرِلتھ تُلہٕ علم نکھس؟

اکھ موموٗلی نفرا، اکھ بے عُنواں آدم

صُبح تہٕ شیہلتھ، شام تہٕ خوشبوے

دُہل تہٕ سوٚمبرن، روتُل خاب

باغس منٛز ہی تھر پھوٚ جمرٕ

دارِ دَمس بُلبُل بولاں

اَولادن ہنٛدی آتش پاگری تِلہٕ سڑکن پیٹھ پڑر تچھان

## پوٚت کل مخمل

برونٛہہ مَتھ پٲری ین ہٕنٛدی آلو

أنَس منٛز پنہٕ نے أچھ ڈیشتھ پنہٕ نُے پتھ وَن سُلہٕ ناوان

نحقہٕ مہٕ مۆژراۓیوٗن یہ شخص

زولہٕ چھَس آمٕژ مَتہٕ تُلی توس ؤں زخمن کرألی

عوشورُک ظون ووتلأ وِتھ مَتہٕ گٔری تون اوٗ ہُنٛد جۄن بیدار

نتہٕ

نتہٕ ہرگاہ چھُو پزرک باش تہٕ پزٕ چھِو مٕژرُک سال کراں

ہَلہٕ تیٚلہِ بسم اللہ......

پَلہٕ منٛز دژاس پھٲٹِتھ پونُپر

کربلہٕ ہٕکہِ صحراوُک بارٕ کوٚ نڈا یَتھ تھلہِ تھلہِ وأنجہِ ڈٕ وی توم

تاپٕنٛزٕ تۆمٕژ سکھ ژٕہہٕ نأویون میأنٛز یہِ دوٕدٕ بوچھِ زیو

خۄن حُسینٛچ اکھ زلہٕ وِنٛی ٹیٚچ میأنٛس یَتھ بے مصرف قلمہٕ پیٚتِس ہأوِد

پٕژن یہ سوٗدزُو چھورٕ چھورٕ کرٕ نأویوٗن

میأنٛین طُمہن اَندٕ وَندٕ خمن نار دِیو

پنہٕ نِس پَتھ کالس کیٚوٕ ینہٕ وأرِس کالس

ازتہٕ تیٚمی دَمہٕ لاتہٕ اِلا اللہ ہٕچ تیغ دُ دھار گُرِو

میأنِس تقدیرس بَس میأنی ۂٹ رَتہٕ لیکھو

حِزبِ حُسینیؑ زندہ باد!

عوشورُک ظوٗن کُڈُ رسوال

عوشورُک ظوٗن بےپھرُک جواب

عوشوٗرُک ظوٗن ترٕہن سِپارن اکھ معنے:

رتہٕ سٔری وَتہٕ گتھ پٔد راواں کُنٛز راہِ نجاتھ



سالانہ حسینی مشاعرٕ بڈگام۔اگست1980ء

ریکارڈ لائبریری منٛز

# لاَ اِلاَ ہُک جوہر

پروفیسر رحمان راہؔی۔ 1925۔ صورہ سرینگر

بَس اَکھ بوٗچھ ہۆت گربد وولیوو:

''ناوٕ ہنٛس سۆم گرٕ ھبس نہٕ پتھ کُن تھاوُن کانٛہہ!

اَز چھُ موقہٕ

یہ موقہٕ دُبارٕ ییو نہٕ بدس

اَز رَگہِ رَگہِ منٛز اَندرِم نفرتھ نبر ژھٕٹو

حُسینہٕ سندِس لولہٕ بہارس نار ؤوِو!

یٔزیدِ سُند چھُوٕ پاس؟

کُنی یلغار کٔرِو

وونی چھےٚ ہۆکومتھ سانٛی تہٕ مالامال بٔنو!

یِنہٕ کھوٚژِو

پٔژون عداوَتھ نٮ۪ند رِٹلیوٚن

دلچہٕ شقاوٕ ژٕنیزٕ گرو

ظمیچہِ نظر تھٕرِ وااَلماس

تاٹھ قبیلک حسد ژٕہو

پرانہِ وراثژ زہر وویو

لاتُ وہُبل چھِےٚ نادِ دِوان

ابوالحِکَم شاباش کرٕو

از چھُہ موقہٕ سبزٕ سپرس گژھِ ہاے...... گنٕنۍ

ہَرنہٕ ہٹَن شپنکیاہ تیلُن

رٕوسی گچھن رَتہٕ چانٹہٕ وُہنۍ

دوٕدِ وأنجہِ زہرِ اب ڈلُن

مأنزِ گُلن شمشیر بچھِنۍ

از چھُہ موقہٕ

حسینسؑ گژھِ از سأرِ ے امر بتہٕ کول

پیٚتھی سیکلِس مژ رأسی گژھنۍ

توحیدُک اکھ تابہٕ ڈُبُن

سُبحان اللہ!

ماشاءاللہ!

اَسمانس گووُل

تہٕ عجب آواز اکھ وۄژھ

شہپروایاں

جبرٲیل بتہٕ ملکن ہنز سنگتھ

آوازتہٕ آفاٗقی باوَتھ

ٹھنٛبٕہ رۄس چھُ صدا

بۄ چھِ ہۆت گرٛبد گورٕ زِتھ غبی آلوبٕ زِتھ شَشدر

کعبکۍ کوترُ

شبنٕمی تونتو

بیٚیہِ گاشرِ آیات پران!

بۄ چھِ ہۆت گرٛبد گۆورٕ زِتھ غبی آلوبٕ زِتھ!

یہِ چھُ یاتہٕ مُدہٕنگ وَچھوٕتھ وَنٕوُن لَہرِ ٹُلاں

نَتہٕ مَلکہِ فتحُک اِلہاٰمی اعلان



وَتَعِزُّ مَن تَشا

وَتذِلُ مَن تَشا

بد بخت یزٕید ا

افسۆس گۆ وُے کیٛاہ

ہے خام خیالا!

فرمان کۆڈُتھ کیٛاہ؟

طمہس ہاسماہ گوٚ ے

تقدیر دِ زِتھ پیوٚ ے

لا جو تھ شہنشاہ

ڈ بکہِ لأنی کوٚ رُ ے داہ

دَ ترِس ژ ے بوٚ رُتھ گوڈ

پانس سٕہ کھونُتھ کھوڈ

کربَلہِ ہکہِ مأدانہِ

پیٚتی کیاہ ساپھُجے ترانہِ

یُس پوش ژ ے پرٛنُتھ

سونتن سٕہ رَنزِ ومُت

یم ژأ نگی ژ ے ژھیوٚ رِتھ

تِم رَوِچھِ پرٛ یتھیمتی

ژھل وَنتہِ کوٚ رُتھ کس

بُتھ لوٚ گُکھ حُسینسؑ ؟

یُس خاب وُ چھِتھ ، بأطل

لعنت بأ گیی نأزِل

فأصِل چھُ توأ ر ئخک

اَوِ ازلُکہٖ تحریرُک

گوٚے روٗحِ زماں پھیر تھ

پرٕ بتھ قافلہٕ گوٚے نیر تھ

مَندٕ چھوٚے یزٕیدٕ وناو

سُرٕ بَنہٕ ژےٚ وَسی نوکاو

یُس ناوٕ ژےٚ یہناو یوتھ

یُس نوٗرٕ ژےٚ زھیوٚراو یوتھ

تمہٕ ناوٕ گرٕیزی عالم

تمہٕ نوٗرٕ پھولی آدم



گُلِ لالہٕ وُچھن پھوٚلمُت

چھُن خوٗنِ حُسینؑ موٚلمُت

اَسمانہٕ شفق شولاں

یہ چھُ خوٗنِ حُسینؑ بولاں

سَرِ نیزٕ حُسینؑ سَر

یہ چھُ لااِلا ہُک جوہر



دسمبر 1996ء کس سالانہ حسینی مشاعرس منز بڈگامہ پرنہٕ آمُت حسینی نظم (ریکارڈلائبریری منز)

# تارُک، کوٚتر، وَتہٕ گتھ

پروفیسر رحمان راہی۔1925 عیسوی۔سرینگر

اَکھ شۆ دبۆ دنبتھٕ نۆن تارُک

نیلمی نبہٕ پٹھٕ وۄتھمُت

صحراۄچہِ تاپرسیکہِ پٹھ

گُمہٕ شۆہلا وان

واوَس پھٕر گانگل تہٕ تُلُن

لَوٕ پھیۆ رتۄ وۄن گنٕڈی تھَرِ پٹھ

ژھۆپ چھُ تہٕ دِیہِ ما آسمانس فٕری یاَدی آلو

زٕمینہِ چھُنہٕ تیُتھ بِتر زِپرٕ بزٕلَن مولہٕ ناوبس

گنٕڈی نوکھس پٹھ شۆ دبۆ دلَوٕ پھیۆر

اۄبرٕ ہۆ جۆ مۆمٕنزی گُن زۄن تارُک

زۄنہِ چھُ ژھاراں

باسان چھُم بَس وُنی نتہٕ وُنی رَتہٕ سٕری موکھ ہاوبس

پانہٕ علیؑ اصغرؑ تہٕ یہِ اۄش وۄتھراَوِتھ پلوبس

سورگہٕ سَرُک پھولہٕ وُن نیلوفر

بۆنی اُس سَبز اسپز تہٕ ہنگہٕ منگہٕ



ۆزملہٕ ۆنیاہ گۆو

ہے بنگہٕ بۆنی ووڈِنی

گوڑہیر بون رَتہٕ زۆل

تہٕ پتہٕ ووٹی کلُہم داغ

لنجو لنگو رٕ سی تِس اُتھی بونہِ وۆجۆ دس پیٹھ

کُنی زٕنی پھرٕ بکہٕ وِنی کوٚتر ۆنی دِی دِی

سونچان:

نہ چھُ کانٛہہ اوُلے ، نہ چھُ پکھٕ واوِ ے، نہ چھےٚ کانٛہہ بوٚلی

بٕے رٕنمہٕ ، رٕنمہٕ کوٚت پٔنُن یہِ تتہٕ پھوٚراون دود

باسان چھُم زِ اُمِس کوٚترِ ووٹی ہیکی نہٕ زینبہٕؑ رۆس

کانٛہہ زٕنی ہمراز بٔنِتھ

زینبؑ یعنی

دزِ مرِ ہرِ پیٹھ پۆز کلچ لہرٕ اوِتھ، نوِ سرٕ

ۆپھنج کل ۆزِ ناوَن واجنیٚ بنتِ علیؑ



سرِ رہ شمع

تہٕ واوس منز ہنہٕ آمٕژ ریشمی پھیوٚت ہش ریٚہہ

وُنی نتہٕ وُنی ژھوکہِ

پوٚنپری أندی پٔکھی وُپھنأوِتھ واوس خنجر بوڑٕ ناوان

وُنی نتہٕ وُنی ژھیوٚنٔوٕ رچ نوزُک زٕژ

أندی پٔکھی اَنہِ گوٚٹ

سُہ تہِ موکلیوٚ ونہٕ، موکلیا زانٔہہ؟

پوٚزیُس کانٔہہ وَتہٕ گتھ ہمسوس

ژرژر کھنڈ شمہچہٕ ریٚہہِ ہُندر ریشمی رقص وُچھِتھ

مٔنزی لہٕ مٔتِس شوقس دٕپہٕ:

اَدٕ کیٛاہ ٹٔلو قدم۔

باسان چھُم تَس نٔصیبہٕ دارس اَڈٕ وَتہِ پٔزاران آسہِ حُسینؑ



سالانہٕ حُسینی مشاعرس منز بڈگامہِ پیش کرنہٕ آمٕژ نظم 1997ء

ریکارڈ لائبریری منز

# زہراب وزمزم

پروفیسر رحمان راہیؔ ۔ 1925 ۔ سرینگر

ترُواہ شتھ ؤری گےٚ

سُہہ واقعہ سپُد

سرِ نیزٕ کھۄتُس قلم زندگی

بےٚ سوکھ پۄژ زِلہرأ واڈٕ زعلم

ترُواہ شَتھ پیٹھی

ازلہِ ابدُک توأرتیخ رَتہٕ ئسری سپُد

عرش منظر کُلس پیٹھ سمیےٚ شَش جہتھ

سَتتی بۄلی گرراز ہوٚنزن پکھن موختہٕ چھو

نَربو وتر الَقط

دَندَن منز زدَل مشکہِ راواں چھُ آب

زہراونہِ یتھ زٕ ھرسپُد مُت سہ خۄن تشنہٕ پیکان

رَنٔزِ نو وموصوٗم ہٕٹ

ترُواہ شتھ پیٹھی

بہٕ اوُسس نہٕ تیلی زامتے

ڈُنی یھس آمتے

دَپوہے تہٕ بوزوم اکھ داستان

ڈُپِ زِہابیلہِ قابیلہٕ سُند داستان

سُے صلیبس کھٕسِتھ میٚنہٕ دِتھ داستان

کوہِ اوٚ حدُک سُہ سنگ خورِ ڈٕزھوٚپ داستان



داستان گوٚ زِ شمعس زباں رٕیھہ تہٕ واو

داستان بوزٕ وُن جنگل أندری وُہان

اَماپوٚ زمے یَتھ واقعس منز پٔنن پھوٚ رپھُٹھتھ

گرم رَتہٕ کوٚل ژٔشِم

سُہ واقعہ توٚ أر تیٚ أسِتھ توٚ أر تیٚہٕ بیرؤں خداسازوُ پھ

بدست وفا جامِ حق نوش نوش

بدستِ دغا ہوٚنی ہرٔنن دِپاں دلدلس پیٚٹھ ژٔرِو

زماں ومکاں نفیہ اِثباتہٕ کِس سلسلس زیرِ ئژ

آ تہٕ لا تہٕ اِلا سفید وسیاہ

رؤ برؤ دؤ بدؤ؟

یَتھ یقرارشوٚ بہوٚ سُہ دستار گوٚنڈ

نکارُک تقاضا ذوالفقار وأے

عجب گُلستاں پھۆلی

عجب بارٕ گٔنڈی ڈٔ دی

عجب سازِ وٲیکھ

عجب شور وولیو

رٕچ اَکھ لٔہر وٕ ژھ تہٕ تقدیر آدم سٔرِ تھ وارٕ وہ شلیے مَلک

سُہ گمنام صحرا بنیو و کربلایے معلیٰ

زہر گاہ ژھۆ رُے ناوہیۆ ت

خیالن بہ غارِ حرا اوٗ زی نہ بَل

وُٹھن ہفتِ قرأت

دِلن دَف مٔد ہٕنکی

أچھَن قاب وقوسین تہٕ اَسرارٕ میٔل

سرا بس مُشک زاونیلوفرٕک

سیہہ چھو کھ گُلا لس گریباں شفق

شُرِس ترٔیشہِ کنہِ آبِ الماس پیوٕ وچیۆ ن

تہٕ جبریلن آیات پٔری

گُرِس تام أشی ٹأری بٔری بٔری وُچھِتھ

پانہٕ پروردگارن پنٕنی رنگ چھاٴوی

ازلہٕ ابدُ ک توٲرٕ تیٚخ

یتھ بَس کنُے اکھ لفظ حُسنِ عنوان بنیو و

کاینا تس گوٗ رُکھ، ڈٕلۍ زِ سرِ سأوی اُتھو

نازنین پھوٚلدان

اُتھی منز سجوٚو کھ ستن جنتن شوٚب

گُل محمدیؐ

مُرادِ خفی

ظہورِ جلی

حسینؑ ِ علیؑ

بہٕ یُس داستان بوزٕ ناویس لو کچارٕ کٕمی تام سَرِ شام مرثی کراں

زمانن مےٚ سُے بے پناہ ماجرا باٚسنوٚو م بطرزِ دِگر

آبمعنے بدل

مےٚ باسان بہٕ چھُس وُنی کنبس پانہٕ اِستادٕ در کربلا

مےٚ پنہٕ نِس وۄجودس اندر گرم رَزم یمین و یسار

مےٚ أندی پکھی چھُ زہراب وزمزم وُزاں

خدایا بہٕ لُطفِ دَم گُن فِکاں

خدایا بپاس ِحس ہجرت وحال شامِ غریباں

خدایا بہٕ یمن دِلِ پنجتن

مثالِ عنایت مےٚ کرتم عطا

نظر، یوسہٕ دَہن بند گولابس تہٕ دَپہٕ "باوکیٔتھہ کربلا"
دٔہن یُس پرٕ ژھسم حرفِ فرقاں پرٕتھ "موت یا زندگی"؟
خدایا ژٕ دِنہٕ وول چھکھ از دِتم
سرِ شوق پرور
رَجز خواں زباں
رَگِ جانفروش
دِلِ لاتحفَ
دستِ باطل شِکن
خدایا بہٕ عشق و بہ عزم و بہ صبر و ثبات و بہ خوٗنِ حسینؑ!

سالانہٕ حُسینی مشاعرس منز بڈ گامہٕ پیش کرنہٕ آمٕژ حسینی نظم 1999ء

ریکارڈ لائبریری منز



# چون دیدار

پیر غلام نبی جوہر چراری ۔ 1926ء - 1992ء . چرار شریف

تمنا چھُم بہٕ کرٕ ہا چون دیدار حُسیناؑ دیدٕ وُچھِ ہا چون دربار

یتتھ رۄح القدس تاں پۄک اشکبار حُسیناؑ دیدٕ وُچھِ ہا چون دربار

لگوے حض تتھ وۄ جودس پأری پأری لعینو نیزٕ دِتی یتھ دأری دأری

کۄ رُتھ ییٚلہِ بأطلس بیعٔژ ژٔے انکار حُسیناؑ دیدٕ وُچھِ ہا چون دربار

دۄ پُتھ تَس وَعدٕ چھُم مےٚ ذاتہٕ ہے ستی مےٚ وۄن تٔمی وَن خدا آسنی گژھن ستی

بیعت چھُم با محمدؐ یُس چھُ سردار حُسیناؑ دیدٕ وُچھِ ہا چون دربار

گرٕے ییٚلہِ ترٕیش بند أندی أندی یزیدو سہٕ اصغرؑ ترٕیشہِ ہۄت ہاوان فقط زیو

کۄ رُن خۄن ترٕیشہِ بدلے نوش یکبار حُسینا دیدٕ وُچھِ ہا چون دربار

گمینن أکی تُلُن خنجر ژۄٹُن سٔر زٔمینس گو بنٔیل گو روزِ محشر

أمینن ؑ وۄد امانتھ رۄدتن دار حُسیناؑ دیدٕ وُچھِ ہا چون دربار

خدا ییٚلہِ پیش کرٕ تتہِ خۄنہِ جامن
مُدا چھُم جوہرس پزٕ زیرِ دامن
چھُ نالان روز و شب آسان چھُ درزٕرار
حُسیناؑ دیدٕ وُچھِ ہا چون دربار



# حضرت امام حسینؑ۔اَسہِ کُن ونان

پروفیسر رشید نازکی۔بنڈپور۔1931ء

یادتھاویۆ تام نہٕ زانکھ کربلا

جائِزٕ ے چھُنہٕ چانہِ باپتھ کربلا

یٖیلہِ نہٕ زاہ وُچھتن چھُ کیاہ اندر بلا

جائِزٕ ے چھُنہٕ چانہِ باپتھ کربلا

کربلا گو پان بنٕز رأوِتھ تھوٗن

حکُم حقہٕ۔یۆژ زندٕ روزن تے مرن

کربلا گولا تقولس پٔتھ وفا

جائِزٕ ے چھُنہٕ چانہِ باپتھ کربلا

کربلا گولالہٕ چھکرن سوبہ سو

کتھ کرٕنی تھٕزِ کارموتس روبرو

وش کرن سوچتھ نہٕ بٕجتھ پٕرتھ جفا

جائِزٕ ے چھُنہٕ چانہِ باپتھ کربلا

کربلا تھٔزرن اندر شاہ پأزشی

کربلا عشقس اندر تاجِ خودی

شورِ محشر کائناتس منز بپا
جائزِ ے چھنہٕ چانہٕ باپتھ کربلا

کربلا شہرس اندر ہارُک تژر
کربلا اَنسانٕی رفتارُک تھزر
کربلا اَنہٕ رٲژ منز صحرُک صدا
جائزِ ے چھنہٕ چانہٕ باپتھ کربلا

کربلا پزٕ کتھ وٕنِتھ نٕنی برملا
کتھ سُہ کتھ یُس سہٕ شش جہانس ولولا
موت یوٚ دیہہِ زَن تہٕ ڈلہِ بادِ صبا
جائزِ ے چھنہٕ چانہٕ باپتھ کربلا

کربلا مقتل اَژِتھ نو بانکپن
کربلا موچھِ منز ژٹتھ ظلماتٕی وَن
کربلا روبہِ ہِنٛد جلاوِچ مژ ادا
یاد تھاو یوٚ تام نہٕ زانکھ کربلا
جائزِ ے چھنہٕ چانہٕ باپتھ کربلا

(2000 عیسوی)



# وفدیناہ بذبح عظیم

پروفیسر رشید نازکی۔ بنڑپور۔ 1931 عیسوی

خاب حقیقت اسماعیلسؑ ذبح عظیمک مانے ژھانڈان

نوٗرِ نبوت، نورِ ولایت، نورِ شہادت لرِ لوٗر رپکہٕ وُن

ڈبکہٕ پپٹھ ڈبکہٕ آپرٕ وُن، سنہٕ وُن زلہٕ وُن زلہٕ وُن۔ خوٗنِ شہادت

خوٗن رٕگن منز پارُ د پارُ د، سوٗچ منقل ہوحق ہو

نمرودن وۄن میأنی خدأیی، ابراہیمنؑ ملہٕ وُس ٹھوٗس

فرعونن دۄپ میونے عالم، موٗسیٰ ہیتھ آو جلوٕ طوٗر

آیہ مشیت رٕتھ چھِھ ژھانڈان حضرت عیسیٰ گونا، بود

دب گودب گونوٗرن پرتو ژھانڈنہٕ باپتھ، ہأشم ناوٕس۔ کوٗر رگلہٕ میوٗٹھ

نوٗرِ نبوت، نوٗرِ ولایت، نوٗرِ شہادت لرِ لوٗر رپکہٕ وُن

آو محمدؐ، رحمت عالم، فاتح عالم، بوجہلن گو منذنبن شام

دٕمک دٕمِی لحمُک لحمی بوٗن ہر گوحق آگاہ

زوٗنن پان تہٕ زوٗنن عالم نوٗرِ ولایت اسد اللہؓ

نوٗرِ نبوت، نورِ ولایت دوٗشوٗے لرِ لوٗر رزاو حسینؑ

دوش پیمبر للہٕ وان نۆ رس جبرٕیلن گۄوی منزٕلی بأتھ

حضرت زہراؑ آیہِ قراٸنکی نغمہٕ گۄوان تَس ہوہوپأٹھی

آیہِ مشیت رتہٕ چھپتھ ژھانڈان ذبحِ عظیمُک معنی گاران

ابلیسن دۆپ بہٕ تہِ چھُس حأضر، نمرۆدن دۆپ بہٕ تہِ چھُس حأضر

فرعونن دۆپ میون چھُ دنیا، بوجہلن دۆپ میونۍ دوہ

سأری بدروح آے سُمتھ ژاے پیکر بیٚہِ دیُت شوم یزیدن

کرب وبلا گیہِ جاے مقرر، قطرس قطرس لۆگ پرخاش

صبرِ حسینؑس مول پرکھوو کھشنہٕ وَے شیطان گے مایوٗس؟

ابراہیمنؑ ، اسماعیلنؑ ، صبرِ حسینؑس مۆل پرکھوو

نۆرِ محمدؐ کھوٚت میٚز انس جبرٕیلنؑ دۆپ لولس تول

پتہٕ مشیت رأضی سپدِتھ ذبحِ عظیمُک مانے دژاو



# ابن علیؓ

مظفرعازم۔ (حال امریکہ)-1934ء

ظلمچ ریٚہہ اُس زورا وار سیٚکہِ صحراوس ووپدیاو نار
اُمی نارن کوٚر رحمس سوٚر اُمی نارن تزوو ژاُپتھ عار
دِہی بُزی گو چشمن ہُند آب لتہٕ مونجہِ گو نوٗرُک اِظہار
اَتھ نارس گُس دِیہِ ہے تَن کار ووگُن ووٗتھ اَکھ دلدار
آبہٕ فُراتن ییٚلہِ دِژ ژھیٚپھ اُمی دِلدارن تُج تلوار
اَتھ نارس ملہٕ واُجن تیٚہہ چھوکنس پنہٕ نُے رتہٕ فموار
نٔیین ہٕنزِ ارمانٕچ زی سُے دِلبر گو ابن علیؓ
تیٚمی تقدیرُک سر کوٚر فاش تیٚمی نٔیین ہٕنزِ کتھِ کوٚڈ واش
کارِ ووٗگنی کُر گردن پیش ٹاٹھی جگر کیو داش نداش
جِگرٕ کہِ رتہٕ رُژھروون دیٚن عرشن دیُت آلو شاباش
لوٗب اُزٕ یک رَتھِ کھالن وول ژے چھُکھ پھولہٕ وِنہٕ پکِھچ آش
ژیٚے ووگناُوِتھ دیٚنچ کاٗر ژیٚے دوٗ براُوِتھ ظلمچ لاش
ژیٚے پوٗلتھ صبرُک آیٖن ژیٚے پژٕ بزلوٗوتھ گٹہِ منز گاش
ژے چھُکھ پوٗز، ژے چھُکھ اسلام مردن ہُند مردانہٕ امامؑ

(16اگست 1988ء سالانہ حسینی مشاعرس منز بڈ گامہِ پیش کرنہٕ آمٕژ حسینی نظم)



# مےٚ چھُ ناز حُسیناؑ زِبہٕ چھُس ناوسران چون

پریم ناتھ شاؔد - 1934ء - قاضی باغ بڈگام (حال جموں)

نذرانہٕ ژٕنگی پژتھ محرمس منٛز نوح پران چون
بُستی پیٚم تراوِنی زُوان چھُس ریگ زارن منٛز
درماندٕ اُسِتھ پانہٕ مگر دیٛان دران چون
تتھ مقتلس منٛز پیکرِ صبر ورضا ایمان
محکم یقین ایثار ووفا یاد کران چون
سپدٛیا زِ زانن لُکھ اَزکی منشورِ حسینیؑ
ژٕلہِ دوٗل ژٕنتھ ظلمت تہٕ ژٕینن نور ہران چون
کانٛہہ ٹھاکھ چھُنہٕ کُنہِ دِہن درمُک ذِکرِ حسینسؑ
اوٗش دارِہران غم چھُ پژتھ انسان پران چون
مولاؑ سعادتھ کرتہٕ اَز شاؔدس ژٕعنایتھ
یُتھ سونچہِ صفن موٗختہٕ معنے روزِ جران چون

(2008ء)



# حضرت امام حسینؑ سندِس بارگاہس منز سلام

پریم ناتھ شآد۔ قاضی باغ بڈگام (حال جموں) 1934ء

خۄن دِتھ پزُرک چمن سگہٕ نووتھن
مرحبا أخر پزر پزٕرووتھن

کارواں مظلوٗم ہمت رہبری
بے کسی منز پاسبأنی دلبری

پرٛتھ قدم صبرُک تہٕ شکرُک امتحان
گُل ہران تہہ تیغ سپداں گُلستان

کربلا صحراو سکہٕ گرشُمن تٔژر
ترٛیش ژھاراں تشنہٕ لب نورِ نظر

نوجوان اکبرؑ تہٕ اصغرؑ شیر خار
خمہٕ نارو نار زینبؑ بے قرار

محشرُک عالم تہٕ خۄنی انقلاب
بے بسی منز حرم خانس اضطراب

یا حسینؑ ابن علی عالی مقام
شآد چھے سرخم گٔرِتھ سوزان سلام



## غلام نبی ناظر کولگامی

یکم جون 1935ء یاری پورہ کولگام

رَتھ ؤندِتھ روٗتُل ژٕرے وقتُک گاشر ووٗتھ یا حسینؑ
راجہِ بَبہٕ سُند تاج ووڑِ دِتھ شولہٕ نووٗتھ یا حسینؑ
قدرتن گُل اَسی لچھِ ہٕدی اَزلہٕ پیٹھ تُھری تھمتٕ
رَتھ پئن ؤندی ؤندی اَکھ اَکھ تھرِ پیٹھ سجووٗتھ یا حسینؑ
تشنہٕ گی لولہٕ اوس للواں کربلا یٔژ کال گوٚو
موختہٕ میٚزٕ پھوٚل پھوٚل بنیو و رَتھ دامہٕ چووٗتھ یا حسینؑ
جگرِ کین زخمن چھُ پھوٚلراواں یہِ اوٗش لوٗہتی گلاب
زیرو بَم لکوٗن دِلس اَکھ یاد تھووٗتھ یا حسینؑ
باکہٕ خاموشی ژھٹان وولہٕ ژین اَسنن تام دوٚد
شادمانی منز رٔژھتھ غم روز نووٗتھ یا حسینؑ
وٕہی فُرات. ووت ترٕ دامانہٕ پننٕے تنہٕ چھلان
تا اَبد آبِ رواں تَتھ تشنہٕ تھووٗتھ یا حسینؑ

تشنہٕ گی نٹہِ نارِ چیتھ دأیم ژٕ ے چھے کوثر بدس

تمہِ فراتُک آغہٕ اَکھ اَکھ ترٛیشہِ پوٗوتھ یا حسینؑ

تیز کر تٕج دارِ تَل ایمان کھٕشی سپٕدے نہٕ زاہ

زندگی چھُنہٕ موت پوشاں سپر بوٗوتھ یا حسینؑ

تا اَبد روے چون تاباں، چون ڈیکہٕ پھولوٗن دوہے

روٗتبہٕ عرشی آفتابس زوٗنہِ ہووٗتھ یا حسینؑ

معصمن ہُند رَتھ چھُکاوِتھ سوخروے گے واریاہ

سوٚم فِضا عربُک تہٕ عجمُک موٚختہٕ نووٗتھ یا حسینؑ

چھاوٕ ہتہٕ پوٚنپری گتن مُتی دأیرِتھ نأظر تھوان

ژانگہِ زألِتھ خوٗن گٹہٕ زوٗل گاشروٗتھ یا حسینؑ



# حسینؑ

غلام نبی ناظر کولگامی

یکم جون 1935ء یاری پورہ کولگام

وحدتگ جان نثار حُسینؑ
خائلقن پانہٕ کوٚر تیار حُسینؑ
راجہٕ نبیسؐ شہُل امار حُسینؑ
حیدری لالہٕ بالہٕ یار حسینؑ
تاج سونہٕ سُند شہادتس بر سر
زندٕ گأنی چھُ اعتبار حُسینؑ
رَتھ زلاں، وش اَساں تہٕ موختاں اؤش
چھُم أچھن تل سُہ تاجدار حسینؑ
یا کنڈٕبن منز گُلاب مُشک ژھٹان
یا چھُ ہردَس اَندر بہار حسینؑ



# شامِ غریبان

غلام نبی خیال۔ 1936ء سرینگر

نورہ شفقس رٔو دپتھ گُن سور عاشورُک یہ شام

زون ژٕمیو اَسمان کرٕہٕنیو

باوِہا کیاہ باوِ زینبؑ صأبہِ لژھ ہِ گیہِ شوژ پوژ

تأرکن تامت أچھن پیٚیہِ ہام وونی اوٗش ہأری ہأری

بارِ غم یوٚت تام وتر أوتھ ہکھ توٚت تام وُچھ

اے زمینِ کربلا! پرٕ ژھیوٚن یہ غمہٕ ہوٚت شام وُچھ

رأژ پھٔٹ وُزمل تہٕ کرتلہِ پین لٔج

خوٗن شرٕ پہٕ سیٚکلِس تہٕ گٔنڈی دُو پھ ین پھٔلتھ

داستانِ کربلا بوزکھ اگر

ازتہِ باسی برمحل سرتاز چھے اکھ اکھ سُطر

اکھ سوخن دِلہٕ بو وُمت یوٚ دسیوٚ دگرٕ ھبس

بے وَسامرٕ موٚرتہِ لافأنی بنان

اے زمینِ کربلا وُچھو!

ؤنی دِوان وُنہٕ چھس ژہ پأری

چشمہٕ لوسم پرأری پرأری

ازتہِ لایان چھُس بہٕ ناد

سُے حُسینا سُے جہاد

سُے حُسینا سُے جہاد

(2008ء)



# حُسینؑ

غلام نبی خیالؔ ۔1936ء ۔سرینگر

زمین چھ ترٛیشہِ پیٚمژٕ آسمان چھُ نار چھکان

تہٕ بے سہارٕ نفر کیٛنہہ پیوان ووتھان تہٕ پکان

فُرالتس اوس ہو کھُن أزی خضر گژھُن ژٕمٹھُن

بے سَتھ بیمار عیالس یہِ کربلا ڈیشِن

یٚتِمن شہادژکی عاشق ہُتمن چھُ قاتل کیٛنہہ

یٚتِمن زمانہٕ پدبن تل ہُتمن نہٕ حاصل کیٛنہہ

یکایک آو بِنٛیل ہیوٚ تہٕ ہیوٚ رتہٕ بون لرزیوو

اَماژے یہِ ماسا خبر کیٛنہہ یہِ کُس ساوأ تتھ پیوو؟

حُسینؓ آو ووں بروٚنہہ کُن دیٚس چھُ یاد کران

یہ پانہٕ از چھُ محمدؐ پژٕ یک جہاد کران

فراتہٕ! از تہِ ژٕ ے آسی سہٕ دوہہ کران بے حال

غدار آسی فتح مند وطن پرست پامال!

حُسینؑ آے شہیدٕ ے حُسینؑ گے تہِ شہید

ووِں گو مَران چھُ اگر کانہہ مران فقط چھ یزید

خیالہٕ! میر انیسن ستم یہِ سورٕ ے بوو

مہ تُل ووں کرألی ژٕ زخمن مہ پھِر ژٕ کیاہ گدریوو

# حسین ابن علیؑ

پروفیسر مرغوب بانہالی۔ 1937ء۔ بانہال (حال سرینگر)

چھُ فخرِ ختم رسالت حسینؑ ابن علیؑ
چھُ نازِ شاہِ ولایت حُسینؑ ابن علیؑ

چھُ جانِ اہلِ بصیرت، سہٕ روحِ اہل وفا
چھُ شانِ اہلِ امامت، حُسینؑ ابن علیؑ

شریعتُک چھُ محٲفظ سہٕ پاسبانِ حرم
چھُ اوجِ عزمِ شہادت حُسینؑ ابن علیؑ

وونٕدُن قبیلہٕ رسوٗلس دیٖتُن اصوٗلس زُو
چھُ ترجمانِ اطاعت حُسینؑ ابنِ علیؑ

نقابِ مکر و فریبٕک تُلُن زِ[2] بتھی والین
چھُ شیرِ دشتِ شُجاعت حُسینؑ ابن علیؑ

غریقِ ظلمت و لعنت شُمری سیاست گے
بنیوو گاشہٕ بشارت حُسینؑ ابن علیؑ

سہٕ ڈولنہٕ حرفِ حقس رٕژھ یزیدگو رُسوا
دِوان انٕمن تہٕ بصارت حُسینؑ ابن علیؑ

غصب یمن چھُ گوٚمُت حق تِمن بنِتھ قائید

کران چھُ ازتہِ قیادت حُسینؑ ابن علیؑ

لسُن بہ ذوق شریعت مرُن بہ شوق بقا

ونان چھُ یی نفاست حُسینؑ ابن علیؑ

زبان برائے صداقت وقف چھے مرغوبس

وۄنُن بہ فرط ارادت حُسینؑ ابن علیؑ



## منظوم ٹیلی ویژن حُسینی فیچر

# شہیدِ کربلا

### شاہد بڈگامی سُند لیوکھمُت

یہ منظوم حُسینی فیچر آو 7 محرم الحرام 1395 ہجری دوٗردرشن کیندر سرینگرِ پیٹھ ٹیلی کاسٹ کرنہٕ۔ کاشرِ زبانۍ منز یہٕ اولین ٹیلی ویژن حُسینیؑ فیچر کی ہدایت کارأسی بشیر بڈگامی

بسم اللہ الرّحمٰن الرّحیم

## پَسِ منظرس منز آواز:-

صُلِی اللّٰہ عَلَیُکَ یا اَبَا عَبدِاللّٰہ یالَیے تَنا کُنَا

مَعُکُم فَنُ فوزہ فوزاً عَظِیُمَا

## پیشِ منظر راوی:-

گلوب — کاینات وُچھی سبٹھاہ بڈٕ اِنقلاب

صحراۂ کاروان — کاروان یوٚت آے پوٚز نیران گے

زندگی ماتھوٚ وزمانن کانٛہہ حساب

کِتاب — تھکی توأ رتخن ورق گردأنی کران

رأوی لفظن زمانکی اِنقلاب

صحرا — پوٚز زمین کربلاہس لیکھنہٕ آوویُس سوال

روضہ امام حسینؑ — تتھ نساوُنہِ کانٛسہِ وٚزن اصلی جواب

## اکھ آواز:-

روضہ امام حسینؑ — حضرت حُسینؑ ہاوان اِنصاف کاینات

نۆرانہٕ تُھنڈِ ہردم پرتو چھ شیٚش جہاتس

یُس موت زِندگی کیُتھ آبِ حیات سپدیو
تتھ پٹھ چھُ رشک سپدان موتس تہٕ بیٚیہِ حیاتس

## راوی

گلوب

بیٚیہِ چھ ژھاران کُل جہاں مولا حسینؑ
بیٚیہِ تتھے پأٹھبن چھُ ہر سوٗ اضطراب
شینہٕ بال شینہٕ بالَن سوٗنتہٕ سُلہِ ووشلیوٗ وموکھ
بیٚیہِ سنگرمالن بتھس خوٗنُک خضاب

اکھ آواز:۔

وَیلا حُسینؑ مولا حسینؑ
مولا حسینؑ مولا حسینؑ

بیا کھ آواز:۔

عربی شار — لاننساحُسیناً ابداً واللہ

کأشُر شار — حُسینؑ أسی مُشر اُ وِتھ نہٕ ابدس تام
جہاں روزِ ہمیشہِ حُسینؑ حسینؑ کران

جلوس — ماتمِ شبیر وولہٕ سان یمِ دوشوٗے جہان
یاد پاوان پرٚتھ زمانس سبطِ پیغمبرِ حُسینؑ

یم شہیدانِ وفا زندٕ سأری جاوِدان

علمہٕ — نظرِ تَل ساتھانوسے کربلاہک ریگ زار

جلوس — خۄن ہاران تا اَبد سَتھ آسمان

کربلا شوق ویقین عزم وعمل صبر ورضا

کربلا پرٕ بتھ مرحلس منز آدمس اکھ اِمتحان

روضہ — کربلا تفسیر وفہُک کربلا بے حد خلوٗص

حضرتِ عباسؑ — کربلا عباسؑ سُند ایثار یُس ہر سو گہان

علَم — کربلاہچ پرٕزلوٗنی لوٗلچ علم لہران ژٕو پأری

کربلا سانہِن وجوٗدن نوٗرٕ پنٔنے گاشہٕ وان

## کربلاہچ علَم

واریاہن آوازن منز:

علمہٕ جلوس — عزم وعملُک نشان — کربلاہچ علم

علمہٕ جلوس — سامہِ سوٗرے جہان — کربلاہچ علم

اَتھ وُچھتھ رَتھ گرٕکان

// — بروٗنہہ پکان کاروان

رہنما پاسبان — کربلاہچ علم

نوٗرٕ آگُر گہان

گُل جہان گاشہٕ وان

| | | |
|---|---|---|
| // | میوٚن بوٚڈ آستان | کربلاہچ علَم |
| | مٔنز لُکھ پے لبان | یُس تہٕ کانٛہہ اَتھ سنان |
| علمہٕ جلوس | اُلفتس ترجمان | کربلاہچ علَم |
| مُسلسل پکان | سربُلند بیٚیہٕ عیان | |
| | روزِ بروٗنٛہہ بروٗنٛہہ پکان | |
| | جاودان جاودان | کربلاہچ علَم |
| فارسی شعار | زاں تشنگاں ہنوز بہ عیوق می رسد | |
| | فریاد العطش زِ بیابان | |

(محتشمؒ)

## راوی

| | |
|---|---|
| گُلاب تھٔر | تا یہٕ ترٛسِ سیکہٕ پٹھ وُچھم اَڈ پھٔلی گُلاب |
| صحرا | نینوا اَتھ قحطِ آبس کُن وُچھان ہاران خوٗن |
| | خمہٕ گاہس مٔنز کران شُری آب آب |
| خمہٕ | قتل گاہس مٔنز سبٹھاہ سرٛوگ خوٗن اوس |
| آبِ رَواں | اَتھ فراتس مٔنز مگر نایاب آب |

## نوحہ

| | |
|---|---|
| پوشن | پوش اڈٕ پھٔلی برٕ گۓ یہٕ چھُ طوفان |

ہٕنٛدی — تشنہٕ موصوٗم تھاوِکھ منٛز بیابان

واریاہ — رٕ دسوٗتس للہٕ وُن جگرس داغ

منظر — لوٗ واصغرؑ چوٗوُکھ آب پیکان

آبِ رواں — یتھ زندگی پزٕ بتھ دوہ عاشوٗرا

آب وٕزی وٕزی کربلا یاد پاوان

## راوی

صِحرا — یم صداعرشس تہٕ فرشس پیٹھ گژھ بزان

بہارُک — العطش بَس العطش سأری کران

منظر — نو بہارس منٛز چھِ اَڈٕ پھٔلی گُل ہران

زندگی احساس پزٕ بتھ کانٛہہ تریشہِ ہوٚت

پکہٕ وِنہٕ آبُک — تنہٕ چھُ سخ شرمندٕ ییہٕ مُضطرب آبِ روان

منظر — تنہٕ چھُ باسان تریشہِ ہُتی دوشوے جہان

## نوحہ

ریگستان — برٕ گُلستانِ زہراؑ منٛز ریگ زار سپد یو

گوٚ خوٗنہٕ سٔری بیابان ہے لالہٕ زار سپد یو

گلاب پوش — پھولہٕ وِنی گلاب سأری پزٕ بتھ کانٛسہِ بیقرأری

عاشوٗرِ کس دوٗہس منٛز بَرِ یُتھ بہار سپد یو

ڈیشتھ چمن تہٕ نوٗ گُل لب تشنہٕ لاوی سنٛبُل | پوشن ہٕئندی

لوٗگ داغ پر ہتھ بہارس پتہٕ اشکبار سپد یو | واریاہ قسم تہٕ

سَتھ رأو بیقرارن بیٚہِ انتظار موکلیو | سونتہٕ واوتہٕ

قوٗربان مشکہٕ ہے ہَے ییٚلہِ آبدارٗ سپد یو | رؤ دمشکیزٕ

## راوی

نعرہ تکبیرِ کرٕ دَوان کوٗفی اتھن کیتھ شرٗ اکہٕ ہتھ

رؤ برؤ چھکھ سٕے بناے لا اِلا اسبطِ نبیؐ

جنگ کرُن مولا حسینؑ آسہِ ہے یوٚ دوے مُدعا

اِبن حیدرؑ ہاوِ ہے تیٚلہِ ظالمن گُس گوجری

## نوحہ

زِندٕ تھوٗوُتھ لا اِلا اے شہیدِ کربلاؑ .

نوٗرِ چشمِ مُصطفیؐ اے شہید کربلاؑ

نعرہ تکبیرُک گرٕزیو چون لولک سُجدٕ پیٚو

تی وُچھِتھ شوقان خدا۔ اے شہیدِ کربلاؑ

چون ماتم انقلاب چون محبت لاجواب

چھُکھ خلوٗصُک انتہا۔ اے شہیدِ کربلاؑ

چانٛژ مظلوٗمن چھِ تھَر بے کسن ژٕے کُن نظر
شُہرٕ چوٗنُے جا بجا۔ اے شہیدِ کربلاؑ

## راوی

| | |
|---|---|
| صحرا | الامان واٰنا کھ صحراہس اندر مُحشر بپا |
| صحراہس منٛز | شاہِ اُمت رُوٗ دتنہا اَتھ بیابانس اندر |
| جانور | قتل گاہ رَتہٕ بَرنہٕ آو اَتھ منٛز شہیدانِ وفا |
| ژلان | جا بجا تٔمی خوٗنہٕ سُری اکثر بہٕ سر |
| | حضرت عباس اِبنِ مُرتضٰی شیرِ خداؑ |
| | پیٹھ فراتس خوٗن خوٗن ونہِ معصمن تس کُن نظر |
| عاشوٗرک جلوس | نازنین مہرازٕ قاسمؑ حسرتگ اکھ انتہا |
| ہانکلہٕ واینگ | اوٗسجس، عونس، بریرس جان فدائی ہُند مژر |
| نقطۂ عروج | عابدینؑ بیمار ہلہِ ہانکل گنڈِتھ وا حسرتا |
| | بنتِ حیدرؑ زینبؑ دِلگیر فولادُک جِگر |
| آفتاب | اہلِ بیتن پاسبان گۓ پتھن تام اکہِ اکہِ جُدا |
| لوسنگ | اَتھ بیابانس اندر یوٚد لوٗس دپنگ آفتاب |
| منظر | پوٗری کنٛی کھوٚت نوٗ روہران گوامرسے انقلاب |
| آفتاب | لبیک یا ابا عبداللّٰہ الحُسینؑ |

کھسنگ منظر لبیک یا اَبا عَبداللہ الحُسینؑ

روضہ حضرت امام حسینؑ لبیک .لبیک .لبیک .لبیک .لبیک



یہ فیچر چھُ دیدارناؤ میانہِ شارِ سومبرنہِ منز 1987 عیسوی منز
چھاپ گومُت۔ (شاہد بڈگامی)

منظوم حُسینیؑ

ریڈیو فیچر

# کُل ارضٍ کربَلا

# و

# کُلُ یومٍ عاشُورا

شاہد بڈگامی سُنْد لیوکھُمت یہ حُسینیؑ فیچر سپُد یومِ عاشورا

1402 ہجری ریڈیو کشمیر سرینگرِ پیٹھ نشر

اَمِکی ہدایت کارٲسی اوتار کرشن رہبر

بسم اللہ الرّحمٰن الرّحیم

# پَسِ منظرس منز صوتی اثرات ۔ ماتمی جلوٗسچ نوحہ خوٲنی

اکھ آواز — کُلُ ارضِ کربلا و کُل یومِ عاشورا

یہ آواز رَسہٕ — کُلُ ارضِ کربلا و کُل یومِ عاشورا

رَسہٕ دۄران — کُلُ ارضِ کربلا و کُل یومِ عاشورا

## پَسِ منظرس منز نوحہ خٲنی ہٕندی صوتی اثرات

**راوی** — کاینات سورُے سراپا کربلا

زِندگی پزٕ بتھ دوہ چھُ عاشوٗرلتہٕ عالم نینوا

## پَسِ منظرس منز نوحہ خٲنی ہٕندی صوتی اثرات

اکھ آواز: — وَیہِہ کربلا — وَیہِہ کربلا

واحسرتا — واحسرتا

ویلا حُسینؑ — موٲلا حُسینؑ

ویلا حُسینؑ — موٲلا حُسینؑ

## پَسِ منظرس منز نوحہ خٲنی ہٕندی صوتی اثرات

**راوی** — کربلا عزمک ۔ ارادُک اِنتہا

کربلا ۔ ماتم ۔ الم ۔ کرب و بَلا

کربلا جُرأت تہٕ معراجِ وفا

کربلا رتہٕ میلہٕ لیوٚ کھمت لا اِلا

کربلا تفسیر قرانک باللہ

قاری (قرآن مُقدس---)

وَلا تقُولُوا لِمَنْ یُّقْتَل فِیْ سَبِیْلِ اللّٰہِ اَمْواتٌ ط

بَلْ اَحْیاءٌ وَّلٰکِن لَّا تَشْعُرُوْن ط وَلا تَحْسَبَنَّ

الَّذِیْنَ قُتِلُوْا فِیْ سَبِیْلِ اللّٰہِ اَمْوَاتًا ط بَلْ اَحْیَاءٌ

عِنْدَ رَبِّهِمْ یُرْزَقُوْنَ.

آواز

یم لُکھ خوداین سٕنٛزِ وَتہٕ منٛز مارٕ گے

تِمن مہٕ وٕنِو زانٛہہ مُردٕ تِم چھِ زندٕ

پوٚز تۄہہ چھُوٕنہٕ تِہنٛز زندگی ہنٛدِ

حقیقتُک شعوٗر......

یم لُکھ خوداین سٕنٛزِ وتہٕ منٛز شہید

کرنہٕ آے تِم مہٕ زأنِو وُکھ

زانٛہہ مُردٕ بلکہ تِم چھِ زندٕ تہٕ

پننس پروردگارس نِش روزی حاصِل کران۔

**راوی**

صداقت چھ اَبدی حُسینیؑ شہادت

ہدایت تِمٕک اُمتس تا قیامت

امامے حسینؑ نوٗر آگر چھُ باللہ

شِلُک گاش زِگتس چھےٚ تہنزِ ے عنایت

شہادت چھُ منزل۔ شہادت چھُ حاصِل

شہادت مُقاماہ عظیم لانہایت

# مولا میون

شانِ امامت سمیس ہاوان شہیدِ اعظم مولاؑ میون

سُجدس پیٹھ یِیلہِ سرنوٚ مراوان شہیدِ اعظم مولاؑ میون

خوٗنِ حسینؑ چھُ موکھ وو شلاوان محکوٗمن بیٚیہِ مظلوٗمن

آزادی ہُند ڈکہِ پڑ بزلاوان شہیدِ اعظم مولاؑ میون

غمِ مولاؑ یِیلہِ دِل کُمہِ لاوان ہاوان ئنٔ معجزِ بسیار

تمہِ پتہٕ روٗضس بَرمُشراوان شہیدِ اعظم مولاؑ میون

کھوچہِ کھائِتھ لول پرکھاوان قول و قرارُک یتھ معراج

ذبحِ عظیمُک معنی باوان شہیدِ اعظم مولاؑ میون

عاشورکہِ شبہِ ژائنگی ژھسوراوان محوِ عبادت خمس مشر

ماہِ امامت اِدِ گاہ ترٛاوان شہیدِ اعظم مولاؑ میون

**راوی** حضرتِ عباسؑ عربک نامدارؑ

ابن حیدر تشنہِ ۔ کوتاہ پُر وِقار

سَر وِ قد عالیٰ ہمت عزت مآب

شانہٕ بوڈ نِپر کربلاہک علمدارؑ

علم اِسلامچ چھ سۄ مِتھ زوراوارؑ

عاشورک دوہ ظلمگارن گٔن ونان

**رجز حضرت عباسؑ--**

واللہ لو قطعتم یمینی

لا حملن مجاھِد اعن دینی

وعن امام صادقؑ امین

سَبطا البنیؐ الطاھرا لامین

"خوداہیہٕ سۄنز درٕ ے اگر تۄہی مےٚ ڈٔچھن اتھ ژٹو

بہٕ ہمیشہٕ دینہٕ باپتھ جہاد کرنہٕ نِشہٕ پتھ

میون امام چھُ پۄز زیٛور تہٕ اٚمین

سُہ چھُ حضرتِ رسولؐ سُند فرزند سُہ مقدس تہٕ اٚمین"

**راوی**

خٕمہٕ گاہک گوش اکھ خاموش زن

عابدین سرورؑ بہ سوکھ بیمار تن

قتل گاہک حال ہر دم نظرِ تل

اِنتہاسپدِ تھ ونان اوس دُشمنن

خطابِ حضرت امام زین العابدین۔ بطرفِ فوجِ شام:

یایتعن تنظرو نَ اِلٰی رسول اللّٰہ اِز یَقُوْلُ لَکُمْ قتلتم عِترتی و انتھکتم حُرمتی فِلسِتم مِنْ اُمّتِیْ

"اے دین کہو دُشمنو پگاہ کُس بُتھ دِیو حضرتِ رسول اللہؐ ہس ییلہِ سُہ توہہِ پڑ ژھوزِ توہہِ کیازِ کُری ووکھ میأنی اولاد قتل تہٕ میأنی حُرمت رٔچھوٕنہٕ یزیدی پرستارو توٚہی چھوٕنہٕ میأنہِ اُمتہٕ منٛز"

## تلوارِ جنگکو صوتی اثرات۔ شور

### راوی

کوٗفین گو بروٚنتھ ییلہِ آو بروٚنٹھ کُن اکبر جوانؑ
شبیہٕ پیغمبرؐ اِمام عالمُن سُے جانِ جان
بأنگر عاشوٗرک شہادت گاہ ووت
پایہِ بوٚڈ عالی جناب کوٗفین کُن یہِ ونان

### رجزِ حضرت علی اکبرؑ

انا علی بن حُسینؑ بن علی
نحنُ ورب البیت اولیٰ بالنبی

تااللہ لا الحکم فینا ابن الدعی

ءَ پچھس علیؑ ابن حسینؑ ابن علیؑ ۔رب کعبئک قسم زِاءِسی چھِ

حضرت نبیؐ ءِسندی قریب تۂ زیادِ حقدار

## جنگکی صوتی اثرات

### راوی

حضرتِ قاٗسم مُجاہد نوجوان اِبن امامؑ

کفن بردوش خوٗنہٕ ءٕسری مہرازِ یُتھ اکھ خوش اندام

تہنٛدِ رجزُک گربز چھُ گژھ بزِ ناوان سورُے نینوا

دم بخو دسپد ان تُان سورُے یزیدی اژدھام

## رجز حضرتِ قاسم علیہ السلام

اِن تنکر وا فانا ابن الحسن

سبط النبیؐ المصطفیٰؐ الموتمن

ھٰذا حُسین کا لا یسر المرتھن

بین اُناس لا سقوا صوب المزن

اے اعدائے دین اگر توہیٛ مےٛ زانان چھِوٕنہٕ۔

زاٗنوزِءَ پچھس حضرت نبیؐ آخر زمان سُند جگر پارٕ۔

قاٗسم ابن الحسنؑ ۔تۂ یہِ چھُ حضرت حسین علیہ السلام

یُس دہین کہو دُشمنو پڑ بتھ اندِ وڈ لُمت چھُ ۔ خداوَندِ کریم

گرِن دُشمنن دُشمنی عِوض بارانِ رحمتہٕ نِشہٕ محروٗم ۔

## پسِ منظرس منٛز گری دور ملک شور ستہٕ جنگک ماحول

### راوی

باغِ نبوَ تکی مُشک ژھٹہٕ وِنی گُلاب

وارے پڑنا وِکھ تِمن پھوٚ رقحطِ آب

قتل گاہس کُن وُچھان یم اہلِ بیتؑ

ماجہِ گوٚبرن کُن وُچھِتھ سیدان بےٚ تاب

شامِ عاشورا تام گو ظلمس تمام

پوٚز شروٗع سُے حسینی انقلاب

یس ہُنتھ پڑ بزلان پڑ بتھ اَندِ آفتاب

## حُسین ابن علی ۔ نظم

حُسینؑ ابنِ علیؑ پیہم تہٕ ابدی اِنقلاب واللہ

شہیدِ کربلا پڑ بزلان ہردم ماہ تاب واللہ

☆

وُچھِتھ صحراتہٕ گو حأران علیؑ اصغر تتھے شوقان

وڑھن پیٹھ تس اُسن ۔ وڈشلان وزل اڈ پھوٚل گلاب واللہ

☆

معیارِ ے گو بدل وفہس علم ییٚلہِ علمدارن تُج
عباسؑ نامدارن ہوو وفا تیُتھ بے حساب واللہ

☆

گرٕھان کوٗی چھِ حأران رٔ بروٗڈیشان نبیؐ باشان
علی اکبرؑ ژلان تھوٚ دروے نأزس ییٚلہِ انقلاب واللہ

☆

قتل گاہک دِگر و شامُک سفر ماتم تہٕ غم پیہم
صدم تیُٚتھ زینبِ کُبریٰ وُچھان راوان تاب واللہ

☆

اچھُر اکھ اکھ ییمیُک پرٛتھ ازلہٕ ابدُک رازنٔی راوان
غریبِ نینوا لوچھ خلؤصچ بُڈٕ کتاب واللہ

## راوی

جاں نثأری ہٕنز رہوایت تھأو بدلاٚوِتھ ییمو
جانبازوٚ سرفرازوٚ جاں نثارو رہبرو
تِم تِمن نِش موت باسان ماچھِ کھوتہٕ واراہ موٚ دُر
تِم ییمو دوٚپ سر رَچھو پوٚز دینہٕ باپتھ سَر دِمو
سُے حبیبؑ ابنِ مظاہرؑ اوسجہؑ عالی جناب
عونؑ محمدؑ بیٚیہِ زُبیرؑ عِزت مآب

حُرٗ تہٕ عابسؓ اسدیؓ شاکرؓی ہیٚہ سایدؓی
تِم یِمو رَتہٕ میلہ کُر تحریر تقدیرٕچ کتاب
تِم یِمو اوٚن کائیناتس منٛز سٕہ اَبدی انقلاب
کربلاہکۍ جانباز ازلہٕ اَبدٕ کی سرفراز
تِم یِمو ہوو عالمس شوقِ شہادت بے حساب
تِمو یِمو دیُت باطلس دندان شکن ابدی جواب
تِم شہیدانِ وفا۔ شوقہٕ ناوان کاینات
ذِکرِ شہدائے وفا مُشکہٕ ناوان شش جہات

## نوحہ

میوٚن روح قُربان چانٛہن پاے نازن یا حُسینؑ
چون غم مرٛہم دِلن بس دِلگدازن یا حسینؑ
چانہِ آستانُک عکس میانِس وۄجوٗدس گاشہِ ران
ناو چون تاویزٕ حاصل چھُم نیازن یاحسینؑ
میوٚن مولاؑ چھکھ تہٕ چانِس موحبتس بدلٕے اَثر
تی وۄم پرٛتھ عاشقن داناے رازن یا حسینؑ
شوقہٕ نوو تِمۍ لولہٕ سٕجدن چانۍ یزداں تا اَبد
گوٚو معیاری تھوٚو سبٹھاہ سٕجدن نمازن یا حُسینؑ
کربلا پرٛتھ ساتہٕ پزٕ کنۍ زندگی ہُنٛد اِمتحان

مرحبا ہردم چھُ چانئن جانبازن یا حسینؑ

اوٗش أچھن ہُند چانہِ موکھ ییلہِ عوشرُک دوہ گووزُل

سُرخ روٗیی أب توے پرٛتھ سرفرازن یا حُسینؑ

## پسِ منظر۔ میدانِ جنگُک ماحول۔ شور

### راوی

عائشرُک پوٚت وَکھووُنی تنہا حُسین

صَبرٕ تا ٹُک بادشاہ مولا حسینؑ

بأے بنٛد یاوَرتہٕ اَکھا اَکھ جاں نثار

نوٗرِ شمعس گئے فدا تنہا حُسینؑ

تَتھ بیانس اندریُس اِمتحان

عشقِ مولاہسؑ چھُ ازمولاہوان

## پسِ منظرس منٛز شور۔ میدانِ جنگ

**آواز** یَا اَیّتُھا النفسُ المطمئِنۃ

ارجعی الیٰ رَبک رٰاضیۃً مرضِیۃ

"اے نفسِ مطمٔنہ۔ پنٕنس پروردِگارس کُن پکھ۔ ژٕ چھکھ

تَس نِش خوش تہٕ سُہ ژٕے نِشہٕ رأضی"

### راوی

عالمُک رہبر۔ حسین ابن علیؑ

موتکین اچھرن چھُ بخشان زِندگی

راوی مسلسل دشمنن کُن شاہِ دینؑ ۔ مولاؑ ۔ ونان

## رجزِ حضرت اِمام حُسینؑ

القتل اولیٰ مِن رکوب العار

والعار اولیٰ من دَخول النار

''عزتُک موت چھُ ذلت چہِ زندگی نِش بہتر''

کیا توٚہی چھِوٚ مے موتہٕ ستی کھوژنہٕ ناوان

کیا تُہنز بدبختی وا تیاہ تتھ حدس تام

زِ توٚہی کرِ وٚ مے قتل............

موت چھُنہٕ جواں مردس عار بیٚلہِ سُہ اسلامچہِ وتہِ منٛز

جہاد کرن وول آسہِ ۔

## پسِ منظر: گرِ دورِ ناوِ تک شور۔ نوحہ خانی۔ حُسینؑ حُسینؑ حُسینؑ

## نوحہ

روزِ جہاں تا ابد لولہٕ کران حُسینؑ حُسینؑ

سوزِ جگر چھُ کربلا دِل چھُ سراں حُسینؑ حُسینؑ

شانِ امام پرکمال زیرِ خنجر چھُ بے مثال

عرش وفرش ملکھ خلق سوٚرِ پران حُسینؑ حُسینؑ

گٗو زٕ ژٔتھ چھُ آبدار علم رٔژتھ چھُ علمدارؑ

عہدو وفا عباس سُند چاو بران حُسینؑ حُسینؑ

علمہٕ جلوٗس تہٕ ذوالجناح جلوٕ تُھند چھُ باخدا

ازتہِ چھُ عاشقن ہلم پانہٕ بران حُسینؑ حُسینؑ

چاۓ ندا تہِ شاہدا وأتی مے بوزِ کربلا

سأنی جسم تہٕ روح ودان نوحہ پران حُسینؑ حسینؑ

**پسِ منظرس مشٗ نوحہ خأنی ہُنٛد شور**

**آواز** الا ذبح الحُسینؑ بکربلا الا قتل الحُسین بِکربلا

یہ آواز پانژِلٹہِ گربزان تہٕ رَسہٕ رَسہٕ دوران

**پسِ منظرس مشٗ۔ نوحہ خأنی ہُنٛد شور۔ وَدٕنکی آلو**

**راوی**

خونِ سروۡرؑ کھور مَلکو آسمان

وقتِ قتل سید شہدا مشکلاہ سپد یابَیان

گردِ وٗ لُمت پرٕ بتھ طرف سورٕے جہان

پرٕبتھ طرف آلو گرٔ بزان

یاحُسینا واحسینؑ

واشہیدِ کربلا

# نوحہ خأنی تہٕ ودنک زبردس شور

**آواز** صلی اللّٰہ عَلَیکَ یا اَبا عبداللّٰہ

یا لَیتَنا کُنّا معکم فن فوزہ فوزاً عظِیما

یہ آواز پاٹرِ لٹہِ گرہزان تہٕ رَسہٕ رَسہٕ دوران

پسِ منظرس منز نوحہ خأنی ہُند شور

ہانکلن ہُند شروٗنی شروٗنی تہٕ ودنک صدا تہٕ سلام بحضور امام عالی مقامؑ

## سلام بحضور مولا علیہ السلام

اِسلام سلام لولچ گرٕ تو قبول مولاؑ

أسی آے آش تھأوِتھ اَسہِ زٕٹ یہ چأنی درگاہ

بنہِ نوٗر نوٗر ڈیشتھ وَنہِ یا حُسینؑ باللّٰہ

سَنہِ شوقہٕ دول کانژاہ اتھ بارگاہِ ہرگاہ

عالم سلام سوزان چأنس عظیم خوٗنس

عرشس ڈیکس لیوٗ کھمُت زٕبے رتہٕ میلہِ ٹوٗٹھ گلی ماہ

موٗتھ خوٗنہٕ دِل موکھس از شفیقو زمین لرزیوو

گوخوٗنہٕ ئری تتھے کنہٕ پرٕبتھ طرفہٕ ہیٚہٕ قتل گاہ

اَسہِ روضہٕ چون مولاؑ تھوٗو روبرو ہردم
شاہدؔ تھٕکان سوٕے کتھ موکلیوٕ تِمس تہِ آگاہ



یہِ حسینی فیچر چھ دیدار ناو میانہِ شارِ سومبرنہِ منٛز نومبر 1987ء منٛز چھاپ گومُت۔

## منظوم حُسینیؑ

## ریڈیو فیچر

# شامِ غریباں

شاہد بڈگامی سُند لیؤکھمُت یہِ حُسینیؑ فیچر سپُد ریڈیو کشمیر سرینگر پیٹھ 10 محرم الحرام 1407 ہجری تہٕ 7 محرم الحرام 1408 ہجری نشر تہٕ اَمِکی ہدیت کار اُسی ڈاکٹر رفیق مسعوٗدی۔

یہ حُسینی فیچر آو پتٕمین 22 ہن ؤری ین دوران واریاہ مقبول آسنہٕ کنہِ واریاہِ لٹہِ یومِ عاشورہس پیٹھ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھ نشر کرنہٕ۔

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

پسِ منظرس منز صوتی اثرات

(واریاہن لۆکن ہنزِ ماتم دأری ہُند نقطۂ عروج)

یا حُسینؑ۔ یا حُسینؑ۔ یا حُسینؑ

**آواز** (ماتمس منز نمایاں)

یَتھ بیابانس اندرۆنی لۆس دہنگ آفتاب

ریگ زارس منز بپا گو کربلاُک انقلاب

**(ماتمی جلوٗسکی صوتی اثرات)**

واویلا صد واویلا ہے ہے ظُلم کربلا

**(ماتمی جلوٗسکی صوتی اثرات روایتس ستی ستی)**

**راوی**

نے نوا ئک کرۆٹھ سیٹھ صحراوتہٕ۔ یہ شام

خۆنہٕ حُسینہٕ بیابانس گرِتھ چھر کاوتہٕ۔ یہ شام

قتل گاہ حسرتتہٕ ووٗنی اکھ ٹھہراوتہٕ۔ یہ شام

خمہٕ گاہ ژلہٕ لارٕ خمن جلاوتہٕ۔ یہ شام

وُنہٕ چھُ گرہزان زمین کربلا یہ دشتِ بلا

وُنہٕ چھِ جناب زینبؑ لایانؑ مدینہٕ کُن صدا

**آواز** یا جدّا یا رسولؐ ِ خدا

هٰذا الحُسین باالعَزاء

وَبَناتک سَبایا

وذریتکَ مقتلة تسفی عَلَیھَا الُصَبَاء

آسمانس منز گریزان ہر سوصدا

الا ذبح الحُسینؑ بِکربلا

الا قتل الحُسینؑ بِکربلا

(پسِ منظرس منز گری دورِ ناوٕنک شور)

## نوحہ

شہید گو حضرتِ شبیرؑ ہے ہے ریگ زارس منز
گُلستانِ محمدؐ وائے برٕ گو نو بہارس منز
فراتُک آب وٕزلیومُت تہٕ لہرن رنگ بدلیومُت
تمیُک پرتو چھُ ہر سوٗ ژلہٕ وِنس پرٕبتھ آبشارس منز
بیابانس اندر حسرت تہٕ وحشت پرٕبتھ طرف ؤہرِتھ
شُربن وُنہٕ زینبؑ کبریٰ ژھاران ءخمہٕ نارس منز
سِتم بوٗڈ شام عاشورُک صدم اکھ اکھ پھِرن مُشکل
مُدَے گنٔڈی گنٔڈی چھِ موصُم قتل گاہ کُن انتظارس منز

(صوتی اثرات۔ بیابانس منز واوُک شی شی)

## راوی

گُلستان فاطمہؑ اوس اَدی اَدی پُر بہار

آفتاب دینؑ ہیتھ اوس زون تارک تابدار

اَتھ بیابانس اندر بۂ گو بہار

نو گُلن صد پارٕ دِل تم داغدار

برزمین کربلا بارید رفت

لالہ در ویرانہ ہا کارید رفت

تا قیامت قطع استبداد کرد

موجِ خوٗنِ او چمن ایجاد کرد

بہرحق درخاک وخوٗن غلطیدہ است

پس بنائے لا اِلا گردیدہ است

(اقبالؒ)

## پسِ منظرس منٛز ماتمی جلوٗسکۍ صوتی تاثرات

### نوحہ

| | |
|---|---|
| بنائے لا الا | حُسینؑ ابن علیؑ |
| چھُ زندگی مدعا | حُسینؑ ابن علیؑ |
| عشق چھُ انتہا | حُسینؑ ابن علیؑ |

حُسن چھُ بے بہا   حُسینؑ ابن علیؑ

امامِ باصفا   حُسینؑ ابن علیؑ

چھِ زندہ جابجا   حُسینؑ ابن علیؑ

بنائے لا الا   حُسینؑ ابن علیؑ

**راوی**

دِگر پیٹھٕ تا شام غم گزریوو کھ

عاشُرُک دوہ کربلا ٹھُہریوو کھ

اُدی اُسی یتھ گُلشنس برجستہٕ پوش

تشنہٕ لب اُسی مُطمئن باہوش وجوش

پیٚشنہٕ پتہٕ مولا حسینؑ لایان صدا

**اکھ آواز** هَلُ مِنْ ناصِرٍ يَنْصُرُنا

هَلُ مِنْ ناصِرٍ يَنْصُرُنا (مُسلسل پران)

**راوی**

شامِ عاشورا چھُ سبط مصطفیٰؐ

اَتھ بیابانس اندر خۄنین قبا

اُدی اوس وِدنُک وقت ماتم بدل

وُنی کنبس یتھ شامِ غم اکھ غم بدل

اُدی اوس تمہِ اُخری سجدُک مقام

زیرِ خنجر اوس ونان وتک امامؑ

**اَکھ آواز**

اِلٰھی وَسیّدی وَمولایی

لَا مَعبُودَ سِواکَ یا غیاثَ الْمُستَغِیثین

سُبحَان رَبِیّ اَلاعلیٰ وَ بِحمدِہٖ

**آواز (ترجمہ)**

خودایہ، میانہِ آغہٕ، میانہِ مولاہہ

ژےٚ ورأے چھُنہٕ میٚون مولا کانٛہہ

اے پناہ نہ تھاون والین ہنٛدِ پناہ بخشن والہِ

صبر و رضاہٕ کس تہٕ عظمت کس مُسافرس

دِ پناہ، تیمۍ چانٛس دینٛس پناہ دیٚت

خودایہِ ٕبہٕ چھُس چون شُکر وثنا ادا کران

## (پسِ منظرس منز فوجی نقل و حرکتک شور)

**راوی**

زِیرِ خنجر عشق یزدانک پیام

عرش وفرشک اکھ سبٹھاہ بوٚڑ اہتمام

نقشِ اِلا اللہ بر صحرا نوشت

سطرِ عنوانِ نجاتِ ما نوشت

تارِ ما از زخم اَش لرزاں ہنوز

تاز از تکبیر او ایمان ہنوز

(اقبالؒ)

# نوحہ

سُجدِ لولُک سُہ چونُے چھُ ییٚتہِ جاوِداں

دیٖنِ حق زِنٛدِ تھوٗوتھ ژےٚ مولا حسینؑ

چانہِ خۄنُک چھُ علمن پرٚ ہرٛلوٗن نشان

کُل جہاں شولہِ نوٗوتھ ژےٚ مولا حسینؑ

اُلفتُک ازلہِ اَبدُک یہِ پیغام چون

پڑبتھ زمانس اندر أسی وچھس منٛز رچھون

زیرِ خنجر سُہ مقصد رٕچھِتھ کربلا

پیش کش خۄن تھوٗوتھ ژےٚ مولاحسینؑ

خۄن چونُے بُتھِس از مٔلتھ بے کسن

چانہِ ستٕن چھِ مظلوٗم برونٛہہ برونٛہہ پکان

دَرِس حُریت آزاد قومن دیُتھ

حق تہٕ پوٗز شولہِ نوٗوتھ ژےٚ مولا حسینؑ

نینوا خۄنہٕ سٕری گو تہٕ تحریر گو

ییٚتھ زمینس پیٹھن تا اَبد لا اِلا

باغِ اسلامکِس گُلشنس گُل وجوُد

تا ابد مُشکہِ نوُتھ ژے مولا حسینؑ

**راوی**

شام عاشورک تہِ دۆ دمُت ءخمہِ گاہ......!

اہلِ بیتینؑ کیوٚت صحراہس اندروونی کاتھہ پناہ

لۆکی شُری گے کُنڈی زَنڈن تل لاری لاری

ءخمہِ نارِ چ رِہہ ہمان رَسہ رَسہِ ژوپاری......!

شیر دِل خاتوُن زینبؑ غمزدن تسلی کران

بنتِ حیدرؑ رووِنی بنے شیرِ خدا، ظالم نٹان

(فوجی نقل وحرکتُک شور)

## نوحہ

کیاہ کیاہ وُچھتھ ژے تا دِگر گے از کنن کم کم نِدا

اے ارضِ کربلا اے ارضِ کربلا ......!

برِ گو بہار سے اندر گلزارِ مُصطفیٰؐ

اے ارضِ کربلا ،اے ارضِ کربلا

قاسمؑ ، عباسؑ نامور اکبرؑ تہِ شیرخوارؑ

انصار شاہؑ دین سِندی ، اصحاب جاں نثار

ژے چھے خبر زِ تشنہِ لب کتھِ پاٹھی گے فدا

اے ارضِ کربلا ، اے ارضِ کربلا

بیمار آبدینؑ اوس غمن گھے وُچھان

گاہ بر زمین پیوان یتھے قتل گاہ وُچھان

ماتم کران نبیؐ تہٕ فاطمہؑ شیرِ خداؑ

اے ارضِ کربلا ،اے ارضِ کربلا

## راوی

پاسبانِ دینِ حق سرور حسینؑ

اُمتک رہبر تہٕ بوڈ یاور حسینؑ

خوٗن شبیرؑ کائناتس برجبین

سُراخ رو گو تا اَبد ییٚتہٕ سون دین

اَسہِ نجاتچ ناو ہردم ماتم سبطِ نبیؐ

روٗد اَمہِ ستی سر بلند پرچم ابن علیؑ

(ماتمی جلوسکی صوتی اثرات)

## نوحہ

چون ماتم یاحسینؑ ابن علیؑ اَسہِ چارٕ گر

چون غم ہیتھ اولیا ییٚہٕ انبیاء از سر بر سر

ہوش اُچھن ہُنڈ کیاچھے کتھ اُسی رتھ پٔن قدمن وندوے

اے شہیدِ راہِ حق اَسہِ تژاو اکھ لوٗلچ نظر
روضہٕ چون بَس رٗو برٗو سے روزِ شب معشوق چھم
سوزِ دِل چاٗنی عنایت شولہٕ ژٗن لولک مژر!
خامسِ آلِ عبا اے پاسبانِ حق نوا......!
کایناتس منز چھُ لوٗلس چانہٕ ستی سوٗرے بجر
زندٕ چھُکھ تا بندٕ چھُکھ ژٕے تا ابد اَے راہبر
پایہ نازن تَل پھولان چھی روزِ شب نوٗرٕ کی سحر

## پسِ منظرس منز گرِی درد ناوُنک تہٕ آہنگ شور

## راوی

اَدی یوسہٕ لوٗلچ علم تراٗوکھ فراتس نِش پتھر
ژٗنی کنبس لہران سُے پرچم چھُ ییتہٕ پیٹھٕ بحر و بر
اَدی ییتھ واٗران صحراہس اندر لوٗس آفتاب
ژٗنی کنبس گو نوٗر ہر سوٗ آشکار پھوٗلی خوٗنس گولاب
اَدی اَسی آلِ رسولِ تاجدارؐ سخ بے قرار
ژٗنی کنبس بنتِ علی زینبؑ گر بزان شیرِ جبارؑ

## نوحہ

کاروانِ احمدِ مختارؐ منز صحرا وَنان
کربلا ہور ظالمو ، سرور حسینؑ گو کامران

شام عاشورک تۂ صحرا وڈل گٹو
اتھ بیابانس اندر اوس شاہِ اُمّت وونی گہان

بنتِ حیدرؑ خمہٕ نارس منز چھ ژھاران لوکی شُری
شیر دِل خاتون ڈیشتھ ظالمن أسی دِل نٹان

خمہٕ نارک دِہ کھسان آسمان سوراہ بَس وِڈان
اہلِ بیتِ مصطفیٰؐ ہے ہے گٔمتی بے خانماں!

(ماتمی جلوٕسکی صوتی اثرات)

## راوی

تا اَبد پیٖتہٕ زِندٕ سون مولا حسینؑ
کامران سپدیوو امام المشرقین

روضہ شاہے دینؑ سُنٛد چھُم دیدمان
سوزٕ بوٚرنم دِل تۂ شاہد چھس وزان

سوزٕ وونی عالی مقامسؑ کربلا لوٚچ سلام
یا حسینؑ کری تو قبوٗل چھُس غولامن ہُنٛد غولام

## سلام

السلام عَلیکَ یَا اَبا عَبدالله
السلام عَلیک وَعَلیٰ جَدِکَ وَاَبیُک
السلام عَلیک وَعَلیٰ اُمِکَ وَاَخیُکَ

السلام عَليک عَلَيُکَ وَعَلٰی الائمةِ مِن بَنِيکَ

السلام عَليک يا صاحبَ المصيبةِ الرّابتة

السلام عَليک يَااَبا عبدالله

السلام عَليک وَعَلٰی جدِکَ وَاَبِيک

لقد اصبح كتاب الله محجوراً

وَرسُول الله فيک موتوراً

ورحمةُ الله وَبَركَاتَهُ



# حضرتِ امام حسینؑ

میر محمد سلیم اسلام آبادی۔ 1941ء
(حال صدرہ بل حضرتبل سرینگر)

حُسینؑ و بدر و خیبر آلواہ گو
حُسینؑ از گو شہیدِ کربلا گو

فُرالتس کوٚر سراب ابنِ زیادَن
گُرٕھتھ گو خاب آبس مُشکلاہ گو

وَنن کیٚاہ گیہِ وَنن زینبؑ حُسینسؑ
سَنن اَتھ منز امامے مرتضیٰ گو

یہ وۄننس اے حُسینؑ ابنِ علی بوز
یہ امروز روزِ تسلیم و رضا گو

یہ وۄننس ییٚلہِ سکینسؑ ناد لویٚتھ
مدینس روضہٕ ہیٚتھ اکھ زلزلاہ گو

غرض یی گو تہٕ تی اوس ازلہٕ منظور
یہ رزم خیر و شر عزمِ خدا گو

بوچھے ہوٚت تڑیشہِ رؤستے سیر روزن

ایذاہ اَمہِ گے غذائے فاطمہؑ گو

دیٗتے یام خطبہٗ اُخر امامنؑ

مَلکھ پیٚپہِ در ندم صفن صفا گو

پنےٗ پنہٖ گو ژمپین آسمانن

ہیٚرے بونہٖ روزِ روشن محشراہ گو

یہ گو یامتھ سَرے مولاؑ جُدا گو

یہ بے سر برسرے لا اِنتہا گو

امامِ اولیائے فرزندِ زہراؑ

ینامے مصطفیٰؐ شُری ہبتھ فدا گو

اِمامن سَر دِتے اَلحمدُ لِلّٰہ

جہانن منز صدائے لا اِلہٰ گو



# نذرِ حسین

غلام محمد غمگین۔ 1943ء۔ شیر پورہ پٹن

دُنیا چھُ بران لول کراں یاد حسینسؑ
پڑھ وألی عزادار لایان ناد حسینسؑ

تس پایہِ بڈِس أسی اُرزمان ژِ عالم
سُے اوس حقس پٹھ تہٕ تٕسنْدی یار تہِ محکم
دُنیا چھُ مخألف تہٕ مگر تس نہٕ کہنْ غم
سردیُن چھُ تَس منظور مگر سرنہٕ کرُن خم

اَتھ غأرتس مولا چھُ دوان داد حسینسؑ
پڑھِ وألی عزادار لایان ناد حسینسؑ

کانْہہ وُچھنہٕ وقتن صاحب اعجاز تٕسنْدی پأٹھی
ظُلماتھ گرِتھ چاکھ دیہِ آواز تٕسنْدی پأٹھی
پرواز کرن وول نہٕ شہباز تٕسنْدی پأٹھی
کانْہہ سر بلندا کانْہہ نہ سرفراز تٕسنْدی پأٹھی

تلوار طیس پٹھ تہٕ خدا یاد حسینسؑ
پڑھِ وألی عزادار لایان ناد حسینسؑ

دِل بند علی سُنْد تہٖ دِل آرام نبیؐ سُنْد
حِض فاطمن اُچھ گاش تہٖ انعام نبیؐ سُنْد
زۄ جان دِتھ پأغام کۄرُن عام نبیؐ سُنْد
سوٗرے کرِتھ قربان رۆچھن اسلام نبیؐ سُنْد
تی اوس نا بڈِ باپہٖ سُنْد ارشاد حسینسؑ
پڑھِ وألی عزادار لایان ناد حسینسؑ

تم لولہٖ مسافر تہٖ غذا ، آب ، ہوا بند
مولا سٕنزے مرضی پیٹھن مسرۄر رضا مند
پأغمبرن قونۄن مانن وألی تہٖ پاپند
تم ٹأٹھی ہُنر مند ، وفا مند ، حیا بند
تم اہل ہمت یار تہٖ اولاد حسینسؑ
پڑھِ وألی عزادار لایان ناد حسینسؑ

ژۄلُن سُہ سفر چانہٖ موکھن میانہٖ موکھن دژاو
شہجار دِتُن کایناتس پانہٖ زۄ رُن تاو
کوچھِ منز علی اصغرؑ رۆٹُن موچھِ منز رۆٹن صحراو
یارانہٖ کتھا سا بیا قأد کرُن واو
یتھ صبر و تحمل چھُ خدا داد حسینسؑ
پڑھِ وألی عزادار لایان ناد حسینسؑ

شائیر تہٕ مدح خوان تٔسندی نام لکھُن وأنی

بے چھُس تہٕ بہٕ کیا چھُس مے زٕھری اتھ تہٕ ہلم خالی

سوران آیم وأنس دوہے سنز یر دِم زألی

حأراں چھس اَتھ منز بہ کیا سوز تِمس ڈالی

فریأدی چھس آمت تہٕ کر فریاد حسینسؑ

پڑھِ وأنی عزادار لایان ناد حسینسؑ

نیہِ واوِ تِمس میأنی یہِ عرضی تہٕ وَنِس حال

فولِس چھُ کھسان باو ڈولان لرٕ تھِ اندر لال

طوطن چھُ کجر باگہِ تہٕ بُستی چھُ وُنگان شال

آدم چھ گمتی خاب فقط زٕھایہِ نواں زٕھال

موسم نہٕ گُنے ڈنجہِ خطر ناک چھ آفال

وَتھ چھنہٕ یوان درینٹھ تہٕ گٹہٕ زول وٕلتھ نال

کھوری چھے سناں کھے تہٕ دٕچھِنۍ کنی چھُ ریساں بال

پوٚت پھرنس چھُنہٕ دار تہٕ بُتھِ چھِم یوان اعمال

منزِل چھُ سبٹھاہ دوٗر تہٕ واتُن چھُ بہر حال

غمگین دِ آلو تہٕ منگ امداد حسینسؑ

پڑھِ وأنی عزادار لایان ناد حسینسؑ

☆

# ''ارمان''

غلام محمد بیدار ہائیگام۔سوپور۔1948ء

اُؤبرٕلوٗ نگاہ کھوٗت

روٗد وولُن ، وولُنیوت

کولہِ وبتھ بُری بُری تھاوبن پوٗر

آرٕپکن تہٕ سپد یوسوٗر

پرٛتھ کانٛہہ زُوذاتھ تھاربن ہش لُج

بایوتیوٗ تاہ وولُن روٗد

کاٹلی زمینس رَگ رَگ شہلہِ جاۓ گو

دِل چھم راوان تیٖلہِ چھس سوچان

یٚیمہِ دوہہ پھہیہِ پھہیہِ کرٕونی معصوم

ووٗٹھ کمہٕ جارس ترسان اٗسی

یمہٕ دوہ تاپن وَچھاۓ کوٗرِتھ سبکہِ صحراون

یٚیمہِ دوہہ خوٗنن ہٕمہٕ راٗوتژلیش

تمہِ دوہ کتھ سنہِ گرِاوس روٗد



یہ حسینی نظم آیہٕ 38 ہمس سالانہ حسینی مشاعرس منز یکم جنوری 2009 بڈگامہِ پیش کرنہٕ

# غمک رٔتھ آو

رفیق راز 1952ء۔ باغات برزلہ سرینگر

غمک رٔتھ ہِتھ نٕواں چھُس کربلاکُن ژھال

وُچھاں نورآنٕی روین گردِ وۄلمُت نال

سیٚکلی سأری زمینکی ازتہِ ہاراں ڈوٚٹھ چشموٕ کنٕی

مگر سنوے چھ جوین منٛز بےٚ مطلب ازوسان

لوٚت لوٚت

چھُ لِتھواں پاں خاکس پٮ۪تھ فراتُک آب

مگراز کل

سو تژ یشی مالگاں کانٛسی جہانس منٛز

چھُ توکل گُس تھوان از کترِ بانس منٛز

سُہ نبوی سٗرٛ یہہ چھُ از کھندِس دہانس منٛز

بہٕ چھُس دٕم پھٹٕے گربکان زٕن تاوِ منٛز سیماب

دپاں چھُس باوِ ہا، لفظے چھما ڈٕسی یاب

دزاں کاغذ دۄشاں قلمس چھُ زَن تیزاب

غمُک رۄتھ ہِتھ نواں چھس کربلاگُن ژھال

زمینس پیٹھ مےٚ وُچھ دگرس نبُک اختاب

بنیوٚ مُت باغِ رضواں ہیوٚ حسینی خونہٕ ریگستان



یہ حسینی نظم آیہِ محرم الحرام 1429ھ کس سالانہٕ حسینی مشاعرس منز بڈگامہِ پیش کرنہٕ۔

# کربلاٲیؠ غزل

رفیق راز

نیزن پېٹھ پھٲلی پوش تہٕ سیکلِس آو بہار
ژوشوٕنی طرفن مشکٕنی دارے مشکٕنی دار

شہہ عباسُن خوٗن چھُ شولان آبس منز
تیمؠ وُچھ تمی وۄن شہر فراتس لوگمُت نار

پوٗژِ وراٲلی زینبؑ بیٖہ ترہریمتی شُری
پھرٚیٹ زَن گاٮٕتی سیکلِس منز موصوم شکار

کینژھا اوس شہیدن ہُنْد گہہ ظُلماتس
کینژھا شولاں اوس ژھربن ٲخمن ہُنْد نار

کوٚفچ سکھ رتہٕ ٲستی کرِکھ سأراب دوہس
شامس شام کُنتھ ووٚنی نیرُن نیزٕ سوار

شامچہِ وَتہِ پېٹھ وُچھمُت آسہِ نہ صحراون
قدٕبن ہُنْد یتھ موخصر قافلہٕ سوٚت رفتار

نے چھِ حدی خواں نغمہٕ گبواں نہ چھُ تاپھ ہماں
قدٕبن پٹھ بس سایہٕ گرِتھ اکھ گردِ غبار

جشنہٕ پیٚچ خاموشی طأری شامس پٹھ
سپدن وول چھُ اَتھ خاموشی پٹھ اکھ وار

شام چھُ حالس دٔور تہٕ سیٚمنٕز سفرس منٛز
مدنی سیٚمنٕز واتہِ تہٕ گربز شأمی دربار

نٔوی نٔوی سِراظہار و بیانٕکی سپدن فاش
مدنی سیٚمنٕز بولہِ تہٕ تھنہٕ پیٚمن نٔوی شہکار



## ٹُکھ

ژھمن منٛز اَدٕ مال چھُ کم یا زیادٕ لگے
لوٗٹن مالِ غنیمت زأنتھ پیادٕ لگے
شاہچہِ وَتہِ ہنٛز دزٕونی سکھ بییہٕ گرشمنی کرٛاے
کھور ننہٕ وورُے سفرس لوٗگ شہزادٕ لگے



# کربلأیِ وژُن

(درمدحتِ شہدائے کربلا)

پروفیسرنسیم شفایی ۔1952ء۔سرینگر

لیٚکھی تھےٚ اوس نہٕ لانہٕ ژٕمینس
للہٕ وُن أندری سینٕس داغ
سیٚکہِ دور دامنہٕ خوٗنِ حسینس
للہٕ وُن أندری سینٕس داغ

☆

گرِ پیٚوو نیرُن دوٗر اِمامَسٕ
تتہِ اوُسس پژٕہتھ سایہِ شفیق
ژوٗلُن کیٛاہ ژھایہِ مدینس
للہٕ وُن أندری سینٕس داغ

☆

تارٕکھ منڈلاہ ستۍ ہتھ دژایوو
وتہِ وَتہِ زأیلن رتہٕ کی ژأنگی
دردٕچ دٕرہ ما کھٕرٕس جبینس
للہٕ وُن أندری سینٕس داغ

ونہٕ ہے جوانن سکھرو نیرو
شُری تہٕ سیاسرٕ آسس ءستی
وُچھِ ہے تمن کِنہٕ وُچھ ہے دٕینس
للہٕ وُن أندری سٕینس داغ

☆

ووڈٕ نُٔی زینبؑ کبریٰ حأران
ءخمہٕ برس پیٹھ ژۄرِ وُچھان
چھوکہٕ لد گُرِس الأندِس زٕینس
للہٕ وُن أندری سٕینس داغ

☆

دِل رَچھ ءنچہِ کتھٕ کأژاہ کرِ ہے
لۆب گُن وَدِ ہے ژھٹہِ ہے باکھ
ڈکھِ روز مالِنٕ بجرٕ یقینس
للہٕ وُن أندری سٕینس داغ

☆

کیُتھ بأے مالٕیُن پأرِتھ شیٖرتھ
روخصتٕ سوزِن رۄز وُچھان
وأنج ڈٕر پیٚیہٕ کرٕنی سکٕینس
للہٕ وُن أندری سٕینس داغ

خاب وُچھ وبکھ تے حضٔ عباسنٔ
رنجہِ نیمتی ہتھ شیشس خوٗن
خاک بر سر اُس شاہ مدینس
للہِ وُن اندری سینس داغ



زہراؑ وَنہِ نا ماجہِ خدیجس
جنتہِ منٛز جامن کرِہاو زارٕ
کم رنگ شوٗبن کس نازنینس
للہِ وُن اندری سینس داغ



پگھکہِ بیٚیہِ حضرت اُسی لرزان
حسن و حسینس کھوٚنہِ للہِ وان
دگہِ رُم اَسس دِل آیینس
للہِ وُن اندری سینس داغ



1 جنوری 2009ء۔ 3 محرم الحرام 1430 ہجری بڈگامہِ 38 ہمس
سالانہ حسینی مشاعرس منٛز پیش کرنہٕ آمٕت۔

# وۄ دزمیٖنن اَسمانن تاۓ

پروفیسر نسیم شفائی ۔ 1952ء ۔ سرینگر

دۄد میۆن بدن وۄدا زمیٖنہٕ اَسمانن تاۓ
زور کۆر یزیدن تیٖرِ باران اوس لاین تاۓ

ملیٖنہٕ منزے کوٚڈا قاٲفلہٕ امامن تاۓ
پیٹھ اَسمانٲے نۆر ملکھ أسِس چھکن تاۓ

حضرتِ حسینسؑ اوس گلزار تازے پھولن تاۓ
کھسہٕ وِنی گنڈر أڈی دوٚد اَڈبن لورِ دہانن تاۓ

امام زادنؑ خوٗنِ مستوٗرِ شُری ٔستی تن تاۓ
یژھ کرٕ أنی ہانکل وُچھٕ نہٕ از تام زمانن تاۓ

سیٖکہِ صحراواہ خوٗنِ حسینؑ اوس چھاوَن تاۓ
دٕدونہٕ چھُ منڈٕ چھان سنٛگ ہالوگ تیٚوٗت فراتن تاۓ

تمہِ خۄنہٕ رنگ رۄت باغِ جنٔتکۍ گلالن تٲے
اکھ داغ دردُک سُے چھُ از تام للہٕ ناوَن تٲے

مۆستۆر پتھ گُن روزٕ وُچھان بَس لاشن تٲے
صبرُک بۆرُکھ مَس خاصہٕ پانس کیُت بانن تٲے

عرشس تہٕ کُرسی اُس خبر یۆژھ ذاتن تٲے
وادس چھُ وفا عرشہِ اعظم اۆش ہارَن تٲے

وَس زۄنٔی گنڈو ذٔری تہِ نیرو منز آنگن تٲے
جگرُک وندو رَتھ روزِ عوشورِ کِہن شامن تٲے

نسیم شفایی کۆر یہِ نذرانہ بڈگامکس سالانہ حسینی مشاعرس
منز اوّلِ محرم الحرام 1429 ہجری پیش



# ذبح عظیم

ذی شان فاضل۔1952ء۔سرینگر

دِلس پہن شراکہٕ اُچھ ہارن غمک رَتھ
تیلی پانو ژٔے پھوری کرٕ بلچ کتھ
گُلالس گۆژھ دپُن کُمۍ سینہٕ زوئے
پرٛژھو شفقس یہِ وۆشلُن کمٔ سہ کھوئے
شہادت لٔب حسینؑ در حقیقت
بنیلی گگرایہِ طوٗفان یژھہِ شہادت
یرادس نِش چھ موتس نیٚر بھران
طلادے کھو چہن پیٹھ پاسہٕ نیران
زمانٕکۍ رنگ چھتن پرانہن تہٕ سورَن
حسینی رنگ اماپۆز پوشہٕ وأنسن
فراتس رأچھ یۆدوَے گُر بے زانو
اُچھن منز رۆدٕ نیل بُر نوحہ خانو
نجاتچ وتھ حُسینیؑ آہ ہو زأری
لگے اتھ آہ ہو زأری پأری پأری
حسینؑ ابن علیؑ صبراً جمیلا
حسینؑ ابن علیؑ ذِبح عظیما

# سلام بحضورِ عالی مقام

بشیر چراغ۔ زاو 15 دسمبر 1952ء۔ بارہ مولا

رأ چھدر یُس دین وایمائنگ تسُند کردار وُچھ
وُچھ شجاعت ،جاں نثأری جذبہٕ ایثار وُچھ

سرحسینؑ دیُت سرُک دیُت پردٕ حجرت زینبؑ
گاشہِ رؤ کھ کربلی وۄ جوڈک ہیرِ بون انہار وُچھ

صُبح دم ہتھ طعنہٕ ژأ لِکھ بارِ غم عالم سٔرِتھ!
دینِ اسلامس ییمو رٔچھ لاج تم سردار وُچھ

ازتہِ تچھ وٕنی سوے سہ تأریخی ژہتس پاواں حسینؑ
وسعتِ دِل ہتھ پیمبر اخوٕتکی غم خوار وُچھ

صبرو تحمل ہمت و عظمت تہٕ ایمانٕچ مثال!
یار یاران ازتہِ دیٕنکی پایہِ بڈٕی دگدار وُچھ

جانبازی ہُند سہ تقویٰ جذبۂ جوش و جہار!
گُل پھولان سیکلن تِتھی معطر گرِشھاں گلزارو چھ

سفرِ چمن کرتچھن وتن منز تِم وفا ہِکی جانثار!
عالمن کلِ عالمس بخشان شِہُل شہجار وُ چھ

اُخرس تقدیر شوٗلیوو رُت سیکستانس چراغ
خوش ہواوس پوشہِ وِنی خوش وُنی سو مشکِنی دارو چھ



# ہدیہ عقیدت

## ژُمصرأے

ملک بشیر اطہر۔1954ء۔سرینگر



چھُ رویے حضٕ علیؑ تیُو تاہ درخشان
چھِ تارکھ زوُن بیہِ اقتابہِ مند چھان
لقب درواز ٕ علمُک چھُس سہل چھا
چھُ آگر طاقتُک سُے شیرِ یزدان



ظُلمہِ جبر چھُکھ اگر بے حال ژٕے
اپِز کیو نیزو گومُت پامال ژٕے
کر نیت پانے سُہ واتی دادِ نے
ون پنُن شیرِ خدایسؑ حال ژٕے



محمدؐ کائیناتُک نوُر آگر
محمدؐ شش جہاتُک کُن تصور
یہ ساگر علمُک اَسہِ نِش تیلی ووت
سُہ ییلہِ شیرِ خدا یںؑ اَسہِ کُنتھ پھیور



غزوَن اندر ظُلمتس پٹھن طوٗفان مرتضیٰؑ
کُفرس پٹھن فتحُک اَٹل اعلان مرتضیٰؑ
ہمتھ گُرِتھ کأتیاہ بجرِ گنٛزراوِ قلم میون
یتھ کأیناتس ذاتہٕ سُند احسان مرتضیٰؑ



ابوبکرؓ عمرؓ عثمانؓ حیدرؑ
خلیفہ یارِ گارِ نوٗرِ پیکر
حُسینسؑ جاے دٕنی تو کوس چھ اللہ
جہادُک پیغمبر افضل تہٕ برتر



بیان حُسینٕنٛ کرٕنۍ چھِ عظمت
سہل کتھاہ چھا کمِس چھ ہمتھ
نکھس رسوٗل خوداے نٕے روٗچھ
سُہ سیرِ وحدت فضایے رحمت





مُحمدؐ مصطفیٰؐ پڑ۪اگاش چشمن

تسُنٛد دیدار چھُم بس آش چشمن

اگر کرِہم وسالتھ فأطمنؓ ٹوٗٹھ

مےٚ ییہِ ہے انہِ گٔژس منٛز گاش چشمن



ژےٚ بخشُتھ رنگ اصلی دیپیاتس

ژےٚ ہأوِتھ وَتھ پرٛزِچ ذرٕ ذراتس

ژےٚ ژأرِتھ تیٖر الماسکی حُسینا

جہادُک معنہِ بوٗوُتھ شش جہاتس



# نورٕ عرسا تُک سوار

پروفیسر شاد رمضان۔ 1956ء۔ کولگام (حال سرینگر)

ژھیۆن خیالن پن تہٕ وۆتھ اَڈٕ بند رِظون

بانگ گے اللہ اکبر

پھٹۍ گمان

لاالہ الا اللہ

لُکھ گے سمان

گوژ وواپا سے ندا

اَللّٰھُمَّ لَکَ لَبیک لا شریک لَک

کۆر مشید ن خانقاہن زۄل نورٕ کی پرتون

کائیناتکی ذرٕ ذراتن سۆرتہٕ پۆر

سُبحان ربی العظیم

سبحان ربی الاعلیٰ

ربنا ما خلقت ھٰذا باطلا



ناگہان پھاٗلان پھاٗلان

گئے خموشی

گنبدس مٔز بأندی گوٚ وڈُلہٕ وُن ہوا

بُرگ زَن الہِ ہے تہٕ النس چھُس منع

تاپہٕ ترٛہِ بتُر اتھ ہٕندر ریومُت جگر

سِری یہِ تے ہلمس بٔرتھ نیوٚمُت چھُ کٔمی تان جوٚگی متی

وَرغلومُت کٔمی مزارُک بڑ مجہِ گُل

از بے توقع پأٹھی زَن اوس ٕگنگر اوان مرگہٕ بأتھ

''ہائے موتو کونہٕ یوان چھے ژٕے عار

حیلہٕ کٔری کٔری تھٔوتھ بٔری بٔری مرگزار''

''موتہٕ یٔس پنجرس چھُنا اَڈ وژھ تہِ روزان دأرزاتھہ''

بزمِ ترٛا شمع وگُل خستہٕ گی بوترابؑ

سازِ ترٛاز یر و بم واقعہ کربلا

ظوٗن تہِ گوہلکأری، دِل یژ باثبر یوو

حلقہٕ مدرأوِتھ دِژن کریکھ

یاحسینؑ ابن علیؑ

نورِ عرساتگ سوار

رحمۃ للعالمین یٔس شانہ داران ذوالجناح

سانہِ آنگنٕ درٛاو عوشورُک جلوس

یاحسینؑ ابن علیؑ

یاحسینؑ مولا علیؑ

عرشہِ پٹھ وٗتلیوٗ فرشس تام سے ازلی سوال

''فتنہٕ گرآدم''

اگر نے آسہِ ہِہن پر ووُمت وٗجوٗد

ورٕغلیوٗ مُت آسہِ ہی ماژوٗنٹھی کُجہِ تل

تاپہٕ ٹیوٗک

تَھمبرٕ کتھٕ بنہِ ہے الاو

ہابیل قابیلنی دٔلیل

زالہِ ہے آدٕمی وٗجوٗد

خونہٕ ئرِ گودپد مان عشقس جنون

ذَرٕ ذراتن پوٗ رمےٗ ئستی

انا اِلیہ راجعون



# مِٹان وان بائے طلس طوٗفان وۄتھکی

ڈاکٹر سید امین تابش۔1957 عیسوی

چھےٚ بخشان زندگی قومس شہادت
لبان انسانیت پوچھر تہٕ عظمت
حُسینٔ انقلابچ اکھ علامت
حُسینٔ عالمس اَمنچ ضمانت
عمل پیہم ، صداقت تے شجاعت
کرِتھ ہیوٚک سوے امامن ہنٛز امامت
حسینؑ نورِ مجسم نوٗرِ یزدان
سُہ ظُلماتن اندر کیاہ ماہِ تابان
حقس پالاں تہٕ دِپنس زندٕ تھاواں
چھےٚ سارٕے زندگی تفسیر قرآن
سُہ تلوارن تہٕ تیٖرن سینہٕ داران
چھُ کُلمُک راےٚ چھی دربس پزر گاران
مِٹاواں بائے طلس طوٗفان وۄتھکی
ژھمبان دوہدِش رنٕے ہتی جامہٕ کُفرکی

چھِ أخر ویٚسی پھٕوان زولانہٕ ظُلمکۍ
بٔنیُل باسان تِمن گردِش زمانٕکۍ

گژھان ییٚلہِ پأدِ بیٚیہٕ پروانہٕ دٔزینکۍ
پرٛبزلوٕنۍ گاشہِ تارَکھ لوہ یقینٕکۍ

یہ ایثارُک تہٕ صبرُک امتحان گو
لوٕکٕٹ بُڈٕ ہبتھ أ َکس پتھ اَکھ جواں گو
پکان یوٚ دوَے حسینؑ کارواں گو
یزیدی بُت پھٕر اکھ اکھ پھٕوان گو

چمن سأراب توحیدٕکۍ کراں گو
سُہ جگر کہِ خوٗنہٕ کلمہٕ حق لکھان گو



# نوحہ

بشیر عارف ۔ 1957ء ۔ سرینگر

شام گو شام بایہِ واپس پِتا
رأتی راتس ونان أس حض سکیناؑ

خمہٕ ذٕدِ متی ، دُہی ژھبتے بیقرأری
مائژِ گُلی ہتھ چھ مائژِ مہرینٛز بے رِدا

نار، لوٗٹھ، نیزٕ پتہٕ ترٛیشہِ ہٕتی شیرخوار
کربلاہچ یہِ زندگأنی چھِ کربلا

سر فروشن حُسینؑ کاروانس
اکھ چھُ مدتس خدا بیٛہِ رسول خداؐ

اندرٕ عابد بیمارؑ ، بیب زینبؑ
نبرٕ ذوالجناح ،ذوالجناح خأ لی ہبا

ؤنی دِتن خمہٕ گاہس أندی أندی ژوپأری
زینبسؑ گو کنن دور ودنٛک صدا

ہیکی لگنئ زار زار گلئ بتھِس دِتھ وَدُن

حض سکینہؑ کران اُس گریہِ بے پناہ

بھایہِ رؤس مالہِ رؤس سایہِ رؤس کور چھبس

سایہِ دار پایہِ بُڈ میانہِ بابو ییتا

اکھ یزیدی ستم بیٚیہِ زمین نینوا

راقبے دوش حضرتِ مصطفیٰؐ ییتا



یہ حُسینی نظم اُس 25 جولایی 1990 عیسوی ۔محرم الحرام 1411 ہجری سالانہ حسینی مشاعرس منز بڈ گامہِ پیش کرنہٕ آمژ

# پزر پہلوان

ڈاکٹر عزیز حاجنی۔1957ء ۔حاجن (حال سرینگر)

شُنہِ کِس وژھرس نظرا ترأوِتھ
مِنہِ اَرِ ساتس ہیُر گوٚو ووٚتھ
لٹہِ پٹہِ چأرِتھ چوکھرِ پأرِتھ
سَرِ کِس صدفس ووٚلُکھ نال
دوٚپہس اَتھِ کڈ اَتھِ چھےٚ پیاران
نتہِ چھےٚ دپدن پتھ گُن وُچھ
صدفن پتھ گُن نظرا ترأوِن
نظرِ لچھس منز آذر ڈیوٚٹھُن
پننِس پوٚترس کرتل ہیٚتھ
أچھ مُہنأوِتھ أچھ مُژراوبن
اَتہِ اوس عیسیٰؑ دارس پیٚٹھ
أچھ بوٚن ترأوِتھ أچھ بند تھاوبن
أچھنےٚ تل آس بُڈی بب کرکیا

گٔنڑۍ وَتہِ پیٚٹھۍ اوس گُل پھوٚلراوان
گٔنۍ تلی وۄننس
''یہ چھےٚ وراشت''
تۄ وڑاو پامن



وراثتُک دیُت

مژھیُل مژر ہتھ حُسینؑ سرور
ڈیکس مٔرِتھ وۄتھ ''لا تۄ الا اللہ'' صدف جہادس
کلے دِتُن پۆز سۆرِ تھوٗن منین پھرُن زِ
''مٔرِتھ زُوٗن کتھ دپان تۄ کیا گو
پُرن مرن وِزِ
اللہ زا اللہ''



# العطش

رشید کانسپوری۔ کانسپورہ پٹن کشمیر 30 مارچ 1957ء

آسمانن پیٹھ برمُژرأوکھ
عرشکی فرشکی رمزن ہأوِکھ
خوٗنہٕ شفق
رتہٕ ووزلیوٗ وآسمان
رنگہٕ ریوٗن گلشن صحراوٗک
ترٛیشہِ ہتنہٕ ہے وتھ گیہِ کأفی
ووٚدفراتن
بوچھ برہٕ ژھوٗچھم
پرہیزگارن
یارن، باین بیٚنہِ بیمارن
کرب وبلہٕ ہچہِ
سکہِ ہنٛز وُزمل
جسمس جانسِ
حال وُچھتھ

وبگلیوٚ آسمانٕے

اصغرؑ ہیوٚ گُل

کٲمی پڑنوو

اکبرؑ کٲمی کوٚر رخٕونس لت

مَلکوتام کوٚر واویلا

ژٔلیش سکینہٕ کتھٕ کٔنہٕ ہمہِ ہے

شاید عابدؑ بیمار روِچھتھ



# مرحبا

سرفروشس شہسوارسؑ مرحبا

بوٚچھِ ہٕتس عاٰلی وبقارسؑ مرحبا

مرحبا چانہٕن دوستن ٮ۪ستی ین

تتھ تھدِس صبر و قرارس مرحبا

موصمس بیمار، اکبرؑ بوٚچھِ ہٕتس

تَتھ دِلس جگرس بیمارسؑ مرحبا

گل ژٔرے پھٲلراٗ وِتھ تہٕ سگہٕ وَتھ خوٗنہٕ ٮ۪ستی

کربلا کس جانثارسؑ مرحبا

☆

# نوا

یوسف صمیم امرگڈھ سوپور۔1958ء

وِرود کران چھُم یہِ زبو اَکُے نوا حسینؑ
یُہے ذِکر چھِ بس چھوکن دوکھن دوا حسینؑ

شہیدگٔے گرٔھان ٔکتی بیٚہِ تہِ یوٚد گرٔھن
شہیدٕنے چھِ مرحبا مگر کُجا حسینؑ

پہوان اصغرؑ شکل چھ از تہِ یاد تَس
کران کربلا چھ وُنتہِ وہولا حسینؑ

ٹلان اوس کس پھیکِن پٹھن تہِ تل پدٕن
کران اوس بوسہٕ کس سُہ ژٕے سوا حسینؑ

مَلر مَلر فرات کُے ژھٹان باکھ اوس
ونان اوس گوٚو نہ کینٛہہ مےٚ حق ادا حسینؑ

صمیم چھی ژوپاٗری اَز تہِ ٔکتی وُچھ یزید
ژٕ پاو یاد وۄتھ یمن سُہ بے بہا حسینؑ



ییٚہِ حسینی نظم آیہ بڈگامہِ 38 ہمس سالانہ حسینی مشاعرس منٛز یکم جنوری2009ء پیش کرنہٕ

# بہٕ کیاہ زِلیٚکھہٕ کربلا!!

رحیم رہبر۔ 1959ء۔ کانہامہ ماگام

پتہٕ کرٕئلی سِر یہِ پھوٚل
جگرژٹان اکھ اکھ منظر
اکھ اکھ منظر چھُ کرٕ بہٕ کریوٚٹھ
کھنگھرن نٹھ صحرادزان
نہرے فرات چھُ لہرِ وَدان
اکھ اکھ زمش پران
لا اِلٰہ الا اللہ
رَتہٕ سٕری گونیٚنوا
بہٕ کیاہ زِلیٚکھہٕ کربلا!



موصوٗم اصغرؑ پھیٚہہ پھیٚہہٕ کران
کربکھ دِژ امامن ظالمو
شہٕ ریوٚت اصغرسؑ تہِ چھا خطا!
بہٕ کیاہ زِلیٚکھہٕ کربلا!



بے کفن، موصوم رتۂ ئری لاش

بے توٗ ژھ، خوٗنہٕ کو چھِ تۂ موصوٗم

اکھ خونہٕ دوژھ آسمان چھُکِتھ

امام بڑٕ ہٹہِٕ ونان

ساس اصغر تے آسہٕ ہن

''چانہن وَتن کرہکھ نثار''

پوٗترٕ زخمن انگ یُن چھا سہل کتھا!

بۂ کیا زِلیکھ کربلا!



سیکسان لیٚکھیا بے آب سِتم!

ظوٗن رٕوٗ وسمیس تۂ روٹہٕ گو

ژِہن کُس شمار کرکھ!

وقتس تہِ رأو باگنے

نٹان چھُ ارض وسما

بۂ کیا زِلیکھ کربلا!



زندٕ مرُن چھے سہل کتھا

مسٔرِ تھ زُون چھے بڑٕ کتھاہ

اکھأ ‌کس کھو تہٕ شانہٕ بڈ ی

علی اکبرؑ حسنٕ جمال

خدوخال نبیؐ سُند باللہ

''اَنَا علیؑ بن حسینؑ بن علی

وَ رَبّ البیتِ نحنُ اولیٰ بالنّبی''

''حُسینؑ بن علی سُند فرزند بہ چھُس

باخدا! سلطان انبیا ہس قریب چھُس''

سُہ نبیؐ سُند غم خوار خودائے پانے

''ندا آس لوسان چھِہم یا نبیؐ

قُمِ اللیّل اِلّا قلیلا''

بہٕ کیا زِ لیکھہٕ کربلا!



نظرن چھُ لیکھُن کربلاؔ

خؠ نہٕ غوتہٕ دِتھ اَچھر اَچھر

پانے پانس نوحہ پران

شُنِس ملکو آیات گری

فلقو درٕ دن گر بزٕ تُل

خورمہٕ کُجہِ رَتہٕ ئری زمینہٕ بوسہٕ دِتی

خۄن ہور چشمو کرترو فریاد کۄر

''حُسینس کربلا گُذر یومُ واویلاؔ'

مندنن یہ شام گومُ واویلاؔ''

بۍ کیا زِلیکھ کربلا!



ژھٕری چھٕنی رنیاۍمتۍ آلوہتھ

شاہا! چانہِ ڈیڈِ تَل بۍ آس

صحراو کلکی پاٹھی چھُم گُنئر بدس

یا اِمامؑ! نظرے کرم کر رہبر سٓ

سایہ چوٗنے چھُم بۆڈ سوغات مےٚ

قلمس تاثیر دِس گریہے نوحا

بۍ کیا زِلیکھ کربلا!



یہ نظم آیہِ 12 جنوری 2008ء بڈگامہِ کِس سالانہٕ حسینی مشاعرس منز پیش کرنہِ

# یا حسینؑ

شبیر احمد شبیرؔ ڈنگی وچھ سوپور۔1965ء

چھُ گُلستانِ حجازُک مولُل گولاب حسینؑ
لچھن تہٕ ساسہٕ بدہن منز چھُ انتخاب حسینؑ
حُسینؑ مِنی چھُ آمُت حدیثِ آنسرورؐ
ڈیُو چھُ پرتوِ انہار آنجناب حسینؑ
خزانہٕ معرفتُک لا الٰہ اِلاّ اللہ
پرٛژھے مےٚ معنہِ تمیُگ کانٛہہ دِمس جواب حسینؑ
یزید ہِنٛدِ سیاہ لشکرک اوٗبُر ژٔٹی ژٔٹی
چھُ نوٗن گرٛھان ژوواپأرۍ آفتاب حسینؑ
کراں بلند چھُ عدٕلچ علم نبیؐ سُنٛد زُر
تہٕ بأطلُک چھُ مٹاوان روبہٕ داب حسینؑ
جلکھان رود ز دہنگ شمع تھون روشن
لکھان اوس حیاتک حسینؑ باب حسینؑ
یہ کُس ونان زِ مشکل سَرِٕ نی چھےٚ وَتھ دتِنٛچ
پرٕنی تگی تہٕ چھےٚ شیرتھ ہچھ کتاب حُسینؑ



یہٕ نظم چھےٚ سالانہ حسینی مشاعرس منز بڈگامہٕ یکم محرم 1428 ہجری س منز پیش کرنہٕ آمٕژ۔

نظم

# ہل من ناصِر ینصُرنا

ڈاکٹر غلام نبی حلیم۔جنوری 1968ء۔سرن ہال بٹہ پورہ بڈگام

زبو چھےٚ نالان میانہِ قلمچ خاموشی سپدے یہِ چاک
اُلجِ وُزِنی میانہن خیالن ژھٹنہِ لگی بے وایہ باک
ذہنِ بیدارُک امین چھُس
عظمِ کردارُک امین
وعدِ یقرارُک امین چھُس
صبر وایثارُک امین
پاک ازلے میانٕی جذبات
یم یقینس منز پلے یہ

تہٕ

حاأرتچہِ لچھِ بزنظرِ لجہِ میانٕس قلمس پرٛ ژھنہِ
مےٚ کیازِ کعبکی پأٹھی ہیرِ بوٗن سیاہ لباس اززینبِ تن کوٚر؟
چھےٚ کیازِ پرٛتھ اندِ غمچ وُنَل ہِش؟

یہ کیا زِ باسان نظر نظر از غمن ہنڈ ے تشنہٕ کامٕ ڈ ریاو؟

وودأسی ین ہٕنڈی وأنا کھ منظر

چھُ غزل عیدُک مطلع عاشوٗر

خوٗشی چھُ عنوان یوم غم ہے

چھُ کیا زِ پرٛتھ دوہ یوم عاشور؟

ولان چھُ پرٛتھ شام ردا یہ شامِ غریباں؟

تہٕ سأری عالم چھِ گریہ خوان از

ژوپأری گر بزوٕتھ نوحہ گری ہُنڈ

زِ سأری مخلوق چھِ محوِ ماتم

خلق چھِ ترسان فلک چھِ لرزاں

چھےٚ حوٗرٕ غلمان تہِ پان ماران

زماں أچھو کنی چھُ خون ہاراں

یہ کیا زِ سپد یاو یہ گوٚ ژھنہٕ سپدُن

تہٕ لا یزالن قلمس میأنس زبو دِژ اورے

یوسہٕ أنٛج پھری پھِری نظرن باونہٕ مذہب عشقچ أیینہٕ سأزی

پرٕدٕ ٹلِو تھوٚ دھقہٕ کنٛن رازن

راز ونیازن کیاہ تأ دیل

گٹہٕ زوٗل موکلِتھ نوٗر عیاں گو

مےٚ تہِ کلہٕ نومرود

دیٖد ومیانٮ۪و سٔجدٕ خٔم کوٚر

میأنؠ دِلن اَدٕ اِلا اللہ پوٚر

گوشو پنہٕ نٮ۪و آلو بوزُم

آلوٕنہِ آلوس زوو میےٚ تہِ سوزُم

حق بوز حق گوو حق از ٮ۪ٔرتھ

طاغوٗتی طأئب

فِرعونؠ نمروٗدی شدأدی حأمی

یزیٖدو وٕقتکی ظُلمکی بأنی

بددیانتن ہٕنز حُکمرأنی

''دُشمنِ ایقان دُشمن ایمان دُشمن قرآن

انسأنؠ شکلو دُشمن انسان

قرآن پُژنان ییہس لتہٕ نان شمشیر سنان

سفاک لشکر چھُ خنجرٕ ماران

معصوٗم اِپاکن حقہٕ کٮ۪من پُرستارن تہٕ اہل بیتؑ اطہارن ہٕنزِ

رَتہٕ ئری سپُد سیکہِ صحراو

سفاک لشکر ژوپأری پھہلیاو

تہٕ شورِ شر ووٗتھ......'

سمِو سا کامیأبی پرأو

وونی چھُ کنُے زۄن

قرآنِ ناطق

یس وۄن انسان کأمِل علیہ السلامن

اِبنِی و اِبنُ اِبنَتی

أہند ے خۄنہٕ رنگوأتھ

تِ سپُد یہ نہ گۆ ژھ سپُدن

تھریاو روضہٕ شاہِ مردانؑ لرزیاو گنُبد خضریٰ

زخمی گۆو قلبِ بتول زہرا سلام اللہ علیہا

ستونِ کعبہ رِوان چھُ ناغاہ

تہٕ ہاتفی وُچھ دِوان چھُ آلو

بہر حق در خاک وخون غلطیدہ است

پس بنائے لا الٰہ گردیدہ است

مےٚ بوز آلو تہٕ تۆہۍ تہٕ بوزِو

یۆت تام چھُ نمرۄ دی شدأدی حأمی

یزید شمر بن ہنز حُکمرأنی

ظُلمکۍ تہٕ جبرٕکۍ چھِ انتظأمی

تۆت تام وِہان روزِ نار ظلمُک

یہ میون قلم روزِ اشکبار دوہے

تہٕ میانٕس بدنس روزِ سیاہ لِباسٕ کعبکی پأٹھی ہیرِ بون

تہٕ نہرِ فُراتس پپٹھ روزِ ابن علی علیہ السلام

آلوآلو دِوان......

"هل من ناصر يَنصُرنا"



یہ حسینیؑ نظم ٲس ڈاکٹر حلیم صأبن 1429 ہجری کس سالانہ حسینیؑ مشأعرس منز بڈ گامہِ پیش۔

# حسین ابن علیؑ

گلشن بدرنی۔ 1968ء بدرن ماگام بڈگام

کس نہٕ وُچھنک چھُ اضطراب حسین ابنِ علیؑ
چھا دۄیم یُتھ تہِ کانٛہہ گُلاب حسین ابنِ علیؑ

کانٛہہ تواریخ کرنہٕ از تہِ بدس مثال چھےٚ
زانٛہہ نہ مشوٗن سہ انقلاب حسین ابنِ علیؑ

ہورٕ تلوارٕ نیزٕ گُری لشکر ، فرات بدس
یورٕ اوسُکھ کنےٚ جواب حسینؑ ابنِ علیؑ

لا اِللہ پۆز تہٕ حق تہٕ دپنِ الٰہی سرنہٕ مۆکھے
اوس ازلے وُچھِتھ سُہ خواب حسین ابنِ علیؑ

از تہِ کربلہٕ رتُک رنگ تہٕ بے سرسہ جسم معطر
کُن تہِ لاثانی آفتاب حسین ابنِ علیؑ



# کأشرس مرثی ادبس متعلق تحقیق، مسلہٕ تہٕ امکان

یہ مقالہٕ اوس مےٚ کشمیری یونیورسٹی ہٕندِس کأشرس ڈیپارٹمنٹ کِس
سمینارس منٛز 21 اکتوبر 2003ءپیش کوٚرمُت۔ موضوع کہ مناسبتہٕ
چھُ یتھ کتابہ منٛز شأمل یوان کرنہٕ۔ شاہد بڈگامی

کأشر زبأنی منٛز گومرثیہِ نگاری ہُنٛد اَبتدا اُردو مرثیہِ تہٕ انگریزی Elegy
بارسس پتہٕ بروٚنٛٹھ۔ کأشرِ شاعری ہنٛزن دویمبن شارزاٚ ژَن ہٕنٛدی پأٹھی روٗز
کٔشیرِ ہٕنٛدِ بوناسہٕ تراسہٕ حالاتو کِنی ہتہٕ بدٕن وٚری ین کأشرِ مرثیہِ ہٕنزِ ادبی
اہمیت ژھایہِ۔ برصغیرس منٛز گو حضرت امام حسین علیہ السلامن ہٕنزِ عزاداٚری
ہُنٛد موجودٕ طریقہٕ أٹھمہِ صٔدی ہجری منٛز امیر تیمورٕ سٕنٛدِ ذٔریعہ رأیج یُس پننس
فوجس ستی حضرت امام حسین علیہ السلامٕ سٕنٛد روضۂ مقدسُک شبیہ کرٕ ہنہٕ رنگ
کِس مخصوص خمسس منٛز جایہِ جایہِ پکہٕ ناوان اوس۔ پوز اَتھ کتھہِ ستی چھُ اکثر
مورخن اتفاق زِ برصغیرس منٛز آس کربلاکین شہیدن ہٕنزِ عزأداری ہٕنٛدی
شروعات ترٛیمہِ تہٕ ژوٗرمہِ صٔدی ہجری منٛزے سپدٕمژ۔ امہِ باوجود آیہِ
اُرودمرثیہِ نگأری ترقی یافتہٕ صورتس منٛز اردأہمہِ صدی عیسوی منز بروٚنٛٹھ کُن۔
ابتدأیی دورُک اہم اُردو مرثی نگار خلیفہ محمد علی گو 1800 عیسوی منٛز یمہِ
عالمہٕ۔ تہنزن اُردو مرثین ہٕنٛدی یم نمونہٕ دستیاب چھِ تم تہٕ چھِ کھڑی بولی

منزٕ یے لیکھنہٕ آمتی۔ انگریزی زبانٕی منز گو Elegy ہُند آغاز 1630 عیسوی منز ملٹن (Milton) سنزِ مشہور Elegy۔ Lycidas کہِ تخلیقہٕ ستی۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھاؤتھ چھُ صاف ننان زِ کاشرِ زبانٕی منز اوس مرثی نگاری ہُند آغاز یمو دوشوٕے زبانو واریاہ برونٹھ سپد یوٗمت تہٕ اَتھ صنفس اُس 17 ہمہِ صدی منز واریاہ ترقی دِنہٕ آمژ۔ تواریخی حقائقن ہندس بنیادس پیٹھ چھُ یتھ کتھہِ ستی سارنٕے محققن اتفاق زِ کشیرِ منز گو واقعہ کربلاہُک جاذٕ وسیع تشہیر تتھ دورس منز ییلہِ حضرت میر سید محمد ہمدانیؒ ساداتن ہُند اکھ بوٗڈ قافلہٕ ہیتھ کشیرِ منز ووت۔ کشیرِ منز اثنا عشری مسلکُک اولین عالم دین حضرت ملا سعید الدین ہمدانیؒ تہِ اوس حضرت میر محمد ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ ہس ہمرکاب۔ مُلا سعیدالدین ہمدانیؒ آو خانقاہِ معلیٰ سرینگرک منتظم اعلیٰ مقرر کرنہٕ۔ حضرت ملا سعیدالدین ہمدانیؒ ہن کوٗر اَتھی زمانس منز شرعی تبلیغاتن ہُند سلسلہٕ وسیع تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلامن ہنز عزاداری گیہِ اَتھی زمانس منز رسہٕ رسہٕ وسعت لبان۔ کشیرِ منز دینِ اسلامکس اولین داعی حضرت سید شرف الدین بُلبُل شاہ سُند زمانہٕ یعنے 1320 عیسوی پیٹھہٕ حضرت میر سید محمد ہمدانیؒ سُندس دورس یانٕے 1392–1389 عیسوی ہس تام 73 ہن ؤریین دوران اُسے مسلمانن ہنزِ آبادی منز واریاہ ہُر بر سپد یوٗمت۔ حضرت بلبل شاہؒ سُند زمانہٕ پیٹھہٕ حضرت شاہ ہمدانؒ میر سید علی ہمدانی سُندس فرزند ارجمند حضرت میر محمد ہمدانی سُندس دورس تام اوس نہٕ اسلامی تبلیغاتن منز مسلکی دوگنیار ورتاونہ

یوان تہٕ نواسہ پیغمبرِ خدا سید الشھد احضرت امام حسین علیہ السلام ہنٛد شہادتُک
فلسفہٕ اوس کٲشیرِ منٛز سارِنے داعیان اسلامن ہنٛد بن تبلیغاتن ہُنٛد اہم حصہٕ۔
تمیُک ثبوت چھُ یہِ زِ حضرت میر سید علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ ہن یِم تبرکات
پانس ستی یورٲنی تِمن منٛز اُس سرکارِ دوعالم حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہ
وسلمن ہنٛد خیمُک ستون تہٕ علم شریف شامل۔ یِمے تبرکات اُسی خانقاہِ معلیٰ
سرینگرس منٛز عشرہ محرم الحرام کِمن دوہن حسینیؑ مجلسن منٛز مسلمانن ہنٛدِ زیارتہٕ
خاطرِ خاص المارِ منٛز کڑنہٕ یوان۔ ظاہر چھُ زِ عزاداری تہٕ ذِکرِ شہادت امام حسین
علیہ السلامُک سلسلہ اوس تتھ زمانس منٛز واریاہ وسیع سپد یومُت۔ اِو کِنۍ ہیکو
کٲشیرِ منٛز عزاداری ہنٛدِ ابتدٲیی دورُک تعین اَمے دورٕ پیٹھٕ کٔرِتھ۔ شِین ہتن
(600) وٕرِین منٛز یہِ کینژھا کٲشرِ زبٲنی منٛز مرثی ہنٛدِ رنگی لیکھنہٕ آو تتھ
ییلہِ اُسی کٲشرِ زبٲنی ہنٛد بن دویمین اصنافن ستی موزانہ کرنہٕ ییمو اَسہِ ننہٕ یہِ زِ
کٲشرِ مرثیہ ہُنٛد ادبی سرمایہ چھ سارِوے صنفو کھوتہٕ جاد۔ یُوزاتھ ادبی خزانس
رود ہتہٕ بدبن وٕرِین ٹھان۔ اکھ دور اوس سُہ تہٕ ییلہِ سٲنی پایہ بڈی محقق
کٲشرِ مرثیہِ شاعری ہنٛدس کُنہِ صنفس منٛز شمارِ اُسی نہٕ کران۔ اکھ وقت چھ
وونۍ یہِ تہٕ زِ اَسہِ بروٚنٹھہ کنہِ چھُ چِک دور پیٹھہٕ موجودِ دورس تام تیوٗتاہ مولُل
کٲشر مرثی ادب جمع یتھ پیٹھ اَسہِ فخر پزِ کرُن۔ تہٕ کیازِ وونۍ چھ کٲشر مرثی
ادب کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِ تعلیمی نصابہٕ علاوٕ برصغیرچین کینژن یونیورسٹین تہٕ
دویمین ادارن ہنٛدس اعلیٰ تعلیمی نصابس منٛز تہِ شامل کرنہٕ آمُت۔ یِمن منٛز

M.A in Kashmiri studies پنجاب یونیورسٹی لاہور پاکستان ،
سکینڈری سکول ایجوکیشن کورس پاکستان، انڈین ایڈمنسٹریٹیو سروسک
I.A.S امتحان تہٕ جموں کشمیر پبلک سروس کمیشنٗک کشمیر ایڈمنسٹریٹیو سروس
K.A.S امتحان خاص پأٹھۍ قابلِ ذکر چھُ۔ یتھ موختصر مقالس منز چھنہٕ
کأشرِ مرثی ادبکۍ بیوٚن بیوٚن پہلو گاشہِ راوٕنۍ میون مقصد یا موضوع ٲسکہِ۔ یتھ
کتھِ واش کڈُن زِ کأشرِ زبأنۍ منز چھِ مرثیہِ ادب پرٛتھ اعتبارٕ عالمی ادبہٕ کین
شعری شہ پارن ہِتۍ شمار کرنس لایق۔ کأشرِس رثایی ادبس متعلق یُس تحقیق
ازتام کرنہٕ آو۔ تتھ یوٚدوَے حرف آخرچ حیثیت حأصل چھنہٕ پوٚز بہٕ وَنہٕ یہِ
کتھ سبطھاہ اعتمادٕ سان زِ میأنۍ کتاب کأشرِ مرثی ہُند توأریخ چھُ کأشرِس مرثیہِ
ادبس متعلق اولین وسیع تہٕ سایٔنٹفِک تحقیق کرنہٕ خأطرٕ اکھ مضبوط بنیاد۔ اَتھ
بنیادس پٮ۪ٹھ ہیکن کأشر کلاسیکی مرثیہِ ادبچہِ واریاہ رنگہٕ مندورِ تأمیر سپدِتھ تہٕ
کیا زِ لسانیأتی تجزیہ تہٕ تأریخی شہادتن ہندس بنیادس پٮ۪ٹھ چھِ یہِ کتھ ووٚنۍ
سأری محقق مانان زِ کأشرِ مرثیہِ ادبک ڈٔسی لابہٕ اوس لل دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ ہٕندِ
دورٕ پٮ۪ٹھے سپد یومُت تہٕ پتہٕ مٕنٛ شٔمن ہتن ؤریٚن دوران یِم مولِلی ادب پارٕ
کأشرِ مرثی نگأری ہند بن ژورن دورن یانے گوڈٕ کال، وژن کال۔ مقام
بند کلاسیکی مرثیہِ نگاری تہٕ حسینی نظمہٕ ادبکس موجودٕ زمانہٕ یانے ژورمس دورس
تام تخلیق کرنہٕ آے تتھ پٮ۪ٹھ اکھ سرسری نظر ترٛاونہٕ ہِتۍ چھُ یہِ اطمینان سپدان زِ
کأشر مرثیہِ ادب چھُ گراں بہاتہٕ بے مثال۔ یہِ صنفِ سخن چھِ سانہٕ کأشرِ

شاعری ہنٛد بن دوٚیمِن صنفن ہنٛدِ تمہِ مواد کھوتہٕ وارِیاہ جادٕ یُس زمانن ہنٛد بو
حأری شاتوپتہٕ اَسہِ تام ووت حالانکہِ کأشرِس مرثی ادبس ووت ووٚ پرٚ حکمرانو ڈٕسی
وارِیاہ ددارٕ ۔ یوٚ تام تحقیقُک سوال چھُ اَسہِ چھِ یہِ تلخ تجربہٕ تہٕ گومُت زِ کینٛہہ محقق
چھِ کنہٕ بنیادٕ ورأے فتویٰ دِتھ کأشرِ زبأنی تہٕ اَمہِ کِس گراں قدر ادبس آبیأری
کرنہٕ بجایہِ مول پرٛاٹان ۔ امیُک بُنیأدی وجہ چھُ مصنوعی عقیدتی تنگ نظری یا
ونٛڈہ بأزی ہُنٛد تعصب ۔ ثبوت چھُ یہِ زِ یمن کأشرِ بن شاعرن ہنٛدی ناو کتابن
تہٕ مضمونن منٛز چک دورِ پتہٕ سکھ دورس تام خاص پأٹھی 1555 عیسوی پتہٕ
1721 عیسوی کِس دورس منٛز وِزوٕزِ ہیٛنہٕ آے یا کتابن منٛز تہٕ آے
درج کرنہٕ تمن منٛز چھِ پانٛژے کأشرِ شاعریانے حبہٕ خوتوٗن ، خواجہ حبیب
اللہ نوشہری ، صاحب کول ، مرزا اکمل تہٕ روٗپ بھوانی شأمل کرنہٕ آمتی ییٚلہِ
زَن اتھ دورس منٛز 29 سرکردٕ کأشرِ مرثی نگارٕ وُتھی ٕمتی چھِ یہُنٛد کلام ازتہٕ
تمام ثبوت ہیتھ دستیاب چھِ ۔ عبدالحکیم ساطع ، خواجہ حسن بٹ تہٕ نُنٛدٕ ڈارسُنٛد کینٛہہ
کلامہٕ اوس 1950 ٕمنٛز لالہ روخ پبلیکیشن کہِ ذٔریہِ چھاپنہٕ تہٕ آمُت ۔ اتھ
کلامس منٛز چھ موخصر کأشرِ مرثیہ تہٕ شأمل ۔ یوٚزاکثر محقق چھِ یمن برابر نظر
انداز کران روٗدٕمتی ۔ یہ چھُ کأشرِ قومُک اکھ بوٚڈ المیہ زِ محققن تہٕ لیٚکھن والین
ہُنٛد اکھ طبقہٕ چھ تأریخی حقائق پیش کرنہٕ وِزِ تنگ نظری ورتاوان ۔
اَمہِ قسمچہِ مثالہٕ چھنہٕ صرف کأنٛسہ فردٕ وأحدٕ سٕنٛد ذٕسی وشفس یا عمداً تاریخ مسخ
کرٕنکس صورتس منٛز میلان ۔ بلکہِ سرکأری خرچس پیٹھ چلن والین ادارن ہنٛد

ذریعہ تہٕ چھُ یِتھ کامہِ کرنہٕ یوان۔ مثالہِ پأٹھی کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ تاریخی مقاماتن متعلق انسایکلو پیڈیا ہس منٛز چھُ خانقاہ چرارِ شریفس متعلق لیکھنہٕ آمت زِ تتھ اوس اأخری خود مختار کأشُر حکمران یعقوب شاہ چک ہنٛد ذٔریعہِ غلط طرفس کُن محراب بناونہٕ آمُت یُس بقول کلچرل اکاڈمی پتہٕ مغل دورس منٛز کم تام درویشن پننہِ فِکہِ ہتی سیوٗد کوٚر۔ یہِ أس صرف کأشرٕن مسلکی بنیادس پیٹھ تقسیم کرِتھ سون قومی یکُت تہٕ سأنی شناخت تباہ کرنٕچ اکھ سأزش تہٕ تِتھو سأزشو ہتی ووت سارِوے کھوتہٕ جادٕ ددارِ کأشرِ زبأنی تہٕ کأشرِس مرثی ادبس۔ یہِ سورُے کینہہ آو چک دورٕ ختم گژھنہٕ تہٕ کأشرٕن ہنٛز آزأدی راونہٕ پتہٕ وِوپر حکمرانن ہنٛدِس ڈٔپس پیٹھ خودِ کأشرٕن ہنٛدِ اتھے کرنہٕ تہٕ Establishment کِہن اشارن پیٹھ روٗد یہِ سلسلہٕ کأشرِ تقسیم کرنہٕ خأطرٕ موجودٕ دورس منٛز تہٕ جأری۔ اتھ منٛز اوس نہ عقیدن ہُنٛد کانٛہہ عمل دخل تہٕ نہ کُنہ خاص مکتبہِ فکرُک ژُک بُنیأدی وجہ بلکہِ زمانہٕ سأزی تہٕ محض استحصال کرُنک سُہ سلسلہٕ یُس 1585 عیسوی پیٹھہٕ موجودٕ دورس تام Establishment کہِ ذٔریہ مختلف صورتن منٛز جأری روٗد۔

کأشرِس مرثیہِ ادبس پیٹھ تحقیق کرنہٕ وِزِ گژھہِ یہِ کتھ ہمیشہِ نظرِ تل تھاونہٕ ینٛی زِ کأشر قومٕچ شناخت تہٕ یمہِ قومٕچ ماجہِ زبوچھِ سیأسی ورِ پھیرن منٛز ہنہٕ آمٕژ۔ کأشرِس مرثیہِ ادبس اگر أسی فقط عقیدتی بنیادس پیٹھ تحقیق چہ کھوچہ کھأرِتھ تنگ دأیرن منٛز تھاونٕچ کوشش کرو تمہٕ ہتی واتہِ کأشرِ زبأنی ہنٛدس اتھ بے مثال

سرمالیس بێیہٕ ہن نقصان ۔ کأشرس مرثیہِ ادبس پٮ۪ٹھ تحقیق کرٕنکٮ۪ن امکاناتن جایزٕ ہینہٕ وزِپزا کھ کتھ ہمیشہِ نظرتل تھاوٕنی زٕ کأشر کلاسیکی مرثی ہُنٛد اکثر حصہ چھُ یا ضایع گومُت نتہٕ چھِ کاغذ کمیو کھیٚمرٕن بیاضن منٛز چھکرٕاوتھ ۔ یہِ کینژھا چھاپ گویا یٚمہٕ ہتہٕ واد مقام بند کلاسیکی کاشر مرثیہِ وُنہِ کأشرٮ۪ن حسینی ذأکرن زبأنی یاد چھُ تمہِ تہٕ چھِ ساسن منٛز ۔ اگر فقط سینہٕ بہ سینہٕ محفوظ کأشرٮ۪ن مقام بند مرثین ہُنٛد سرمایہٕ رٔژھہٕ راوٕنچ کانٛہہ سنجیدٕ کوٗشش کرنہٕ ییہِ تیٚلہِ چھُ ممکن زِ یہِ صنف روزِ یِنہٕ والیٚن دورن منٛز تہٕ محفوظ ۔ یہِ کتھ چھےٚ اہم زِ کأشر مقام بند مرثی نگأری ہُنٛد دور چھُ اکہ حسابہٕ اند واتان تہ کیازِ ووٕنی چھِ اوٚنگجن پٮ۪ٹھ گنزرنہٕ ییٚنہٕ وألی کینٛہہ شاعرٕے مقام بند کأشرِ مرثیہِ تخلیق ہٮ۪کان کٔرِتھ ۔

کأشرس مرثیہِ ادبس درپیش مسلہ چھ وار یاہ ۔ سارٕوے کھوتہٕ بوٚڈ مسلہٕ چھُ مختلف مقام بند مرثیہِ مضموٗنن ہنٛدِ تخلیق کار آسنٕکی مختلف دعوایدار تہٕ یٚمن اَپزٮ۪ن دعویٰ دارن ہوادِنہ وألی ۔

کأشرِ کلاسیکی مرثیہِ ہُنٛد زِ ہتھ وٕری پرون موٗلُل سرمایہٕ رٔژھ راونہٕ وزِ چھُ اَمہِ کتھہِ ہنٛد خاص خیال تھاوُن وتنک اکھ اہم تقاضہٕ مرثی نگارن ہنٛدس کلامس گرٕ ژھِنہٕ خیانت کرنہٕ یُن یٚمیُک خطرٕ اوٚ کنہ تہٕ چھُ زِ کأشر بو مرثی نگار و چھ اُکرٕ سے عنوانس پٮ۪ٹھ مضموٗن گنٛڈ ۍمتی تہٕ اکثر قلمی بیاضن منٛز چھنہٕ شاعرن ہُنٛد ناو ے درج ۔

کاشر کلاسیکی مرثی ہُنٛد اکھ اہم تہٕ بوٚڈ مسلہٕ چھُ امیُک منفرد عروضی نظام تِمن طالب علمن تہٕ عام پرن والیٚن فکرِ نہ ترن یِم اُردو ، فارسی یا عربی شأعری

ہنٛد عروضی نظام کیٛو گزٕ واتھ مینان چھ۔ یِمہِ ستیٖ کاشُر مرثی ہُنٛد عروضی نظام تِمن اکھ عجوبہٕ باسان چھ، حالانکہ کاشُر کلاسیکی مرثی چھ پنُن خاص عروضی نظام ییس سائینٹفک بنیادس پٹھ بناونہٕ چھُ آمُت۔ یہ چھُ چھرا کاشُر عروضی نظام تہٕ یہ ہیکہِ نہٕ دویمبن زبانن ہنزِن شارٕ ذٲژن ہُنٛد عروضی نظامکیٛو گزٕ مینہٕ، یتھ۔ مسلہ چھ فقط یوٚتے زِ کاشُر کلاسیکی مرثی ہُنٛد عروضی نظام گژھ طالب علمن تہٕ دویمبن خوٲہش مندن امہِ کنبن ماہرن ہندِ ذٕری یہِ فکرِ تارنہٕ یِن۔ امیک تفصیل چھُ میانہِ کتابہِ کاشُرِ مرثی ہندس توارتخس منز خاص پٲٹھی شامل۔

کاشُرِس مرثیہِ ادبس چھُنہٕ دویمبن صنفن ہندی پٲٹھی قبوٗلِ عامُک کانٛہہ مسلہٕ۔ کاشُر کلاسیکی مرثیہِ چھِ کشیرِ منز حضرت امام حسین علیہ السلام سنٛز عزاداری ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ عوٲمی ذٕریعہٕ۔ یہِ چھُ کاشرین حسینی عقیدتمندن ہنٛدِن روٗحن منز محفوظ تہٕ لچھہٕ بٔدی لُکھ چھِ پننہِ ماجہِ زیوِ منز کاشُر پٲٹھی کربلا کین شہیدن لول بھرتھ روحانی سکون حٲصل کران۔

کاشُرِ مرثی ادبُک مستقبل چھُ سیٹھاہ شاندار۔ یوٚدوے کلاسیکی کاشُر مرثی تخلیق کرنُک دٲیِر رسہٕ رسہٕ محدوٗد چھُ سپدان اماپوٚز سائنس دورس منزٕ ے آو کاشُرِ حسینی نظمہٕ ادبُک اکھ نوٚو تہٕ سٲدر وار اسلوٗب بارسس۔ یتھ مے جدید کاشُر مرثی نگٲری تہٕ کاشُرِ مرثی ادبُک ژورِم دور ناو چھُ کوٚرمُت۔ امہِ دورٕچ سارِوے کھوتہٕ بٔڈ اہمیت چھےٚ یہِ زِ 1947ءتہٕ بالخصوص 1960ء پتہٕ از تام ییٚمہِ تہِ نمایندٕ حسینی نظمہٕ تخلیق کرنہٕ آیہٕ تِمہِ کرِ سانہِ دورٕ کیٛو بڈیو کاشریو

شاعرو تخلیق یمن منز پروفیسر رحمان راہی صابس میر کاراوان ہنز حیثیت حاصل چھےٚ ۔ تہنز تازٕ شارٕ سومبرن ''شہ رگ وٕ آیتھ'' چھُ تمیُک ثبوت ییتھ منز راہی صابنہٕ کینہٕ حسینیؑ نظمہٕ تہٕ ژُ مصرٕ اے واقعہ کربلاہس پیٹھ دویمین عالمی زبانن منز لیکھنہٕ آمژٕن حسینی نظمن مقابلہٕ واریاہ تھدِ معیار کین ادب پارن منز شامل کرنس لایق چھِ ۔ کاشرِ مرثی ادبہٕ کس ژوٗرمس دورس منز چھِ نہ صرف اکثر سرکردٕ کاشری مسلمان شاعر حضرت امام حسینؑ تہٕ کربلاہکین شہیدن ہندس موضوٗعس پیٹھ اعلیٰ ترین حُسینی نظمہٕ تخلیق کران بلکہٕ اتھ کاروانس منز چھِ واریاہ غیر مُسلم کاشر شاعر تہٕ شامل ۔ پتمین ترٕہن ؤری ین ییمہِ اندازٕ واقعہٕ کربلاکس عنوانس تہٕ حضرت امام حسین علیہ السلام ہندس ولولہٕ انگیز شہادتس پیٹھ کاشرِ زبانہِ منز سرکردٕ سخنور وعلاوٕ نوِ پیہ ہند بو نوجوان کاشر بو شاعرو آزاد تہٕ پابند حسینی نظمہٕ ، جدید نوحہ تہٕ دویمین مقبوٗل فارمن منز حسینی مناقب ، سلام تہٕ حسینی فیچر تخلیق کری سہٕ چھُ ییمہِ کتھہ ہُند ثبوت زِ کاشر مرثی ادب چھ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ عروج لبان تہٕ امکہِ ترقی ، ترویج تہٕ تدوینکی نوٕ ی نوٕ ی امکانات چھِ روشن سپدان ۔ ییتھہٕ کنی چھُ کاشرِ مرثی ادبہٕ کین پرانین خزانن منز حسینیؑ نظمہٕ ادبس کس صورتس منز برابر اضافہٕ سپدان ۔ یہٕ چھےٚ کاشرِ مرثیہٕ ادبہٕ کین روحانی عاشقن تہٕ گُلہم پاٹھی کاشرِ زبانہِ تہٕ ادبہٕ کین پرٕ ہن دگ دارن ہندِ خاطرِ سبٹھاہ اطمینانچ کتھ ۔

شاہد بڈگامی

(21 اکتوبر 2003 عیسوی)

# کتابیات


| | | |
|---|---|---|
| 1 | کأشرِ مرثی ہُند توأریخ | شاہد بڈگامی |
| 2 | کأشرِ شرِچ سومبرن | شاہد بڈگامی |
| 3 | فایل کأشُر رِسالہٕ ہرموکھ | مدیر شاہد بڈگامی |
| 4 | فایل ہفتہ وار اُردو اخبار بڈشاہ | مدیر شاہد بڈگامی |
| 5 | فایل کأشُر رسالہٕ شیرازٕ | جموں وکشمیر کلچرل اکادمی |
| 6 | فایل اُردو رسالہٕ شیرازہ | جموں وکشمیر کلچرل اکادمی |
| 7 | تحفۃ الاحباب قلمی نسخہٕ | ریسرچ حکومتِ جموں کشمیر |
| 8 | بہارستانِ شاہی | ریسرچ حکومتِ جموں کشمیر |
| 9 | قلمی نسخہٕ جات نور نامہٕ | مرکزِ نور کشمیر یونیورسٹی |
| 10 | تاریخ ادبیات ایران | |
| 11 | تاریخ شیعیانِ کشمیر | حکیم غلام صفدر ہمدانی |
| 12 | اوٗش تہٕ آب | نور محمد روشن تہٕ<br>حکیم غلام صفدر ہمدانی |
| 13 | راج ترنگنی (کلہن) | اُردو ترجمہ اچھر چند کھجوریہ |

| | | |
|---|---|---|
| 14 | کأشرِ ادبچ تٲریخ | اوتار کرشن رہبر |
| 15 | الشجرۃ الطیبۃ | ڈاکٹر فاضل علی شاہ |
| 16 | تاریخ عزاداری | رسالہ سرفراز لکھنو |
| 17 | تاریخ عزاداری | رسالہ شیعہ لکھنو |
| 18 | کتاب البکا حصہ اول تہٕ دوٗیم | حکیم غلام حسین مخمور |
| 19 | کأشر شأعری | پروفیسر محی الدین حاجنی |
| 20 | سون ادب (فایل) | جموں وکشمیر کلچرل اکاڈمی |
| 21 | ہمارا ادب (فایل) | جموں وکشمیر کلچرل اکاڈمی |
| 22 | کأشرِ لُکہٕ بأتھ | مرتبہ سومناتھ زتشی، موتی لال ساقی تہٕ شام لال پردیسی (جموں وکشمیر کلچرل اکاڈمی) |
| 23 | کاشُر سرگم | شیخ عبدالعزیز |
| 24 | مقالات | پروفیسر محی الدین حاجنی |
| 25 | شہہ رگ وأتِھ | رحمان راہی |

**26. History of Kashmir.** — **P.N.K Bamzai**

**27. The Nilamata Purana** — **Translated by Dr. Ved Kumari**

**28. Islamic Culture in Kashmir** — **G. M .D Sofi**

**29. A History of Medieval Kashmir** — **Prof. M.L.Kapoor**

**30. Kashmir Under Sultans** — **Mohib-ul-Hassan**

**31. History of English Literature.**


